کشیرِ یونیورسٹی ہُند تحقیقی رسالہ

# اظہار

۶

# سرِیت تہٕ ادب

کاشُر ڈپارٹمنٹ
کشیر یونیورسٹی
حضرتبل، سرینگر

کشمیر یونیورسٹی ہندِ کاشرِ ڈپارٹمنٹُک تحقیقی رسالہٕ "انہار"

# سرِیتہٕ اَدب

جلد — ۷
شُمارٕ — ۱۰
۱۹۸۴ء

چیف ایڈیٹر :- ڈاکٹر شکیل الرحمان
صلاح کار :- محمد یوسف ٹینگ
ایڈیٹر :- رحمان راہی
مددگار :- شفیع شوق
رشید نازکی

کاشُر ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی حضرتبل، سرینگر

# گوڑکتھ

انہارُک یہِ خاص شُمارٕ چھُ "سِرٕیت تہٕ ادب" موضوٗعس تحت لیکھنہٕ آمتین تمن مقالن پیٹھ مُشتمل یم پٔتِمہِ ؤرِیہِ کاشرِ ڈپارٹمنٹکِس اکِس سیمنارس منز پرنہٕ آسی آمتۍ۔ اَتھ ژٕون دوہَن ہندِس یادگار سیمنارس منز کُر مقالہٕ نگارو علاوٕ ریاستہٕ کِنہِ نٕبر ہاوَر داںٔشورو، اُدیبو، شاعرو تہٕ وارِہو علم دوس لوکو شِرکت تہٕ مقالن مُتلِق سپُد تفصیلہٕ سان بحث۔ سیمنارُک مقصد اوس نہٕ صرف کاشرِ صوٗفی شاعری سام ہیٚنٕی، بلکہِ فارسی ہِندی، اُردوٗ تہٕ انگریزی زبانن منز سِرٕی رِلوایژن تہِ سام ہیٚنٕی، یُتھ وُچھنہٕ یِیہِ زِ سِرٕی ادبُک سُہ مُشترک نوٗقطہِ نظر کیاہ چھُ یُس جغرافیٲیی، توٲریخی تہٕ نسلی حدو نبر آسِتھ دُرس آدم ذاتُس ہند نوٗقطہِ نظر چھُ تہٕ یُس ہوی اندازٕ ادبس منز باوتھ چھُ لبان۔ انہارُک دَردس شُمارٕ اَتھ اہم موضوٗعس وقف کرِتھ چھیٚ اسہِ خۄشی۔

کاشرِ صوٗفی شاعری مُتلق چھیٚ کینژن تکایتھ

یونورسٹی ریسرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# انہار

جلد :- ۷

شُمارٕ :- ۱۰

وٕری :- ۱۹۸۴ء

گوڈنیک چھاپ :- اکھ ساس

موٗل :- وُہ روپیہ

میکاف پرنٹرس، سرینگر : 2

خوشنویس :- معراج ترگوی

کاشُر ڈیپارٹمینٹ، کشمیر یونورسٹی حضرتبل سرینگر

# ترتیب

پٔزِ اَتھ منٛز چھےٚ موضوع کیو باوژ رٔنگ سطحیتھ تہٕ یک رنگی نظر گژھان ۔ مگر سانہِ خیالہٕ چھُ یہِ احساس اکھ اوکنہِ گنان زِ تمام سِری شاعری چھ کیہہ مُشترک موضوع تہٕ دَیم اَوکنہِ زِ وُنیکتام چھِنہٕ کاشرین صوفی شاعرن ہندین انفرادی رنگن تہٕ اوسلوبن سُتنھ سام ہنہٕ آمژ۔ اَسہِ چھےٚ اَزتام صرف اَکِچ کتھ نظرِ تَل روزمرہ تہٕ کتَژ تل دِیتھ یم موٕلٕی، نادِر تہٕ بےمثال شار، نظم تہٕ وژن چھِ یمن کُن چھُنہٕ توجہ دِنہٕ آمُت۔ یک رنگی ہُند احساس چھُ تۄتام تیتھ ژرٕتھ کُنہٕ ادبی رِوایژ مُتلق یاد سپدان یوسہٕ رِوایتھ اَکِس زیٚٹھِس زمانس کاڈ وَہراوِتھ آسہِ تہٕ مولانکوچ آسہِ نہٕ پرزٕ پاٹھۍ کانہہ کوشش کرنہٕ آمژ۔

یتھ مُطالس منٛز تہٕ چھےٚ کیہہ کوتاہیہ ضۄرۄر، خاصکرِتھ یمہِ رنگہِ زِ اَتھ منٛز چھ صرف تَتھی کاشرِ سِری شاعرِ مُتلق مقالہٕ یمہٕ اَسی اصطلاحی مانیَس منٛز 'صوفی شاعری' چھ وَنان ۔ اَتھ صوفی شاعریہ چھِ پنٕنۍ حد، پنٕنۍ شیچھ اوصول تہٕ ضابطہٕ ۔ لیہٰذا چھُنہٕ یہِ مُطالہٕ تمام سِری شاعریہ وِحاطہٕ کران ۔ کاشرِ سِری شاعریہ ہُند کانہہ تہٕ مُطالہٕ چھُ تۄتام نامُکمل یۄتام نہٕ اَتھ منٛز مثالے للہٕ واکھ، شیخہٕ شرکین تہٕ محمود گامی ہِنٛدۍ وژُن، ہمکال شاعریہ منٛز زِندکول سِنٛس کلامس تہٕ نوٚین شاعرن ہنزن نظمن تہٕ غزلن ہُند مُطالہٕ تہٕ شامِل آسہِ ۔ مگر کُنہٕ رایہ عملی صورتھ دِنٕس چھےٚ وارِیاہ دُشواری یہِ تہٕ آسان تہٕ یہِ مُطالہٕ پیش کرُن تہٕ اوسہٕ دُشواری لۄ رُوس ۔ یتھ کِنہہ ہے وُچھو تہٕ کانہہ تہٕ مُطالہٕ ہیکہِ نہٕ پرٚتھ رنگہٕ مُکمل تہٕ حتمی آسِتھ بلکہ چھُ یہِ ہمیشہٕ نوٚین مُطالن ہُند دۄسلابہٕ آسان ۔

آخرس ییٚژھ چھُ یہِ وَنُن لازمی زِ اِنہارگ دَردس شمارہٕ ایڈِٹ کرنس منٛز کوٚر قاضی ظہور صابن ایڈِٹوریل بوڈس قابِلِ ذِکر مدد۔ امہِ علاوٕ چھ تمو امیک پرۄف تہٕ وُچھمُت ۔

رحمان راہی

پروفیسر قاضی غلام محمد



میہ چھُنہٕ کانٛہہ فاصلہ کرُن ۔ میہ چھو تہٕ تِمَس اَکِس دۄتس پیٹھ واتناوُن
ییٚتہِ پہٕ فاصلہ کرُن چھُ زِ یہِ اَسی مُشاہدو تہٕ تجربو سِتۍ وُچھتھ ، زیٚنتھ تہٕ پرٛزناوِتھ
ہیٚکو تی چھا حقیقتھ کِنہٕ نَمہِ سِوا تہِ چھُ کیٚنہہ ۔ انسانس چھہِ پانٛژھ حِس یِمو سِتۍ سُہ پانس
اَندرٕ نیٚبرٕ دُنیٖہُک علم چھُ حاصل کران ۔ مگر یِمن پانٛژن حِسن چھہِ پننۍ حد ، یِم
ہیٚکن اَسہِ دوکھہٕ تہِ دِتھ ۔ مثلن وارِیاہ چیٖز چھہِ تِتھۍ تہِ یِم نہٕ اَسی خالی اَچھو
سِتۍ وُچھتھے چھہِ ہیٚکان ۔ یِم وُچھنہٕ خاطرٕ چھیہ اَسہِ خوردبین ضروٗرتھ ۔ مگر خوردبینن
ہُند قووَتھ چھُنہٕ ہوٗے ۔ کانٛہہ خوردبین چھیہ زاوِلین چیٖزن دَہہ گُنہٕ ولوٚٹھ ہاوان ،
کانٛہہ ہتہٕ گنہٕ ، کانٛہہ ساسہ گنہٕ تہٕ دۄہ پتہٕ دۄہ چھیہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ قووتہٕ واجنہِ
خوردبینہٕ ایجاد سپدان ۔ کانٛہہ تہِ خوردبین چھُنہٕ آخری ۔ یِتھے ہِش کتھ چھیہ دوٗربین
ہنٛز تہِ ۔ دوٗربینہِ سِتۍ چھہِ اَسی دوٗرِکۍ چیٖز وُچھتھ ہیٚکان ۔ دوٗربینن ہُند قووتھ تہِ چھُ مُسلسل
ہُران ۔ حال حالے چھیہ ترٛژھ اَکھ دوٗربین ایجاد سپزمژ یوسہ ۵۰ کرور گاشہِ ؤری[۱]
ہندس دوٗرِس تام ہاوِتھ ہیٚکہِ ۔ مگر یہِ گژھ وَنہِ زِ وُنہِ کانٛہہ تتھ قووتہٕ واجنہِ دوٗربینہٕ ین
بناونہٕ ۔ یِمن کتھن ہُند مطلب چھُ یہِ زِ یہِ کینژھاہ اَسی نَنہِ اَچھو یا مشینو سِتۍ
وُچھتھ چھہِ ہیٚکان تہِ چھُنہٕ حتمی ۔ سون سورُے علم چھُ مفروضن تہٕ تخمینن

[۱] گاشہِ ؤری : گاشُن چھُ ۱۸۶۰۰۰ میل فی سیکنڈ کہِ رفتارٕ پکان ۔ اَکھ گاشہِ ؤری گوو اَوٚ کنہِ ۱۸۶۰۰۰×۶۰×۶۰×۲۴×۳۶۵
میل ۔

قایمہ زاوِیہٕ وٲلِس تِکوٗنَس اگر ترٛیٖنٕو پاسو مربع بناوٕو، وترس پیٹھ بنوومُت مربع آسہِ باقے دۄن پاسن پیٹھ بناوِمتین مُربعہن برابر۔ یہ اوس انسٲنی تہذیبس منز اکھ TURNING POINT ۔ اَمِس اوس یہ سوال بیقرار کران زِ عقلی نمبرو علاوٕ چھا تیٚتھ کانہہ نمبر یُس نہٕ سانہِ عقلہِ ویٚتہِ۔ اگر اُسی تِکوٗنکی زٕ برابر پاس ۱ مانوٕوتر چھُ تیٚلہِ ۲√۔ یہ نمبر چھُنہٕ عقلی RATIONAL بلکہ غارٕ عقلی۔ یتھین غارٕ عقلی نمبرن ہُند تیداد چھُ باقے نمبرو کھوتہٕ کتہٕ کور زیادٕ۔ پیتھا گورَس بنیو یہ پزر ڈریاف کرِتھ صوٗفی (سِریت پسند)۔

فلسفس منز چھہِ زٕ چیز اہم: کیٚتھ پٲٹھی تہٕ کیازِ؟ کیٚتھ پٲٹھی، زانُنس منز چھُ اَسہِ سائینس مدد دِوان۔ اَسی چھہِ تجربہٕ تہٕ مُشاہدہ پتہٕ تجربہ کران تہٕ نتیجہ کڈان۔ مگر 'کیازِ' سوالس چھُنہٕ کانہہ تہٕ جواب۔ مون زِ مختلف تجربہٕ تہٕ تجربہ کرِتھ نیٚبوو زِ آینسٹاین سنز فارمولا $E = mc^2$ چھِیہ صحی، مگر کیازِ چھِیہ صحی؟ تہٕ ہیکہ یہ کانہہ وَنِتھ۔ مون زِ زمین چھِیہ گول تہٕ یہ چھِیہ آفتابس اَندی اَندی نژان۔ مگر کیازِ؟ تہٕ کُس ہیکہِ وَنِتھ۔ اَسی ہیکو یہ ضوٗروٗر وَنِتھ زِ کایناتھ کیٚتھ پٲٹھی آو وجوٗدس مگر کیازِ آو وجوٗدس؟ تہٕ کُس زانہِ۔ عدم چھُ وَنان۔

صبا یہ شعلۂ خوشبو کہاں سے اُٹھتا ہے
خدا یہ رنگ کے پنچھی کہاں سے آتے ہیں

مون زِ یِتھ ساری سے کایناتس منز چھہِ مختلف قونون تہٕ اوٗصوٗل یِمو کِنی اَمیک وجوٗد قٲیم چھُ، مگر یِم قونون تہٕ اوٗصوٗل کتہٕ چھہِ یِوان؟ تہٕ کُس زانہِ۔

کِہے کال برونہہ اوس انسانس یہ عقیدٕ زِ اَسی ہیکون سورے کایناتھ خٲلِص عقل PURE REASON ورتاوِتھ زانِتھ۔ مگر اَتھ تصورس میوٗل گوڈنیک دَکہ ییلہِ ہایزنبرگن یہ اہم اِنکشاف کور زِ چیز ہیکن باضے بلکُل غارٕ متوقع اندازٕ تہٕ ترکتھ کرِتھ۔ تمہِ دیت اکھ نوو اوٗصوٗل یتھ غارٕ یقینیتُک UNCERTAINITY ہُند اوٗصوٗل چھہِ وَنان۔ یہ اوٗصوٗل چھُ ساری سے کایناتس منز جٲری۔ انسٲنی فِکرِ ہندِس اِرتقاہس منز چھُ بیاکھ اہم موڈ یِوان ییلہِ زَن امریکی

پیٹھ قایم ( APPROXIMATIONS ) ۔

انسانس چھنہٕ حواسے یاٹی ، ہلکہ چھس بیٛیہ تہٕ زٕ ہتھیار یموٚ سٟتۍ سُہ حقیقتھ
زانٕنچ کوشش چھُ کران یانے لفظ تہٕ گرٛند ۔ لفظو سٟتۍ چھہِ اَسہِ چیزن ہنٛز خاصِیژ
زانان تہٕ گرٛنٛدٕ سٟتۍ چیزن ہُند مِقدار ۔ اَسہِ وُچھوٚ زِ یِمن دوٚن ہتھیارن تہٕ کاٚژاہ
حدبندۍ یہ LIMITATIONS چھیٚہ ۔ لفظ تہٕ گرٛند چھہِ انسانہٕ ہندِس اَقلس منٛز اوم
پٔن یِمن پیٹھ تٔس ناز چھُ ۔ راہی صأبن شار چھُ :

اوٚدٕ پٔنہٕ پیچٕ کاہ ہیتھ دراکھاہ
خاٚرفضا چھےٚ یٔلہٕ یوٚت کھارکھ

بالکل تہٕ چھیٚہ شاید انسانہٕ ہندِس اَتھی ناکأفی فوٚونس کُن اشارٕ کران :

آمہِ پٔنہٕ سوٚدرس ناوِ چھس لمان
کٔتہٕ بوزِ دے میون میٚہ تہٕ دِیہ تار

اَتھ چھنہٕ کانہہ تہٕ شکھ زِ اَسہِ کرِ شیکسپیرس ہوۍ زبان دان تہٕ آینسٹاینس
ہوۍ ریاضی دان پاٚدٕ مگر پتو ۔

گوڈٕ وُچھوٚ نمبرن ہنٛز کوتاہی ۔ انسانس آسہِ تہذیبہٕ کِس آدن کالس منٛز صرف
COUNTING نمبر ۔ یِم آسہِ انسانس چیز گنٛزراونس منٛز بکار ۔ یانے ۱، ۲، ۳، ۴، ۵،
.... بیترِ ۔ مگر اَتھ سٟتۍ پیوٚو تٔس چیزن ہندی حصہ گنٛزراونک تہٕ ضوٚرورتھ ۔ لہٰذا
آیہٕ FRACTIONAL NUMBER بارسس یانے ۱/۲، ۱/۳، ۱/۴، ۱/۵ .... بیترِ ۔
یِمن دوٚن قسمن ہندِن نمبرن چھِ عقلی نمبر RATIONAL NUMBER وَنان ۔ یِم
چھِ عقلہِ وِہژان ۔ پتہٕ گوو آسہِ ہیکہٕ وا اَکِس ژونٹس زٕ برابر برابر حصہ کرِتھ ،
سُہ چھُ اَلگ مسلہٕ ۔

سا پہٕ لۄب ذری بڑوہ آسہِ انسانس نمبرن ہندی صرف یِہے زٕ قسم حاجتھ تہٕ
دوہ دِنچہِ کامہِ منٛز ۔ بازرس منٛز ، گرس منٛز تہٕ کھٔنس منٛز ۔ اَس تِمٕ ہنٛز کام ہیران ۔
مگر اَخر ووت اَکھ مرحلہ بیلہِ یِمن نمبرن پیٹھ اکتفا کرٕن ممکن روُد نہٕ ۔ شیٚیمہ
صدی قبل مسیح ہُند اَکھ فلسفی پیتھاگورس (PYTHAGORAS) اوس وَنان زِ
کائناتھ ہیکون نمبرو سٟتۍ زانِتھ ۔ تِمۍ دِژ اَکھ نوٚ بیارم زِ اَکِس برابر پاس تہٕ

یا

تادِل بہ دنیا دادہ ام در کشمکش افتادہ ام
اندوہِ فرصت یکطرف، ذوقِ تماشا یکطرف

یا

ہمارے ذہن میں اس فکر کا ہے نام وصال
کہ گر نہ ہو تو کہاں جایں، ہو تو کیونکر ہو

پتہٕ ہین ڈاین سائنس وٕریٚن ہُند منطق گوو ختم۔ اسی چھِ لاشعوری طور یوٚہے اُصوٗل ورتاوان زِ فاصلہٕ گژھو پٕہ ہیکنہٕ کرِتھ۔ زباَنی چھِ اَوے دوہہ کھوتہٕ دوہہ مانے راوان۔ اَمِچ اکھ ننٛز مثال چھُ سیاستدانٕن ہُند کانہہ تہٕ جُملہٕ۔ یہ چھُ تیوٚت زیوٚٹھ تہٕ ڈٕھوٗ ڈٕھوٗ آسان زِ اَتھ ہیکوٚ کانہہ تہِ ماتے کڈِتھ تہٕ ژٕکرِ چھُنہٕ اَتھ کانہہ مانیِ آسان۔ سوٗرے منطق ہیتھ چھِنہٕ اسی کُنےٚ واتان۔ اگر اَز کہ زمانٕکی ساری نظریہِ پانٕہ وٕنی رلاوو تو تہٕ روزن بےٚشمار مسلہٕ یِم نہٕ زانہہ تہِ حل ہیکن سپدِتھ۔ ساٰنی یِم ساری نظریہِ تہٕ فلسفہٕ چھِ ژٕکرِ ہےٚ "اووٕ پتہٕ پیٚچکاہ" "جیسے کوہسار پہ تتلی بلغار کرے"

ریاٰضی ہندِ مدتہٕ زون کایناتھ اَسہِ واریاہ۔ مگر تو تہٕ کوتاہ۔ اسی نموٗ اکھ خطِ مُستقیم اَتھ کرو ننِتھ پاٹھی زٕ حصہٕ زِ ژھوٚٹ حصہٕ آسہِ زیٹھِس حصس ستےٚ تناسُب تھاوان ییٚس تناسب زیٹھِس حصس کُل رِکھہِ ستےٚ چھُ۔ امہِ قسمکِس تقسیمس چھِ اسی سوٗنہری تقسیم GOLDEN SECTION) وٕنان۔ یہ چھُ اسہِ اکِس غار عقلی نمبرس کُن نوان ییلہِ زن عقلی اندازہٕ

$\frac{1}{1}$ ، $\frac{1}{2}$ ، $\frac{2}{3}$ ، $\frac{3}{5}$ ، $\frac{5}{8}$ ، $\frac{8}{13}$ ، $\frac{13}{21}$ بیٚتر چھِ۔ یانے

$$x = \cfrac{1}{1+\cfrac{1}{1+\cfrac{1}{1+\cfrac{1}{\dots\dots}}}}$$

اَتھ چھ الوٰہی تناسُب DIVINE PROPORTION تہِ وٕنان۔ انسانہٕ سُند جسم چھُ امہِ تناسُبُچ اکھ ٹاکارہٕ مثال۔ ساٰنِس جسمس چھُ اَمی تناسبہٕ تقسیم۔ مشہور تصویرِ مونالِزا تہِ چھےٚ انسانہٕ سٕندِ جسمہٕ کرِ عام تناسبہٕ مُطابق۔ مونالزاہِ چھِ اَوے "LADY OF DIVINE PROPORTION" وٕنان ینہٕ چھُ یی زِ اسی چھِ فطرژ ہندی

زِ ماہرِ ریاضیاتھ گیڈل تہٕ کوہن ریاضیاتی منطقس منز زِ اہم کتھ دریافت چھِ کران۔
اکھ گوو یہِ زِ ریاضیاتی منطقس چھُ جبلی عدم استقلال 'INHERENT INCONSIST-
ENCY' باگہِ آمُت، تہٕ یہِ چھُ لاعلاج۔ گیڈلن کوٚر ثابت زِ منطقُک مشہوٗر اوٗصوٗل
اِستثنا درمیانی چھُنہٕ صحی۔ یلتھ P تہٕ P۔ ہس درمیان یوسہٕ صوٗرتھ چھےٚ، سو
چھےٚ ناقابلہِ فاصلہٕ۔ اتھ چھِ وَنان LAW OF EXCLUDED MIDDLES۔ یانے یہٕ
چاکہٕ ٹُکر چھُ یا چھُی نہٕ۔ منزِم صوٗرتھ چھُنہٕ کانہہ۔ اَمہِ
ستر چھےٚ ثابتھ سپدان چیزن مُتلق UNDECIDABILITY۔ یم زٕ ماہر ریاضیاتھ چھِ سانہ
زمانکی عظیم ترین شخصیژ۔ اَتھ حدس تام زِ وَنہٕ چھُ آمُت زِ اگر نوو تواریخ ییہِ لیکھنہٕ،
آینسٹائینس میلہِ اکھ صفہٕ، گیڈل تہٕ کوہنس میلن زٕ صفہٕ تہٕ باقین ییہِ جُملن تہٕ پیرگرافن منز
جاے۔ ریاضی منز چھِ AXIOMS تہٕ POSTULATES صرف مفروضہٕ۔ یمن
اَسی پزر چھِ وَنان تِہنز بُنیاد چھےٚ یمنے مفروضن پیٹھ یم اَسی قائم چھِ کرٕمتی۔ مثلن اکھ
پزر چھُ زِ اکھ خطِ مُستقیم چھُ دوٚن نزدیکی نوقطن درمیان فاصلہٕ یا واٹھ۔ یہٕ چھُ محض اکھ
مفروضہٕ۔ سانی سارے زندگی چھےٚ یمنے مفروضن پیٹھ ڈرِتھ۔ اَسی چھِ یکنہٕ وزِ کھور تراوان
تہٕ فرض کرِتھ زِ زمین گژھِ نہٕ نیرِتھ۔ کالہٕ چھِ کھورِ شور لیف ولِتھ شونگان یہِ فرض کرِتھ
زِ صُبحن ووتھو زندے۔ اَسہِ چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ پزرِ مند ضروٗرتھ۔ پزرِ ورائے چھُنہٕ سون
لسُن بسُن مُمکنے۔ توٚے ووٚن وولٹیرن زِ "اگر نہٕ خُدائے آسہے تہٕ، اَسہِ پییہِ ضروٗر اکھاہ
ایجاد کرُن"۔

فاصلہٕ نہٕ کرِتھ ہکنس مُتلق چھےٚ میٚہ ریاضی علاوہ صرف شیکسپیر تہٕ غالبس نِشہٕ
مثالہٕ میلان۔ شیکسپیر سُند ہیملیٹ چھُ وَنان "TO BE OR NOT TO BE IS THE
QUESTION"۔ یوہے شوٚہوٗر چھُ ہیملٹس ٹریجک کردار بناوان۔ اَمہِ انسانی المیک
اظہار چھُ شیکسپیرس علاوہ غالبن جایہِ جایہِ کوٚرمُت:
غالب چھُ وَنان:

تماشائے گُلشن، تمنائے چیدن
بہار آفرینا، گنہگار ہیں ہم

سبزہ و گُل کہاں سے آئے ہیں
ابر کیا چیز ہے ہوا کیا ہے
یہ پری چہرہ لوگ کیسے ہیں
غمزہ و عشوہ و ادا کیا ہے

عام پٹھ معروف چیز تہٕ ییلہٕ نہٕ باونہٕ ہیکن پیٚتھ؟ شاعر کیاہ کرِ تمہٕ وِزِ ییلہٕ سیٹھاہ نوٚزُکھ تہٕ اوٚدِل نفسیاتی تہٕ رُوحانی تجربہٕ آسنس باوٕنۍ۔ لفظ کیاہ چھِ؟ کیٛہنہ میلہٕ ٹیکہِ، سونُے قلم چھُ کاغذس پیٹھ نژاوان تہٕ پتہٕ چھکھ اَسی ماتے منگان۔ عمر خیام چھُ وَنان:۔

آں ناکہ محیط فضل آداب شدند
در کشف علوم شمع اصحاب شدند
رہ زیں شب تاریک نہ بردند بروں
گفتند فسانۂ و در خواب شدند

گوو اَسہٕ وُچھ زِ نہٕ چھِ کایناتکی راز زانٕنہٕ خاطرٕ نمبر کافی تہٕ نہ لفظ۔ نمبرن تہٕ لفظن ہندِ ذٔریعہٕ یہٕ کینژھاہ علم اَسہٕ حاصل کوٚر تہِ چھُ علمکہِ اکہِ بَڈِ سمندرُک اکھ قطرٕ۔ وونۍ چھِ سایٔنسدان وَنان زِ اَسہٕ توٚگ نہٕ کہیں۔ وونۍ اَنیوٚکھ صوٗفی تہٕ شاعر تِمے وَنن راز کیاہ چھُ۔

راز جو سینۂ فطرت میں نہاں ہوتا ہے
سب سے پہلے دلِ شاعر پہ عیاں ہوتا ہے



اۆصوٗل صرف دٕریاف کران ، نہٕ زِ ایجاد۔

بیاکھ تماشہٕ چھُ زِ اَسی چھِ سایٖنسکی ہِم اۆصوٗل عٔلی زندگیہِ منز دٕرتاوان نۄ، نہ صرف انسانی توٗت بٔلکہ باقٕے مخلوق تہٕ بےٚزُد چیز تہٕ۔ مثلن ہیلہ اَسہٕ تیر چھیٚہ لگان اَسی چھِ پان ژۄمراوان ۔ بۄرۄ تہٕ چھُ یی کران . گول تہٕ ڈُلاٗم شکل چھیٚہ یتھ کایناتس منز مناسب شکل۔ کُنہٕ تہٕ چھیٚہ وارٕ وارٕ ڈُلاٗم شکل رٹان۔ رۄدِ پھیرِ منز چھُ گول آسان۔ کُنہٕ تہٕ چھِ گول آسان۔ سون وۆجوٗد چھُ سٕٹھۍ اۆلۍ تہٕ اَدکنہٕ چھیٚہ اَسہٕ پننہٕ بقاہہٕ خاطرٕ موزوٗن شکل ایختیار ہیوان کرٕنۍ: راہی صابٕنۍ نظم "ہندٕ فونوٗس" چھیٚہ مےٚ یاد ہیوان:

ژُھتھٕ پھوکھ لایہ ہم
سخت اۆلۍ چھُسے
تبوٗت اۆلۍ زِ.......

ووٚنۍ نی تو لفظ ۔ وِٹگنسٹاین چھُ دپان "میانہٕ دُنیہچہ کوتاہیہِ چھیٚہ لفظن ہنز کوتاہیہ"۔ مگر یہِ چھُنہٕ ممکن زِ اگر لفظ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ آسہن توٚتہٕ تہٕ واتہوٚ نہٕ اَسی کُن۔ بڈٕ کھوتہٕ بڈ ڈِکشنری چھیٚہ آکسفورڈ ڈِکشنری ۔ اَتھ منز چھِ زٕ لچھ لفظ یمو سٕتی کیاہ زانو اَسی کایناتھ۔ اَسہٕ چھُ وِزِ وِزِ لفظن ہنزِ تنگیہِ ہُند احساس گژھان۔ ییٚلہ زانہہ اَسی کُنہِ باتھِ منز آوٕرنہٕ چھِ یوان زِ لفظ چھِنہٕ ساتھ دِوان ، اَسی چھِ اَکھو، اَچھو تہٕ دٔستو سٕتی اشارٕ ہیوان کرٕنۍ۔ اَسی چھِ ژکھ وِزِ مۄچھ وٹان۔ اَسی چھِ لفظو وراۓ تہٕ کینہہ بۄزناوان وَنن۔ اَتھی جایہِ چھُ شاعرٕ سُند کمال۔ شاعر چھُ پننہٕ وۆجوٗدکس تلاوس منز ڈینگ دِتھ ہیکان نہٕ نہٕ کینہہ باوِتھ ہیکان ییٚنہٕ عام انسان زانہہ باوِتھے ہیکہِ۔ سُہ چھُ پننۍ تجرُبہٕ عاٗم تہٕ غاٗم ظاہر بۄزناوان کرٕن مگر توتہٕ چھُس پننہٕ ناکامیہٕ ہُند احساس روزان۔

آتش کدہ ہے سینہ مرا رازِ نہاں سے
اے واے اگر معرضِ اظہار میں آوے

باونہٕ آمُت تجرُبہٕ چھُ اصل تجربہٕ نِشہٕ کِتہٕ کور دوٗر آسان۔ شاعر چھُ لفظن ہُند بادشاہ مگر لفظن ہُند وسیلہٕ چھُ موحدوٗد۔ اَسی ہیکو نہٕ لفظن ہند مددٕ سٕتی موموٗلی چیزٕ چ باوتھ تہٕ کٔرِتھ۔ مثلن وَنو اَسہِ "ہٹ" کیاہ چھیٚہ ، کُنہٕ کیاہ چھیٚہ ۔ "کُرسی" کیاہ چھیٚہ ۔ یِہنۍ ہیکو نہٕ وٕنِتھ۔ غالب چھُ پرژھان :-

ضعیف الاعتقادی بجایہ تشکیک تہٕ لاادریتس ستی رلان مگر مُشکِکس تہٕ اَکس سِریت
پسند صوٗفیس درمیان چھیٚہ اکھ نُمایاں فرق۔ باطن پسند صوٗفی چھُ محرم اسرار نہٕ آسان،
یُس حقیقتکی اکثر جلوٕ پننیو اَچھو وُچھان چھُ یا باطنی حسو ژینان چھُ۔ مگر تجربس تہٕ بیانس
درمیان چھُس اکھ رسمی لفظ انکشافہٕ بجایہ حجاب باسان۔ بقولِ غالبؔ ؎

محرم نہیں ہے تو ہی نواہائے راز کا
یاں ورنہ جو حجاب ہے پردہ ہے ساز کا

گویا سِریت پسند صوٗفی چھُ مابعدالطبیعاتی حقیقتن ہُند تخیلی ڈراما وُچھان، مگر یہ
نظارہ چھُ لوٗتاہ زیادٕ وسیع، سوٗن تہٕ سِرساوی آسان، زِ وُچھن وول چھُ حقیقتن پرد
تُلنہٕ بروٚنٹھے کلان، تہٕ کیازِ زبان چھیٚہ عقلیتھ پسندی ہُند زال تہٕ سِری تجربہٕ چھُ
وجدانی صوٗرتحالک نتیجہ۔ امہِ حسابہٕ چھِ اَچھر ژھوکان تہٕ سِری صوٗفی چھِنہٕ باطنی تجربن
ہُند علم آسنہٕ باوجود امہِ کس بیانس پیٹھ قدرتھ تھاوان۔ بقولِ پروفیسر ولیم ارنسٹ
ہاکنگ "اَوے چھُ انگریزی لفظ "مِسٹِسزم" مصدر "مُم"۔ یمیُک مانے زانتھ خاموش
روزُن چھُ۔" مگر واقعہ چھُ یہ زِ سِریت پسند چھِنہٕ اسرار پسندی ہندِس جذبس تحتھ قطعی
خاموش گامتی، بلکہ چھکھ بعض اوقاتھ نہایتھ موخصر الفاظن تہٕ گیہے واری داتی کرہکن
منز پننہٕ باطنی ژینہٕ وٚنی ہند باس دیتمت۔ حالانکہ صوٗرتحالک تقاضہٕ اوس خاموشی
مگر پیٚھمین اسرار پسند صوٗفین ہندی چھِ زٕ قسم، اکھ گے تم یم ہمیشہ شُکرکس عالمس
منز روزان، تم چھِ یاتے روٚبوٚد آسان گامتی یا چھِ ترتھ کنتھ وَنان یمن ہُند مانے
زانُن دشوار چھُ گژھان۔ گوڈنچہ صوٗرچ مثال چھیٚہ منصور الحلاج تہٕ سرمد دوٚیمہ مثالہٕ چھیٚہ واریاہ
زیادٕ۔ یمن منز یہ فقط زٕ مثالہٕ یمہٕ یچھہٕ بلکُل ہشے چھیٚہ۔ لاوتسے چیٚنگ مشہور سِریت
پسند چھُ پننین باطنی تجربن ہُند نتیجہ یتھ کٕنہٕ بیان کران۔

"یُس زانہٕ سُہ چھُنہٕ وَنان
یُس وَنان چھُ سُہ چھُنہٕ زانان

اَوے چھُ عارف پننہٕ نُطقکی تہٕ پننین حواسن ہندی درواز دِتھ تھاوان۔
(تنکیازِ) خاموشی چھیٚہ کُنے فطری طریقہ۔"
تہٕ حضرت مولانائے روم چھِ اَتھی خاموش تجربس پیٹھ کنُ زلوٕ دِوان۔

# تصوُف

# تہٕ

# مقامی فلسفن ہندِ ہشر پھیر تہٕ میل

رشید نازکی

انسٲنی ذیہن چھُ پننہِ ابتدٲیی شوٗعوٗرٕ پیٹھے ترٛیو اہم سوالو وٕژلمُت۔ اول یہِ زِ یہِ کُس چھُس تہٕ کتہِ آس، دوٗیُم یہِ زِ میون ماحول یا اندی پکی یہٕ پرکرتھ یا فطرتھ کیاہ چھیٚ تہٕ ترٛیُم یہِ زِ یتھ سارٕسے نظامس چھا کانٛہہ طاقتھاہ تہٕ یتہٕ کنہِ، یُس امیک میزان ڈنٛجہِ تھوٚوتھ چھُ؟ امہِ استفہامہٕ کِس نتیجس منٛز چھیٚ ترٛیٚ اہم سوٗنچہِ نہجہِ بارسس آمٕژ۔ فلسفہٕ، مذہب تہٕ سائنس۔ فلسفہٕ چھُ بروٚنٛہٹھے تعیناتھ مقرر کرنہٕ بجایہٕ پزرس تام عقلہِ تہٕ استدلالہٕ کرٕ زورٕ واتنٕچ کوٗشش۔ سائنس چھُ اتھی پزرس تام واتنٕچ عملی کوٗشش تہٕ مذہب چھُ فلسفُک استدلال تہٕ سائنسُک عملی پہلو دوشوٕے زٕچھتھ یہِ پزر پرکھاونٕچ، موٗحسوٗس کرنٕچ تہٕ منٛز شروٗپراونٕچ بیاکھ کوٗشش۔ سائنس تہٕ مذہب یتھ کنٛی رلاوتس پیٹھ چھُ ممکن کینٛژن دوستن آسِ شکھ گینوٗمُت زِ یہِ ہا چھُس نٕلی کتھاہ وَنان۔ مگر لیوٗدٕے اسی مذہبکس روٗحس ستوٗ تہٕ فقط ظاہرداری مذہب ناو کروٗ نہٕ، امکی باطنی تہٕ سِری پہلوٗ چھِ عملہِ ہندِس سوٗتھرس پیٹھ واریاہ زیادٕ سائنس نزدیٖکھ۔ دوشوٕے چھِ تجربہٕ کران، اگرچہ تجربن ہنٛز توٗنیتھ مختلف چھیٚ۔ سِریت چھیٚ مذہبکہ امی باطنی پہلوٗچ نمایندگی کران۔ میٚ چھُنہٕ مُدعا زِ یہِ کرٕ ییتن سِرنٕک پوٗرٕ توٲریخ بیان۔ البتہٕ چھُ یہِ ضروٗری زِ سِریتس مُتلق پنٕنہِ میٚ کینٛژن کتھن موٗختصر پاٹھۍ واش کڑٕن۔

سِرنٕک داوا چھُ فقط یہِ زِ سانہِ زبردس کوٗششو باوجوٗد چھیٚ حقیقتکس انکشافس منٛز کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ کسر باقی روزان۔ وُچھوٕے تہٕ امہِ حسابہٕ چھُ سِرنٕک اصل

اَکھارِ پٔتہٕ سُند خیال چھُ سِریت گیو۔ بِتھۍ پٲٹھۍ رُجحان چِھنٛس منٛز پٲدٕ پہٕ ترقی ہِندِس انتہٲیی
نوٗقطس پیٹھ وٲتِتھ پوٚک ہیوٚنٛدوستان کُن، چُنانچہ ویدانت تہٕ برہمنیت چھیہٕ اَمِچ مُختلف
شکلہٕ، مغربہٕ کِنۍ چھیہٕ یُہٕرہٕ رٕوٗچھِ وادی منٛز شیٖمہِ صدی قبل مسیح ہِریت پٔنٛنِس شبابس پیٹھ
وٲتان۔ چنانچہِ اَتھ وقتس منٛز چھُ مختلف اسرار پسند سِلسِلن ہُند ناو کُنن گژھان
یِمَن منٛز مِصرچ، آسپرِس، شامچ، آڈونِس تہٕ یوٗنانچ ڈمیٹرِ تہٕ آرفِینِس ایران تہٕ رٕوٗچھِ
مِتھرا جماژ قٲبلِ توجہ چھیہٕ۔ اکھ خاص کتھ چھیہٕ یِمَن جماژن مُتلق یاد تھاوٕنۍ لایق
زِ یِم آسہٕ مُروجہِ مذہبن ہِنٛزِ نِہجہ تہٕ پٔیلہِ ساگٲنۍ مُروجہ مذہب، نُمٲیش، ہاو باو سیاسی
شطرنج بٲزی منٛز ہیٛنہٕ آسِو لوان، کیٛنہہ خاص تہٕ حساس انسان آسِ ظٲہری مذہب دٲرِ یو
نِشہِ دوٗر رٕوزِتھ، نسل قوم جِنٛس تہٕ ذاتھ منٛزٕ اوٚتھ، حقیقتھ اعلیٰ ہس ستۍ سیٖدِ سیوٚد
پَنُن تالُق پٲدِ کرنچ کوشش کران۔ اَمیُک راست نتیجہِ اوس یہِ زِ یِم آسِ پانے پَنٕنہِ
خاطرٕ اخلاقی تُبنیاد تہٕ موہیا کران تہٕ پَنٕنہِ عملُہ ہند معیار دوٚیمِس دُنیٛہس منٛز پَنٕنہِ
زندگیہِ ہُند بقا زانان، یِمَن پُراسرار جماژن تہٕ فلسفیانہٕ ہِرتِیَس منٛز چھُ یہِ مُشترک عقید
لَبنہٕ یوان، زِ اخلاقی تیٲری چھیہٕ انسانُن جذبہٕ تہٕ سوٗرِ کِس عالمس کُن رہنمٲیی کران،
یُپٔتہِ دلیوتا، روحِ اعلیٰ یا بالا حقیقتس ستۍ وصل مُمکن سپدِ۔ عیسویت بارَس ییٛنہٕ پتہٕ کرِ
عیسلے راہبو ایشیائے کوچکس منٛز واریاہ یِرتھ جماژ پٲدٕ، یِمیُک نتیجہِ یہِ ڈراو زِ پتہٕ پتہٕ واٚلۍ
مذہب دار مثالے پال، یوحنا تہٕ بییہِ واریاہ عیسائے عالم گے عیسایتک تابیر کران گران
یِمو جماژو نِشہِ مُتاثر۔ افلاطوٗنہٕ سُند اکھ مُقلد فلاطینس سنہ ٢٠٤ء تا سنہ ٢٧٠ء
اوس سُہ گوڈنیُک زیرک تہٕ ذہین انسان یِمیٚ پَنٕنہِ پارٕدی فکرِ تہٕ رتبو اخلاقو ستۍ باطنیہ
کلاسِکی دُنیٛہس منٛز فلسفہٕکِس مرتبس تام واتہٕ ناو۔
شیٖمہ صدی ہِندِ آخری وریِن منٛز آو جزیرے نُمائے عربس منٛز اسلام
بارسس۔ حضور رسالتمآب صلی اللہ علیہ وسلم زٲے مکہ شریفس منٛز سنہ ٥٧٠ء منٛز۔
سنہ ٦١٠ء منٛز کوٚرتھو نبوتُک دعوا، سنہ ٦٢٢ء منٛز سپز ہجرت تہٕ سنہ ٦٣٢ء منٛز کرِ تِمو
رحلتھ۔ حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہِندِس وقتس منٛز اوس اسلامی نظامہٕکِس ظٲہر یِلنے
شریعتس ستۍ ستۍ اَمِکِ باطنی پہلوٗک تہٕ زبردس چکہ چاو یُتھ پتہٕ طریقت ناو پیو، حالانکہ

لب بہ بند و گوش بند و چشم بند    گر نہ بینی نورِ حق بر من بخند

گریٚلہِ تِس اسرار پسندی ہُند تہٕ وجدانی تجربن ہُند میٚل گفتارس پێٹھ مجبوٗر کران چھُ، تِس چھیٚہ زیوٗ کلان ہش، نہ چھِنہٕ کہیں تہٕ باوان، فقط اکھ دُعا چھُ تہندیو وُٹھو پێٹھی پھسرارٕ کران نظرِ گژھان۔

اے خُدا بنمائے جان را آں مقام    کاں دراں بے حرف می روید کلام

گویا اُچھرن ہُند نقاب چھُ اکھ دُنیہس منز حجاب بنان تہٕ سائیکس چھُ اکہِ تتھہِ مقامُک آرزو گنان یێتہِ اُچھر کایہ ورٲے کلام خاموشی ہندک پوش ہێنتھ وۄپدان آسہِ ہے۔

تہٕ ساڈ بڈ سِریت پسند عارف شاعر لل دێدِ چھُ اکھ ژھوپہٕ منز شنکر وُزان نظرِ گومُت۔

مَن پُش تے یژھ پُشانی
باوکو سُم لاگی زہس پوزے
شیٖشہٕ رَس گوڈ وزنس زِپہ داٹی
ژھوپہٕ منز شنکر سو اتھ وُزے

ہسریکہِ ییمہِ موخصر ترین جائیزہ ستی چھیٚہ یہ کتھ شاید واضح گژھان۔ زِ انسانی شعوٗرُک یم تریہ سوال چھہِ پرێتھ عہدس منز پرێتھ دلیشہ کین مُکن دریش اُسی منز تہٕ پێنہٕ پننہٕ ماحولہ مطابق چھُ سِریت پسندی ہُند یہ رُجحان کتھن جواب دِوان روٗدمُت، گہے سێدِ سیوٚد تہٕ گہے تمثیلاتن، اشارن، کنایَن تہٕ باقے درگہ اظہارن منز۔ اکثر چھُ یہ طرزِ بیان سانہ رسمی تہٕ میکانکی بیانہٕ نِسبَت بدون آسان۔ بیانُک لطف تہٕ استعارن تہٕ کنایَن ہُند یدِ بیضا ستی لن ترانی پھُرٲوتھ۔ اَدبی ہندس اقلیمس منز داخل سپدان۔ شاید چھُ یوہے وجہ زِ اکثر سِریت پسند صوفی خاہ تم کُنہٕ قومکی یا کُنہِ دیشکی چھہِ، چھہِ اکثر یا تہٕ موخصر نثری کلامس منز سِر بادتھ کران یا چھہِ پننہٕ اظہار باپتھ شارٕ زبان ژاران، یوس لفظو رنگی منتخب تہٕ اختصارٕ رنگی استعارٲتی، محاکاتی تہٕ تلمیحاتی آسان چھیٚہ۔ ویدن ہندی مُصنف اکثر اپنِشد، مولانائے روم، ابنِ فرید، محی الدین ابن عربی، غزالی، حافظ، ڈانٹے، گوئٹے، دیونا سس افلاطون تہٕ فلاطینس چھہِ امی درگہ سِری اظہارُک آگریم چھہِ۔ فقط کینہہ ناو نیٚتہٕ چھُ واقعہ زِ دُنیہک کانہہ دور چھُنہٕ تِمن سِریت پسندی ہندیو نمایندو نِسبَت خالی آسہِ۔ پژھ نِسر

زانُن، توکل ورتاوُن، دُنیا داری ہنز پریتھ صورژ نِشہِ دوٗر روزُن۔ اصحاب صُفہ
ہنز زندگی چھیہٕ خود رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ہنز زندگیہِ منز سِریت پسندی ہُند اکھ بوڈ
بارٕ ثبوت دِوان۔ یم مسجد نبویؐ منز فقط روٗبہ پہندس فضلس پژاران آسی تہٕ یمن متلق حضورؐ پانہ
فرموو زِ تِم تمام سکھ یم توہہ تہٕ تہندِس قسمتس پیٹھ پکن، آسن توہہ تہٕ میہ سٟتی جنتس
منز۔ ووں گوو یہ زِ اکھ زمانس منز کیازِ آسہٕ یمن مکن صوٗفی ونان تہٕ اکھ تحریکس
تصوف ونان، اکھ چھُ میہ پننس اکِس مضموٗنس منز تفصیلہ سان جواب دِیتمُت۔
زِ حضورن ہندس وقتس منز۔ اوس سارِوے کھوتہٕ بوڈ لقب صحابی یتھ تھوٗد کانہہ
لقب اوسہٕ، امہِ لگپہ پتہٕ اوس تابعین تہٕ تبع تابعین، مگر ہناہ چھیہٕ اتھ یتھ
کتھ سام ہیننی تہٕ لازمی بنان، زِ خلافتِ راشدہ پتہٕ گیہٕ اسلامس منز خلافتہٕ بدل
ملوکیتھ قائم، یتھ کِ دِس امیر معاویہ پہندی دِسی لوگ۔ اکہ صورتحالس منز آو تصوف
تمہِ وزِ بارسس بیلہِ جابر حکومتو قرآن تہٕ حدیث پننیو مقاصدو خاطر استیمال کرُن ہیوت
اتھی دورس منز چھُ اسلامس منز تصوف بحثیتہٕ اکھ طرزِ زندگی شوٗروٗع گژھان۔ تِم
لکھ یم سیاسی شور پسندی نشہِ لوب روزُن یژھان آسی تِمو کوٗر سیاسی شطرنج بازی
الوداع۔ تہٕ خدائیس سٟتی تھوٗوکھ پننُ راست تالُق۔ یمن گوڈٕ کالکین اسلامی صوفین منز
چھِ آلِ علی سارِنے ہُنزس آسان، یم دُنیا داری سٟتی سٟتی تصوف یا سِریت پسندی ہندک
تہٕ بڑی امام آسی۔ ہندس اکھ طرزِ عملس چھِ سیاسی وجوہاتہٕ مدنظر تھاونِ لازمی۔ امی
وزِ چھُ یہودیت تہٕ عیسائیتس منز نوافلاطونیتک زبردس اثر آسان تہٕ یہنز سِری
تحریکہ چھیہٕ آسان فلاطونیس ہنز سِری تحریکہ نشہِ متاثر۔ ملوکیتھ قائم گژھنس سٟتی سٟتی
گوو اسلامی فتوحاتن ہُند اکھ زبردس سلسلہِ شوٗروٗع تہٕ مسلمانو کوٗر واریاہ دوٗر تام پلہٕ۔
امہِ برونٹھے اوس خلافتھ راشدہ کس وقتسے منز شام، ایران تہٕ مصر تمہِ وقتکہِ
تہذیبکی ترییہٕ اہم مرکز اسلامکس قبضس منز آمتی تہٕ اتہٕ اوس اسلام یمن پرانین تہذیبن
موکھ مدایہ وُچھان۔ چنانچہ بیلہِ اسلامس فلسفک OUTER FRAMEWORK بناوُن
پیوو، تمی کوٗر روٗمی تہٕ ایرانی تہذیبن نِشی لین دین شوٗروٗع۔ سیاسی سطحس پیٹھ اوس
اسلامن روٗمی تہٕ ایرانی سلطنتن فتح کرمژ، امہِ کنی اوس دون مختلف تہذیبن (روٗمی
تہٕ ایرانی) ہُند رنگ وارٕ وارٕ مسلمانن ہنزِ زندگی منز نوٚو خاکہ تیار کران۔ امہِ وزِ اُس

طریقتُک یہ لفظ چھُ پانہٕ حضور صلی اللہ علیہ وسلمو پننس عملی کردارس تہٕ باطنی تجرباتن ہندِس
اظہارس ناو کورمُت ، یہ چھُ واقعہٕ زِ امہٕ ساتھ اَتھ ہری تحریکہٕ اوس نہٕ کانہہ ناو ، مگر
اتھ کتھ انکار کرُن چھُ سیٹھاہ مشکل زِ اسلامکس ظاہری تہٕ عملی کردارس ستی ستی کیا
اوسنہٕ باطنی تجرباتن ہُند اکھ عنبکھ سۆدُر گرٕزان۔ چنانچہ قرآن کریمکی اکثر آیات
تہٕ حدیث شریفن ہندی طومار چھِ اَتھ کتھِ کُن اشارٕ کران ، یہ کرٕ اختصارٕ موکھہ فقط
اکھ آیت تہٕ اکھ حدیث پیش ۔

خُدایہ سنز ذات گنز راوان گنز راوان چھُ قرآنِ مجید وُنان

هُوَ الْأَوَّلُ وَالْآخِرُ وَالظَّاهِرُ وَالْبَاطِنُ

سُے یانے خُدائے چھُ اول تہٕ تہٕ آخر تہٕ ، ظاہر تہٕ تہٕ باطن تہٕ ، گویا اسلام چھُ ظاہر تہٕ
باطن خُدایہ پسندِ ذاتکی زٕ پہلوٗ زانان ، یم اکھ اکس نِشہٕ جُدا ہیکن نہٕ گژھتھ تہٕ یہند
یکہوٚٹ روزُن انسانی زندگی ہندِ میزانہٕ خاطرٕ تہٕ لازمی چھُ۔ چنانچہ خود رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم
چھِ اکثر یمن باطنی تجرباتن منز محو روزان آسمتی تہٕ خاص پاٹھی نزولِ وحیچ کیفیتھ چھیہٕ
امی باطنی عالمچ نشاندہی کران ، نزولچہ امہٕ کیفیژ ورأے تہِ چھِ حضورؐ اکثر باطنی سرمستی ہندِس
تتھ عالمس منز آسان یُس ظاہری زندگی نِش بلکل بیوٚن تہٕ بدوٗن چھُ۔ اتھ سِلسلس منز
کرٕ یہ فقط زٕ حدیث شہادژ رٔنگ پیش۔ اول

لِي مَعَ اللهِ وَقْتٌ لَا يَسَعُنِي فِيهِ نَبِيٌّ مُرْسَلٌ وَلَا مَلَكٌ مُقَرَّبٌ ۔

یانے میٚہ چھُ باز اوقاتھ خُدائے کرِمُس ستی تیُتھ قورُب حاصل سپدان زِ اَتھ خلوتس
منز نہٕ ہیکہِ کانہہ نبی مرسل بار یابی لبتھ تہٕ نہٕ کانہہ مقرب فرشتہ ۔ تہٕ بیاکھ حدیث چھُ
حضرت عائیشہ صدیقہؓ سنز زبٲنی زِ تمہ ژاے اکہِ دوہہ حضورنؐ نِش ، تہٕ رسول اللہ صلی اللہ علیہ
وسلمن پرژھ تمن ، کُس چھُکھ۔ یہ چھس عائیشہ تمو پرژھکھ کوس عائیشہ ، تمو وونُن ابابکرؓ سنز
کور ، تمو وونہکھ کُس ابابکرؓ ، حضرت عائیشہؓ۔ محمدؐ سُند ہہر بابہ ، تمو پُرژھکھ کُس محمدؐ تہٕ
حضرت عائیشہ فرمادان میٚہ تورٕ فکرٕ محمدؐ چھِ باطنی حالتس منز تہٕ یہ ذرایس لوٗت پھیرتھے۔
یہ سورے کینہہ وونُن میٚہ امہِ کنِز زِ یہ کتھ گژھِ واضح زِ ہر پیٚٹھ تہٕ اسلامی سرچشمہ
بُنیاد چھیہٕ خودِ پیغمبرؐ خدائیس نشی نظر گژھان ۔ مثالے نبوتہٕ تہٕ برونٹھ خلوتس منز روزُن ،
قناعت پسندی ، راتن شب بیدار روزُن ، دُنیاہ ناپایدار زانِنس ستی ستی آخرتک زادٕ اتھ

اگرچہ یہ ہتھ فیصد صحی چھُنہٕ تکیاز اسلام یتھ قومس یا مُلکس منز ووت، پننہٕ جدت تہٕ تازٕ کاری ہِتی کوٚر اَمی سہ خطہٕ اَکتھ کنی مُتاثر تہٕ بیٚیتھ کنی کرٕن یمن تہذیبن تہٕ تمدنن ہندی پرتی اثراتھ قبول تہٕ۔

تمتع بہر گوشۂ یافتم

بہر خرمنے خوشۂ یافتم

اَتھ اوس ساروے کھوتہٕ بوڈ وجہ یہ زِ مُسلمان اوس پرتھ قسمُک عامس پنُن رووُمُت میراث زانان۔ الحکمۃ ضالۃ المؤمن

عباسی دورِ خلافتھ چھُ تاریخِ اسلامک تیُتھ اکھ دور یتھ منز اسلامی تمدن پننس ترقی ہندِس تاپہ ڈیہرس تام ووتمُت اوس۔ اَتھ دورکہ متس اوس اَکتھ کنی اوندیُس تام اثر رسوخ تہٕ بیٚیتھ کنی وسطِ ایشیاہس تام پلہِ۔ اَتھ دورس منز خاص کرتھ ہاروُن رشید تہٕ مامون رشید ہندِس وقتس منز بنیوو عباسی دربار تمام عالمہٕ کین علمن تہٕ فنن ہُند مرکز ہیوندستانی ویدانت، ایرانی اشراقیتھ تہٕ مغربی حصن ہنز نوفلاطونیتھ رلیہٕ تمام اَہندِس دربارس منز۔ یہ کتھ تہٕ چھیہٕ یاد تھاوٕنی لایق زِ تمہ نوفلاطونیتکی اکثر اہار چھِ خود بذاتھ اشراقیتس ہِتی رلان، یوس ترتیمہٕ صدی منز اسکندریہس منز بارس آیہٕ۔ نوفلاطونی تہٕ آسی اَمہ کتھِ ہندی قایل زِ عالم تہٕ آدم چھِ خُدایہ سندِ ذاتکی آیینہٕ تہٕ نس یانے خُدایس ورأے چھِ تمام چیز اعتباری تہٕ ظاہری، فقط چھیہٕ خُدایہ ہنز ذاتھ حقیقی اَمہ مسلکِ خیالک بوڈ بانی کار اوس شیخ محی الدین ابن عربی یمی تصوفس منز عالم تمثال داخل کرِتھ تصوف فلسفہٕ بنوو۔

چو غلام آفتابم ہم از آفتاب گویم

اَتھ اوس بیاکھ وجہ خاندانِ برامکھک کمال، یم پایہٕ علم دوس آسنس ہِتی ہِتی اصلی بلخکین وہارن ہندی برمکھ آسی۔ یوٚہے برکھ لفظ اوس عربی چھوپہٕ موجب برکھو بنیومُت اَہندسے دورس منز آے باقے فلسفن ہِتی ہِتی اسلامی تصوفکی مختلف فرقہٕ تہٕ وانہٕ بارس تہٕ واریاہ سلسلہٕ بنییہٕ۔ اگرچہ یتین اَمہٕ نو SYNTHESIS ہنز پوٚر پوٚر سام ہیمہٕ، مگر چھُ باسان یہ گژھہ پننہٕ عنوانہٕ نِشہٕ واریاہ دوٗر مگر اکھ مثالہٕ ہِتی کرِ یہ اَمہٕ نوٚہِ امتزاجچ اکھ خاص مثال پیش۔

رۄمی تہذیبس منز نوفلاطونیتھ عام گامژ تہٕ یوٚہوٗدلو کیو عیسایو اوس یہ فلسفہٕ پننس مذہبس منز عام پأٹھی تہٕ ہری تحریکن منز خاص پأٹھی دأخل کوٚرمُت۔ یہ نوفلاطونیتھ اوٚس افلاطونہٕ پندِ "اعیان ثابتہٕ تہٕ عالمِ تمثیل" کہ فلسفچ اکھ بگریامژ صوٗرتھ یوسہ تمی پندی اکی رۄمی پأروکار فلاطونیسن مذہب بناوِتھ پیش اوٚس کرمژ۔ اَمی مذہبچ آخری پأروکار اوٚس مشہوٗر ریاضی دان زنانہٕ HYPATIA، یوسہ عیسایو مصرس منز بڈ بیدردی سان قتل اوٚس کرمژ، چنانچہ مصر تہٕ شامک اسلأمی تصوٗف گو امہ ہری تحریکہٕ ستی واریاہ زیادٕ متأثر تہٕ نوفلاطونیتکی کینہہ رتھی عقیدٕ آے اسلامس منز یم بہرحال نغار اسلأمی اوٚسی۔

دوٚیمہ طرفہٕ یلہٕ نے ایرانس تہٕ وسطِ ایشیاہس منز اوٚس بدل صوٗرتھ، اسلامہٕ برونٹھ اوس اتہٕ زرتشتیت تہٕ بُدھمت پانہٕ وأنی رلہٕ گامتی۔ زرتشتیت اوس اَتیک مقأمی مذہب تہٕ بُدھمت اوس کشیرِ پیٹھے خُتن، کاشغر، یارقند، سمرقند، بلخ، بخارا، تبت، چین تہٕ منگولیا تام ووتمُت تہٕ زرتشتی مذہب اوس نوٗر تہٕ تأرکی زٕ مستقل خُدأیی صفت مانان۔ اہورامزد تہٕ درج اہرمن۔ بقول علامہ اقبال "یم اَپہٕ زٕ مُستقل فعلیژ بلکہ ہستی اولا یا حقیقتِ اعلیٰکی زٕ پہلوٗ" اوٚے چھ شہ امس ایرأنی پیغمبرس دُنیاوی نوقطہٕ نظر مُوحّد تہٕ فلسفیانہٕ نوقطہٕ "نظر دوٚیی پسند مانان۔ زرتشت تہٕ اوٚسی مختلف عالمن ہندی قأیِل تہٕ امہ مذہبکی مانن وألی اوٚسی وَنان زِ روٗح چھُ پننس صعودس منز ژورو عالمو منزی گُذران ‎(۱)‎ زمین خیالن ہُند عالم ‎(۲)‎ زمین الفاظن ہُند عالم ‎(۳)‎ زمین اعمالن ہُند عالم ‎(۴)‎ ازلی سوٚکونگ تہٕ طمانینگ عالم امہِ طرزِ فکرک نتیجہ دراو یہ زِ مسلمانو یلہِ ایرانس منز کھور ٹھہراوی تمن گو زرتشتیت تہٕ بُدھ مذہبکس امتزاجس ستی اکھ نوو مِیل، یمیک نتیجہٕ اوٚسی اِشراقی فلسفس منز ڈُچھان چھہٕ، چنانچہ شیخ الاشراق شیخ شہاب الدین سہروردی مقتول چھہٕ اَمی فلسفہٕ اِشراقکی زبردس علمبردار آسان تہٕ اَمیُک اثر چھُ ایرانس منز پأدٕ سپدن وألس تصوٗفس اکھ خاص رنگ عطا کران تہٕ یم عظیم الشان صوٗفی ایرانس تہٕ وسطِ ایشیاہس منز پأدٕ چھہٕ گژھان تم چھہٕ اَکھ کنہِ اسلامس اکھ نوٚو صوٗفی فلسفہٕ دِتھ نوین عالمن ہُند پۓ دِوان تہٕ بیٚیتھ کنہِ اَکھ مذہبس منز عجمی اثراتھ پأدٕ کرنچ کوشش کران، چنانچہ مشہوٗر خاورشناس نکلسن سُند خیال چھُ زِ "تصوٗف چھُ آریأیی اقوامن ہُند سأمی مذہبن خلاف اکھ بغاوتھ۔"

ستۍ یورپی ملکن منز چنانچہ ٹایپس آف فلاسفی ہند مصنف ولیم ارنسٹ ہاکنگ
سُند خیال چھُ ز،

"فلاطینس PLOTONIOUS نے اپنا زبردست اثر چھوڑا اِس کا
مسلکِ خیال یعنی نوفلاطونیت اسکندریہ سے لیکر تمام عالم کی کلاسیکی
قدامت میں جس کا رنگ دن بدن اڑ رہا تھا خوب پھیلا۔ اُس نے عربی فلسفہ
میں بھی جگہ پائی اور پھر ایران کے مسلمان صوفیوں سے جنم لیا، مثلاً الغزالی ۱۰۵۸ء
جو بغداد میں فلسفے کا معلم تھا (بقول ہاکنس) الحاد میں گرفتار ہوا۔ اور اپنی
کرسی، تعلیم اپنا گھر بار سب چھوڑ کر تارک الدنیا راہب کی زندگی بسر کرنے
لگا، اور بالآخر سریت پر دم لیا۔ اس کے فلسفے سے ڈایناسیس کاذب متاثر
ہوا اور پھر اُس سے سِریت کے متبعین کی ایک نسل چل پڑی۔ جان سکوٹس
اریجینیا، برنارڈ کلیرواں مایسٹر ایکارٹ، ٹاولر، سوسو ڈیسیا، نکولس کوسانے۔
برونو سایلیس، بوئیمے ڈانٹے، ولیم بلیک، کولرج، سپنوزا اور شیلنگ اسی
سِریت کے خوشہ چین ہیں[1]

سِریتُک یہ عالمی تناظر دِنہٕ پتہٕ یمَو اسہِ ووٚنۍ کٲشرِ کُن تاکہ اسۍ وُچھو اَمہٕ دِزٕ
کم سِری تحریکہٕ آسہٕ کٲشِرِ منز موجوٗد تہٕ کم رُجحان آسۍ پرٲنۍ تہٕ کم اسۍ نوان۔
بقولِ پروفیسر لی، این، پُشپ چھیہٕ کٲشِر وید کالہٕ پیٹھے دسگاہ والین تہٕ صاحبِ
بصیرتھ ریشن ہُند مسکن روزمُت، یوٚدوَے وید کالکۍ ریشۍ صاحبِ بصیرتھ اسۍ مگر تم آسۍ نہٕ
تیاگی کمہنہٕ۔"[2]

نیل مت پرانہٕ پیٹھے چھُ کٲشِرِ منز ریشن ہُند بے پناہ لگان کٔرتھ پوزا یہٕ ستۍ ستۍ
چھُ بیتہٕ برہمن ہُند زبردس زور آسان مگر اَکِمہٕ صدی عیسوی پیٹھٕ چھُ بُدھ مذہب اَمہٕ
برہمنی متُک زور پھٕٹراوان۔ چنانچہ کٲشِرِ منز چھُ اوٚٹِمہٕ صدی عیسوی تام بُدھ مت پننس
عوٚروجس تام واتان تہٕ کٲشِر چھیہٕ پزی پاٹھۍ بُدھ مذہبکہٕ مرکزٕچ صوٗرتھ پراوان۔ میٚہ چھُ
ییتھ مضموٗنکس ابتداہس منز ووٚنمُت زِ ییٚتی پیٹھٕ چھُ بُدھ مذہب چینی تہٕ روٗسی
ترکستانہٕ علاوٕ افغانستان تہٕ ایران تام واتان۔ بقوٗل علامہ اقبال چھِ بُدھ مبلغ اَتھکِ

[1] انواع فلسفہ ظفر حسین خان صفہ نمبر ۳۱۰-۱۱۔ انجمن ترقی اردو ہند علی گڑھ۔ [2] ریشیات، کلچرل اکادمی صفہ نمبر ۷

زرتشتیتہ کِس سِلسِلس منز چھُ میٚہ ہیٚرکنہٕ دٔزمُت زِ یمو چھُ رۄحٲنی عالمکہ زٕدرٕ منزل تسلیم کٔرِمتۍ، رٔتۍ خیالاتھ، رٔتۍ الفاظ، رٔتۍ اعمال تہٕ ازلی طمانیتُک عالم۔ ہیٚندی جوگیو چھِ یمے مُقام یِتھٕ کٕنۍ پیش کٔرِمتۍ، مادی جسمُک عالم یتھ سُہول شیٚریر تہٕ چھِ ونان، نوٗرٲنی جسمُک عالم یتھ سنگ شیٚریر ونان چھِ، قوتِ حیاتُک عالم یتھ پرٛان ونان چھِ، جذباتن ہُند عالم یانے کامروٗپ، فکرٕ ہُند عالم یانے من، نفس روحانیک عالم بُدھی تہٕ خالص رُہُک عالم یانے آتما، یم چھِ ستھ عالم لِوان تہٕ اسلامی تصوفن چھُ زرتشتیت تہٕ یوگ فلسفُک ستھ پانژن عالمن منز بِتھٕ کٕنۍ باگرومُت۔ عالم جسم یانے ناسوت عالم عقلِ خالص یتھ عقلِ مُستفاد تہٕ چھِ ونان، ملکوت عالم قوت یانے جبروٗت، عالم نفی اثبات یانے لاہوت تہٕ عالم سکوت یانے ہاروٗت۔

یہِ کتھ چھیٚ قابلِ توجہ زِ اسلامہٕ برونٹھ وسطِ ایشیا تہٕ ایرانچہٕ سری تحریکہٕ آسہٕ زردشیت تہٕ مذہب متھرا علاوہ بُدھ متہٕ نِشہِ تہٕ متاثر گامژٕ۔ مذہبِ متھراچ یہٕ اکھ خصوصیتھ چھیٚ دٲیراونٕ لایق زِ یم آسۍ آفتاب پرستھ یم آسۍ انسانٕ رُحن خُدایہٕ سند نوٗرُک اظہار زانان تہٕ یِتھٕ ہند خیال اوس زِ پُراسرار عبادژ ستۍ چھُ حقیقتہٕ الٰہس تہٕ انسانٕ رُحس درمیان اتصال ہیکان گژھتھ۔ رُح چھُ مسلسل عبادتہٕ ستۍ اپھرکٕ دایرہٕ نبر نیران تہٕ خالص نار بنان۔ یِنہٕ یہٕ واکس ایرانۍ تصوفس منز چھیٚ اسہِ یمن تمام سری تحریکن ہندی انہار اشراقیتھ تہٕ باقیہٕ متصوفانہٕ نظامن منز نظر گژھان، اَدٕ یہٕ کتھ چھیٚ ضوٗروٗر زِ یمن فلسفن ایجاب بخشنہٕ خاطرٕ تہٕ یم مسلمانن منز ہردلعزیز بناونہٕ خاطرٕ کوٗر صوفیو پرانین انہارن ہُند قرآنی جواز تلاش تہٕ اتھ منز گیٚہ تم وارِیاہس حدس تام کامیاب۔ یہٕ سپدٕ نہٕ فقط ایرانس منز یوت بلکہ عراق جزیرہ نمائے عرب، شام تہٕ باقے اسلامی خطن منز تہٕ روٗز یہٕ کوشش چلوٗنۍ۔ مثالے فلسفہٕ اشراقیتُک یہٕ دعوا زِ تِہُند فلسفہ چھُ قرآن مجیدکہ یمہِ آیتُک تفسیر۔ اللہ نورُ السمواتِ والارض (خُداے چھُ آسمانن تہٕ زمینن ہُند نوٗر) چھُ زرتشتیتُک نوٗر و ظلمات وِرژھناوان تہٕ یِتھٕ کٕنۍ مذہب متھراکہِ نوٗرُک یا بالالفاظِ دیگر آفتاب پسندی ہُند جواز پادٕ کران۔ مولانا رومہٕ سُند یہٕ شعر کوتاہ چھُ اتھ فلسفس نزدیک ؎

نہ شبم نہ شب پرستم کہ حدیثِ خواب گویم

مغربس منز یوٗرپہٕ نوفلاطونیتھ اسکندریاہس منزٕ پادٕ اُس گامژٕ، سوے واتژٕ تمدنی لبن دیٚنس

نفیچ پٕہ کوشش زِ ازلہ پیٹھے چھ انسانس منز مُلوی تمثیلن ہُند اکھ سِلسِلہ
چلوٗن رؤدمُت پہنزِ مُسلسل رواٸتی ہُند ناو اَنا بنان چھُ۔ چنانچہ یہ ساری کاینات
چھیٚیہ پننے تمثیلاتن ہُند بدلہٕ دُن تصورٕ ہِتی ناپاک تصوراتھ چھ بیٚیہِ زِمنس اَنان تہٕ
پرانی گوناہ ہورناوان۔ اگر انسانس یہ فکر نترِ زِ کانہہ تمثیل یا تصوراہ چھُنہٕ مُستقل انا
ہیکان بنِتھ تہٕ یم تمام تمثیلہ تہٕ تصوراتھ چھ لمحاتی تہٕ فرضی سہ بجادِ اَمہِ نش پننہٕ
دامن، سہ ہیکہِ زنمکہِ اتہ گتہٕ نش نجات لبنتھ، ییٚتھ کٔنۍ ژونگ تیل موکلتھ پانے ژھوکان
چھُ۔ ییٚتھے کٔنۍ چھُ غلط خیالن تہٕ تصورن ہُند نار ژھیوتِھ اِنسانہٕ ہنز انا نیٚتھ ژھنہٕ گژھان تہٕ
انانیتُک بوہے مکمل ژھیتہ گژھن چھُ نِروان تہٕ زندگی ہُند آخری مقصد۔ پرتھ کُنہ
چیزُک اصل تہٕ موٗل چھُ لاموجود لاشیٔت یا عدم ییٚتھ شُنۍ وَنان چھ۔

بُدھ مذہبکِ اَمہِ نہایتھ اِجمالی تذکرٕ ستی چھُ یہ جان پاٹھو نَنان زِ انسان سُند اوندرون
تہٕ عرفان چھُ اَمہِ مذہبک بُنیادی تصور۔ تجدید شُد شیومتُک بُنیادی اوصول تہٕ چھُ
یوہے عرفانِ نفس البتہ اتھ منز تہِ چھُ ویدانتک مایا تہٕ بُدھ مذہبک منکرانہ تفسیر۔ یہ مذہب
چھُ شیو تہٕ شکتی زِ بُنیادی تصوراتھ مانان یمن اَسی حقیقتِ اعلیٰ تہٕ فطرت ہیکو وَنِتھ۔ یم
چھِنہٕ فطرتس مایا بلکہِ حقیقتھ زانان (شیومت چھُ اکہِ حقیقتِ اعلیٰ ہُک تصور ییٚتھ کٔنۍ دِوان
زِ تکمیلکی ساری مرحلہ طے کرنہٕ باوجود ہیکہٕ پُرُش یا اِنسان نہ حقیقتِ اعلیٰ ہُک تصور کرِتھ
تہٕ نہ ہیکہِ اتھ نام تہٕ کمال واتِتھ۔ مگر یہ مانِتھ چھُ شیومت بُدھمتکِ اثرے اَمہِ
کتھِ ہُند قایل زِ آخری حقیقتھ چھیٚیہ انسانہٕ سُند انانیُس شعورِ آگہی تہٕ شعورُک مظہر چھُ۔
یہ شعور تہٕ آگہی چھیٚیہ پرتھ انسانس ظاہری عناصرو بالا وجدانی صورتس منز لبنہٕ یوان،
تہٕ یہے چھیٚیہ باطنی زوٗلہٕ زوٗر۔ مگر اتہ برونٹھ ییٚہن ہیکتھ چھُ شیومت یہ وَنِتھ وحدت الوجودی
بنان زِ یہ انسانی انا چھُ ساریوے منز ہُوے تہٕ ساری چھ اَمہِ بڑِ اناہکی حصہ۔ یوہے
انا چھُ شیو تہٕ یمہِ بدلہٕ ونہٕ عالمکی وِہ چھیٚیہ شکتی، تہٕ کیازِ شیو چھُ ییٚتھی بدلوٕنس عالمس
تہٕ اَمہِ کِس مُسلسل حرکتس منز پننہٕ ظہور دِوان۔ ییٚتھ کٔنۍ چھُ شیو تہٕ شکتی اکُے بوڈ انا،
یُس زن حرکتس منز ییٚتھ شکتی تہٕ سرمستی تہٕ وجدانس منز ییٚتھ شیو چھُ، گویا عالمِ تعقل
تہٕ عالمِ اسباب یا ظاہری عالم چھُ شیو سُند سُ روٗپ ییٚتھ شکتی وَنو تہٕ عالمِ
وجدان تہٕ اَمکی بالافطری تجرباتھ چھُ شیو، تہٕ پُرش چھُ دوشوٕنی ہنز ہلہٕ دُن یا مرکز۔

پاکوٚتام تہٕ بیٚیتھ کِنہِ چیٖن تام واتان ۔ کاشُری بُدھ مبلغن چھِ ہِند چیٖنی کین جزیرن تام بُدھ
شُند پاغام واتناوان ۔ بُدھ متُک یہ پاغام اوس ذات پاتس خلاف آسنس سیتۍ سیتۍ
ملاحظہِ عالم ، دوٚرُون بینی سوٚلوک ، ذِکر تہٕ ریاضتک قاۂِل ۔ بُدھ آسی ترکِ لذات ، نفس کشی
تہٕ اعتکافس بروٚنہٕ ونک شرط زانان ۔ اوکنہِ گوو کٔشیرِ منز ہاوِ باوس تہٕ ظاہری مذہب داری
زبردس دکہٕ ، مگر بیٚیتِس زبرکھ برہمن اوسی ذہنی طور بینُ پرون مذہب مُشراونس
پیٹھ تیار ، چنانچہ وارِ وارِ کوٚر برہمنو بُدھ مذہبک تیتھ سانچہٕ تیار ، یتھ منز آخرس
پیٹھ کنشکہ سندِ وقتہٕ ژوٗرِمس بُدھ کونسلس منز بُدھن زٕ جماژ گیہِ ہین یان تہٕ مہایان ۔
کاشری رُدِ مہایان فرقکی قاۂِل تہٕ اہندِ عقیدہٕ مُطابق آو بُدھ تہٕ اوتارن ہِندس شمارس
منز تہٕ بُدھ سنز موٗرتی تراوِ بلکہٕ دیوتاہن لرِ لوٚر مندرن منز ۔ یتھ کنہٕ گیہِ بُدھ مذہبچ
پننٕز الگ حیثیتھ ختم تہٕ برہمن ازمس تہٕ بُدھ متس درمیان گیہِ اکھ SYNTHESIS-
یہ صوزُ کال اُس اوٚٹھمہِ صدی عیسوی تام پننس تکمیلس واتمُت زٕ کٔشیرِ گیہِ سیاسی
تہٕ فوجی سطحس پیٹھ اکِ نوِ خطرچ شکار ۔

شاہکو بنو امیہ خاندانُک کوٚر کٔشیرِ ہِندِ سرحدن نزدیکھ دوٚلو طرفو حملہ
بنو امیہ ہکہٕ اکی فوجی سردار قطیبہ ہن کوٚر افغانستان تہٕ ترکستان ولیدہ سندِس عہدس
منز فتح تہٕ جنوٗبکہِ طرفہٕ کوٚر محمد بن قاسم ۷۳۳ء تا ۷۱۱ء تہٕ تس پتہٕ جُنیدن
سندھ فتح کرِتھ بروٚنہہ پکنچ کوٗشش ، چنانچہ جُنید ووت کٔشیرِ نزدیکھ امہِ وزِ اوس
کٔشیرِ پیٹھ راجہ للتادتیہ راج کران ۔ تمۍ دِژ جُنیدس زبردس شکست ۔ مگر شمالی
طرفہٕ اوس مُسلمانو تہٕ کٔشیرِ ہِندِ سرحدن پیٹھ نۍ گرٛبڑ شوٚرُوع کوٚرمُت ، چنانچہ
جیاپیڈنی پاٹھۍ کوٚر راجہ للتادتیہ ہن تہٕ چیٖنیَن نِش مدد طلب مگر تم آسی مُسلمانو پانہٕ
آوراوی متۍ ۔ شاید گوو راجہ للتادتیہ اتھی مُہمہِ دوران مقابلہ کران کران کتہٕ تام مارٕ ۔

عسکری تہٕ فوجی سطحک یہ تارِیخی حوالہ دِیت میٚہ امہِ کنہِ زِ تمدنی سطحس پیٹھ آسی
کاشری فلسفی تہٕ مذہبی عالم اتھ نوٚس اسلامی تمدنس جواب یژھان پاد کرٛن ، تیتھ زِ
اسلام کٔشیرِ یتھ باسہِ امی مذہبک اکھ شاخ ، امیک نتیجہِ دراو واسوگپتہ سندی ڈسی
شیومتکس تجدیدکس صوٗرتس منز ۔ مگر اتھ تجدیدہٕ سپدی متس مذہبس منز اوس بُدھ مت
تہٕ ویدانتک واریاہ عمل دخل ۔ مثالے اہنسا ، ترکِ لذاتھ ، خلوت نشینی سیتۍ سیتۍ عرفانِ

بخشمُت اوس تہٕ قُرآن تہٕ حدیثہٕ مطابق ترمیم تنسیخ تہٕ اضافہٕ کوٚرمُت اوس۔ یوٚہے اسلام ہیتھ آے سعادات تہٕ صوٗفی۔ گویا یِتھہٕ کٔنی آس ایرانہٕ کِین مقأمی فلسفن تہٕ اسلامس اکھ نوٚ SYNTHESIS گمُژ۔ یوٚہے ایرانٔی تصوٗف ہیتھ آے سعادات تہٕ صوٗفی کشیر یِنہٕ اَمہِ برونٹھ مقأمی فلسفن ہُند میُل شیوازمکس تجدید یافتہٕ صوٗرتس منز موٗجوٗد اوس۔ دوشوٚنی صوٗفیانہٕ نظامَن منز آس کأفی مماثلت۔ یِیمِیک انداز توہہٕ ڈٔینک تام پہٕ مضموٗن پوٚرتھ پیدٕمُت آسہِ۔ شیوٕمت تہٕ اسلامُک اَمہِ وِزِہِند صوٗفی نظام دوشوٚے آسی پَنٕنہِ اصلیتکہِ اعتبارٕ وحدت الوجوٗدی۔ فرق آس فقط یہٕ زِ اسلأمی تصوٗف اوس قُرآن کیو اَگروٕ ناوِتھ اَکِس نوٚس صوٗرتس منز ظاہر سپدٕمُت، یِتھ منز برادری، مساوات، توحیدِ خالص، رِسالت تہٕ عرفانہٕ نفسس پیٹھ زبردس زور اوس آمُت دِنہٕ۔ یِمو اجزائے ترکیبو منز آسی اکثر جز شیوازمس منز تہِ موٗجوٗد۔ مگر شیوازم اوس مذہب بجایہِ اکھ اوٚتُل فلسفیانہٕ نظام بنیوٕمُت، یُس فقط عارف تہٕ فلسفی اَنزی مَنزی گژھان آسی تہٕ اَتھ مقابلس منز اوس اسلامُک توحید تہٕ رسالت نہایتھ سادٕ الفاظن منز عوامس تام واتان تہٕ زندگی ہند پرِتھ کانٛہہ طرح اوس اَمہِ نِشہِ متأثر گژھان۔ اَتھ رتہِ رتہِ اوس کشیر ہند سیأسی نظام تہٕ اَتھ نوٚس مذہبس بروٚنہہ پکناونس منز مددگار۔ اوٚت تام آسہٕ ہیوٚندستانہٕ کِس مرکزس منز تہِ مُسلمان حکوٗمژ قأیم گأمژٕ تہٕ کشیرِ ہندِن سرحدن نکھہٕ افغانستان، وسطِ ایشیا، ایران تہٕ تبت تام آسی مُسلمانن ہندِس اَتھس منز آمژٕ۔ اَمیک لأزمی نتیجہ اوس یہٕ زِ اسلأمی تمدُن اوس پننہِ سٕنی اثراتھ ترٛاوان بروٚنہہ پکان۔ مثالے کشیر منز رٔنچن شٕہن مُسلمان گژھن اوس نہٕ فقط بُلبُل شاہ صابٕنِ عقیدتچے یوت، بلکہ اوس اَتھ پتہٕ کنہِ سہٕ سیأسی نظام تہِ یُتھ منز اسلأمی حکوٗمتِن ہند کھٔپہٕ وُن زٕ تہٕ اکھ اہم وجہہ اوس۔

سعادتن ہند پہٕ نوٚو صوٗفی نظام یِلہِ کشیرِ ووت اَتھ تہٕ یِتہٕ کِین مقأمی فلسفن ہندِس مِلس پہٕ اَتھ نظامس گےٚ اکھ نوٚ SYNTHESIS تہٕ اکھ نوٚو نظامِ تصوٗف آو بارسس یِیمِکی زٕ اہم ترین مقأمی نمأیندٕ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ چھِ۔ اَتھ نوٚس صوٗفیانہٕ نظامس پیوٚو کشیرِ منز سُے پرٛوٚن ناو ریشُت۔ میٚہ چھِنہٕ یِیتِن کشیرِ منز ریشیَنیک توٗاریخ دٔیراونچ ضروٗرتھ مگر یِتھراہ کرٕ یہٕ عرض زِ کشیرِ ہندِس تأریخس منز چھُ پرِتھ صاحبِ بصیرتھ واصلِ حق عارِفس خاہ سُہ کُنہِ مذہبک تہٕ اوس، ریشی لقب اوسمُت۔ سعادتن ہند

اوٚے چھُ پرٛتھ انسان عمل تہٕ آگہی خاطرٕ ہرہمیشہ بےٚقرار روزان تہٕ یوٚتاہ سُہ عمل تہٕ آگہی ہندِس کارگہس منز بروٚنٹھ پکان چھُ تیوٚتاہ چھُ سُہ ایدی مسرتس نزدیکھ واتان۔ اتھ عالمس منز چھُ پُرش تتھ منزلس پیٹھ واتان یتہٕ اندریُم زوٗل تمس نفسہٕ عرفانکس تتھ منزلس پیٹھ واتناوان چھُ ییتہٕ تس شیبو تہٕ شکتی دوشوٕے پنٕنیے سوٚمن بانٛہ برس منز نظرِ گژھان چھِ۔ تس چھُ سُہ دسگاہ حاصل سپدان تہٕ سُہ چھُ صاحبِ تقدیر بنان تہٕ سُہ صاحبِ عرفان آسنس سٟتی سٟتی صاحبِ رضاہٕ مکمل تہٕ بنان چھُ۔

شیبو ازمک پہٕ دوٚیُم واشر چھُ تروٲہمہٕ صدی عیسوی تام پننس تکمیلس تام واتان تہٕ واقعہ چھُ یہٕ زِ اگر عالمی تناظرس منز سام ہیمو یہٕ تجدیدٕ شُد شیومت چھُ وقتچو سری تہٕ صوفی تحریکو نِش متاثر سپدِتھ وقتہٕکین تقاضن عین مطابق آسان بنیومُت۔ اتھ دوران چھُ اسلامی تصوّف وارِہس حدس تام وحدت الوجوٗدی کاے رٹِتھ اندلس پیٹھ ایران تام تہٕ بغداد پیٹھ ہیوٚندوستان ووتمت آسان تہٕ لبن دِینچ عمل چھیہٕ جٲری آسان، اتھُو دوران چھِ مشہوٗر مُسلمان صوفی شیخ شہاب الدین سہروردی، سیدنجم الدین کبرٰی، غزالی، روٗمی، سنائی عطار، شبلی، معروف کرنی. بایزید بسطامی تہٕ شیخ اکبرمحی الدین ابن عربی پاڈٕ آسان گامِتؠ۔ افسوسناک امر چھُ یہٕ زِ واسوگپتس پیٹھ تمنا ابھنوگپتس تام چھِنہٕ تہٕ تجدید یافتہ مذہب عوامس تام کُنی ساتہٕ واتتھ ہیکان، بلکہ چھُ فلسفہٕ بنتھ فقط عالمن تہٕ عارِفن ہندِس اکِس مخصوص طبقس تام موٚحدوٗد روزان، دوٚیمہٕ طرفہٕ چھِ سخت جان رلوایتھ پسند برہمن اتھ نوِس مذہبس شکھ تہٕ شبہچو نظرو ڈیشان۔ یہٕ دِمپہٕ نہٕ بیٚتین واریاہ مثالہٕ فقط کرٕ عرض زِ کلہن چھُنہٕ راج ترنگی منز اتھ مذہبی تحریکہٕ متعلق کانہہ خاص اشارٕ دِوان، حد چھُ یہٕ زِ سُہ چھُنہٕ ہمعصر آسنہٕ باوجود ابھنوگپتہٕ سُند تہٕ کانہہ موٚموٗلی تذکرٕ تہٕ کران۔ پتھے کُنی چھِ ہمعصر مورخین زونراج، شری ور، پراجہٕ بٹ یا شکا لل دید متعلق بلکل خاموش۔

اِسلام یودوٕے اوٚٹھمہٕ صدی عیسوی پیٹھے کشیرِ منز پننہٕ پرتو نزاوان چھُ، مگر ۱۳۲۰ عیسوی منز چھُ رینچن شہنہٕ تختس پیٹھ بیہنس سٟتی سٟتی مُسلمان صوفین ہند کشیرِ ین شروٗع گژھان، یم صوفی چھِ ایران تہٕ وسطِ ایشیا پیٹھ بسلہٕ پاٹھی کشیرِ ژان۔ ایرانہٕ تہٕ ترکستانہٕ چھُ امہِ وِزِ سُے تصوّف طیٛس پیٹھ آسان، ییتھ منز اشراقیتھ نوفلاطونیتھ تہٕ بُدھ مذہبکی اجزائے ترکیبی رلہٕ چھِ آسان گامتؠ تہٕ ییتھ پتہٕ اسلامن اکھ نوٚو طرح تہٕ توجیتھ

پہندِ وفنک بوڈ باپر ریوش ہردی بابہٕ صاب آد باقایدٕ سہروردی سِلسِلہٕ SYNTHESIS زِسس منز گیہ اکھ برعکس عمل یانے ریشٕت گوو بظاہر ختم منز رود ریشیتیک باقایدٕ عمل دخل بہ کرٕ فقط زٕ مثالہ پیش۔ میر نازک قادریؒ اسی منز قادری سِلسِلکی بأنی کار مگر تمام عمرِ رودی واژ پورِ بستہ تہٕ اَنمہ چوان۔ خودِ حضرتِ سلطان العارفینؒ کٕر تفریحچ زندگی بسر تہٕ ییلہِ پرژھکھ زِ یہٕ اہم سُنت کیازِ پولوٕ نہ جواب وونکھ زِ اگر سُنت پالنہ ستیٚ واریاہ فرض اَتھہ گژھہ ہنم نیلہِ کیاہ اوس میون پاے۔ یہ سِلسِلہٕ چھُ اَزتام تہٕ جأری تہٕ وُنہ تہٕ چھِ اکثر تتھی دردیش نظرِ گژھان، یم مُعتکِف روزان چھ، ترکِ لذأتھ کران تہٕ دُنیاہ نشہِ اکثر دور روزان چھِ حالانکہ عباداتن تہٕ عقیدن منز چھِ یم مکمل مُسلمان، بہ ہیکہ ہا یژھہ واریاہ مثالہ دِتھ، مگر مقالہ گژھہِ سیٹھاہ گران بار، میٚہ کوٚرنہ عمدا صوفی شاعرن ہُند تذکرٕ حالانکہ صوفیو تہٕ ریشیو ہنٛد رودی تم واریاہس خدس نام اَتھی سُنتس پیٹھ پکان۔ مگر یمن منز چھِ واریاہ تتھی تہٕ یم فقط رمز شناس چھِ تہٕ عملی سِریت یا تصوفہ نشہِ واریاہ دور چھِ۔

آخرس پیٹھ کرٕ بہ عرض زِ سری تحریکہٕ خاہ چھینہٕ وژھہ یا ہیوٚندُستانہٕ، یونانہٕ آیہ یا ایرانہٕ، یمن منز چھُ زبردس پِشر، تکیازِ حقیقتِ اعلیٰ چھُ ینِس انتہاہس پیٹھ آفتابکی پأٹھی ہوی آکارہٕ تہٕ ہوی نورُک پرتو، دنہٕ ہیکن بیون بیون اُستھ مگر پرزرس ہیکن نہ زٕ روپ اُستھ، اختلاف چھُ تمن گژھانیتہٕ وتن ہُندیٚو مختلف دینیات تہٕ مختلف فلسفہٕ پأدٕ کران چھُ، مگر نورچ اقلیم چھیہٕ ظأہری صورتھ تہٕ پہنزٕ مختلف وٕتو دورِ یِہت واتنہٕ باپتھ جذب، وجدان تہٕ حال رہبری کران چھِ۔ یہٕ چھُ سُہ عالم ییتہِ اچھرٕ ہرٕ پیوان چھِ تہٕ اظہارٕ چھِ جوہٕ سوکونکس سمندرس منز شرپیٹھ اکھ نوٚو عالم ژینان چھِ۔ بقولِ فلاطینس:-

"دیدارِ حق یا تجلی کیفیتھ چھیہٕ ہمیشہ عقل تہٕ ہوشہِ نشہِ مختلف، دیدارِ حق چھُ عقلہِ کھوتہٕ بوڈ، عقلہِ برونٹھ تہٕ تہٕ عقلہِ پتہٕ تہٕ، یتھس جلوٕ زارس منز چھینہٕ جِھن ہُند تذکرے۔ اتہٕ چھُ ناظر تہٕ منظور ہیوٚ باسان، کانہہ الگ ذاتھ نہ تہٕ انسان کو ہیکہ غأر ہندِس حیثیتس منز ینُن تذکرٕ کٕرتھ، ییلہِ زن شاہد تہٕ مشہود کُنے چھُ" تہٕ بقولِ غالبؔ —

اصلِ شہود و شاہد و مشہود ایک ہے   حیران ہوں پھر مشاہدہ ہے کس حساب میں

تبلیغ تہٕ تصوفٕک نظام یُتھ دوَے سیٹھاہ تازٕ کار اوس ٹھر پہ چھیہ حقیقتھ زِ یہٕند اثر رُود فقط یتھہٕ کِس ذہین طبقس تہٕ اُمرایا بادشٲہن تام مۆحدوٗد، مگر بیلہِ اسلٲمی تصوف ریشِن تام ووت، اَمی اوس نوٚو طرح لبنس ستی ستی مقٲمی تقاضن ہُند ست تہٕ جوہر تہٕ پانس منز جذب کوٚرمُت۔ اَوکنی اوس یہ عوامس سیٹھاہ وَیہ ڈُن تہٕ قٲبلِ قبوٗل، مثالے ریشنیک تفرید، اعتکاف، زٕوٕ ذاژن ہُند احترام، دُنیاہ بیزٲری آسی تِم اجزا یمہٕ بُدھ مذہبن بروٚنٹھے کشیرِ ہندس مجموٗعی شوٗعورس منز پایدار کٔرِی متی آسی۔ ریشن ہُند تبلیغ تہٕ تالیمہٕ ہُند انداز تہٕ اوس تقریبن سۄے یُس بودھن ہُند اوس مثالے تبلیغکی الگ مرکز یِم عام پاٹھۍ بستیو نِشہٕ دوٗر آسی۔ بُدھ عہدس منز آسی یمن جاین سنگرام وَنان تہٕ مسلمان ریشن ہندس عہدس منز پیوٚو یِژھن جاین مقام ناو۔

عرفانِ نفسُک سبق اوس مقٲمی فلسفن منز شیومتکہ ذٔریہ موجوٗد تہٕ اسلامن تہٕ اوس اکہِ بُنیادی نظریکہ خۄشیہٕ پانس ستی اوٚنمُت، تہٕ کیازِ عالم کبریٰ حقیقت کبرُک عکس اوس صوفیو یوٚت یہٕ بروٚنٹھ عالم اصغرس یانے انسانس منز: وُچھنچ عمل جٲری تھٲوِمُت۔ تہٕ اَتھ عالمس تام واتنس اوس خود رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمو جہادِ اکبر ناو کوٚرمُت۔ اَمہِ SYNTHESIS بادوٚجوٗد چھیہ یہ اکھ حقیقتھ زِ ریشیکر یِم اہم ترین بٲنی کار آسی ایرانہٕ پیٹھہٕ اَمتین مُسلمان صوفین نِشی متاثر، مثالے لل دید آس جہانیانِ جہاں گشت سید جلال الدین بخاری تہٕ یِمن پتہٕ سید حسین سمنانیس نِش فیض یافتہٕ تہٕ تہٕ متاثر تہٕ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ اوس حضرت میر محمد ہمدانینؒ خطِ ارشاد عطا کوٚرمُت۔ اَمیک نتیجہ ڈراو یہٕ زِ شیومت، بُدھمت تہٕ اسلٲمی تصوفس گوو تیتھے پاٹھۍ میل' یتھہٕ پاٹھۍ ایرانس منز زرتشتیس، مانوتیس ، بُدھ مذہبس، نوافلاطونیتس تہٕ اسلامس میل اوس گومُت۔ ریشیتس تہٕ صوٗفی سِلسِلس تہٕ باتھے ہیرِی تحریکن روز ٹاکارہ فرق پیٹھے یاٹھ زِ صوفی یا ریشی آسی شریعت تہٕ طریقت دوشوے بیک وقت پالان، خاص پاٹھۍ اوس عباداتن ہُند تصوٗر دوشوٕنی قطعن ہیوٚے، یہ چھیہ البتہٕ حقیقت زِ ریشن ہُند WAY OF LIFE یا طریقِ زندگی اوس مقٲمی فلسفن سیٹھاہ نزدیکھ۔ ریشن ہُند یہ طریقِ زندگی رُود حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ پندِس وقتس تام اَمی ڈیٚجہ، مگر اَہندِ وفتہٕ سپد ریشیتس تہٕ تصوفس بیاکھ میل

یوسہ کٲم مُصور پننِس ایحساس دوٚیمِس تام واتناونہٕ باپتھ رنگن چھُ ہیوان۔

یِمہٕ اصطلاحہٕ تہٕ تلمیحہٕ چھیٚ پننہِ پننہِ جایہٕ اکھ کاینات۔ اکھ ترٛتھ کایناتھ ییمیک صرف ایحساس پیٚدٕ ہیکہِ مگر درینٹھمان ہیکون نہٕ وُچھتھ۔

سارنے اصطلاحن تہٕ تلمیحن ہُند اَکِس مقالس منز کوم کرُن چھُنہٕ عملن ممکن، اما پوٚز سانہِ صوٗفیوٚ مِن اصطلاحن بیترِ ہُند استیمال ہنا زیادٕ یِہن کوٗرمُت چھُ، تِمن چھیٚ ییتھ مقالس منز جاے آمٕژ دِنہٕ۔

ییٚتِتھ چھُ اَکِس کتھِ ہُند پھیُر دیُن ضروٗری زِ صوفی مت چھُ کٔشیرِ اسلامُک دیُت مگر اَمی چھُ دوٚیمِس کوٗلِس ہُند آب تہٕ پانس کُن اوٚنمُت۔ سانہِ صوٗفیوٚ چھیٚ کیٚنژہ ترٛتھ اصطلاحہٕ تہٕ ورتاوِمٕژ یِمن ہُند تالُق ہندوٗ مَتس تہٕ بوٗدھ مَتس سٟتی چھُ۔ کتھِ پوٗرٕ پاٹھۍ گٔژھِ کٔڈنہٕ باپتھ چھیٚ میٚ ییتھ مقالس منز تِمن اصطلاحن تہٕ ترکیبن تہٕ جاے دِژمٕژ۔

مامُلہٕ سہل بناونہٕ باپتھ چھیٚ میٚ یِمن اصطلاحن کٲشرِ اَلِف بےٚ ہِنٛزِ موجوب ترتیب دِژمٕژ نہٕ زِ مقامو موجوب، تِکیازِ سانہِ صوٗفیوٚ یِمہٕ اصطلاحہٕ دوٚیمِس نِشہٕ حاصل کٔرِتھ ورتاوِمٕژ چھیٚ، تِمہٕ کتھ مقامس سٟتی تھاوِتھ۔

**اَبدال :۔** ابدال چھُ اکھ سُہ درجہ یُس عام انسان وَنہٕ یوان چھُنہٕ۔ کایناتھ ڈنجہِ تھاونس منز چھُہ یِم حصہٕ دار آسان۔ یِہند بااثر آسُن چھُ تسلیم آمُت کرنہٕ۔ صوٗفی فلسفس منز چھُنہٕ اَمہِ درجہِ کِہن صوٗفین ہندِس تفصیلس پیٹھ اتفاق ییتھ منز تیداد تہٕ شٲمِل چھُ۔ عام طور چھُ ابدالس قوطبس وۄستھ درجہِ آمُت دِنہٕ۔ کیٚنژہ عالِم چھِ یِہند تیداد ۱۱۲ تہٕ کیٚنژہ ۲۶۹ لیکھان۔ ابدالن چھِ داہ باگنیہِ تہٕ پرتھ باگنیہِ ہُند علاقہٕ تہٕ کار چھُ گنڈِتھ۔ تیدادس منز کمی گژھنہٕ کِس صوٗرتس منز چھُ ابدالس وۄستھ درجہٕ کِس صوٗفس یہِ ہُد یوان بخشنہٕ اما پوٚز اَتھ سلسلس منز چھُنہٕ ژٲر کرنہٕ کِس طریقہٕ کارس وِبرٛھنے کرنہٕ آمژ۔ ابدالن مُتلق چھُ وَننہٕ یوان زِ یِہنز روزن جاے چھیٚ مُلکِ شامس منز۔ ابدال لفظ چھُ جمع اما پوٚز ووٚنی چھُ کیٚنژن جاین یہِ لفظ واحد استیمال سپدان۔

**ایخلاص :۔** حقس تام واتنہٕ باپتھ صرف حقس کُن دیان تھاوُن۔ مذہبی فرایض تِتھ پاٹھۍ اَندٕ واتناونۍ ییتھ خُدایس وَراے بێیہِ کانٛسہِ تِمن ہُند پےٚ لگِہ نہٕ۔

**ادب :۔** عادتن تہٕ منکہٕ ربط تہٕ ضبط۔ حلیمی، نرمی، انکسار۔

**اندکار :۔** انہِ گوٚٹ۔ گٹہٕ۔

موتی لال ساقی

## کاشُر صوٗفی شاعری منز ورتاوِنہٕ آمٕژ

# اصطلاح

زبان چھیہٕ بُنیادی طور لفظن ہندِ ذریعہٕ تجربن رٕ کڈنُک میزان۔ تہٕ یہ چھیہٕ نہٕ تھی حدس تام اَسِہٕ اَکھ مالس منز اَکھ روٗٹ کران یُتھ تام اَکھ بٔڈ آسہٕ۔ تجربن سٕرٕ ہم پاٹھۍ وونتھ ہیوٗن چھُنہٕ زبانۍ ہُند کرمہ لون۔ کاتیاہ نٔرٕل، پھرکہٕ پٕنۍ تہٕ لطیف اِحساس تہٕ تجربہٕ چھہٕ ووندس منٛزٕ وُٹھۍ گژھان، اَمہٕ کتھِ کنۍ زٕ زبان چھنہٕ اِحساسن تہٕ تجربن ہُند بار وپٕتراوِتھ ہیکان۔ یِتھۍن موقن پیٹھ چھیہٕ زلو کلان تہٕ ووندگ چھُ ووندس منٛزٕ روزان۔

لفظن ہنٛز شیرازہٕ بندی چھیہٕ زبانۍ زانیُن بخشان۔ پرتھ لفظ چھُ اَکھ علامتھ۔ اَکھ ترٛٹھ علامتھ یتھ پَنُن اَکھ اَلگ توٲریخ، تہذیبی تہٕ تمدنی مزاز ڈکھس چھُ۔ زمانکس چکرس ستۍ چھُنہٕ لفظ پرٛزرِس لگتھ گژھان پتھ پشلانہٕ یوت، بلکہ چھُ اَکھ مانے تہٕ بدلان تہٕ نۆو لحظ نہٕ۔ گاہے چھُ اصل مانے گال کھاتس گژھان تہٕ لفظ چھُ نۆو مانے پرٛاوان۔ کانہہ لفظ کتھ خاص مانیَس منٛز چھُ ورتاونہٕ آمُت تمیُک اصلی ووٚن چھُ فقط تخلیق کارس۔ ڈِکشنری منٛز دٔرج لفظن ہُند مانے چھُ فقط آنکہٕ وَن یہ چھُ عام ورتاوہٕ تہٕ ذہنی ورزشہٕ ہُند نتیجہٕ آسان۔

کاشُر صوٗفی شاعری منز چھُ کینٛژن مخصوٗص اصطلاحن تہٕ تلمیحن ہُند استیمال سپدان رٕودمُت یِمہٕ کنۍ یِمَن خاص اہمیتھ حاصل چھیہٕ۔ یِتھۍن لفظن چھُ ڈِکشنری منٛز اَکھ مانے مگر صوٗفیو چھہٕ یِتھۍ لفظ بیتر خاص تجربہٕ بیان کرنہٕ باپتھ ورتاوۍمتۍ۔ تمو چھیہٕ یِمَن اصطلاحن سوے کٲم ہیٛژمٕژ

چھُ مہادیو یا رۄدٕر برہما سُند خالق، یِمہِ کِنۍ برہما شوس پوٗزا کران چھُ ہاوَنہٕ آمُت۔ برہما مندر چھِ گرٕنزٕ کِنۍ سیٹھاہ کم، اَمہِ مندرچ خصوٗصیتھ چھیہٕ یہِ زِ اَتھ گرٕٹھن تھمب ژُکوٗنٕل آسنہٕ علاوٕ ژوٗشوَے اندٕوٗ درواز آسان۔ برونٛہہ کالہِ چھِ صرف کٔشیرِ منز ژور برہما مندر آسی مِتی، دُنیکِس چھُ ہندوستانس منز پُشکر (راجستھان) برہما سُند مشہوٗر مندر۔

پوٗرُش :۔ کایناتُک رُح۔ دے۔ حق۔ سانکھیہ درشنہٕ موجوٗب چھُ یُس پرکرتی (فطرت) ہِندِ اَتھہٕ واسہِ کایناتس نہٕ پٲدایِشہِ زایُن چھُ دِوان۔ ہستی۔ ذاتھ۔

پران :۔ شہہ کھسہٕ وس۔ حبہٕ بَل۔ آتما۔

پرکاش نوٗر، گاہ، چمکہٕ چمک کرُن۔ نوٗن، ٹاکارٕ۔ عالمس وَنِس تَل۔

تختِ سلیمان :۔ حضرت سلیمانہٕ سُند تخت اوس اَکھ راد ہونٛز زیٹھہِ زیٹھس سبز رنگہٕ رٛیشمی قالینس پیٹھ آسان، اَتھ آسی برونٛہہ کنہِ زٕ سِہہ آسان تہٕ پیٹھ کنہِ زٕ پاز یمَن ہُند وجوٗد اوس جنٛن تابین تہٕ جن آسی حضرتِ سلیمانسؑ ماتحت۔ یتھے شہ تختس پیٹھ کھسان اوس سِہہ زٕ آسی پنٛجن واش کڈان تہٕ تختس بیہہ وُنے آسی تِس یکھ مُژراوِتھ پاز پیٹھ سایہ کران۔ انسان آسی تِس دُچھِنہِ تہٕ جن کھوورِ روزان۔ تس اوس واو تہٕ تابین۔ یتھے شہ واوس حُکم دِوان اوس سارے زُریاتھ ہیتھ اوس قالینہٕ تخت ہیتھ ووٗڈان، تہٕ واو اوس اَتھ تتھ جایہِ نوان یوٗت ہنگ تِس حضرت سلیمانؑ حکم دِیہِ ہے۔ تاپہٕ نِشہِ بچاونہٕ موکھہٕ آسی وُڈنس دوران تِس پیٹھی جاناوار ترونٛبر کٔرِتھ پکان یُتھ تِس تاپھ پورِ ہے نہٕ۔ صوٗفین ہندِ کِنۍ چھُ حضرت سلیمانؑ سیٹھاہ عظمتہٕ وول یوان مانہٕ۔

تقویٰ :۔ پارسٲیی۔ پرہیزگاری۔ خدایہِ سُند خوف۔ بَرادس پوٗچھر دِتھ خدایہِ سندِ تنبیہہ نِشہِ بچُن۔

توبہٕ :۔ صوٗفی کتھہِ یا لیٖعٕ مسلمانہٕ سُند دُنیادٲری ترٲوِتھ خدایہِ سنز دَتھ پانہٕ ناوٕنُک شوٗعٲری یَراد۔

توحید :۔ خُدا ے کُن گَنزراوُن، کُنرٕ، اَدیٖت واد۔

توکل :۔ خُدایس پیٹھ پزھ۔ یُس دُلیَس پیٹھ پزھ آسہِ تس چھُ سوٗرے آیتن۔

جبروٗت :۔ پوٗرہٕ پٲٹھۍ قادر سپدنُک ہترٕ بَنُن۔ روٗحانی سفرس منز سالکہٕ سُند ترییُم مقام۔

حقیقتھ :۔ سالکہ سُند شہ منزلِ بیلہِ تِس اگر وَنِس تَل چھُ یوان، یانے تس چھُ

اَنٕگرہہ :۔ خُدایہٕ سُند کرم۔ دَیہٕ ہنٛز مہربٲنی۔

اوتاد :۔ لوغاتہٕ موجوب چھُ اوتاد، نفظس، چِل، ہِج یا "کِیُں" مانے۔ گرٕ رجوٗوتہٕ غاٸبن ہنٛز کرٲنی ہانکہٕ منز چھُ یمن ترٛیٚم درجہٕ حٲصل۔ اوتادن ہُند تیداد چھُ ژور تہٕ یمن چھےٚ ژون طرفن یا دِشن ہنٛز نِگرٲنی منٛزٕ۔ یِہنٛز روزن جاے چھےٚ ژون دِشن ہندِس مرکزس پیٹھ۔

اوم :۔ "اوم" چھُ حِچ علامتھ۔ ہندوٗ عقیدٕ موجوب چھُ اوم، اسم اعظم۔ اَمیُک واد تہٕ دیان کرنہٕ سیٚتۍ چھُ انسانس پننۍ اوٗندروٗن وَنہٕ پوان تہٕ روٗحٲنی طاقتھ حٲصل سپدان تہٕ پیٚتھ پاٹھۍ چھِ دیان کرن وٲلِس ژٕڈ تہٕ ٹھرٕ دوٗر گژھان۔ کینٛژن مُقدس کتابن منٛز چھُ لیکھتھ زِ اوم چھےٚ سو الٰہی آواز یوسہٕ کایناتھ بارٕ سس یتہٕ وِزِ پٲنۍ پانے گیٚہ۔ اَوے کِنۍ چھُ ویدن ہُند پریتھ کانہہ منترٕ "اوم" دٕنیتھ شوٗروٗع پوان کرنہٕ تہٕ اوم وٕنیتھ تراونہٕ پوان۔

اکول :۔ یُس کانٛہہ قبیلہٕ کرون چھُنہٕ، یُس کانٛہہ گون یا اَگون چھُنہٕ تہٕ دِپتھ گوو شو، حق۔

آکاش :۔ نب، آسمان، کایناتھ اماپوز فلسفس منز چھُ اَمیُک مانے لطیف روٗحٲنی حِس۔

اہنکار :۔ کرٛوٗد۔ ژکھ، غوٗرٗور۔

آنند :۔ روٗحٲنی مسرتھ، سُہ سوکھ یُس پانہٕ نِشہٕ گژھتھ حق پرٲوِتھ حٲصل چھُ سپدان۔

بَرزخ :۔ صوٗفی کتھہٕ مٲدی تہٕ روٗحٲنی دُنیاہس درمیان دوٗرٕ۔ مٲدی تہٕ روٗحٲنی دُنیاہس منٛزم حصہٕ۔

بقا :۔ زندٕ پانٕ مرِتھ حقس سیٚتۍ کُنے سپدُن۔ پانہٕ نِشہٕ گژھتھ حق وَنہٕ اَنُن۔ زندہٕ زِوے مُکھتی پراوٕنۍ۔ جیوٗن مُکتی۔ آنند۔ ابدی زندگی پراوٕنۍ۔ سالک چھُ فنا فی اللہ منٛزِل پراونہٕ پتہٕ "بقا" کِس منٛزِلس واتان۔

برٛہما :۔ ترِموٗرتی (ہِندی تثلیث) ہُند گوڈنیُک دِوتا یُس جگدیشور، اُتپادک (پٲدٕ کرن وول) تہٕ پرٛزاپتی تہٕ چھِ وَنان۔

برٛہما چھُ دُنیُک پٲدٕ کرن وول۔ اَمی سُند تخلیق کوٚرمُت دُنیاہ چھُ اَکِس برٛہما دوہس برابر یُس زٕ ارب تہٕ شراہ کرور وری زیٛوٗٹھ چھُ۔

برٛہما گوو پمپوشہٕ منٛز پٲدٕ، یُس پمپوش وشنوٗہس توٗنہٕ منٛز پھوٚل اَوٕ کِنۍ چھِ اَمِس "نابھی جا" (توٗنہٕ منٛز کھوٚتمُت) تہٕ ناو وَنان۔

برٛہما چھُ دوستن ہُند دوس آسنہٕ سُریانہٕ دُشمنن ہُند تہٕ دوس۔ شیٖوی عقیدٕ موجوب

زاگرتھ :۔ ہُشاری ۔ ہشار آسنچ صورتھ

زلو :۔ تہٕ یتھ شاہ آسہِ ۔ آتما۔ زوٗ ذاتھ۔ ووجوُد۔ رُح تہٕ کاے۔

زوٗہد :۔ پرٛیتھ قسمکیو عاشونش پتھ ہیوٚن، لیٚوت زٕ تمن چیزن تہٕ پہ مازُن یمن ہُند اجازتھ آسہِ۔

زٕنتھ :۔ شوعور، شکتی ہنز حرکتھ۔ گیان کُنہ کُن من لاگُن، زِنزُن۔

سگِ اصحاب کہف :۔ یہ تلمیح چھُ وفاداری ہُند اِحساس دِنہٕ باپتھ ورتاونہٕ یوان۔ اصحابِ کہفن ہُند ذِکر چھُ قرآن کریمس منز تہٕ آمُت تہٕ مانے چھُس غارنشین۔ یمن ہنز موختصر دٔلیل چھےٚ زِ بروہنہٕ کالہٕ اٚسی اٚکس مُشرک گامس منز کیہنہ جوان یمن گُنس خدایس پیٹھ پژھ اٚس۔ مُشرک بادشاہ پندِ کانپہٕ دِژ تمو اٚکس گوپھہٕ منز زٕھیچھ یتھ شماس کُن نُبتھ اوس۔ اتھ گوپھہٕ منز پیٚیہ یمن خُدایہٕ پندِ یژھنہٕ پٔنُن وفادار ہوٗن ہیتھ ۳۰۹ وٕرِیَن گوٚب نِینٛدہٕر۔ ہُشار گژھتھ سوز یمو اکھ زوٚن بازر ژوٹ انہٕ۔ مگر دُکانداران روٗٹس یہ سکہٕ تیکیازِ ضرب اوس بدلیومُت۔ تواریخن منز چھُ اتھ دٔلیلہٕ وارِیاہ زیٚچھر آمُت دِنہٕ۔

سمسار :۔ میٚترِ موٚر زیٚون تہٕ مرُن چھُ دُنِہنک اِنہٕ گتھ۔

سھز :۔ تہٕ یہ تھٕنہٕ ہیہٕ وِزہٕ ستی آسہِ۔ بیہٕ پھروُک، قودرتی، کُنہِ تکنگری تہٕ تکلفہٕ ورٲے سہز، چھُ سنسکرت 'سہج' لفظُک کٲشُر روُپ تہٕ کیازِ سنسکرتُک 'ج' چھُ کاشرِس منز 'ز' بنان۔

سیالِک :۔ وَتہٕ گتھ۔ صوفی کتھہٕ شہ لیس دِیہٕ ہنز کل آسہِ گنےپرِ۔ بکھتی۔ لیُس حق کانچھان آسہِ۔

شیٚشِن کل :۔ شیٚیم حبس۔ دیان ییٚلہٕ زٲنی کارس یہ حبس بیدار چھُ گژھان، تس چھُ تالہٕ منز امرِتھ (آبِ حیات) پریڈان تہٕ ہرگاہ شہ ریتہٕ وادن تہٕ سماز (مراقبس) منز روزِ شہ چھُ اتھی امرِتس پیٹھ زُوان۔

شکتی :۔ شوٚ سُند بل (طاقتھ) ییمہٕ ستی شہ پادٲیشہٕ ووتھہٕ لو دِوان، پھاپھلاوان تہٕ چھیکرس پانس منز جذب چھُ کران۔ شکتی چھےٚ ییتھ کٔنی شوٚ سُند دلوٗہاری روُپ ییمہٕ کِنی زگتھ بارس چھُ یوان۔

شِو :۔ ترٛمورتی منز سارنے سرس دِوتا لیس شِو، شِوناتھ، مہیشر، مہادیو، دلوٗ آدِ دلوٗ تہٕ وَنان چھِ۔ جدید تحقیق چھُ وَنان زِ شِو چھُ دراوڑن ہُند دِوتا تہٕ کیٚنژن ہُند خیال چھُ زِ یہ

حقس تام پلن پاے بنان۔ گرنز موٗجوٗب چھُ یہ رۄحانی سفرُک شیٚنیُم مقام۔

حال :- خُدایہ سُندِ فضلہٕ پاٹھۍ پانے پادٕ سپدن واجیٚنۍ سۄ کیفیت یوٚسہٕ سالکس سپدان چھےٚ، سہٕ چھُ خوش، غمگین، بے دلی یا بلند ہمتی ہندیٚو منزٕ لو منز کُنہٕ اکہِ منزٕ گزران، اَکھ ساری پے صوٗرتِ حالس منز نہ چھُ تمی ہندِ پراَدک تہٕ نہ خاہشہٕ بغیر ہُند دخل آسان حال چھُ سہٕ مقام یتھ منز کوٗشِش یا کانہہ طریقہٕ بغیر اَتھ روٚٹ چھُنہٕ کران۔ یہ چھُ سیدِ مبوٗد دیہٕ دیت۔ نفس سنزِ زور سپدنس ستی چھُ حال سوران۔

حال ہیکہِ سالکہٕ سنزِ کوٗشِشہٕ ستی یلکھ نہِ بنتھ تتھ

صوٗرتس منز چھُ حال، مقام بنان۔

خوٗلق :- پرزٕ ووتھ بیٹھ، زیر تہٕ جان کِردار۔

ذکر :- (یاداشت) خاص طریقہٕ تہٕ ضبطہٕ سان خُدایہ سُند ناو ہیوٚن۔ نامہٕ سمرن۔

رازٕ ہونز :- رازٕ ہونز چھُ شوٗزر، شوٗزر تہٕ زندگیہٕ ہندِ موٗلُک تہٕ مشترک استعارہٕ۔ ہیٚندی مرزٕ گری موٗجوٗب چھُ رازٕ ہونز برہماہس سوارٕ۔ یہ چھُ بیٚداغ رۄحانیتہٕ ذرِیہ پراونہٕ آمتہٕ موکجارُک نشانہٕ یا علامتھ۔ جوٗگی یا یوٗگی ییلہِ زکمہٕ ژرکرنش موکلان چھُ، سہٕ چھُ رازٕ ہونزٕ سُند درجہٕ پراوان تہٕ تس چھُ پرمہٕ ہنس ناو پیوان۔

پرتھ انسانس چھِ مزاز رنگی اکھ اَکِس نش دکھرٕ زٕ انہار۔ رازٕ ہونز چھُ امہِ متضاد صوٗرتِ حالُک ترجمان۔ سہٕ چھُ پانس منز زھانہٕ زھانٹھ کران مگر آدیرٕ چھُنہٕ گژھان۔ پوٚز تراوتھ چھُ آکاشس ووٚنت دِوان تہٕ پیاری خوٗش گژھس نیاری چھُ رو تراوان مگر آکاشس چھُنہٕ تاپن۔ سہٕ چھُ پرتھ رنگہٕ مُچھ تہٕ موکل۔ سہٕ چھُ بُترازٕ ہندیٚو گنٹیو پیٹھ نۄرکبن سرحدن تام کُنہٕ خوفہٕ خطر ورأے وُڈو کران، امہِ سۄ باوٕ چھُ رازٕ ہونز عظیم پزرِچ علامتھ یُس ہستی ہندِس قادخانس اُژھ نہِ آزاد چھُ۔ سارِنے ہنٛ اُستھ نہِ چھُنہٕ سہٕ کانسی ستۍ۔ یتھ پاٹھۍ چھُ یہ عظیم پزرِچ علامتھ، یُس بُترازٕ پیٹھ تہٕ آکاشس منز اکہِ نغمگی پاٹھۍ گتہٕ گیوٚر چھُ کران۔ پرتھ یوٗگ تہٕ جوٗگ چھُ شہچہٕ کھسہٕ وَسہٕ یوٚہے نغمہٕ بوزان۔ یوٚہے نغمہٕ چھُ "ہنسا" پیٹھ سوٗہم سۄ، بنان یانے "سہٕ تہٕ چھُس بہٕ" یہ چھُ کُلس ستی جزُک اَتھہٕ واس۔ یوٚہے چھُ انا الحق ییٚمہِ منصوٗرس دارس کھور۔

زکھ :- نامہٕ سمرن۔ ذِکر۔

ژٚندرمہ، کھٕرِدارٕس وٲنٛگ چھُس یِمے ہنگ ہی باسان تہٕ مٔسنہٕ منٛز چھُس گنگا وسان
ییمٕنیک بار ٲمی تالہِ پیٹھ ہیوٚت تہٕ کیازِ مُترٲژ اوس نہٕ یہِ بار وہترٲونک ہٹہٕ۔ شوس چھِ نیلہٕ کنٛٹھ
اَمہِ کنہِ وَنان زِ کھرِ ساگر مندنہٕ وِزیُٹ زہر امہِ منٛز کھوٚت، ڈٕنیہس بچاونہٕ باپتھ چوٚو سُہ
ٲمی پانس ییٚمہِ کنہِ ٲمس ہوٚٹ نیلیٚوو۔ اٚمس چھُ یاتہٕ روٗسی مُسلہٕ تہٕ نتہٕ ہسی مُسلہٕ اٚڈِس پانس
وٗلِتھ، سوارِ چھُس نندی یَس نندہٕ کیشور تہِ وَنان چھِ۔ شوس چھُ اَکِس اَتھس منٛز ترِشول بییہِ
دوٚن اَتھن منٛز ڈابہٕ تہٕ رَز۔

کاشُر صوٗفی شٲیرِ یس منٛز چھُ شو کشمیر شوٗمتہٕ پیٹھہٕ آمُت ییٚتہٕ یہِ مکمل وحدتُک علامتھ چھُ
تہٕ کاشرٕ شٲیرو چھُ ٲمی سُند ناو اَکہٕ خٔیٛالتس منٛز ورتوومُت۔

مُتشنی :۔ ڈُچھو "کیہنہٕ نہٕ"

ہِمدِق :۔ سوچ تہٕ عمل دوٚشوٚنی مالن منٛز پزرٕچ وَتھ رٹنٕ۔

طریقت :۔ وَتھ۔ صوٗفی کتھہٕ مذہبی زندگی

عشق :۔ اژھیوٚن دِیہ لول۔ ہندوستٲنی زبانن منٛز چھُ اَتھ "بھکتی" لفظ ہانیَس نکھہٕ۔ یوٚدوَے
عام طور عربی زبٲنی منٛز دِیہ لولہٕ باپتھ لفظ "حُب" چھُ ورتاونہٕ یوان مگر صوٗفیو چھُ پٔزی پٲٹھی لفظِ عشقے
ورتوومُت۔

غوث :۔ شہ یَس ٲسی اَتھہٕ رٹِتھ باپتھ ناد دِتھ ہکو ثالث وٗسیلہٕ دٕر۔ کیہنہٕ لوٗکھ چھِ غوث صوٗفی
سِلسلک سارِوے تھوٚد درجہ مانان تہٕ کیہنہٕ چھِ وَنان زِ اٚمس چھُ قوطبس وٗستھ درجہ۔

فقر :۔ نادٲری، نہٕ آسُن۔ صوٗفی چھِ فقرس امہِ کنٛتھہِ کنہِ نالہ رٹان تہٕ کیازِ پیغمبرِ اسلامؐ چھُ وۄنمُت
زِ اٚمیرن برونہہ پانژہ ہتھ وٕری اژن نہٕ آسن وٲلی جنتس۔

فنا :۔ وبگلاونہٕ ہیٚچ صوٗرتھ۔ گٔنے سپدُن۔ نیستی، بُدھ مٔتک نِروان چھُنہٕ فنا یہِ زن کینٛہہ
عالِم وَنان چھِ۔ نِروانس چھُنہٕ حقس ستۍ واٹھ تہٕ بُدھ مت چھُ زنمہ پھیرُ مانان۔ اسلام چھُنہٕ
یہِ آواگون مانان نہٕ خُدایہ سُند آسُن چھُ گوڈٕ الوارِ تسلیم آمُت کرنہٕ۔ ہندوٗ فلسفہٕ موٗجوب
چھُ فنا، لیکن گرٕٹھن تہٕ اسلامک' فنا، چھُ پننُٛ ووجود مٹاوُن تہٕ حقٕچ حق دربنیٹھان وُچھُن یتھ
ساہنو صوٗفیو زندہ پانہٕ مرُن وۄن اَتھ مقامس چھُ بیاکھ اصطلاحی ناو لاہوٗت۔

قناعت :۔ اِطمنان۔ پرٛتھ حالس منٛز خوش روزُن۔ سنتوش، طمع نرٲوِتھ زندگی گُزارٕنۍ۔

قُطب :۔ صوٗفی سِلسِلس منٛز غوثس تھوٚد درجہ۔

چھُ قدیم میوپوٹامیہک دِوتا، یِیتہٕ اَکِس خاص علاقس منز اَمِس پوٗزا اُس سپدان تہٕ یِتھٕ علاقس منز اَمِس پوٗزا سپدان اُس تتھ چھِ وُنہٕ تہٕ شِواس وُنان۔
شِو چھُ دراوڑ تہٕ آرین تہذیبِک اَتھٕ واس اکھ علامتھ تہٕ دراوڑن ہُند یوٚہے پشوپتی ناتھ بنیوٚو پوٗران کالس منز دِوتہن ہُند تہٕ دِوتا۔
ویدن منز چھُنہٕ شِو سُند ناو تہٕ کُنہِ نظرِ گژھان۔ اَمِس چھِ روٗدرِ تہٕ وُنان یُس ویدن منز اَگنی سُند اکھ ناو یا لقب چھُ۔ پوٗران کالس منز آے روٗدرِ ہندی وصف شِوس مٔلہ مرنہٕ تہٕ پہٕ بنیو پایہٕ بوٚڈ دِوتا۔ جوٗنوٗبی ہندوستانکس ویر شِومتس تہٕ کاشرِس شِومتس منز چھُ پرمہٕ شِو نہٕ صرف دِوتہن ہُند دِوتا بلکہ چھُ سُہ بالا کنہٕ یِتھ کانُہہ دوینت ہیوٗک نہٕ دِتھٕ۔ روٗدرِ روٗپہٕ چھُ یوٚہے مہاکال (وقت) یِتھ کانہہ زِہمن چھُنہٕ تہٕ یُس تباہی تہٕ ہوٚنگ پیامبر چھُ۔ پوٗز ہندی عقیدہٕ موٗجوب چھُ تخریبے تامِپرِگ آگر، اوے چھُ شِو تہٕ شنکر تامِپرکار تہٕ ساٗدردار تخلیق کار تہٕ۔
اَمی سُند روٗپ چھُ یوگ سُند روٗپ، ہیتھ نوٗنے تہٕ اَمہٕ روٗپہٕ چھُس دِگمبر ناو۔ مس آور واور آسِنہٕ موٗجوب چھُس جٹا دَر تہٕ وُنان باٗرو روٗپہٕ چھُ شِو تباہ کار۔ دلو درینٹھاک چھُس ناٗپین اَفے بیوس بوٚتیشور ناو۔ اَمِس چھُ واسک ناگ ہَٹس وٗلِتھ تہٕ کلہٕ مال ناٗلی۔ دلو درینٹھاک ہِتھ چھُ راژ بلن پھیران تہٕ تباہ کاری ہُند رقص کران یِتھ تانڈو چھِ وُنان۔
شِو چھُ خاموش مگر نژنس سٟتی چھُس سٔخ دلچسپی تہٕ پانہٕ تہٕ چھُ نژان آمُت ہاوُنہٕ اَمہِ کنی چھُس 'نٹراج'، یانے نژن گرن ہُند راژہٕ تہٕ وَننہٕ یِوان۔
شمالس منز چھِنہٕ اَمی سِنز روزن جلے کاٗلاس پوٚز جوٗنوٗبی حصس منز چھُ چدم برم مندر اَمی سُند ٹھکانہٕ بیتہٕ اَمِس رقصک موٗل تہٕ مُژ آسنکہٕ سٟتی بیتہٕ پوٚز چھِنہٕ یِوان کرنہٕ۔ شِو چھُ اکھ ہتھ تہٕ اَتھ قسمکین نژن ہُند ایجادکار تہٕ یِمو نژن ہِمو منز چھِ کینہہ سہٹھاہ لطیف تہٕ کینہہ قسم چھِ تِتھی یِمو سٟتی لرز چھُ گژھان۔ سارِنے نژن قسمن چھُ تانڈو سرس اَمہٕ نژنہٕ سٟتی چھُ دُنیاہ انجامس واتان تہٕ اکھ کالہٕ چکر چھُ پوٗرہٕ گژھان۔
شِو سہسر ناماس منز چھِ اَمِس ساس ناو تہٕ یِمو ناوو منز چھُ پرٛتھ ناو اَمی ہندِن وصفن ہُند علامتی اظہار۔

زٕدر اَتھٕ تہٕ پانژٕہ کلہٕ کرِتھ شِو چھُ رنگہٕ کنہٕ پرٛزن، ڈیکس پیٹھ چھُس ترِیہِم اَچھ یوسہ یہِ نمہٕ ساتہٕ مُژران چھُ ییلہٕ زٕکھِ گژھِ، کامہٕ دیوس کوٗرُن اَمی اَچھہٕ سٟتی سوٗر۔ ترِیمہٕ اَچھ پیٹھ کنہٕ چھُس

مٲری فتھ :۔ دہِ سُند پوٗر پوٗر ووٚن پراوُن۔ یُہ یُس سٲری ہے منز جلوگر چھُ، ہر موکھ دیدار
کرُن رُح چھُ عقیٖدُنش دوٗر تہٕ انسٲنی وُجوٗد چھُ اکہِ قسمٕچ جلاِ یہِ وطنی۔ صوٗفی فلسفک واحد
نُدا چھُ رُح ہنہٕ ہنہٕ حقس تام واتناوُن۔

مقامِ محموٗد :۔ جنتس منز سُہ مقام یُس خُدایَن آنحضوٗرنۍ ہندِ باپتھ مخصوٗص چھُ تھوٚومُت۔
پرہیزگار چھِ بانگ بوزنہٕ وِزِ پھِرۍ پھِرۍ وَنان روزان زِ خُدایہ کرِ حضرت محمد مصطفےٰ صلعم صٲبس
مقامِ محموٗد عطا۔

نفس :۔ صوٗفی تصورٕ موٗجوٗب چھُ نفس انسانس منز موٗجوٗد کُلہم ناکارٕ گین ہند ٹھکانہٕ۔ نفس
مقابلہٕ چھُ "رُح" یُس لطیف تہٕ زادگی روٚس چھُ۔

ناد :۔ پٲنۍ پانے أندرٕ وُزوٚنۍ آواز۔

ناسوٗت :۔ ذاتِ سوٗباو۔ یہ چھُ صوٗفی عقیدہٕ تہٕ فلسفہٕ موٗجوٗب سالکہٕ سُند گوڈنیُک منزل یا
مقام۔ اَتھ مقامس منز چھُ سالکس شریعتس پوٗرٕ پابند روزُن پیوان تہٕ سارٕنے دینی قایدن پیٹھ
عمل پیوان کرُنۍ۔ ویدانتہٕ یا کشمیر شوٗمتہٕ موٗجوٗب چھِ اَتھ زاگرتھ وَنان۔

وصل :۔ صوٗفی کتھِ حقس ستۍ اکھُے بنُن۔ حقس ستۍ واصل سپدُن۔

ورِش :۔ ذاتُک شوٗعور۔ عرفانِ ذات۔

وِشنو :۔ وشنو چھُ ہینٛدی تثلیثُک دوٚیُم دِوتا۔ رگ ویدس منز چھُنہٕ وشنو بروٚنہہ دریُک دِوتا
مگر اَمہِ پتہٕ کوٚر امۍ ہنہٕ ہنہٕ تھود مرتبہٕ حاصل۔ وِشنو چھُ سریکہٕ توٗرُک آگُر۔
برہمن گرنتھس منز چھُ وِشنو سُند درجہٕ تھزراونہٕ علاوٕ امۍ سندی وصف ہُرراونہٕ آمتۍ۔ مہابھارت
تہٕ پورانن منز چھُ یہ کرکھ تہٕ مہربٲنین ہُند گرٕ تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھُ وِشنو دُنیہُک راچھدر تہٕ پالن ہار۔
وِشنو چھُ سُہ جوہریس ذرس ذرس تیلتھ چھُ۔ شوپندی پاٹھۍ چھِ وشنوہس تہٕ اکھ ساس ناو، یمن
ہنز گرند "وِشنو سہسر نامس" منز کرنہٕ چھیہ آمژ۔ وِشنو سنز سواری چھُ گرُڈ (اکھ وُچھوٗن جاناوار)۔
وِشنو دھرمکۍ مانن واکی چھِ اَمس سارِنے سِرس دِوتا مانان۔ اَمس چھُ سندرس منز شیش ناگ
آرِپنچن کام دِوان، یمہٕ کِنۍ اَمس نارایَن یانے پانس منز حرکتھ کرن وول تہٕ ناو پیوو۔

یراد :۔ ذاتی خٲہشن لتہٕ دِتھ خُدایہٕ سندِس یرٕھنس پیٹھ پرٕتھ تھاوُنۍ، رضامند روزُن۔

---

؎ آسن۔ یوگچ اکھ صوٗرتھ تہٕ بیہن جاے۔

کشف :۔ صوٗفی کتھ ساکِس پٔردٕ ژٕژتھ پیٚنہٕ تہٕ نظر موکلتھ پٔزر وانشگاف سپدُن۔

کیول :۔ یُسہٕ ذاتھ خالِص شوٚعوٗر آسہٕ بنیمُت۔ ییٚمی پان وٕنہٕ آسہٕ اوٚنمُت۔

کیھنہٕ پہٕ :۔ حقُک سُہ درجہٕ یتھ زلوٗ عطا گژھتھ ہیکہٕ زہٕ۔ اکھ سو حالتھ یتھ منز زانی، زانی آگُرک تہٕ زانُن والی ہُند باس روزِہٕ تہٕ ناووٚجوٗدے بنہٕ ووٚجوٗدُک آگُر۔

کاشُر صوٗفی شاعری ہنز یہٕ اہم اصطلاح چھےٚ گوڈٕ لل دیدِ ورتاوِمٕژ۔ شیخ العالمؒ چھےٚ اکہٕ دوٚیہٕ پھِرِ یہٕ اصطلاح استعمال کٔرمٕژ۔ تٔمِس پتہٕ چھےٚ تمام نامدار صوٗفی شاعرو یہٕ اصطلاح ورتاوِمٕژ۔ میانہِ کنہٕ چھےٚ یہٕ شُنہٕ وادُک دیٚت۔ اُمی شُنہٕ وادن کوٗر ویدانتس تہٕ متاثر تہٕ کاشُر شومت تہٕ۔ کشیر آس شُنہٕ وادُک آگُر امہِ کِنہٕ چھُ یہٕ دٔپُن مُشکل زِ کاشِرِس منز آیا یہٕ اصطلاح سیٚدِ سیوٚد بودھ مَتہٕ پیٹھٕ کِنہٕ شومتکِ وساطتہٕ۔ للہِ ہند یہٕ اصطلاح استعمال کرنہٕ کِنہٕ چھُ باسان زِ یہٕ چھےٚ شومتُکی ذٔری یہٕ آمٕژ۔ کینہہ تٔس چھِ زہٕ پہلوٗ۔ یہٕ چھُ موٚجوٗد تجرُبن ہنز ناپایداری تہٕ ژھرپرا بدٕ کڈان۔ دُنیاہ چھِ کینہہ نہٕ امہِ کِنہٕ زِ یہٕ چھُ ہستی ہُند ہتھ نوٚن اظہار، پوٗز ہستی ہُند آگُر چھُ زمانہٕ تہٕ تبدیلی بالاتر۔ کینہہ نہٕ چھُ شُنہٕ تہٕ کیازِ یہٕ چھُ وصفو ہُتو۔ اُسی ہیکو نہٕ اَتھ اظہار ستہٕ کوم کٔرِتھ۔ زلوٗ یا سوٚچس چھِنہٕ اوٚت تام پلِن پایے۔

کرِے :۔ عمل۔ سو عمل یُس حق پرزناونہٕ باپتھ کرِنہٕ یِیہٕ۔

گیان :۔ عرفان۔ ذاتُک شوٚعوٗر، ووٚن۔

لاہوت :۔ وُچھِو "فنا"

مجذوٗب :۔ تِم یِم خُدایُن پنُنہٕ باپتھ ژارِ۔ خُدایہٕ پننی ٹاٹھی یِم تِہنزِ لولہٕ آگُر آسنہٕ باوتھ کرِن۔ مجذوٗب چھُ کُنہٕ کوٗششہِ تہٕ تکلیفہٕ ورٲے صوٗفی سفرکی ساری مُنزل طے کران۔

مراقبہ :۔ پرٛیتھ وقتہٕ خدایہٕ سُند دیان تھاوُن۔ خُدایہٕ سندِن ناوَن ہُند وِرد کرُن۔

مل :۔ لاعلمی تہٕ بےٚ خبری یُس ذاتس تام واتنس ٹھٔرِ چھےٚ بنان وونہٕ کریٚہنیار۔

ملکوت :۔ صوٗفی سندِ روٗحانی سفرُک دوٚیُم پڑاو، یتھ منز سُہ فرشتہٕ سیٚرتھ بنان چھُ۔ یہٕ مقام پراونہٕ باپتھ چھُ شوزر تہٕ سِزر پانہٕ ناوُن۔ اَتھ چھِ ہِندی فلسفہٕ موٚجوٗب شوٚشبنی ونان۔

ہیشر :۔ وُچھِو "شو"

مایا :۔ تہٕ یہٕ پوٗز چھِنہٕ مگر بروٚنہہ کنہٕ یا ظاہر چھُ۔ یہٕ دُنیاہ یُس فقط اکھ خاب چھُ۔ تکبُر تہٕ غوٚرور یُس وٕنہٕ چھُ ڈالان۔ سُہ ابدی کارن ییٚمہِ کِنہٕ دُنیہُک سراب نال چھُ ولان۔

تلمیح :- علمِ بیانہٕ مۆجوب چھِ تلمیح تہٕ شاعرانہٕ ہونرِ وُنان یَمہِ کہ ورتاوٕ شاعر کانٛہہ لفظی حوالہٕ شاعری منز اَنِتھ کُنہِ مشہور قصص مثالہِ یا واقعس کُن اشارٕ کرِ تہٕ پرَن واَلِس تریٚنہٕ لۆنام کتھ وارٕ پاٹھی فکرِ یِوٚنام پہٕ تٔس اصل قصہٕ یا واقعہٕ وٚنِس تل آسہِ۔

BIBLIOGRAPHY:-


1. A Dictionary of Islam - Thomas patrick Hages
2. Shorter Encyclopaedia of Islam:-
   H.A.R.Gibb-J.H.Kramers.
3. A Dictionary of Philosophy and Religion
   ( Eastern-and Western Thought ) W.L.Reese.
4. Mysticism in World Religion- Sidney Spencer
5. Hindu Mythology - Dowson
6. Vedic Mythology
7. Siva Sutras Ksernraga
8. PratyabhiJnahrDayam - Jai Dev Sing
9. The Mythology of Aryan Nations -
   Sir George. W. Cox.
10. The Indian Mind - Charles A. Noore
11. A Garland of letters - Wood Rouffe.
12. Sanskrit Dictionary- Monier Williams
13. Aaeeni- Akabari Abul Fazal
14. An Anglo Indian Dictionary
    George Clifford whitworth.




ۂندراز :۔ ویدو موٗجوٗب چھُ ۂندراز سیٹھاہ تھٔوٗد دِوتا۔ اَمِس چھیٚ کاے سوٗنہارٕ اماپوٗز صوٗرتھ بدلی کرنُک دسگاہ چھُس پانس اَتھہِ۔ سوارِ ہُند رَتھ (اَکہِ قسمُچ بگی) تہٕ چھُس سوٗنہارٕ۔ ڈچھنس اَتھس کیتھ چھُس وُزل ہیوٗ پہ اَمی سُند ہتھیار چھیٚ۔ سوم رس (اَکہِ قسمُک شراب) چھُ ۂندرازس سیٹھاہ پسند تہٕ یوٚہے چیٚتھ چھُ یہِ دُشمنن سُتھ لگان۔ ہوکھیہِ ہندِس موکل وُٗترس ستی چھُ یہِ مُستقل جنگ کران روزان یُتھ ڈٔزیہس خوشحاٗلی روزِ۔ فنِہنگ دِوتا آسنہٕ سببہٕ چھُ اَمِس موسمن پیٹھ قوٗبو حاٗصل۔ ویدن منز چھِ ۂندرازس اَگی ہندِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تاٗریف کرنہٕ آمٕژ۔

ۂندراز چھُ دلہِ کنہٕ تہٕ دوٚتھ پہ اَتھہٕ تہٕ چھُس وۄتھ۔ ۂندراز چھُ ورشنُک (روٗدُک) آگُر۔ اَمِس روٗدنہٕ پوٗران تہٕ رزمیہ کاسن منز چھُ مرتبہ حاٗصل یُس مرتبہٕ اَمِس ویدِک دورس منز حاٗصل اوس تہٕ ووٗنی چھِنہٕ مندرن منز اَمِس پوٗزا سپدان اماپوٗز ہوٗنن پیٹھ چھُس لوگ لِوان تھاوان۔

ۂندرازُن دربار :۔ ۂندرازُن دربار چھُ گوٗنگُن گندنُک مرکز ہِوان مانہٕ بیٚنہٕ حوٗر تہٕ پرِیہ گنتھ چھیٚ دِوان۔ ۂندراز چھُ امراوتی منز روزن یُتھ ۂندر پوٗری تہٕ وَنان چھِ، یہِ چھُ سوٗرگُک اکھ حصہٕ۔ امراوتی ہُند راز آسنہٕ کنہِ چھُ اَنی اَمی سُند دربار لگان، یُتھ منز عاٗش تہٕ عشرتُک کُلہم سامانہٕ بہم چھُ۔ رِتی لوٗکھ چھِ پننین جان کامن ہُند حاصل پراونہٕ باپتھ اَمندِس دربارس منز واتان۔ مگر ہٕندی عقیدٕ موٗجوٗب چھُ زِندگیہ ہُند مقصد موکجار پراوُن، زِژِ ہُند آفتابس ستی رَلُن یُتھ بیٚنہٕ پہ ختم گژھہِ۔ اماپوٗز یمو لوٗکو نہٕ مکتی پراونس یاژ کرِژ آسہِ کرمہٕ تمے لوٗکھ چھِ ۂندرپوٗری سوزنہٕ یِوان بیٚنہٕ کینژس کالس روزنہٕ تمن دُبارہٕ زنم چھُ پراوُن پیوان۔ صوٗفی شاٗعرن ہندِ کنہِ چھُ ۂندرازُن ۂندرازن دربار سُہ مقام یینتین ووندچہٕ تارٕ پاٗژ پانے وزان چھیٚ تہٕ اکھ روٗحاٗنی مسرتھ تہٕ سوٗکوٗن چھُ حاٗصل سپدان۔

وۄنیچھِن پوٚچھِن صوٗفی اصطلاحن بیترِ گیٚنہٕ کَڑِتھ چھُ بنہٕ کتھہٕ پھیُر دِیُن ضروٗری باسان زِ اَسی کرو یہِ کتھ تہٕ کھرِ زِ اصطلاح کیاہ گَیہِ تہٕ تلمیح کتھ پیٚوٗد ناو؟

سُہ لفظ یا جُملہٕ چھُ اصطلاح بنان یُتھ کُنہِ خاص جماژ ستی تاٗلُق آسہِ۔ کُنہِ کسبس یا ہونرِ ستی مخصوٗص لفظ تہٕ چھُ اَتھو دایرس منز یِوان۔ مثالہٕ پاٗٹھی ہمو اَسی لفظ "نوٗسخہٕ" لوٗغاتس منز چھُ اَمیک مانے لیوٗکھمُت یا لیکھنہٕ آمُت مگر حکیم کتھہِ گوو نوٗسخہٕ سُہ کاغذ پرچہٕ یُتھ پیٹھ حکیم بیمارس دوٚہن بیترِ ہُند تفصیل لیکھِتھ دِیہ۔ لفظُک اصطلاٗحی مانے چھُ عام طور ورگہ مانے آسان اماپوٗز پتہٕ چھُ یوٚہے مانے اَمیک نیقہٕ مانے بنان۔

تہٕ چھُم وَنُن زِ شِتہٕ کنٹھ گرنٹھِ آسن لل دیدِ سبٹھاہ بُروٚنہہ نہٕ زِ لل دیدِ پتہٕ۔ یہ ژینہٕ وُن چھِنہٕ تیٖنز زبانہٕ یاژ بَلکہ تسنز۔ وَنن ترائے تہٕ دِوان یوسہ بلہٕ واکھو کھوتہٕ سنگرہ شۆلوٚکن تہٕ چھُمہٕ پدن زیادٕ نکھہٕ چھیہٕ۔ (سنگرہ شۆلوک گیہِ تم پرانی کاشری شۆلوک یم تنتر سار ہوبن شیو گرنتھن منز کُنہٕ بجرٕ کِس اندس پیٹھ دِنہٕ آمتی چھِ۔ عۆمومن چھِ یم شۆلوک پتہٕ وَتھ سینہٕ بہ سینہٕ رژھراونہٕ ییہٕ کُنی موقہٕ موجب درج آمتی کرنہٕ۔ چھُمہٕ پد گیہِ تم پرانی کاشری شۆلوک یا وَتی یم چھُمہٕ سمپرداے ہوبن تنتر گرنتھن اندر میلان چھِ۔) غار اَکھ پیٹھ واتہٕ الگ پاٹھی کتھ باتھ کرنی۔

شِتہٕ کنٹھ اوس اُڈیان پیٹھ ناوکِس تتھ پیٹھس یا آگہی ماٹھس ہِتی وابستہٕ یتھ اندر منتر ادھوان یا منتریان ناوچِہ رُوحانی وَتہٕ پیٹھ ہُکھتہٕ پانٕز زانہٕ اُگرچریا یانہٕ کرتھ رُوحانی ریاضتھ مانہٕ آس یوان۔ سنسکرت وَکھنے کار ہندِ وَننہٕ पीठेऽस्मिन्नुड्डियाने परमम [illegible] ज्ञानमस्य गुरुचर्या۔ شِتہٕ کنٹھُن ذیہن اوس شیو درشنہٕ کِس تتھ فضس منز پھیوت یتھ پرتیبھگنیا وَنان چھِ تہٕ ییٖتھ ارزتھ مشربس گامتہٕ پانٕچ نُوسر پارٕ زان چھیہٕ۔ اَما شِتہٕ کنٹھ اوس نہٕ کانہہ درشن کار یا فلسفی زِ پرتیبھگنیا درشنچ فکری وَکھنے کرہے۔ سُہ اوس اَکھ شیو سِدھ یا وِوتمُت سالِک تہٕ اَوے کرِن اَمہِ درشنچ ہری باوتھ۔ اَکھ باوژ اندر چھُ نگلیش، سِدھ مارگ، ناتھ پنتھ، ہٹھ یوگ، سہج یان، وجریان تہٕ منتریان بیترِ وارِہَن تِمن ذاتی مسلکن ہُند یکہٕ میل درینٹھ یوان، یمن ہنز رِلہٕ مِش اُڈرن اَمہِ سبٹھاہ بروٚنہہ اِبھنو گُپت ینس تنترالوکس اندر تیار سپیزمِژ آس۔

اَمہِ موجوب چھُ مولہٕ پزر چیت سورُوپ، ژیتھے ژیتھ، شۆعورے شۆعور، نورے نور۔ ییتھ نہٕ ژھاے چھیہٕ نہٕ چھپس روٚٹ، ییُس پرینتھ کانسہٕ ہُند چھُ، پوشہٕ وُن چھُ۔ اَمہِ ییٖتھ پارٕ زان کرناوِنِکس علمس چھِ مہانے پرکاش وَنان۔ سَے وِدیا مطابق یوسہ باقے سارنے قیاسن، شۆلوکن، وتن تہٕ ظوہرَن ننگلاوان چھیہٕ، بَلکہ برہما، وِشنو، رُدر، اِیشر، تہٕ سداشو ناوو ہِتی ظاہِر کرنہٕ آمتین پانژوی کارنن یا کارساز ظوہورن تِہ چھیہٕ یہ سَے وِدیا یا آگہی گروکھ والان۔ اَمہِ ہیر کتھِ ہنز باوتھ چھِ مہانے پرکاشکی یم شۆلوک کران:

سمیشور اکے کم پنچک
وَتی وِبھاگے وِدھ لوپان

پروفیسر پُشپ

# شتہ کنٹھن

# بریٹ

سنٛز کتھِ زنگی پرٛز میٚہ کینٛژن تمن نوکتن کُن تہٕ اِشارٕ کرُن یم میانہٕ موضوع نِبرٕ آسِتھ تہٕ اَمہِ کہٕ پوٚت منظر نِشہٕ بلکُل بدٕوٗن نہٕ چھِنہٕ ۔ حالانکہ میٚہ چھُنہٕ یِیتنُن شتہٕ کنٹھُس یا تمہ ہنٛدِس مہانٕنے پرکاشس پیٹھ بیٚدِ سیوٚد کینٛہہ تہٕ ونُن ، ذِکرِ مہانٕنے پرکاشس مُتعلق چھُم نہٕ یہِ دعوا تہٕ کرُن زِ اتھ کیا ہیٚکہِ زِ شاعری وَنِتھ ۔ مَتہٕ مانٛزتون شاعری ، منظوم کلام تہٕ چھُ ۔ یہِ نیاے اَزٕ راوُک تہٕ چھُنہٕ موقہٕ زِ اَمہِ منظوم کلامٕچ سنسکرت وکھنے تہٕ چھا سنا شتہٕ کنٹھن پانٕنے کرٕمٕژ ۔ مَتہٕ اُسی تن تمی پانٕنے کرٕمٕژ ، تِیُتھنٕزٕ بریٹ چھونہٕ نہٕ اَمہِ عتی کینٛہہ ۔ سنسکرت وکھنے اوٚک طرف نزاوِتھ تہٕ ہیٚکہِ اتھ کلامس اندر بریٹ ہنٛزٕ نِشاندہی سپدِتھ ۔

”مہانٕنے پرکاش“ کین ژودٕہن اُدیٚن یا گاشہٕ جُزن منٛز چھِ اُسیٚمتی کُل ٩٢ کاشرِ شوٗلوک یِمو منٛز اکھ چھُ وونٛز بلکُلے گال کھاتس گومُت تہٕ زٕ ترٕیہ شوٗلوک چھِ اَڈٕلیکی اَکھہ آمٕتی ۔ اَمہِ منظوم کلامٕچ زبان چھےٚ کاشرِ زبانٕ ہنٛزٕ سو شکل باسان ، یوسہٕ شتہٕ کنٹھہٕ نہٕ وَنِنہٕ کرٕتام ' سرٕد گوچرٕ دیش بھاشا ' ماننہٕ اُس یِوان ۔ یانے علاقٕچ سو زبان یوسہٕ سارٕنے تام واتہٕ ناوٕرک ذریہٕ اُس ۔ عام لوکن ہنٛدِ بولبوٚچھ زبان ما آسہِ ہے اَمہِ نِشہٕ ہنا بدٕوٗن ۔

رٕود سوال زِ شتہٕ کنٹھ کرٕ سنا چھُ اوسمُت ؟ اَتھ کتھِ سینٛگ یہِ موقہٕ نہٕ آسِتھ

(کتھی چھیہٕ سو اکھ دیوی یوسہٕ سارنے سرس چھیہٕ.
یوسہٕ تس بھیروس تہٕ ژاپان چھیہٕ یس دُرس زگتس نبنگلاوان چھُ)
بوزی تو مہانیگ یا مہاٹھک پرکاش ژھٹان ژھٹان چھُ نشتہٕ کنٹھ پانہٕ ژاتی ہنز ہسریٹھ ہندی گیتہٕ
نبہٕ ڈنڈی تہٕ گاشراوان تہٕ امہٕ ہسریٹھ ہند مولہٕ ونتھ چھُ کنہریس نشتہٕ کنٹھن منتریانہٕ موجوب
رنگہٕ رنگہٕ بوومت چھُ۔ مثلن.

۱، سانیک روپ اکے وِج یون (۴/۱)

(وارِیاہ روپ باسہٕ ونی آسیتھ تہٕ چھیہٕ سو کتھی کُنی شولہٕ پٔوی.)

۲، سو اک مہاٹھ جیہٕ انکیت (۵/۱)

(دلیشہٕ کالہٕ یا زمان ومکانہٕ روس سہٕ سنہٕ سون سیر چھُ گنے.)

۳، سو اک ٹھاؤ ویاپک بھونان (۴/۳)

(سہٕ چھُ وِوجودِچنِ سارنے صوزژن ہند کنے آگر.)

۴، اک چِد جن ہٹند وہہ وانی
دش دش پرشیت پرٕ واہان (۷/۳)

(کُنی چِد یا مولہٕ آگہی چھیہٕ وہراتہٕ کول ہش دِزوزہٕ دِہی
بدلاوان، تہٕ طرفاتن چھِہہ دِتھ بُرہ نہے بروہہ پکان.)

۵، اکین چِد پسرے پرمیشر
وائِس نیَن جبنی اوکار (۴/۵)

(دٔے چھُ کُنی آگہی ہند ظہور
کاوہٕ پنز کُنی اُچھ ہیؤ کُھر روس)

۶، دیہٕ گرہ منز آپ پرماتھے
اکے بہہ بھے ایون پوچ (۷/۵)

(اکوے اَسِتھ چھُ سہٕ بسیار بنان تہٕ بوزنہٕ یوان
نبتہٕ چھُ دٔے تہٕ سہٕ، اگور تہٕ سہٕ پانے، تہٕ منزہٕ تہٕ پانے.)

۷، سا اکے پوجوج بھنوگھ (۱/۹)

(اوگھو یا مسلکو اپور ترٕتھ کرِزہٕ تس اکی سے پوز.)

پۆرک اُبھِمت وسنتُ وِدھایک
پۆناہُت یاکھیت ہۆ مان (۶/۱۱)

سِشٹ سمے مٔہہ استرے چھندِ
دُ اے وَنیُہ کُمکُج بھکشو
پنچ دھی ہٕتہٕ سے فے سٕرندِ
نابھی پمٕ نابھُ (نگشیر) (۷/۱۱)

گاسُ کر ہٕندِ واتے اُسیتہٕ
ک کھ ہ سُبھگنگر شو شو
سوٗ سِدھِ (رِدھ) نیتہٕ !
باہیا بھاسا سمے سدا شو ! (۸/۱۱)

مۆل زِشتہٕ کنٹھ اوس دے گارنہٕ چھ تمہٕ ترایہ گژایہ یکان یتھ کٔشیرِ ہندِ شیو درشنہ مۆجوٗب مہانُے وَنان چھِ۔ مہانُے زِ نٔھدِ ٹھرٕ وٕتھ گتھ۔ شتہٕ کنٹھہٕ وننہٕ گوو یوٚہے مہاتھُ یا مہارتھ، مہارتھ، نٔھدِ نٔھوٚد مانہٕ مطلب، بڈٕ لوٚڈ پٕزر، سٕنہٕ سوٚن سر، سرِ اکبر۔ شتہٕ کنٹھ چھُ پٔنٹنہٕ پتس مہانُے پرکاشس منز اٰتھی مہاتھس یا سرِ اکبرس نٔمان تہٕ لول بٔران، اَمہٕ چِنٕ زھاین تہٕ گراین وُنی دِوان، تہٕ اَمہٕ کِین اِہارن ہنز رنگہ رنگہ ژینہٕ وٕنہٕ دِوان۔ یِمنے ژینہٕ وَنن منز چھُ شتہٕ کنٹھُن سری ذیہن نہٕ زھایہٕ گژھ ہوی کٔران۔

اَکس سِتھرِس پیٹھ چھُ شتہٕ کنٹھ منگلا دیوِیہٕ ظاہری تہٕ ماورائی حقیقژن ہندِ مۆلہٕ کُنرِچ اَنگہٕ وَن وَنان تہٕ بیِیس سِتھرِس پیٹھ چھُ سُہ کَشی یا کرشا دیوِیہٕ مۆلہٕ کُنرِچہٕ اَگہی ہنز علامتھ زانان۔ تہندی وَننہٕ ؛

دیوت اکہٕ کَشی پرُ راجِ
جگ گھسرُ بھیرُ بھکشیت (۱/۳)

منتر بانہٕ چھِنہٕ ہرِدادن دونہٕ آمتی استعارٕ چھہٕ ییتھے پاٹھی شِتہٕ کنٹھ نہٕ باوژ آہنگ پزُون اوہر گوبر تہٕ دِوان تہٕ مانہِ ہُک سنبر تہٕ۔ حالانکہ تنتری لفظیاتہٕ کیو کینژو گژ ورتاووٕ تہٕ پرژل ژاوی جارو چھُ شِتہٕ کنٹھن ونتھ گیر ہیوٚ تہٕ کورمُت۔ خاص کر ییلہٕ کُل، اُکُل، کرم، اکرم، ہَل، اہل، ناو، بند، وامیشی، کھچری چک، گنتہٕ چک ہوی ژٲنی شبد اَتھ منظوم کلامس سیتھے گوبراوان چھہٕ۔ مثلن نی تو شاردا اُچھر ۳۱ ہس پیٹھ تھرنہٕ آمُت اُچھر گنڈ گنڈ ہُند یہ ہرِ ونتھ:

لوہت مَد بندوٗ جو کھنئے
وات جمرِ تین میلے تس اَیے
تیسورا تہٕ ہلے پرٕ دنے
گنڈا گنڈ پھئیہٕ اِتاے (۶/۲)

(رتہٕ قطرٕ تہٕ مَدٕ قطرٕ چھہٕ نہٕ بیوٚن بیوٚن پھیری۔
واو رِنگا چھئیہٕ یوان تہٕ یمن مِیُل کران۔
تیٚی یانہٕ ت، را یانہٕ ر، تہٕ ہَل یانہٕ ہ، یمن ترین اُچھرن ہنز گنڈ گنڈ چھیہٕ اکارس ژنم دِوان، یِیمہِ منزٕ پنہٕ پرتھ کینہہ نوموٗدار چھُ سپدان)
یا نی نون یہ شوٚلوک:-

پیٹھ مہاٹھُ اِ مہاویرو
بیج واہہٕ کُم وا مہتا ٹھُ
پھوٗ نوان دشیوٗ وِجہٕ چیرو
پرنہٕ سوٚ گتو بھاوِن پرماٹھُ ۷/۴

(یہ پینہٕ پانہٕ چھُ مہا ٹھک موٗلہٕ ماٹھ۔ پانژھ حواس یا کیفیژ چھیہٕ مہاویر، کرم ناوچ ریاضتے چھیہٕ بجرگ پاے۔
زِندہٕ ژُ سے گوو پوز ہرِوان یا نجاتھ پژاوُن۔
تہٕ پرنو یا اوم شبدسے وینِدی زنہٕ شاہہٕ گاہ نژاوُن ہرِ اکبر۔)
غرض چدا کاشک تصوٗر چھُ شِتہٕ کنٹھ نہٕ ہرِیژ ہُند اکھ مرکزی تصوٗر۔ پرنو پیٹھ یانہٕ اوم شبدک ماٹھ تہٕ چھُ یو ہے چدا کاش یُس پیٹھن ہُند پیٹھ چھُ، مقامن ہُند مقام چھُ۔

اَما یہِ کُنبر چھُ نہٕ زبانٕ جمع خرچی سیتؠ اندان، بلکہ چھُ وونِدس اندر لولہٕ مٕتؠ لاے
پراوِتھ شولہِ ماران۔ یہِ کُنبر چھُ نہ کنہِ تہٕ رنگی کُنی گیڈ گرِہکہِ میکانکی عملہٕ ہُند نتیجہ ہیؤ تہٕ کینہہ،
نہٕ چھُ کُنہِ اوک توشی نظرِ پہِندِ اپرک اثر۔ یہِ چھُ کُنزُر اندر وُحدژ ہنزِ آگہی ہُندُے
دِیت۔ یہِ چھُ شوشکتی ہندِ ازلی ہُبیک ظوہور یُتھ شیو درشنس اندر چدرِوِرت تہٕ وَنان
چھِ، سپند تہِ۔ (چدرِ وِرت گوو آگہی ہُند مُژر ہٕ یُن، تہٕ سپند گوو آگہی ہنز تھترا ے
یا پِرُن) شوشکتی چھِ پانہٕ وٲنٛ ناٲلی نال، اکھ اَکِس منز ووت پرٛیوت۔ یہُندٕ ژیم یا جور چھُ
سہج یا ازلی۔ اَمِہ جورچہِ گوڈنچہِ دِہنہٕ چھِ ناد یا مولہٕ سور وَنان۔ یُے گوو سدا شوئس وِشوِ بیج
چھُ، تمام کائنانگ ازلی بیول چھُ۔ شِتہٕ کنٹھ لی ونپہٕ:

پرم شوس پرسیؤ تس نِشچی
تیتھم سپندا یو نگھاتُ
میگما اُدِتُ سداشو رُچی
سو وِشوٕ بیج ناوس اُگھاتُ
(۱/۲)

منتریانہٕ کِس استعارن منز چھُ شِتہٕ کنٹھ اَتھی اکار یا نہ پیٹھے بانگ اَچھر یا گوڈ سور
وَنان۔ یوہے گوو پراواک یانہٕ ماورائی کلمہ، اناکھیہ یانہٕ باوژ اپور، سرِ آواز۔ پراواک یا اناکھیہ
ناوچ یہِ سرِ آواز چھیہٕ چدا کاشس یا قلبہ کِس نبس اندرے گنگہٕ رارے کران۔ اَمی چدا کاشہ
منز چھُ شِتہٕ کنٹھ کائنانگ ظوہور مانان۔ کائنانکی پانژھ مہابھوت یا عناصر چھِ اَمی چدا کاشہٕ منز
نیران۔ بھوت آکاش یانہٕ مادی نبہٕ کیو سرحدو اپور آسنہٕ کِنہٕ چھِ اَتھ چدا کاشس پراکاش نہٕ
وَنان۔ شِتہٕ کنٹھ چھُ اَتھ نوکتس کُن یِتھہٕ کنہٕ اشارہ کران:

تویہ آد وَن کُہرا نبھُ اُدیو
تس اَنگ لگ پونانی اوم
اُبھے نیرشا پاوک دِپہ یو
سِدٕ سلِل آشانی بھووم
(۵/۲)

(چدرے گوو گوڈ سورک آگر۔ چدِ منزے دراو نبہ۔ نبس وُٹھ
واو رِنگ۔ دو شوپانٕ لوگ پانہٕ وٲنٛ رگڑ تہٕ دراو نار برنہہ۔ نارس آپہ
گمہ تہٕ آب گوو جاری۔ آب شٹھو تہٕ بتراتھ پییہ ھتینہٕ۔)

ڈاکٹر مرغوب بانہالی

# کٲشِر شاعری منز

# سرّیت

★ حقیقتھ یا حتمی پزر کتھ ولو؟

★ حقیقژ پٲریزان حاصل کرنہٕ خاطرٕ کتھ حدس تام ہیکو اسہِ پانژن ظٲہری حسن پیٹھ انحصار کٔرِتھ۔

★ اگر انسانی عقل ناقص آسنہٕ سببہٕ ظٲہری حسو ستی حاصل سپدن وول علم تہِ ناقص روزان چھُ، تیلہِ کُس غیبی طاقتھ ہیکہِ لامحدوٗد عالمِ غیبک موٗجوٗد حواس ہنٛدس دامنس منز ویٚپراونس اندر مدد کٔرِتھ۔

★ وِجدانکہِ بدولتہٕ حاصل سپدن وول حقیقتُک اِدراک چھا پننہٕ وجوٗدٕ نیبر کایناتچ کھُلہٕ کتاب پرنہٕ ستی زیادٕ پھانپھلان کیہٕ پننہٕ وجوٗدکِس نہان خانس منز اژنہٕ پتہٕ وچھتھ زوٗر تہٕ لوٗزتھ اڈن لاگنہٕ ستی۔

★ پزرگارنچہٕ وتہٕ ہندی آداب رٹھنکی تقاضہٕ ہیکنا صرف پننہٕ ضمیرچ سو آواز بوزنہٕ ستی پوٗرٕ کرنہٕ یتھ یوسہٕ نفسکِس شرس زایِل کرنچ تہٕ خٲرس کُن مایِل کرنچ ضامن چھیہٕ زانہٕ لوان۔ کینہ امہِ خاطرٕ گژھہِ باضابطہٕ پاٹھی مورشدٕ سند اتھہٕ روٹ تہٕ اکھ ضابطۂ اخلاق اختیار کرنہٕ یُن۔

★ وِجدانکہِ ذریعہ سپدن وٲلی حقیقتکی تجربہٕ چھاکُنہٕ شعقہٕ اصوٗلس تحت زوٗرٕ تھوٗنہٕ یوان کینہ تہنٛد باوژ تہٕ اظہارس منز یُن ناممکن آسنہٕ سببہٕ چھہِ سریت پسند لوکھ ژھوپہٕ کٔرِتھ روزنس ترجیح

تہٕ شِتہِ کنٹھہٕ موٗجوٗب زاًنۍ زِنِ پَنُن پانے موٗلہ پیٹھ، اصلی مقام، یِیِہِ زیارتھ کرِی زِ۔ یوٗہے چھُ بلتِے تمام ریاضتٕن ہنز شوٗب۔ یَیمِس پیٹھہٕ کنہِ بیٹھہٕ کُنۍ کلہٕ شوٗبان چھُ تہٕتھے کُنۍ چھُ پاًنۍ پانہٕ سے اندر منہٕ کِس پیٹھس پیٹھ دِرے جلوٕ ہاوان:

سو پیٹھ اے سکل وست لنکرنو
اسور یُوَن رُوپ سو پَران
جنگمان جانوٗ پیٹھ پنو
چِھنے یون دیُہ۔ لِنگُ شران (۲/۴)

آگہی ہندِس اتھی مقامس چھِ اکرم وَنان، اما اَتھ واتنہٕ باپتھ چھُ شِتہِ کنٹھ کرمارتھک یا کرمہٕ سادھنایہِ ہُند باند کران۔ کرم سادھنا گیہ دِل ڈنجرِ تھاًوِتھ پرزُنھ پالُن تہٕ سمسارس اندر روٗزِتھے سمسارٕ تھوٗد ووتھُن۔ یوٗہے گوو نِروان۔ شِتہِ کنٹھ نِہِنے لفظن منز:

شِتہِ سمادھانے ڈل وانے
چِریا چِریہ کے اُکشٹ
لوٗکہ لوکوتر وسوانے
ایہہ کمتھُ بجھیونیہ نِشٹ (۶/۱۲)

تہٕ پانس اَندۍ پَکھو امہٕ ہِرچ پادھ کرتُس پیٹھ چھُ شِتہِ کنٹھ پزی پَنُن زنم رُتھِ کھارنس پیٹھ ناز کران زِ یِمین تہٕ دُتُن امہٕ سرکتھ ہُند سور:

یاوت اِہہ کمُ پیٹھس پیاوے
شِتہِ کنٹھس گہٕ اُجمُ بِکتاتھ
تین م مہجن کھلِت سمادے
تے ساراوے مہہ نے پرماتھُ (۱/۱۴)



وارِ ہندِس مجموٗعی مزاجس سٟتۍ اَڈرن پیپرمُت۔ مثالہٕ پاٹھۍ چھہٕ بُرزہامکۍ کھنڈرات وارٕ پاٹھۍ نٔنۍ کڈنہٕ
برونٹھ قریبَن ڈوڈ ہتھ وری سر فرانسس ینگ ہسبنڈ کشیرِ ہُند یوٗنانس سٟتۍ رلہٕ وُن قدرتی
حُسن تہٕ بساو ڈیشتھ انداز لگاوان زِ یتھ پُراسرار سرزمینہٕ پیٹھ تہٕ آسہن ضوٗروٗر پتھ کالہٕ سٔرنۍ سونچہٕ
وٲلۍ انسان تہٕ پٔرنۍ تہذیب پادٕ سپدان روٗدی متۍ۔ تِمی سُند یہ اندازٕ چھا عٔلمی تہٕ عقلی مامَلن
منز تہٕ قابلِ توجہہ تہٕ وَنُن چھُ مشکل البتہ ہیٚتِس اکہٕ فلسفک درجہٕ دِتھ ہیکہٕ یہ کتھ بُڈ ووٗثوقہٕ
سان وَننہٕ یتھ زِ کشیر چھیہٕ روٗحانی کتھن کُن مٲیل روزنس منز تھزرِس پیٹھ واقع آسنہٕ کِنۍ ہمیشہ تھدِن
پاژ وُڈون لول برٲن آمژ۔ چنانچہ قبل تٲریخی دورس منز ہیریت نوازٕ چینکہٕ فلسفک اثر ہندوستانکِس
ویدانتس تہٕ برہمنیتس سٟتۍ باہمی میوٗن دیُن کرُن چھُ اکھ مستقل تحقیقی موضوع۔ یُس بُدھ متک
پرچار سپدنہٕ سٟتۍ تۄہس مرحلس منز داخل چھُ گژھان۔ چنانچہ چھہٕ تِمی دورس منز بُدھ متس لولہٕ منز
جلے شیرن واجنہٕ کشیر ہندی ذہین لُکھ بھکشو بنتھ چین، تبت، ایران، افغانستان، ترکستان،
جاپان، جاوا تہٕ سماٹرا ہِشن جاین تام فاضِل واتناوان تہٕ بواپسی تمدنی لین دینک نوٚو مزاژ
ہیتھ گژھ اژان۔ سماجی سطحس پیٹھ چھہٕ تِم انسان دوس کٲشرک یوٗنانی حملہٕ آورن ہندی دٔسی چھو کلد
گمٹن بلخ تہٕ بخاراکین مظلوٗمن ہندِ خاطرٕ ہسپتال تہٕ زاژہال قٲیم کرِتھ تِہندِ خاطرٕ شفقتکی گاشہٕ
تارکھ بنان۔ تہٕ کینژو صدیو پتہٕ چھہٕ بواپسی تِمن علاقن ہندی دوستانِ خدا ساداتن تہٕ مسلمان
صوٗفین ہنز شکلہٕ منز ییتہٕ کِہن مظلوٗمن تِم چھوکھ ٹلراونہٕ روٗحانی مہلامہٕ ہیتھ یوٚت واتان۔ یِم
کٲشرن مقامی ہیٚندک رازن ہندِس قریبن ترین ہتن وٕریٔن پیٹھ حاوی ظلمس تہٕ وٕنٹہٕ نژلس دوران
لگیمتۍ چھہٕ آسان۔ یِمو واقاتو چھُ کٲشرن ہند قومی مزاژ ہیریت پسند، کرامات پسند تہٕ کم آزاری ہند
آدیز پیناوس منز اکھ خاص رول ادا کوٚرمُت۔ ییمیک سروٗن اثر کٲشرن ہیریت پسند شاعرن
ہندِس تخیل شوٗعورس پیٹھ باسان چھُ۔ اَتھ تمدنی پوٚت منظرس کُن چھُ کلہن پنڈتھ تہٕ مختلف
رنگو پہ اشارٕ کران زِ کونگ تہٕ شاعری لرِلوٗر ووپداوُن وٲلس یتھ شاردا پیٹھس چھُ پریتھ زمینہٕ ژکل
پننہٕ شرزِزرِ کِنۍ روٗحانیتکین رازن ہند امانتدار بنیومُت۔ مُسلمان صوٗفین ہندِ پتہٕ پتہٕ یُس پوچھر
اَتھ پہلوٗس کشیرِ منز نو انمانہٕ لوگ تمیک چشم دید گواہ بنتھ چھُ ابوالفضل ییتہٕ کِس پریتھ گرس
سرنیک امانت دار زانتھ وَنان ؎

"الٰہی بہ ہر خانۂ کہ می نگرم جویائے تو اند ... و بہر زبان کہ می شنوم گویائے تو"

خدٲیی ترانہٕ گبون واجنہٕ یتھ بستی منز۔ اگر غنی کاشمیری ہوِس فارسی شاعرس یہ باسان چھُ زِ

دِوان؟

★ سرِٚیلِکِس ناوس پیٹھ گُمراہ گرٛزھنکہٕ تہٕ چھا تِتی اِمکان یِتھ نہٕ خدایِس ژاڈھ یا تلامیذالرحمان زانہٕ یِنہٕ والین شاعرن ہندی نوکتہٕ بوزِتھ اُچھ مُزرِنہٕ ہنکی اِمکان چھہٕ؟

دراصل چھُ یِمن سارنے آدلین تہٕ ناوِلین سوالن ہُند تالُق حتمی پزر گارنہٕ کِن تِمن عالمگیر سرِی رُجحانن سِتؠ یِمن ہنز اکھ سرحد فلسفس، مذہبس تہٕ اخلاقس سِتؠ رلان چھےٚ تہٕ بیاکھ موسیقی، مُصوری تہٕ شاعری ہِوِن فنونِ لطیفہ ہن سِتؠ۔ سرِیت پسند لوکھ چھہٕ یِمن سارنے شوبن سِتؠ وابستہٕ مگر مجموعی طور چھہٕ تِم یِمن سوالن دوٚیہ طریقہٕ جواب دِنٕچ کوشش کران روٗدی متؠ۔ اکھ گوو محض عقلی بُنیاز پیٹھ فلسفیانہٕ تہٕ منطقیانہٕ آیہٕ اِستدلالک سہار ہیتھ، یِتھ صوفی لوکھ محض سطحی کِتھ زانان چھہٕ بقولِ رومی ؎

پاے اِستدلالیان چوبین بُوٗد    پاے چوبین سخت بے تمکین بُوٗد

بیاکھ طریقہٕ چھُ وجدانچہٕ بُنیاز پیٹھ صوفیانہٕ تہٕ حکیمانہٕ یا شاعرانہٕ طریقہٕ جواب دِیُن۔ یُس عارفن تہٕ سرِیلکین ماہرن بہتر تہٕ افضل باسان چھُ۔ تکیازِ بقولِ ابنِ خلدون یم کتھ عقلہٕ ہندِس استدلالس منز اننہٕ ممکنے چھےٚ نہٕ تِمن ہنز بادتھ چھےٚ وجدانکہٕ ذریعہٕ بیٚیہ سرِیتکہٕ انکشافہٕ ذریعہٕ ممکن بنان۔ امہٕ لحاظ چھےٚ پوختہٕ کارن تہٕ دیدورن ہنز سرِیت تصوری تہٕ مادی باگنے نبر فلسفیانہٕ نظرِین ہندِ سطحہٕ کھوتہٕ بالاتر گژھتھ محض وجدانکہٕ ذریعہٕ حقیقتکِس ادراکس لل کھول کران۔ یودوے زن سرِیت بحیثیتہٕ اکھ فلسفہٕ زیرِبحث انٕنچ گنجائش پننہٕ جایہٕ قائم چھےٚ روزان۔

سرِیتس مطالہٕ کرنکہٕ یم زٕ پہلو نظرتل تھوتھ یِلہٕ اسی کاشرین شاعرن ہنز سرِیت پسندی ہُند زِنتہٕ زوٗل وُچھان چھہٕ اَسہٕ چھُ اکہٕ طرفہٕ یِتہٕ دُنیہکو بیشتر علاقو کھوتہٕ مختلف رازدار تہٕ پُراسرار قدرتی ماحول موٗنیبر آشنک احساس گنان تہٕ بیٚیہ طرفہٕ کشیر نامولوم وقتہٕ پیٹھہٕ دُنیہکین مختلف فلسفن تہٕ مذہبن ہنز آماجگاہ بنان روزنٕچ کتھ تہٕ زِہنس یِوان۔ مثالہٕ پاٹھٕۍ چھےٚ اکہٕ طرفہٕ کشیرِ ہندین کارِ دوگنین بالن تہٕ وٕنن منز یِتہٕ وتھ عرفانکس چھورس تہٕ خمارس حال مست پانژادرن تہٕ سرِمساوی ناگہٕ رادن ہنز پُراسرار گنگرایہٕ پوچھ رِدوان روزمژ اکھ حدس تام زِیٛتہٕ چُن زانہہ آب نہٕ سورن داچنین کولن ہندی سرسبز نبھٕ چھہٕ اکہٕ نامولوم وقتہٕ پیٹھہٕ تاپری وُڈرن ہندِس دامنس تل تہٕ شہلتھ زُژھرنک تہٕ سرِیہ باگرنک ڈکہٕ بجر پراوِتھ ہیکان۔ امہٕ قدرتی ماحولک اثر چھُ یِتہٕ کِس انسانی ذہن تہٕ ضمیرس پیٹھ تہٕ منطبق سپدمُت تہٕ اتھ جغرافیائی پوت منظرس منز چھےٚ یِمہٕ ریٚش

پاٹھی کُل کاینا تھ پننِس موٗجوٗد ذاتس منز لاموٗجوٗد پرز ہتھ گاہ ژھٹان باسان۔

"حق الحق گوو میوٗنے ناو

میٔنے نش آدم عالم زاو"

یمن دوٚن کیفیژن ولۄر ژلنچ یا آیینہ داری کرنچ کوشش چھیہٕ فلسفیانہ پرژن سرساوٕد
اِستدلالچ بادُتھ کرنچ ضامن تہٕ بنان تہٕ رمزن ہُند فن ورتاوتھ مختلف اِستعارن، علامژن تہٕ پیکرن
ہنز شکلہِ منز مارفتکہِ مانیک ماچھ وۄپداونچ ضامن تہٕ۔ کاشر شاعری منز چھیہٕ امہِ قسمچ آیینہ داری
یا وجدانی باوژہنز نشاندہی سوٚدرٕ ذریاو، ناو، قلم تہٕ کاوہوین استعارن تحت برابرشتی کنٹھس
پیٹھے کرنچ گنجایش موجوٗد۔ مگر وجدانچو یِمو تشبیہو کس مصورس، تمہِ ہندس غایاتی یرادس تہٕ تمہِ ہندس
بے پایاں طاقتس پرزنہٕ پاٹھی وۄن دِنگ لیُس گوڈنیک۔ وۄڈو سارنے متوجہ چھُ کران، ئشہ چھُ اَمہِ
للہِ دیدِ ہندس باگہِ یژنس اظہارس منز نظر گژھان۔ نہ صرف خارجی مُشاہدو کھوتہٕ زیادٕ پننس
وۄجوٗدس تہٕ روٗحس مطالعہ کرنہٕ ژنگہِ، بلکہ خودکلامی اِختیار کرتھ مٕنکُ گیان وُزناونہٕ ژنگہٕ تہٕ۔ للہِ دیدِ
ہُند سراپا حارتھ بنتھ پانس یہِ سوال پرژھن چھُ گیانس کُن تسند قدم وۄتھنک ابتدا باسان بیلہِ
سو وَنان چھیہٕ ۔؎

آیس کمہِ دِشہِ تہٕ کمہِ وَتے

گژھہ کمہِ دِشہِ کوٚ زانہ وَتھ

مگر یلہِ تس پرژھ گاٹر کرنہٕ ستی پرژھلہِ روٚہج ترِش ہمان چھیہٕ تہٕ اُسمان سأل کرن وول
"زُبتہٕ تورگ" تہٕ اڈوتی پیوان چھُ اَتی چھیہٕ سو مٕنہ کوٚٹھر ترۄوپرتھ فکرِ ہندِن نوٗرانی دہن ذکرِ ہُند پھرِدِتھ
دِنہ کِس دوٚیمس پڑاوس منز داخل سپدان تہٕ وَنان ؎

ہردیچہِ کوٚٹھر اندر گوٚنڈم

اوکہِ چوکہِ تمس بم

یہٕ دوٚیم پڑاو چھُ تس بے جا فکرن تہٕ گمانن دٕب دِتھ ریاض کرنک ئشہ پڑاو لیُس گورس
باموٗرشدس سایہ رنگہٕ پرژھ گاٹر کرتھ میلمتس جوابس پیٹھ عمل کرنہٕ خاطر سوگران چھیہٕ امہِ زیٹھہِ
سفرچ روٗیداد چھیہٕ سو یِمن ژھوٚٹین لفظن منز بیان کران ؎

گورس پرژھام ساسہِ لٹے      یُس نہٕ کینہہ وَنان تس کیاہ ناو

پرژھان پرژھان ژچس تہٕ لوٚسس      کینہہ نس نِشہِ کیاہ تام دراو

## "اخگرے پنہاں تہِ زین تودہَ خاکستر است"

تہٕ بیٚیہِ کیٚس خاکس منٛز بوٚنہِ نار نظریہٕ وٲلِس اقبالس چھُ جلوٕے خدا دیدمان موٚییسر سپدان۔

ع من خُدارا دیدم آنجا بے حجاب۔ کٲشرِ شاعرن ہُند ولوٚہار چھُ یِتھوٕ ٹاسرٕ بیانٕ کھوتہٕ زیادٕ تہہ دار باسان۔ تِمن ہندِ کلامُک مطالعہٕ کرنہٕ ستۍ یِیتہِ اَتھ کتھ تائید سپدان چھُ زِ بیشتر سٲری ادب چھُ تمثیلی داستانو تہٕ لکہٕ ڈٲلیو پیٹھہ عاشقانہٕ مثنوٚین تہٕ صوٗفیانہٕ وژنن تہٕ غزلن تام اکثر تِمنے حالاتن اندر بارسس آمُت یِمن مذہبی اقدارن لُرِ پار کرن وٲلی ناپہ تراس حالاتھ، سماجی ابتری ہندی تہٕ استحصالکی حالاتھ، خوفہٕ ہراسکی یا قتلہٕ غارتگری ہندی حالاتھ وَنِتھ ہیکو۔ مثالہِ پاٹھۍ ہینکہِ چنگیزی تہٕ تیموٗری دورس منٛز فارسی زبانۍ ہندی سارِوے کھوتہٕ نمائندہٕ تہٕ صوٗفیانہٕ شاعر شہکار بارسس یِنچ کتھ وَنِتھ، یِم کٲشرِ سریت پسندن لفظ پیٹھہ مانیس تام ژکھِس روٗدی ہتی چھہ۔ خوفہٕ ہراسکین حالاتن منٛزے سٲری ادب پھانچلیچ کتھ ہیکو یِتھہ پاٹھۍ تہٕ وَنِتھ زِ یِیلہِ کُنہِ قومکین حساس تخلیق کارن یِنہٕ وٲراگ تہٕ تردُد یا تمدنی ژکی ہیرِ تہٕ کانہہ علاقٲیی وُترِ بٔنیٚل اَکِس تنقس ڈرٛبنس تہٕ ڈگوشس منٛز مُبتلا چھُ کران زِ تِمن چھُ کُل عالم تِی انہانہٕ بزرگارہٕ کیٚس اَکِس نفسیٲتی ہیجانس تہٕ طوٗفانس منٛز ییران باسان، اتی چھُ تِہُند وِجدان ادراکہٕ کین اَتھن منٛز۔ استعارن تہٕ علامژن ہنٛز کوٗنہٕ تُلِتھ اظہارُک تہٕ امکانکی نوۍ دروازٕ کھولنٕ ہیوان۔ کشیٖرِ منٛز چھِیہٕ اَمِچ بڈ مثال لٔل دیدِ ہندِ وَقتُک سُہ تمدنی انقلاب یُس علمدار ہندِس وقتِ وفاتس تام زیادٕ زورس پیٹھ روٗد۔ اَمِہِ رنگہٕ چھہِ سریت کین تخلیقاتن ہندی محرکات شخصی دباوکیٚن، ملکی خوفکس تہٕ تمدنی ہٹہٕ گردِکس تِتھی پوٚت منظرس منٛز ژھانڈنٕ لازم یِتھ منٛز موجودٕ جمہوٗری تہٕ سائنسی دورکین چیلنجن، ذہنی انتشارن تہٕ نفسیاتی دباون تحت بارسس یِنہٕ وٲلین جدیدیتکین تخلیقاتن ہندی محرکات ژھانڈنٕ پزن۔ تہٕ کیازِ حتمی پزرس تہٕ تِمہِ کِس اظہارس درمیان واقع یِتھ شُنیس نوٗقطے سریت وَنُن پزِ سُہ چھُ مختلف دورن تہٕ مختلف قومن منٛز بیوٚن بیوٚن اہنار پراونہٕ باوجوٗد ژکہِ اَکی سے مشترکہ کیفیژ ستۍ وابستہ تہٕ سو مشترکہ کیفیتھ چھیہٕ انسٲنی روٗحچ پننس اصلیتس تام واتنچ اکھ پارٕدی کیفیتھ، بلکہ اکھ اَزٕ ہیٚنتی ترٛیش یوسہٕ اکِہِ طرفہٕ پزرکہِ پُراسرار آستنَس تہٕ بییہِ طرفہٕ علمکی تہٕ عقلہِ ہندی ناقص آستن مختلف فردن ہنٛزِ حِسِس آگہی مطابق پیتہٕ وَتھ گژھتہٕ گیرس لاجمژ چھیہٕ۔ اَتھ حدس تام زِ گاہ چھُ اَمہِ آیہٕ سوٗنچن وٲلس فردس یِنہٕ پان کائناتس منٛز بلکل بییہ مانہٕ تہٕ بییہ وُقتھ باسان "زِ یہٕ آوٕلنس منٛز یِنہٕ وُتھرا یا داولنس منٛز بییر لِشا" تہٕ گاہ چھُ اَمی سے حساس فردس آگاہ موکلِتھ جُنید بغدادی تہٕ منصور حلاج ہندی

یا

تلہٕ چھے زٕلیٚس تے پیٹھٕ چھکھ نژان
وٕنتہٕ مالہٕ مَن کیتھ پژان چھے

یہٕ چھُ وٕیسے ہیرتیس منز اَخلاقیاتھ داخل کرنُک اکھ شوٗعوٗری قدم باسان۔ یتھ منز ہیرن سرپوش بنہٕ کِس روٗحانس ستی تضاد تہٕ موٗحسوٗس سپدان چھُ۔ مگر زکہٕ چھُ یتہٕ پانژھ باطنی حِس بیدار کرِتھ عبرت رٹنہٕ سوے کتھ باوان یوسہٕ عارفس وٕٹھن ٹیب دِوان یا دپان سایکس موہرِ سکوت ثبت کران چھیہٕ۔ کاشرِ شاعرن ہیرتِ کِین یمَن طرقین ہنز تربیتھ کرنس منز تہٕ کاشرِ ہنز مجموعی کردار سازی منز بیس رول حدیقۂ سنایی، پندنامۂ عطار، منطق الطیر، مثنوی مولانائے روم، کیمیای سعادت، گلستان و بوستان شیخ سعدیؒ، دیوان حافظ شیرازی، پنج گنج نظامی تہٕ پنج گنج جامی ہشو فارسی کِتابو کینژن صدین کشیر ہنز درسی کتابہٕ بنِتھ ادا چھُ کوٗرمُت تمیک اثر چھُ کاشرِ ہیری شاعرن ہندس لفظتس منز نندہٕ رِنتس پیٹھ احد زرگرس نام سبٹھاہ سروٗن باسان۔ مثالہٕ پاٹھی ژہمہٕ یہٕ پانژن باطنی حِسن بیدار کرنُک تہٕ وجدانس مراقبہ ستی تربیتھ کرنُک مالہٕ مولانا رومیؒ چھِنہٕ صرف باطنی پانژن حِسن ہند وجود تسلیم کران بلکہ تمن سونُک درجہٕ دِتھ ظاہری حِسن محض سرتلہٕ ہند یا ترانگ درجہٕ دِوان تہٕ وٕنان

پنج حسی ہست جز این پنج حس | آن چو زر سرخ و این حسہا چو مس

رومیؒ چھُ یمَن باطنی حواسن بُتھ پیٹھ ظاہری حواسن ہنز ژھاے ژلناوُنک نوسخہ دِید تہٕ دل پاک تھونُک مشورِ دِتھ لیکھان تہٕ وٕنان

آئینۂ دل چو گنی صاف و پاک | نقشہا بینی برون از آب و خاک

امہٕ تجربُک صدائے بازگشت چھیہٕ رومیؒ ہندس مرید ہندیس نِش تہٕ کنس گرژھان۔

زمانہ اپنے حوادث کو چھپا نہیں سکتا | ترا حجاب ہے قلب و نظر کی ناپاکی

مادی تالقاتن ہنزو آلایشو بنتھٕ دل تہٕ نظر پاک تھونُک یا DETACHMENT IN ATTACHMENT پراونُک مشورِ چھُ محمود گامی ہیرس سرپوش بنِکس اندازس منز یتھ پاٹھی دِوان۔

بستہ چشم کرزی دار برتسی سپز روشن نظر | سایکو لوب در سکوت وٕھوچ لایموت

گویا یلہٕ سایکس شروٗزر پراونک بدولتہٕ پتہٕ کرنژ منزگ جوہر بیدار سپدان چھُ تس چھیہٕ موٗحسوٗسا تو نیبر مجردا تن ہنز اصل شکلہٕ درِنٹھ یوان، اَدٕ چھُ سہٕ تو کِین ماورائے عقل ہیرن

مورشد سُند وۄجوٗد قابلِ توجہ قرار دِوان چھِیہٕ لَل بخشیتہٕ۔ اکھ بڈ شاعر مارِفتُک رُت
فصل دِلہٕ کِس زمینس منز کاڈکڈنادنہٕ خاطرٕ بیول، زمین، تاپھ تہٕ سگ یا کُل اِحساس، ندامت،
فِکرِ ہُند ہوش تہٕ ذکرِ ہُند گاش یکسان اہمیتک عناصر زانِتھ اکھ اکِس سِتی لازم ملزوم زانان۔
تِمی چھُ تِس گورُ سُند وَنُن گاہے راون تیول بنان تہٕ گاہے راوکِس تہٕ لبنہٕ کِس عالمس منز جامن
چاک دیاوان ۔

گوٗرن وۄنم کُنُے وَژُن — نیبرٕ دۄپنم اندر اژُن
سُے میہٕ لَلہِ گوٗو واکھ تہٕ وَژُن — تَوے ہیوتم نَنگے نژُن

یوٗدوے حقیقتس یا حتمی پرزِس وۄن دِنگ پہ مرتز ننگے نژنس یا جامن چاک دِنس پیٹھ
تہٕ آمادٕ چھُ کران مگر سرتیک بُنیادی تقاضہٕ چھُ رازس رازے روزنہٕ دیُن تہٕ مرتزس قوبوٗ کرُن گوو یا تمہ
سُند تجربہٕ گرتھ عملن پہ وَنتھ ہکُن زٕ ۔

باچنین زورِ جنون پاسِ گریبان داشتم
در جنون از خود نرفتن کارِ ہر دیوانہ نیست

سرِّ پتہٕ کِن مِتین سِرس سرپوش بنِنکہٕ مشورٕ چھُ بُنیاد چھِیہٕ کاشرِ شاعرن ہندِ خاطرٕ بابا داوود خاکی پنٕہ نِس
دستور السالکینس منز لاتظر حواللّٰدُ فی افواہ الکلاب حدیث شریفس منز درج سپرمُت یتھ قرآن در
زبان پہلوی پیش کرن واکِس مولوی روٗمیس نش پہ وہڑھنے میلان چھِیہٕ ۔

گفت پیغمبر بر آن کو سر نہفت — زود گردد با مراد خویش جفت
دانہ ہا چون در زمین پنہاں شود — سر شان سرسبزہ و بستاں شود
زر و نقرہ گر نبودندے نہان — پرورش کے یافتندے زیر کان

مولانا روٗمی پسندِ سرتیک براہِ راست اثر چھُ کاشرِس منز قرانک جوہر پیش کرن وول علمدارِ کشمیر
تہٕ ہاوان ۔ تہنٛد بڈ ولوہار چھُ لَل دیدِ پتہٕ یکتا پرستانہٕ روٗحانس نوٗو موڑ دِنیج علم نُملان ۔ تہٕ مولانا
روٗمی پسندِس منشورس شاہ ہمدانؒ صاحبنِس دۄستورس تحت کشیر منز راتج بڈ اظہارکِس سطحس پیٹھ
نافِذ کران ۔ خاص کرِتھ نفسِ امارس ندٕ والنہٕ خاطرٕ عبرتناک منظر ہاونہٕ تہٕ بےثباتِ زندگی ہند انجام
زتیس پاونہٕ زٕنگ ۔

کندلو مرگہ گرُن کھسکھ — کندلو وِسکھ ندِ ناوی
گاڈ سنگر شینِن زن ژسکھ — اڈ ماڈِ ژَن لگکھ نژہ تاوی

یہ کتھ چھےٚ خاص توجہ منگان زِ یتھ پاٹھۍ ہلِہ زندرک وُڈری وچھ آفتابک الاو گنڈتھ
وول جلوٕ شہجہ باوژ منز ویسرادیٚچ کامیابی پراوان چھُ، تِتھے پاٹھۍ چھ شمس فقیر، سوچھ کرال، رحیم
صاب، نعمہ صاب، رحمان ڈار تہٕ احمد بٹواری ہوی شاعر کم پرٚیمتی آسنہٕ باوجوٗد روٗحانی تجربن منز
بڈ کامیاب باوتھ کران تہٕ اتی چھ ظاہری حواس کم اہم زانکی پاٹھۍ ظاہری علم تہٕ کم اہم زانِنگ
لمحہ فکریہ پاد گژھان ۔ چنانچہ فارسی پوٚت منظرس منز یتھ تجربس تحت امام غزالیؒ احیاء العلومکۍ پاٹھۍ
کیمیاے سعادتس منز تہٕ علی الاعلان ظاہری حواسو ستی حاصل گرٚی متس علمس اصل علمُک پاگیانک
ٹھوٗر ناو کران چھُ تہٕ ونان چھُ " علم حجاب اکبر است " تِتھی چھ لل دید پیٹھ صمد میرس تام اسہٕ تائید
تہٕ تائیدِ مزید کنہٕ گژھان گاہ، ننہ ریٚش ہندی ووپھکہ ہو سہ علم پرن والین ہنٛدِ سنٛز تہٕ گاہ
صمد میرن یہ وانہٕ پارم لوزنہ ستی ؎

پڑھ پڑھ کے گیا پتھر لکھ لکھ کے گیا چور
جس پڑھنے سے خُدا ملے وہ پڑھنا ہے اور

یہ چھےٚ سانہن سِریت پسند شاعرن ہندِ کم علم آسنہٕ کِنی پننس عاجس وُرن کرنچ کارروائی
بلکہ ظاہری علم تہٕ عقل کُنرچہ وتہٕ منز ناگہار آسنچ عملی زان، یوسہ دون متضاد کیفیژن میل
کرناوتھ چھےٚ ہیکان تہٕ لوبہٕ ؎

عقل تہٕ فکر تور کوٗت سوزکھ

وُنتھ اکھ چیلنج چھُ پیش کران ۔ یہ چیلنج چھ سہٕ اوٗن یتھ متلق شیخ سعدیؒ ونان چھ ؎

دریں ورطہ کشتی فرو شُد ہزار
کہ پیدا نہ شُد تختۂ بر کنار

تہٕ کیازِ ؎ آن راکہ خبر شُد خبرش باز نیامد

اوٚت وومُت نفر کیازِ چھُنہٕ واپس یوان تہٕ کیازِ شبنمک ناچیز قطریلہ پننس موٚحدوٗد وُچھس
منز آفتاب وِہان چھُ وُچھان سُہ کُس چھُ پتہٕ اتھ یوان۔ شبنمچ تہٕ آفتابچ یہ ملوٗن کم وِی کران
نمیک وِولُن تہٕ لوٗڈُن چھُ محموٗدنہٕ زیٚوٕ سہٕ وہداکھ تہٕ دِوان زِ ؎

پانے چھُ ہیوٗرتے پانے بوٗن
وُنہٕ کُس تور نو واتان ظوٗن

نہ صرف ژٕرژٕتھ ہیکان بٔلکہ وجدأنی باوٕژ منز اُتھ بٔرس سرپوشہٕ تہٕ بنان بقولِ رومی ؎

پس محلِ وحی گردد گوشِ جان    وحی چہ بود گفتن از سرِ نہان

یا بقولِ شیخ العالمؒ

لاالٰہ الااللہ صحی کورُم    وحی کورُم پننہٕ پان

یہٕ گووسے روشن ضمیری ہند یقرارِیُس ٹاٹھین رشتن تامتھ پوتلہٕ ژاٹنراوان چھ ؎

یہٕ مال و دولتِ دنیا یہ رشتہ و پیوند

بتانِ وہم و گمان لاالٰہ الااللہ

یتھ پأٹھۍ چھ خأرجی حواسن ہندِس سطحس پیٹھ تہٕ اکھ گاٹلہٕ انسان زانتھ ہیکان زِ کایناتچہ رنگین کتابہٕ ہند پرتھ ورق چھ پُراسرار مگر یہ کتھ چھ فقط اکھ حقیقی بٔسریت پسند انسان زانان زِ ؎
ہر ورقے دفتریست معرفتِ کردگار ۔    تہٕ زن گوو یودوے اسہٕ منز موجود کینژن نظر بازن از تہٕ پیٹھ ین زانُن چھ تگان زِ عالم موجوداتچہ کتابہٕ ہندِس پرتھ صفس پیٹھ چھیہٕ فطرتکہٕ ابسٹریکٹ آرٹچ اکھ یا بیاکھ ناقابلِ تشریح تصویر بناوتھ مگر سُے یوت شخص چھ یمن مجرد تصویرن اصلی مانیس نکھ اتھ وجدأنی وِژھنے کرتھ ہیکان یُس پرتھ اتھ حدس) تام گژھمُت آسہٕ تہٕ ونتھ ہیکان آسہٕ زِ یمن تصویرن ہندِس بناونس منز اکہٕ موقلمک درجہ تھون وٲلِس آفتابس کمی چھ پارٕدۍ وچھیس یہٕ اژھیوو نار پُشراومُت تہٕ یمن تصویرن ہندِس وتلنس منز اکہٕ رنگہٕ بانگ درجہٕ تھون وٲلِس سندرس یُس بہنہٕ ستہٕ رنگی تاپہٕ ژژن ہنز شینچھ بوزتھ اوبرچہ شکلہِ منز وتھان چھ۔ تتھ کمی سُند امار چھ نظرِ نہ ییہٕ والہٕ وأوکین پھیکین پیٹھ کھأرتھ دور اُفتادہٕ علاقن تام واتناوان تہٕ خاص خاص جاین رود تراوناوان۔ کٔشیر منز چھ پرتھ سریت پسند شأیر پرژھہٕ ہندِس اُکِس خاص نظامہٕ اخلاقس ستی والستہٕ آسنہٕ کنہٕ اُکِس رواأیتی اندازس منز جسمس تہٕ جانس بیٚنہٕ استدلالس تہٕ وجدانس میٖل کرنس منز مصروف روٗدمُت۔ حالانکہ تمن تہٕ چھ حقیقتھ تہٕ سریت زٕ متضاد ولوہار باسان جیر اوٚنمُت باضنے آفتابکہٕ تتہٕ پرتوک اثر زوٚنہٕ گاشک نشہل عکس بنتھ تہٕ باضنے پھلہٕ ژندرک گاش سوٚدرٕ وُچھک تلہٕ تراو بنتھ۔ مگر چونکہ یہ تضاد چھ صرف باوٕژ ہندِس حدس تام تضاد یہٕ ہازا چھ یہٕ تضاد سأنکس وأنجہٕ ہنزن اچھن مارفتک سورمہ لأگتھ دوی ژلناوان تہٕ الہامس منز مانیس کاڈ کڈناوان تی گوو ؎

یُس وُچھین تگہٕ ژندرس اندر آفتاب    سیدہِ ابہامک پزر تسی جلوہ گر

دِویے" ہیوٚ رقص بِسمل پیٹھ احد زرگر صٲبنس" بیتہٕ ہاوٕے گتھ کیاہ مارن ڈٔل" ہیوٚن ترانہٕ تام باوژ ہُند وُسجار زبان سازی ہُند مجموٗعی ولوہار پتہٕ تخلیٖق وُپھوار کتہٕ کور کاڈ کڈان چھِ۔ بیے چھِ تم چیز ییمن ہندِ بدولتہٕ سائنس اُدبس لِلہٕ واکھو پتہٕ شیخہٕ شرٕکیو پتہٕ محمود گٲمی سُند "تمثیلِ آدم" پتہٕ رحمان ڈارن "شِشرنگ"، سوچھ کرالن" دِیوٕنے بالہٕ یارس یارٕ لاگو" تہٕ ناو دَر آب تے آب در ناو" نغمہٕ صٲبُن "کمیو شیشہٕ چوونس مَے" احمد بٹہٕ وٲری سُند "ییندرازُن دربار"، وہاب کھارُن "طوطہٕ" پرمانندُن "سہزٕ بھاو" تہٕ صمد میرن "کہوِ کلہٕ کر ٹھہراو" ہوی جاودانی نغمہٕ کٲشرس مولیس سپدی۔ یِمن ہُند پوشہٕ دُن اثر کٲشرِس مزازس ییتہٕ پور تہٕ اکس خاص نہجہِ پیٹھ رنگ ضٲمن چھ باسان ۔



تہ سے چھُ شاہ غفورَس پہٕ تجربہٕ تہٕ کرناوان ؎

والیس تہٕ کایُس میُل چھُے تھاوُن
مائیس دُل دِ نوٗی زُو !
چھُ وَنان شاہ غفورؔ واتہٕ با ماٗرُن
دارنے داٗرن سوہم سوٗ !

تہ یوٗہے سِرتیٖ نغمہٕ چھُ جہار پراوِتھ رحیم صاٗب سوپوٗری پندِ وچھِ منز یِتھہٕ آیہٕ ووپدان ؎

بےٚ چھُس ہیٚر تہٕ بےٚ چھُس بوُن — اٗلفس تہٕ میمس چھُے بلہٕ وُن
عنوان میوٗ نےٚ شُن طرفن — اٗلفس تہٕ میمس چھُے بلہٕ وُن
بےٚ چھُس نار تہٕ بےٚ چھُس نوٗر — میٚے لنش کوٗڈتھے بہٕ چھُس دوٗر
بےٚ چھُس مُلزم بےٚ اٗنزرن — اٗلفس تہٕ میمس چھُے بلہٕ وُن
ہا رحیم صاٗبو پرتہٕ قرآن — وَنحنُ اَقرب تہٕ علیھم فان
منٖ حبلِ الْوَریدی وَن عاشقن — اٗلفس تہٕ میمس چھُے بلہٕ وُن

تہٕ شمس فقیر صاٗب چھُس مرحلہٕ وار وکھنہٕ کران ؎

ذاتس صفاتس چھُے بلہٕ وُن
خاصُل خاص چھُے منز خاصن

یہٕ وِجدانی ادراک چھُ چینکہٕ سِری فلسفہٕ تہٕ بذاتی ہیوٗندستانکہٕ وحدۃ الوجوٗدُ نِس سہ حال ظاہر کران یَتھ نِسبتھ احیا العلومس منز وَننہٕ چھُ آمُت زِ سِرتیُک اظہار چھُ دِہَن درجن ہنز حکمتھ منگان تہٕ امہٕ حکمتکی نو حصہ چھِ خاموٗشی پیٹھ منحصر تہٕ اکھ حصہ گوشہ نشینی پیٹھ۔

گوشہ نشینی چھُ سہ مراقبہ منگان یُس انسانہٕ پندِس پرزٕھلس ضمیرس حقیقتُک جام جم وچھناونُک سنز کرِتھ ہیکہٕ تہٕ یُس پَننہٕ دشہٕ سہ ووٗرُس چھاوِتھ ہیکہٕ یَتھ نسبتھ وَننہٕ چھُ آمُت ؎

محرم نہیں ہے تو ہی نوا ہائے راز کا
یاں ورنہ جو حجاب ہے پردہ ہے ساز کا

پوٗتس یِرتھ بہٕ اکس کتھہٕ کُن اِشارہٕ کرُن زِ کاشُر شاعری ہند ساروے کھوتہٕ موٗلُل سرمایہ چھُ اَکھ سِری جِصہ یَتھ منز خوٗصوٗصن صوٗفی شاعر نُمایندہٕ غوٗشیتھ تھوٗوان چھِہ تہٕ یَتھ منز سون استعارانی اظہار ہیتہٕ بدی زُو زبہٕ تہٕ واٗر پیکر تہٕ حسین علامتہٕ پیش کرِتھ حبیب اللہ نوشہری صاٗبنہٕ " ووُلہٕ گرزھوے

کرٕ نم سپدٕ انسانس پیٹھ حکمران تہنٛز شناخت مٹاونکۍ ذمہٕ دار تہٕ تہندِس ظاہرس تہٕ باطنس
درمیان تضادُک باعث۔ یُن رسمن ہندِ جبرُک نتون چھُ تس پننہٕ ژھرِک تہٕ کمی ہُند
باس دِوان۔ یوٚہے ژھرُک باس چھُ تس پننہٕ تکمیلہ باپتھ اکساوان۔ سون ہیرو چھُ
یمَن رسمن پھٔٹرِتھ اکِ زٕبیٹھِ سفرُک آغاز کران۔ اکھ تیتھ سفر یتھ منٛز اکِ اکِ تمہٕ پٔتۍ
ساری دُنیاوی چیز بے کار سپدان چھِ۔ ییٚنہٕ عقل تہٕ منطق وٕسی وٕسی پھوان چھِ، یہ سفر چھُ
اکِ پابند دُنیاہ پیٹھ یٚیس آزاد دُنیاہس کُن۔ ییٚنہٕ عقلہ بدلہ دِلچ حکمرٲنی چھیہٕ
یہ دُنیاہ چھُ ماشوق ہسنِ وِنہٕ ہُند دُنیاہ۔ مِسٹک تہٕ ہیرو چھُ پنُن پان اتھی دُنیاہس
سٟتۍ منسلِک کران۔

اَکھ دُنیاہس منٛز چھیہٕ تس کُنہٕ کُنہٕ سوار باپتھ آگر پُھٹی میلان۔ آگر پُھٹی یوٚدوے
سائرس شہزادس کھوورِ پھیٹیک ماز منگہٕ تمِس چھُ ڈٕچھنہٕ پھیٹیک دِیُن یا ڈٕچھنیک
منگہٕ تہٕ کھووریک دِیُن۔ مثلن گُلزار حقیقتس منٛز۔ یہ چھیہٕ دراصل اُکس آرزوٗمندس،
سائکس یا سائنس شہزادس لفظن ہندیو مُروج مانیو منٛز نبر کڈنچ اکھ مشق۔ تس
وجہہ CAUSE تہٕ نتیجہ (EFFECT) کہ دُنیاہس منٛز نبر کڈنہٕ باپتھ اکھ مشق۔ دوٕن
چیزن درمیان رِشتہٕ یم اَسہِ یتھ دُنیاہس منٛز مقرر کرِتھ چھِ، تمہٕ نِشہٕ بچنچ اکھ مشق۔
یہے مشق چھیہٕ اُکِس سِریت پسندس تہٕ پھوال کرِنۍ۔
مثلن زین بُدھ مَتس منٛز چھُ گورس تہٕ ژالٹس درمیان اکھ سوال جواب یتھ پاٹھۍ

"وَن سا بُدھ سُند دھرمہٕ شیٚر کیاہ چھُ
یانہٕ کس اَنتھس پیٹھ اکھ گُنڈۍ دوکھ
تہٕ سہ اکھ شخص یُس اَتھ پرزِس ووت" "سہ کیا چھُ تیلہٕ
"سوہٲری جرٕنل ہہہ"

امی مشقہٕ کنۍ چھُ سِریت پسند ذیہَن چِہ بالادستی نِشہٕ آزاد سپدان۔ اَسہِ سارنے
چھیہٕ چیزن، پننس اَندۍ کِنۍ اُکِس خاص ڈنجہٕ یا نظامس منٛز ڈُچھنچ حال گمٕژ۔
امہٕ حال سپدنہٕ سٟتۍ چھُ اَسہِ یمَن چیزن کُن اکھ خاص زاویہٕ پادٕ گومُت۔ یہ خاص
زاویہٕ چھُ یمَن چیزن، سائنس اَندۍ کِنۍ جامد تہٕ ساکن بناوان، یتھ پاٹھۍ چھُ یمن
چیزن ہُند مُتحرک آسُن، یانے لگاتار بدلوُن "آسُن" اَسہِ نِش ژٕورِ روزان۔ پرنہٕ چیزن نشہٕ

گُلشن مجید




عجب ٔملک چھُ ٔاکِس ُبڈ ہسنز زبأنی نوش لبہٕ ُہند ذِکر بوزِتھ مأنِس ماجہِ خلاف بغاوَتھ کران۔ شیخ صنعانؔ چھُ ٔاکِس ہیٚنزِ یارہٕ پیٹھ عاشق سپدِتھ پأنی پانَس سیتی جنگ کران تہٕ بغاوتھ کران۔ گُلزارِ حقیقتُک ہیرو چھُ مأنِس ماجہِ ہِند ہیدایتھ مُشرِتھ دلوان خانس برمُنزراوان تہٕ ٔاکِس مُصورِ سِنز تصویرِ پیٹھ بُرمِتھ بغاوتُک مُرتکب سپدان۔ تہٕ خودِ آدم" چھُ پننِس خالق سِندی بار بار کرِنہٕ تلقین پَتِ کِش ترأوِتھ تَس پیٹھ منع کرِنہٕ آمت پھل کھیتھ بغاوَتھ کران۔

تہٕ .... تہٕ یہ بغاوَتھ چھیہٕ جایِز۔ یہ بغاوتھ چھیہٕ رحمن کرم خوردِ رسمن ٔریہ گأمتین قونونَن تہٕ کھوکھرین اُصولَن خلاف ہیم انسانَس تہٕ تہٕندِس فطرتَس درمیان ٹھوٗر چھیہِ، یٚمنہٕ اِمکانات وُذراونہٕ باپتھ اکھ ضوٗروٗری قدم۔ یٚمنہٕ حدبندیہٕ ژھارنہٕ باپتھ تہٕ تمہٕ ہبر نیرنہٕ باپتھ اکھ لازمی بغاوَتھ۔ یہ بغاوتھ چھیہٕ پننس توأریخس یا پننس پتھ کالس سیتی تہٕ۔ پتھ کال چھُ اکھ انتہأیی زُودار کشمکش یوسہٕ اَسہِ زمان تہٕ مکانُک قیدی بناوان چھیہٕ۔ زمان ومکانہٕ نبرٕ نیرنُک کوشش تہٕ دَوِ دَو چھیہٕ سائنس ہیرو سِنز، سائنس (مِسٹک بسنز) اکھ ازلی تہٕ ابدی خأہِش۔

ہیم رسم ہیم اُصوٗل انسانَن پننہٕ پان ڈُراونہٕ تہٕ وُذراونہٕ باپتھ دریاف

چھُ مُستقل۔ سُہ چھُ بےٚ شکل رُود، شین، بَہہٕ، آب چھُ چھرا باسُن۔ یِمہٕ چھےٚ مختلف
حرارتَن یا گرمی پیٹھ مختلف شکلہٕ۔ اصل کیاہ چھُ سُہ چھُ بے شکل، بےٚ ناو۔

اَتھ کتھِ کرِ بہٕ بکاولی ہندِ بیٚیہِ اکِ منظرٕ سٕتی دٔر بر۔ ہیرو چھُ اُکس ناگس پیٹھ
سٔران گران تہٕ تِمس چھےٚ سپدان جِنسی تبدیلی۔ سُہ چھُ مکمل زنان بنان۔ بیٚیس اُکس
ناگس پیٹھ سٔران گران تہٕ بیٚیہِ مرد بنان۔ ذہین نشین چھُ بہٕ کرُن زِ موٹولی ہیر پھیر
سٕتی ہیکہِ ظاہری آسنس (یتھ رِمیٹک باسُن وَنان چھِ) کانہہ تہٕ تبدیلی سپدِتھ۔ ظاہری
جسمس چھےٚ کانہہ تہٕ مستقل شکل۔ زنان تہٕ مرد۔ اکھ موجود تہٕ بیاکھ موجود چھُ صرف
ظاہری باسُن"۔ نتہٕ یوسے زنان چھےٚ سے چھُ مرد۔ یُس مرد چھُ سُے چھُ زنان۔ اُکس
خُدس شتھرس پیٹھ چھےٚ موجوداتن درمیان پریتھ کانہہ فرق پریتھ کانہہ تقسیم غلط تہٕ
بےٚ مطلب۔ یِمہٕ مختلف شکلہٕ چھےٚ خاص رٹِتھ باچہٕ مختلف شکلہٕ۔

زٕلون تہٕ مرُن چھُ اَتھی ظاہری جسمس۔ تصویرٕ چھےٚ مصور پندِس ذہنس منز
ہمیشہ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ یا شکلہِ رٹِتھ چھُ تتھ کاگدس پیٹھ یتھ پیٹھ بہٕ اظہار لبہٕ، باس لبہٕ مصورٕ
ہیکہِ اَتھ باسنس کُنہِ پاٹھی نہ تبدیلیہ کٔرِتھ۔ مٹاوِتھ بناوِتھ۔ بناوِتھ بیٚیہِ مٹاوِتھ (یِم چھِ
تس ژکہِ بینہٕ باچہٕ شکلہٕ۔)

اکہٕ ننددٕن ماز چھُ، گوسانٛی باتَن شیرناوِتھ تِمسنٕ ماجہِ وَنان زِ گرٕتھ بوٚیہٕ کرٕ اکہٕ ننددٕنس
آلو تہٕ اکہٕ ننددٕن چھُ ماجہِ ہند آلو بوزِتھ گرٕ اژان۔ ہاوُن چھُ بار بار یی زِ شیریرٕ
چھُ فقط شناختی کاڈ۔ اَتھی شیریرس چھُ تکلیف تہٕ تہٕ دوکھ تہٕ۔

بکاولی چھےٚ نارٕ دٔزِتھ تہٕ سُور سپدِتھ اُکس پوشچہِ صورژ منز بیٚیہِ اکہِ پھرٕ اظہار لبان۔
نارٕ دٔزِتھ چھےٚ بکاولی زیادٕ لوٚبہٕ ڈلی۔ لوٚچ تہٕ موصوم بنان، یکبارٕ نارَن زول سُہ جسم
بُس نفس آلوٗدٕ اوس یتھ منز پھیرٕ فرق اٚس۔ عشقہٕ نارٕ دٔزِتھ چھےٚ ووٚنی بکاولی فقط
تاج الملوکنہٕ تکمیل تہٕ تسند مکمل آسُن۔

یہٕ جسم یہ شیریرٕ چھُ فقط اکھ ذٔریہٕ پننہٕ پان پربرٕ ناونک۔ صرف پننہٕ تکمیلچ وَتہٕ
ہیتھ کانُس یہٕ جسم چھُ۔ ہیتھ کانُس چھُ انسان مسلسل حرکتس منز تہٕ تلاشس منز۔
منزل پراوُن چھُ شیریرہٕ نشہٕ آزاد سپدُن۔ جسمکس قٲدس منز روٗزِتھ چھُ راوُن تہٕ تہٕ لبُن
تہٕ۔ امہٕ ننبرٕ ہیرِتھ چھِ سانٛی تمام امکانات اند واتان۔ یہٕ اَسہٕ پرٛود تہٕ پرٛود امہٕ پتہٕ چھےٚ

کانہہ خاص (پرونٹھے مقرر سپدمت) توقع تھاوُن تھاوِ اَمہ لگاتار اَکی پہے ڈکلس گنڈتھ۔
پیٹھس کالس پٮ۪ سائنس ہیپرو دس، سائنس بریت پسندس لفظن تہٕ چیزن ہندپو پھو مروجہ
مانیو نِتہٕ بجاتھ میلہٕ سپدتھ منزہٕلس واتنہٕ بروٹھے گانہہ نتہٕ گانہہ اَگر پتھ نہٕ ہند تشکار۔
یہٕ چھُ انسانی تہذیبک اکھ بوڈ بار اَلمیہٕ زِ یمہٕ زِ چیز ساننہٕ رہبری باپتھ، سانہٕ بجاتہٕ باپتھ،
انسانس تہٕ انسانس درمیان اکھ ہم آہنگی پاد کرنہٕ باپتھ مُقرر سپدی رتھپرے کنہٕ دوت
تس پننہٕ غلط فہمی مُوجب پننہٕ زھوپہٕ نظرکنہ سارویے کھوتہٕ زیادہ دُدار۔ یِم زِ چیز چھہٕ
زبان تہٕ مذہب یا بیٚیہٕ کانہہ انسانی نظریہ۔ مذہب آو رحمت بنتھ، انسانس تفریق
تہٕ ژھلے زالنہٕ موکھ، خالقس تہٕ مخلوقس درمیان سیدہٕ سیوٚد رشتہٕ دُرراونہٕ موکھ
مگر یہٕ بنیو خالقس تہٕ مخلوقس درمیان اکھ ٹھوٚر۔ انسانس تہٕ انسانس درمیان
دوٗر پر۔ اَمہٕ بناوی مذہبی تہٕ روحانی قول شیتھ رسم تہٕ رلوانیژ۔ خدائیس تہٕ خدایہٕ پندس
کاینتس درمیان ژاو خدائے سندہٕ بتوومت مذہب۔ انسان سپُد لگاتار خانن منز
تقسیم۔ بریت پسندو کرُ لگاتار (رسمن تہٕ رلواجن پھندن) یمنے مذہبن خلاف پننہٕ کوشش
تیز۔ تمی کوٚر پننہٕ اظہار قولہٕ محالن منز تہٕ نتہٕ دوونُن یہٕ چھیہٕ اکھ ترتھ ذاتی
کیفیتھ بیٚیہٕ زھوپہٕ ہنز زبان سارویے کھوتہٕ پژ زبان چھیہٕ۔
پرتھ کانہہ مثنوی چھیہٕ تمثیل تہٕ اِستعارہٕ ورتاوتھ بنیہٕ اکہٕ پھر انسان
تہٕ فطرتس، انسان تہٕ خدائیس، خالقس تہٕ مخلوقس درمیان زان کاری ہراوان مگر
اتھ زان کاری چھُ ٹھوٚر تس پننہٕ پان۔ شہ گنڈتھ گوڈ یہٕ ہیکن زانتھ زِ یتھ ساہ پننہٕ
آسن ونان چھہٕ سہ چھُ فقط اکھ CONTAINER یتھ دُنیہس منز اکھ شناختی کاڈ۔
اَمی پاوٚو یاد ہی مال ناگرائے مثنویہٕ ہند سہ منظر یتھ منز ہی مال، ناگرائس
تپس ذاتھ پرژھان چھیہٕ اَمہٕ باپتھ چھُ تمس دوہ ڈلس منز وُسن۔ ناگرائے سیٹھے
دوہ ڈلس وسان چھُ سہ چھُ ییمہٕ انسانی جسمہٕ نشہٕ آزاد سپدتھ بییس اکس دُنیہس
واتتھ ہیوان۔ اتھ واقعس ہیکن بیون بیون تفسیر کرنہٕ یتھ، اکھ تفسیر ہیکیس یتہٕ پیٹھ
زِ ظاہری جسم چھُ محض اکھ لباس۔ ییلہٕ ذاتھ ژھارو تیلہٕ چھُ اَمہٕ گوڈ اتھی جسمس نفی
کرُن ییلہٕ اتھی جسمس پیٹھ ساری نظر روزہٕ تیلہٕ چھہٕ شکھ تہٕ شبہات نہٕ لازمی۔
ظاہری حالتھ چھیہٕ صرف "باسُن" (APPEARANCE) تبدیل سپدوٚن۔ یُس "آسُن" چھُ سہ

کایناتس پننہٕ پانہٕ نیبر نیرُن تہٕ اَدِ وُچھُن پننُ پان ۔ پننِس پانَس منز رُوزِتھ اوسُنہٕ تَس تہٕ عشق ۔ پہٕ "کُنتُ کنزاً مخفیاً" یہِ پوٚشیدٕ خزانہٕ ظاہر کرنہٕ موکھ پیوٚو تَس وحدت پیٹھ کثرتس کُن یُن ۔



مکمل ژھوپہ ۔ سون جسم چھ ساتہٕ نامکمل آسنک اِحساس ۔ نامکمل آسنک اِحساس چھ اَتہٕ منز مکمل بنک عشق پاَدٕ کران ۔ گوو نا عشق چھ کمی ہُند اِحساس ، ژھرٕ رک باس ، پَنُن پان اَڈلیوک آسنگ ظون ۔ شیخ صنعان ہنز پہچان چھیہٕ ہیٚزریاہٕ ہند ستۍ مکمل ۔ نوش لبہٕ وَرأے چھ عجب مُلک نامکمل ۔ مجنوٗن چھُ تیٚلہِ مجنوٗن ییٚلہِ لیلا ہُند عشق چھ ۔ الگ الگ چھہِ یِم ساری کِردار ژھونڈی اَڈلیکی تہٕ پہچانہٕ وَرأے ۔

بیٚچھ پاَٹھو میٚہ ووٚن عشق چھُنہٕ مقصدِ حیات ۔ مقصدِ حیات چھُ پننُ تکمیل ۔ تکمیل چھُ تتھ سَندرس منز ووٚن یتھ منز تمام اِمکانات پوٚشیدہ چھِہ ۔ ساریٚے کولہٕ تہٕ ڈری یاوچھ پنہٕ ہیٚنز تہٕ ناو سَندرس منز قرار لبان ۔ اَتھ سوٚدرس منز یتھ منز یِمہٕ کولہٕ وسان چھیٚہ ، چھُنہٕ کینہہ قطرٕ بیوٚن ۔ نتہٕ اگر قطرٕ سَندر چھ تیٚلہِ چھُ قطرٕ ووٚنُن فوٚضوٗل ۔ یہ چھ فقط اَکھ لامُنتہایی سَندر ، سَندرٕ ہیر ہیکہ پننہٕ ہیٚنز تہٕ بیٚنس ناوس منز رٲزتھ کانہہ قطرٕ تہٕ پانس یہ وٚنتھ زِ بہٕ چھس سَندرٕ ، تہٕ کیازِ سُہ چھُ سَندرکی امکانات آسنہٕ باوجوٗد اَکھ قطرٕ تہٕ سَندر چھُ قطرٕ کی ساری امکانات تہٕ تمہِ علاوٕ بیٚیہ تہِ کینہہ ۔

LACK OF DUALITY BETWEEN THE DIVINE BEING AND THE SOUL IS STRESSED WHERE THERE IS A DUALITY, AS IT WERE, ONE SEES ANOTHER, TASTES ANOTHER, SPEAKES TO ANOTHER. BUT WHEN EVERY-THING HAS BECOME ONE'S OWN SELF THEN WHOM AND HOW WOULD ONE SEE. SELF IS NOT THIS NOT THAT.

محموٗد گامیؔ ، "شیخ منصوٗر" مثنوی پرٕتھ ووتُس بہٕ تہٕ اَتھی نتیجس پیٹھ زِ انا الحق ونن وول اوس نہٕ حق بلکہ تتھ مقامس پیٹھ ییٚنہٕ تُس بہٕ نہٕ سُہ لاہوت تہٕ ناسوت زِ الگ الگ تصوٗر آسی ۔ اوٚے نہٕ چھُ صاحب انا الحق پننہٕ کتاب "الطواسین" کس ابتدایی بابس منز لاہوت الگ گنزران تہٕ ناسوت الگ ۔

میٚہ چھُ کُنہٕ کُنہٕ ییٚنہٕ باسان زِ انا الحق وَننہٕ وِزِ اوسُنہٕ منصوٗر مجذوٗب بلکہ باضابطہ عقل تہٕ منطق کیٚن جامَن منز ۔ مجذوٗبیتس منز کِتہٕ باسہے تَس "بہٕ" یتھ سُہ کانہہ ناد کرِہے ۔

عشقہٕ کِس مزارس منزٕ چھ دوٚگیار پاٚنی پانس عشق کرنہٕ موکھ ییوٚد خالق

اُہرِتھ نیبر ژھٹنہٕ بایتھ کرِیشان ۔ منک یہِ کھولُو چھُ زلِو زیرِ دِتھ باشہٕ کرنہٕ لگان ۔ ژکرِ
وُڈنِکھ اُتھی ہیریت ۔ یہِ باطنی ووپہ دروس چھیہٕ امہِ زنانچہِ جویہِ منز سوٗپی تہٕ سوٗنی پوٗری
ترٲوِتھ ہنا ہمنی ہیوان مگر سوتان نہٕ زانہہ تہٕ ۔ یہِ مقام پرٲوِتھ چھُ اکھ اکھ ژیُہہ مول
بنان تکیازِ یمے ژہ چھِ ہرن تنگوان روزان ۔ اتھ تالس زلو دِتھ تالو پچہِ گٹز ۔ راونہٕ
گوو کرِتجلس منز پوٗنی سارن ۔ یتھ مکمل شخصیتھ چھیہٕ ڈاڈ کرِتھ ژندُن تہٕ چھلو چھلی زالان ۔
سون PSYCHE چھُ دون باگن ہُند میُل ۔ خارجی باگ چھُ پان پُتشریرِ
تہٕ داخلی چھُ رح ۔ اتھ ستیٖریس ژو زبنہٕ دِنہٕ وول پان چھُ خوراکہٕ ستیٖ پوچھر پراوان
مگر رُحک ، قلبک اوزکہٕ چھُ بلعموم منساونہٕ آمُت ۔ یوٗتام نہٕ یمَن دوشونی پارسنگ
ییہِ نھاونہٕ توٗتام پھانچلِ نہٕ انسانی شخصیتھ مکمل پاٹھو ۔ اوے چھُ گاہے منوش ہنگن میژ
لدِتھ پننی ژھاے رٹنس کُن دوان پھرکان تہٕ چھیکرس تالہٕ گُو دِتھ رِوان ۔ اتھ ڈوٗتس
ہیتھ چھیہٕ رنہ ہچ ، قلبچ ووڈو امس بانبرمیتس تہٕ ژھینہٕ گامتس بندس دس بوسی کرِتھ دلاہہ
دِتھ وولاس کُن اچھ مُتراونس قٲبل بناوان ۔

ہیریت چھیہٕ اول تہٕ آخر پننی زان ۔ یہِ چھنہٕ وونمُم کانہہ تہٕ دِوان نہٕ چھیہٕ کنے یوان ۔
یہِ چھیہٕ پانے ارزنی ۔ پنُن وونہد گِنتھ پانہ سون بناوُن ، کھوچرِ ورژُن ۔ سمسارکس فند فریبو
شیتجارو تہٕ وُشنیرونش ہناہ تھوٗد گُنستھ خودضبطی تہٕ خودنیستی پانہٕ ناونی ۔ اُتھی مقامس واتِھ
چھیہٕ خودشناسی بہٕ ژرنبوکنی وارِ وارِ ژھینہٕ ژھارِ گندھ دِنیھٹ گرژھان ۔ اوے چھُ وننہٕ آمُت زِ فناہ
چھُ دایمی بقا ۔ تراوُن گوو پراوُن ۔

کاشرِ شو آچارِ ہُند دوپ چھُ زِ پننی زان "چیتنہٕ" چھُ ییترِ یژھہِ تہٕ کرِیایہٕ
آویز ۔ یژھ "اِچھا" چھیہٕ یژھِ "گیانس" وُزناوان ۔ اُدیتہٕ چھیہٕ کژے کرِیا ، بارسس
یوان ۔ اتھ ترکوچہٕ چھُ انسانی ذہین تہٕ قلب ، دل تہٕ دماغ تابیع ۔ یہِ گوو دیٖنی پوٹھی پاٹھو
نمو تہٕ عملہٕ ہند پوٗر بناوِتھ دس بدس یکُن ۔ ویدانت چھُ "مجازس" "اودیا" ، نافہمی یا اُپنہٕ
باسنگ ناو دِوان تہٕ اتھ گیانہٕ ستیٖ موٗنے مکھ دِنچ سِنچھ وَنان ۔ کاشرِ پنڈتن ہندِ ہرتیچ
بادتھ چھیہٕ یمے دون لو قطے نظرن ہنز ملہٕ مش ۔ باضے چھُ یہِ تہٕ باسان زِ یمَن خودفکری ہندن
آگرن چھُ کولہٕ تار دِتھ اکی وَتہٕ تہٕ وَنیتھہِ یکناوہچ ماپہٕ برژہ کوشش کرنہٕ آمژ ۔ امنک
عاٗن نہٕ غان تھوٗلتھ چھُ ہناہ زیادہ پاٹھو روپہٕ بھوانہٕ تہٕ پرمانُدُن وکھن وہرژھناوِتھ میلان ۔

پروفیسر کے این دَر

# روپہ بھوانۍ تہٕ پرمانندنہٕ شاعری منز



سانہٕ ماجہٕ کٔشیرِ ہندی لازوال حُسنَن چھُ سانین وۄنڈچین دُرایَن اکھ تہٕ سوہُون میچھر آمتِ تھودمت تہٕ یِنبرٕ پیٹھ اندر اُژھِ پیٹھے زنبہِ وُن تہٕ پوشہ وُن بجر تہٕ پرژر نیشوومت۔ پنن اوند پوک شولہٕ نومُت۔ یُوہے چھُ وجہ زِ اَسہِ چھُ کٔشرِ ہندس بول بوشس منز گو وندگو کنن گرہان تہٕ کوستور پندس میٹھس جیریس گینس اللہ ہو یوزن تگان۔ ورگہ پاٹھی چھُ سون ذٕہن ذٕ مینٹھ مانس تہٕ نادیدس منز۔ ہشرِچ ژھار کرِتھ یمَن دوشوٕنی اکی آبہِ تہٕ گژاپہ وُچھنس تہٕ وبتر اونس پُشرن کران۔

مُژر تہٕ ترٕژر کروبہٕ روہٕ لاگِتھ پال ژادر کنہٕ پلَن میٹھر دِوان تہٕ وَنہٕ وُن بوزناوَن واجنہٕ آر کولہٕ میلہٕ وادن پیٹھ گِندان تہٕ ژرہ کان۔ رنگا برنگی دستارہٕ لاگِتھ پوشہٕ یئینہٕ واٹی تہٕ کوہہٕ تالن پیٹھ روہٕ گامژہ دوشلیمژ اَنہٕرہٕ شہٕ شہٕ مانہٕ چھیٖہ یوٗہے ہرباوان، یُوہے پنژ گاران تہٕ اَتھی شیچھِ دُرن ٹلان۔ اَدے چھُ بجا طور وَنہٕ آمُت زِ قُدرتُک بہار چھُ وونڈک جہار بارسس اَنان۔ اَتھ باماٖنے وُتُش دِوان۔ اَمِہ چھکرہٕ آمتہِ حُسنچ سوٗمبرن کرنس کٔن ماٰن تہٕ ماے بَران۔ یہِ قُرزِ نیلہٕ وونچہٕ گرنکہ لِبتھ چھیہٕ انان تہٕ اَتھ ژھینتھ ہرس چھُ ٹھانہٕ ٹلُن بوان۔ یمَن سربستہٕ سوالن چھُ جواب سوچُن بوان۔ جذبن ہُند یہ ٹیپ چھُ بیرہٕ بٹھی

سارِی لوٗگ آہارے نِراہار
نہ نیٚندرے آسہٕ نہ ہُشیار
راتِھ سورے کرم نِشتھ بیکار
رُم رُم آیے اوتار (روپہ بھوانی)

یِیلہٕ رُمس رُمس اندر ذاتِ حقیقی پیوست سپدِ تیلہٕ نیامژ کھیٚنہٕ یا نفس مارُن، نیٚندرِ آسُن یا زاگرتھ کرُن تمس پانَن پُشرِتھ چھینہٕ دُنیاوی ووسپہ درووس کُنہٕ تہٕ روزان۔ امہٕ بیٚنہٕ منز چھُ ہشر پیٚشُن ہیوان۔

یِمو اضطرابہٕ کیو زھایہٕ گِنتو منز ہنہٕ ہنہٕ نِیرِتھ چھُ ووِنی روٗپہٕ دیدہٕ تمہٕ رِنہٕ ساتُک انتظار یِیلہٕ اُمی سُند جوش ہوش براوِتھ تِتھ حقس قدم بوٗسی کرہے۔

کرِپا کری سرِ ہ روگ ہری
گیانی زھل پھِرن تن ویسری
سمادی دیہہ سُمری ستیہ اگن وپتری
اکھنڈ یاگ کری اگن پزپزلاوی
گیتا پٹری بیٚیہ زانہٕ کپالہٕ موٗژی
گوٗپال جی ناٹہٕ کری گوٗپی سہایی (روپہ بھوانی)

یہ زانِتھ تہٕ زِیِس دے دیہٕ تُس کُس ہنہٕ۔ روپہ بھوانی چھیہٕ وَنان زِ دیہٕ سُند دے گرزھن چھُ اَکِس باضابطہٕ رَبطس تہٕ ضبطس تابیٚع۔ اَتھ چھُ واریاہ دروگ ہہٕ قیمتھ دیُن پیوان، شہ گوو سمازی ہنز یکسوئی، یوسہٕ نِیچ زِتنِز شولہٕ ناو۔ اَمیتھ چھُ نہ ٹھکھ دیُن روا۔ یہ چھیہٕ بیٚہم وزِولِ نار۔ گیتا پرُنی چھیہ معجزاہ۔ یہ چھیہٕ وِہزاوِنی پانس اندر۔ اَمہٕ ستی سگونی بود تہٕ مہنج ووتھ بیٹھ پراوِ شو سِنز کرِپا۔ شفقتھ تہٕ مجازس ستی وابستہ سارے علاقہٕ گژھِ دوٗر بیٚیہ پوٗت گیان گژھِ ظاہر یمیُک تُرزر سارِیے سیزِرس غوطہٕ کرناوِ تہٕ باسہٕ کرژشُن، جی گوٗبین ستی پانس بروٗنہہ کنہٕ نژان۔ اَتھ انتظارس اندر تمی سنز وِیرِ روزنس اندر چھُ گوٗروٗن میچھر بیٚس پراونس نہ راونس اکاے وکھنے چھُ کران۔

سرِیت چھیہٕ پزٕ کنہٕ ذانس تہٕ صِفاتس اکی کھیتہٕ گنڈِتھ سیٚزٕ تہٕ پَچ سُم۔ شرٛوٚزر سبزر چھُ کامِلس میٖٹھی دِوان مگر کروٗٹھ۔ ہجر چھُ تمن اَر تہٕ پار کران، یم اَتھ سرس چھنہٕ تیٚلنہٕ۔ اَتھ وۄنِکھ سمسارُک بِرم، گیہ زوٚل یتھ اندر راوٗن چھُنہٕ کانہہ۔ تہٕ تاجبُ مگر کامِل چھُ وونڈچہٕ زِتنہٕ ڈکھلوٗر بناوِتھ ینہٕ وَتہٕ پیٛٹھ روزان تہٕ اتھ زِتنہٕ چھُ یوٗت جوش پادٕ سپدان زِ یہٕ وسترٲوٕن چھُ تھوٚس اَنان۔ نبرکُن جویہٕ کڈِتھ نِہ چھیہٕ یہٕ گیتھ پیٚنز زوراوار زِ کوتاہ ذٕنیتھ چھُ واریاہ وننہٕ روزان۔ ایہام چھُ اوے روٗپہٕ دیدِ ہندِ کلامُک اکھ قدرتی وَس تہٕ اَمِچ زھوٗرٛن چھیہٕ امیک سنہٕ مانہٕ آمُت۔ یہٕ گوو محض اشارہ یُس خودہُشیٲری ہنز ژینہٕ وَن چھُ دِوان روزان۔ اَوے چھُ اَمِس سٕہ اظہارُک وسیلہ ژھانڈُن ہیوٚمُت یُس اشارن اِشارے روزِنہٕ دیہٕ۔ سنسکرت اوس اَمہٕ باپتھ اکھ موزوٗن ذریعہ۔ روٗپہٕ دیدِ ہندس کلامس منز سنسکرتُک گُتُل استیمال چھُ امی پزرِچ نِشاندہی کران۔

اَمی ہندس اَتھ روٗحانی سفرس اندر سرِیت وِہندناوِنس منز چھِہ تترِیہٕ پڑاو دریٛنٹھی گژھان۔ گوڈنیُک چھُ سُہ لسہٕ نار تہٕ وَسہٕ زِنہٕ یُس اوٚند پوٚک ڈیھتھ چھُ بیقرار گژھان۔ یہ چھُ سُہ اضطراب یا ژھرپٕہ زھرِتھ یتھ یہٕ چھیہٕ ٹھنہٕ کرِتھ ہیوٗرکُن وُڈو کرنہٕ یژھان

دھرِنہٕ پرٲوم تہٕ سُمرلی پیٚتیس

ہر دوہ نِرے برٕ مُژرِیوم

دِم کوٚسُم ذری تہٕ آسُم ژِرے

آسُن کرِتھم تِتے خاص بریوم ۔ (روٗپہٕ بھوانی)

یتھ زِگتس منز تھینہٕ پیٛٹھ تہٕ میٚژ زنمہٕ پراوِتھ داٲرٕ میہٕ زِ یتھ چھُنہٕ کانہہ تہٕ پایدٲری، اَوے کریوم رٔد جوٗع شوٗس کُن۔ پنُن اَنِتھ میہٕ پیٛٹھ نٕخاوِتھ کرِتھ یہ میانِ تیپسی کامیاب، چانی آسُن چھیہٕ میہٕ اَچھ گاشِ دِنس گوڈ بران۔

سرِیت چھیہٕ البرٛونس مقامس پیٛٹھ نکارس پوٚچھر دِوان۔ ڈُنیاوی ہانکلن مناونس پیٛٹھ آماد سپدان۔ اَمی 'ن' منز چھُ وار وارہٕ "اوٕ" زلوان۔ 'نکار' چھُ بیقرارس کُن نم پھران، اضطراب چھُ ہمُن ہوان۔

پۆشہ شو چھُ سونہِ پوش تہٕ وٕنہٕ پوش اکی آبہٕ گنز راں۔ رتہٕ پہٕ دیٖدِ ہُند یہٕ روٗحٲنی پیغام،
یم بسر پراوِنۍ تہٕ باوُنۍ کوشش چھیہٕ ترٛیشہ روٗپہٕ یتھ ہمالہٕ بالس پیٹھ ژٕندرٕ پٕژو سٕتی پان
چھلہٕ وُن اوٚبرہٕ لنگ چھُ۔

یوٚدوَے روٗپہٕ بھوانہٕ یہٕ کرٛلوٗٹھ تہٕ میوٗٹھ سفر پٮ۪تھٕ لون بنوو نگر پرمانندن تروو
سہل تہٕ سیٚزٕ وتہٕ لوٚد۔ یہٕ اوس وٕجوٗدک پرستار۔ یہے راس ژٕتھ گاشراوِ اُمی باوُنی
کلاکارن روٗحٲنی پرٛژ تہٕ تمن سوالن ہیوٚتُن جواب دِیُن، یمو انسٲنی ذہن تہٕ قلب
چھُ پرٛچھ وِزِ زیر اوٚنمت۔ تہٕ نُندہٕ رٮ۪شن رٮ۪یہٕ وُٹھو وُٹھی کتھ آسہٕ کرٕمٕژ تتھ کوٚرسیجد
روٗپہٕ دیٖدِ مگر پرمانندن یوٚدوَے یتھے بسر گاشرو مگر ژٕٹن ہنا آسان ؤتھ۔ پرمانندس
اوس شاید یہٕ ولوٚد زِ انسٲنی ذہن چھُ بارآور تہٕ چشم دید شہادژ سٕتی ییل اَنُن سہل
تہٕ جل فکرِ ژٕرن والیو ژٕلوٗتو سٕتی چھُ وُٹھن سبٹھاہ موثر بنان تہٕ اوے تراوِن یمن
شُرِن برونہہ کنہٕ تمے آنہٕ ریٚمن کٕن تمن زیادٕ پرے آس۔ کتھ ؤنہٕ نکھ سوے
مگر نِشنہٕ سٕتی تھاوِ نکھ گِندن تماشہ۔ یم آسی بگوان رام، شو شری کرشن، رادا، گوپیہٕ
بیتر۔ کتھ گوٚر بنتھ دانتھو نکھ ہر تیک ہرتر مجازک مُلمہٕ کرِتھ۔ یہٕ آس بمار ذہنس
میٹھ شرٕبتھ دِنۍ حکمتھ۔ یوٚہے تجربہٕ یکتاے چھیہٕ پرمانندس حاصل۔

اُمی باکمال سونچن ورن یم تہٕ کردار، باگہٕ بُرتی اوتار ہیٚندن ہنزٕ دیو مالایہٕ
منز ژاری متی چھِ، تم چھِ ژکرِ علامژ تہٕ استعارٕ۔ مُدا چھُس دیہٕ سُند بجر پانس اندر
وٕتراوُن۔ ہیٚندن چھیہٕ پنٕنۍ دیو مالا ژیہٕ ونُرس پیٹھ۔ اوے یُس کلیدی نوفظ یوٚژھ
اُمی سمجاوُن تتھ تروٗون مُجھِ ینٕی مجازی الف بے۔ ناو ہیوٚتُن گوکلک تہٕ کرشنہٕ
بگوانُن مگر باوُن ہنٕز تشیچھ۔

گوکل ہرِدے میون تہٕ چولن گوٗریوان

ژیٚتھ وِمرش دِپہٕ مان بگوانو ۔ (پرمانند)

یوٚدوَے اُسی یمن استعارن ہند لفظی تہٕ فروعی تُلہٕ تراوُک پاس تھاوو،
یمن ہندِس ستُرس سونتیلہٕ چھُ یہٕ ٹاکارٕ ذٕہیٚنی گرٛشہ عان زِ پرمانندن چھُ ہر تیک
ولوز ژیٚتھ وِمرش تہٕ دِپہٕ ورگہٕ باٹھو ماذِ متہٕ۔ ژیٚتھ وندرہ گتھ تہٕ گوٚریچھ لوٚسہٕ نبر ژھٹنہٕ

اَنِیکھ نٕہجو مَنجیوم دٕرِیاو
اَوے سو باو آسو رُوٗپ
نہ کیٛنہہ ھؠوتہٕ نہ کیٛنہہ نزاد
بہو دیپ آوے ناچت رُوٗپ

(روپہ بھوانی)

یہ چھُہ سُہ ذیٖہنی مُقام یٚتیٚتھ کثرتھ چھیٚنہ ژُھٹن ہیوان تہٕ وحدتھ چھیٚنہ ژوٗرِ ژھیٚپہٕ گنڈُن ہیوان۔ سو باوٕ پننہِ مُکمل شخصیتھ چھیٚ دِیہٕ ہندِ رنگہٕ رنگنہٕ یِوان۔ وارہٕ یَن ژانگیَن ہُند نوٗل چھُ وۄنی صرف تمس دِیہٕ سُند رُوٗپ شولہٕ ناوان۔ اتھ ایٚہ گنتھ کران۔

منہٕ ہنز یہ حسپہٕ مٕنزٕ وسمتھ چھیٚہ چھیکرس آنند، سوکوٗنٕ قلبی پراوتھ جہار لبان۔ یہ آنند تہٕ انبساط چھُ سدا بہار۔ اتی چھیٚہ پرٕتھ موٗسمس اندر گلبأری سپدان۔ بصارتھ تہٕ بصیرت چھیٚہ وۄنی ہم مانے تہٕ ہم آہنگ سپدان۔

دِلو آنند ندمیٚے
لوٗژن پیالہ مُژر
ساقیا پلاو ہٕہ ہا
باوٕ باوٕ ہا ہا مُنْوالے

(روپہ بھوانی)

یوٚہے چھُ اَچھن ہُند پوٗز گاش یُوگہٕ کریایہٕ مٕستی شہٕن ہنز وٕسپہ کھسہٕ لاکم کران۔ اتھ زیرِ بمس چھُ یوٗگ موٗل سرمایہٕ زانان۔ یِہے گٔیہٕ خودآگہی۔ دَے پرٕزناوُن گوو پنُن پانٕ تہٕ وۄندہٕ بدٕ کڈُن۔ روپہٕ بھوانہٕ ہُند ڈیکہٕ بجر چھُ حتمی طور کاڈٕ کڈِتھ اتھ روٗحانی تٕھزس تہٕ بجرس آبیأری کرٕنی ہیوان۔

یوٚدوَے اَمہٕ مأری منز کأشرِ کورِ چھُ کُنہ کُنہ کرشنہٕ بھگوان سُند، گوٗپین ہُند یا بھگوان رامُن ناو ہیوٚتمُت، یمن نادلوٗمُت مگر ژُرکہٕ چھیٚہ اَمہٕ یوٗگنہٕ رنزا کارس لولہٕ مٕتہٕ لاے کرٕمٕژ۔ یہ چھیٚہ تمس رٕشو ہنز زان یُس کاہنہ تہٕ شکل چھینہٕ۔ یُس ذیٖہنس تہٕ قلبس اَندری وُچھنہٕ ہیکہٕ یِتھ۔ یُس رنگ تہٕ رُوٗپہٕ نشہٕ مُچھ چھُ۔ یہ گیٛہٕ بوٚمبرس وُزناوتھ تمہٕ ہنز میٹھ گُنگراے بوزٕنی، یوٚسہٕ صرف کَنن چھیٚہ گَژھان مگر اَچھن چھینہٕ اتہٕ یِوان۔

بندس بکھنتس کنہٕ تہٕ رد رعایتہٕ ورأے آیتن نماوان۔ اوے چھُ عارفس غار متزلزل ایمان۔ یتھ تہٕ بروٚنہہ مایہ سان وُچھان۔ اَتھ وۄنکھ باسنس تہٕ آسنس مِیُل کرمن۔ یتھ پاٹھۍ چھیہٕ پرمانندن زھایہ گٔیہ گیوٗر سرِتھ تہٕ آگرچ نشاندہی کرمژ۔ تمن سوالن حل کرنچ کوشش کرمژ ہم باسنتھ جواب اَسیتھ تہٕ چھِ ہیٚن سوالن وُتش دِوان۔ ہم سوال روزن لوٚتام وۄنھان یوٚتام انسانی عقل تہٕ عشق نوٚۍ نوٚۍ جوہر پراوان روزِ یوٚتام قبلہٕ تما بنتھ انسانی ذہنیتس نوٚۍ نوٚۍ سرحد سر کرنچ ترغیب دِوان روزِ۔ یٚیلہِ بنہ اَمہِ ناپہ بابہٕ منزٕ، اَمہِ ازمایشہِ منز سورخروٗے بنتھ نیر، تیٚلہ روزِہٕ شہ پانے شمترو نیاسو یتھ مجازی جودوگری ستیٚ جُت کرِتھ آسہِ۔ اَتھی وۄنیتھ اَمس عارفہٕ شند دوٚیم زنم۔ اَتھ ذہنی تبدیلی چھُ پرمانند یتھ کنٕ پیش کران۔

میٹھ مپیٹھ چھار چھارِ کھڈنس آسن کھڈ
گُتھ ژار ژار میٹھی لبی زِ تہٕ کیاہ
لے مار رلو پاد چاٗنی نے رلو
کٹو سنکٹ ہُی مکٹ داری (پرمانند)

اوے چھِ اَی یہٕ وننس حق بجانب زِ روٚیہٕ دیدِ یا پرماندُن وۄپدیش اوسہٕ وُگہٕ وونی ہٕکہ زہر پھٹن عارق گٔڈِتھ امریتہٕ ورشُن۔ اوہند بجر چھُ یہٕ زِ زہر نسگوٗوکھ پانہٕ تہٕ امریتھ باگروٗکھ دوٚچھن کھوور۔ ہیری یہٕ پرکاش چھُنہٕ شکلہِ پابند گر اَمہِ کہ زورہٕ ستیٚ چھیہٕ زھاین شکل بوٗد گرتھان۔ پانہٕ گٔیتھ رفزِتھ چھُ یہٕ نوٗر ہنُ اوند پوٚک گاشراوان۔ اَتھ پرگاشس چھُ ٹھوز صورتھ دِوان۔ گُنے نوٗر چھُ یتھ پاٹھۍ وارِہن شکلن یختیار کران روزان۔ ہمٕنے سونزلہِ رنگن ژھار دِتھ اَنزی منزی گرِتھتھ یٚیلہِ اکوے دوڈل چھِنر اَتھ یہٕ تیٚلہِ پراوِ منگ پرتھ کانہہ گوشہِ ییتھے پرینبر تہٕ شوزر۔ یوٚہے دیت چھُ روٚیہٕ دیدِ تہٕ پرماندُن۔ مَنش ذاتھ وَنہٕ لاگیہٕ بایتھ یوٚدوے یِمو پانہٕ نوو اکھ اَکِس رِنش بیوٚن طریقہٕ، وٚطیرِ تہٕ اوٚسلوٗب مگر روٚیہٕ دیدِ ترٲوی دارِ برِ یلہٕ تہٕ ژوٗرِ ژھیٚپرِ سنہٕ کھسن واٗلس کوٗرن مِیُل پرگاشہ ستیٚ۔

سیہسر ورتر وِیاپی شہرت وشوورم
سوٚیل سمبو اکم سویمبو پرم آکاری

باپتھ چھیہٕ ووٚنہٕ منزٕ نٔلان۔ یہِ گیہِ ذِکر تہٕ فکر یُس اندری اندری زبانہٕ ژھمبرٕ ستۍ منس تہٕ ذہنس چھیہٕ پیٚن ہیوان، اَنتھ چھُنہٕ پدی شُبہلاونس یا پوٚت پھیرنس پرٕسُتھ۔ یہِ چھیہٕ ژمبرِ ہنز بامبرٕ تہٕ یہِ کینہہ تہٕ ھُوٚرٕ کرنس تتھ چھیہٕ بے وایہٕ پٲٹھی پہناوِتھ برونہہ کُن پکان، دوان، پننی وَتھ ہموار تہٕ اُستوار بناوان۔

وِمرش گوو سونچُن، بدِ کڈُن، سِر کھر کرُن، شبُوو چھُ "وِمرش" سعٕ عمل قرار دِژمُت، یُس سہ شِوس لازوال، قایم تہٕ دایم حقیقتہٕ شکھتی ہندِس روٗپس منز مجازی دوٚیہ دروٚسیہٕ پرکھاوان چھیہٕ۔ شِو چھُ علم تہٕ شکھتی چھیہٕ عمل۔ یم چھِ ژکرٕ گُنی۔ بیٚلہٕ یہِ صداقتھ نٔنہِ نیرِ اَتھ ووٚنہُکھ وِمرش۔ "شِو" یوٚدوے گیان گوو تہٕ شکھتی گیہِ کرِی۔ یم دوٚشوے چھِ اکھ اَکِس نکھہٕ پھوک۔ اَتھ زلہٕ وِنہٕ عقلہِ تہٕ عشقچہِ ڈُبجہِ بیٚٹھ چھُ یوٚہے "وِمرش" گاشہِ مُنار بنتھ پرکاش ژھٹُن روزان۔ اَوے چھیہٕ پرمانندن دلیوٚہٕ، پارونی گوٚیہ بیترِ، زنانہٕ کِردار اَمہِ روٗحانی شوٚزٕ بوزٕ مطابق شِو ستن شکھتیہِ ماہِ مژ قوتِ فہم یتھ قوتِ ظُہوٗر تراو اَتھ آو وَنہٕ وِمرش۔ یہِ گوو بے شکل غارِ مجازی آواز (نادس) پننہِ پننہِ آیہِ وَکھنے کرُن۔ بنٛدک، لاموحدودک اُبھتھ پنہٕ تھَر سرِ کھر کرُنۍ۔

"دِپتی" چھُ لفظی مانے 'رِیہہ'، ذوتُن بیترِ۔ یہِ گوو سُہ نوٗر، جاہ و جلال یاپہٕ ناوُن یُس ذاتِ حقیقی سُند لوٗگ لون چھُ مانہٕ آمُت۔ اَنیتھ چھُ بندہٕ تہٕ بندہ نوازٕ اکی آشہِ تہٕ گاشہِ اکھ اَکِس ستۍ نے بنتھ ذوتُن ہیوان۔

لے گیہِ نیر بیٚنہِ پراوِتھ وگنیانو
دِدگِنیار چھُپہٕ گُنہٕ روزانو؛
وُگرہنس شانہٕ پانہٕ پانس ڈیشانو
ژیتھ وِمرش دِپتہٕ مان بگوانو (پرمانند)

برونہہ یکِتھ چھُ پرمانند یقینس تہٕ دُرٛیتس پہٕ وَنِتھ رازٕ ہوٚنزنی پٲٹھی دود تہٕ پونی ہیوٚن کڈِتھ پننہِ نہٕ ڈلہٕ وِنہٕ کلہِ ہنز بادتھ کران۔

سمتے سو منہٕ تس کاسانو نِشچے سو آتما ساکھیات زانانو
نِیتھ پرمانند سوکھ سے پراوانو ژیتھ وِمرش دِپتہٕ مان بگوانو۔ (پرمانند)

اَمی روٗحانی ووٚٹھ ژھاپہٕ ہُند حتمی پٕراو چھُ آنند یُس ساکار تہٕ نراکار دوشوے چھِ

گوساٗنۍ پہٕ وُنِھ ولوٗر ژلمُت ۔

تیاگہٕ کے اتھہٕ ستیٚ وار چھومبہٕ ناو !
پروٗن نہٕ زَگ بیوٗن بیوٗن ھٹیٚجن تھاو
زاگہِ روز لاگنے نراۤوِتھ زول
سنتوش بیالہِ بووِ آنند پھل

(پرمانند)



انتر مکھی درشٹی نبروان رہسی تتی پرم گتی (رۄپہ بھوانی)

پرمانندن وۄن

آکاشہ برِیہ پرٛکاش نون دراو
گاش آو سٔری کرشنہ درشنُ ہاو
رانھ گیہ پربانھ آو پھولنس

ویلہ ووت سرانس تہ پان چھلنس
نیندرہ منہ منہ اچھ مُشراو
گاش آو سٔری کرشنہ درشنُ ہاو (پرمانند)

وونی چھُ پرمانندس یقینِ کامل زِ اَمی لٔب سو بصیرتھ یوسہ نوٗرکس سوٗدرس منٛدِتھ ہیکہِ۔ اَتھ دِلَس اطمینانِ قلبی تہ نندرام پٹھواری بنوو پننُ ناو پرمانند بابانے۔
سریت چھیہ تھدِ کھوتہ تھوٗد آنند پراونہ باپتھ مکمل شخصیتھ کرنٕچ تُہائش کران روزمرہ تہ کیازِ شخصیتھ چھنہ بیوٗن بیوٗن خانن اندر باگرنہ پوان۔ اتھ چھیہ عقل تہ عشق، ذہن تہ احساس وَنہ ڈنگ کنٛے ہُرتلان۔ اَتھ نارِ صدا دِتھ چھُ اکوے باتھ اچھوٗرستی لوزان تہ کنٛو سِتی دھیان۔ یہ گوو ہوٗن کران کرِان ذاتھ ماتھ اونگجہ زالنہٕ۔ یم چھوکھ چھہِ توہ تمبلی وراے گولابُک وُسجار تہ پنٛجار پراوِتھ ساری شخصیتھ مُشکا وان۔

پرمانندنہ تخیلک کمال چھُ اَسہِ اَمی سنٛز مشہور نظمہِ "کرمہ بوٗ مکایہ" منٛز صحی پاٹھی نظرِ گژھان۔ اَتھ اشاراتی ڈیرایہ اندر چھُ اَمی بےنظیر بکھتن پننٕ سوٗرے وہنہ وہترومٕت۔ پان تہ جان سیٚتریہ تہ رُح چھہ کرٕیہ ہنٛز بنٛزآژ منہ وَدگیٖر تہ سنٛز اَتھ وارِ یا ڈٕزرس ہموار بناوِتھ چھُ زمیندار توشان۔ اَتھ موزوٗن پروٗرِش کرِتھ زنگہ وٕہراوِتھ نیندراہ کران۔ شہن ہنٛز کھسہ وٗس پانس تابع کرِتھ چھُ مُلک تہ عملہِ ہند کرکھر تہ میچھر پراواں۔ اَتہ چھُ نزاوُن پراوُن بنان۔ اَتھ منٛزس واتھ چھُ اَمی گامہ

تصوف، ہندوستانی ویدانت تہٕ کاشُر شیوازم چھُہ پانہٕ وانی واریاہ ہشر تھاوِتھ تہٕ عاًن تہٕ غاًن اکھ
اکِس ہوی۔ اسی چھہ چونکہ مُختلف قومن ہندین یمن صوفیانہٕ خیالن انگریزی پاٹھی ترجمہ کرنہٕ وِزِ مسٹیسزم
وَنان تَوِکنہٕ وُچھو زِ انگریزن نِش کیاہ چھیہٕ اَمِچ تاریف :۔

" A phase of thought rather perhaps of feeling which from its very nature is hardly susceptible of exact definition .Its philosophic side is to grasp with the endeavour of human mind the divine essence or the ultimate reality of things, its religious side to enjoy the blessedness of actual communion with the Highest........it maintains the possibility of direct intercourse with the being of beings.....Mysticism is not a name applicable to any particular system. It may be the outgrowth of many different modes of thought and feeling....when a religion begins to ossify into a system of formulas and observances, those who protest in the name of heart-religion are not unfrequently known by the name of mystics".

" خیالچ یاونو شاید انچاپچ اکھ صورتھ یوسہ پننہِ اصلی خاصیژ کنہٕ مُشکلنے کنہٕ خاص تاریفہ
منز وَنیپھ ہیکہِ۔ اَمِیک فلسفیانہٕ پہلوٗ چھُ انسانی ذہنچو کوشِشو ذٕرٕ الٰہی جوہر یا موجوداتن ہنز
انتم حقیقتھ سمجھنہٕ۔ اَمِیک مذہبی پہلوٗ چھُ تھدِ تھدِس ستہٕ واقعی رابطہٕ عنایژ حظ تُلُن ....
یہ چھُ وجودن ہندس وجودس ستہٕ سیدِ سیوٗد تالُق سپدنکہِ امکانک داوادار .... ہریت

مشعلؔ سُلطانپوری

# نعمہ صاٗب تہٕ وہاب کھار

## تجزیٖتہ سرّیت پسند شاعر

جُز چھُ پننہِ کُلہٕ نِشہِ جُدا گژھتھ بیٚیہِ اَتھ کُلس تاں واتنہٕ تہٕ اتھ سٟتۍ مٟیل گژھنہٕ خاطرہ اِضطرابس منز روزان۔ انسانہٕ سُند رۄح تہٕ چھُ اکھ جُزٕ یُس پننِس کُلس یانے رۄح الارواحس سٟتۍ میلنہٕ خاطرٕ بےٚتاب تہٕ بےٚقرار آسُن گژھہِ، رۄہچ یہے بیقراری تہٕ اضطراب چھُ تصوفُچ بُنیاد بنان۔ یہ اضطراب چھُنہٕ کانٛسہِ اَکِس شخصس یا کانٛسہِ اَکِس قومس تامے موٗحدٗود۔ نوےٚ کیٚنہ چھِ صوٗفیانہٕ خیالاتھ مُختلف صوٗرژن منز پرٛیتھ کُنہِ قومس منز نظرِ گژھان۔ "تاریخ مشائخ چِست" کِس اکوٗہِمس صفس پیٹھ چھُ درج زِ " تصوف کے خیالات کا اظہار ہر ملک، ہر زبان اور ہر مذہب میں ہوا ہے۔ ظاہر سے ہٹ کر باطن کی طرف متوجہ ہونا انسانی فطرت کا تقاضا ہے۔"

ظاہر نِشہِ پنُن توجہ ڈالِتھ باطنس کُن مایِل گژھن یۄدوے انسٲنی فطرژ ہُند تقاضہٕ تہٕ چھُ پوز اَتھ رۄجانس چھِ کُنہِ قومکۍ یا مُلککۍ خاص سیاسی، سمٲجی تہٕ اِقتصادی یانے مُختلف قِسمکۍ ظاہری حالاتھ تہٕ ہم پالی کران، یِتھۍ حالاتھ چھِ کُنہِ تہِ زمانس منز پیش یِتھ ہیکان تہٕ یِکن چھِیہٕ اَمہِ وِزِ پننہِ باطنی تہٕ روٗحٲنی تربیژ کُن زیادٕ پہن کل گژھان۔ یہ باطنی تہٕ روٗحٲنی تربیتھ چھِیہٕ اصلس سٟتۍ واصل گژھنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ ضروٗری۔

مُختلف قومن ہندۍ صوٗفیانہٕ خیالاتھ یا روٗحٲنی اِضطراب چھِنہٕ ہِوی انداز برونٛہہ کُن یوان اَنٕ چھُ پرٛیتھ کانٛہہ قوم پننہِ پننہِ طریقہٕ پیش کران۔ یۄہے وجہ چھُ زِ انگریزِ مسٹیسزم، ایرٲنی

شریعت تہٕ پالان تہٕ ہیچھناوان تہٕ باطنی دٔنیہکین سیرن تہٕ محرم سپدان روزان۔ ییٚتہٕ اسلام یور واتنہٕ اَرِج تبلیغ سپدنہٕ تہٕ اسلامی تصوف کہ اثرٕ ستی ریشیٚن ہنٛز تجدید سپدنہٕ تہٕ ییٚہنٛدِکی رۄحانی تصوراتھ زبردس پٲٹھی متاثرٕ گےٚ" تتہٕ رۄدی کٔشیرِ ہندی گۄڈنکی صوفی بزرگ تہٕ تمہی دِتہٕ پیٹھ پکان، ییٚم پتھ یور ییٚنہٕ والیو صوفی بزرگو یمَن باوہِ اُس تہٕ تیٚہنٛز مثال تمو پانہٕ پیش کرمٕژ اُس۔ وَق گزرنس ستی گوو ییٚتیک نۄو ریشت تہٕ یور ووتمُت ایرانی اسلامی تصوف اکھ اَکِس نکھ ییٚنہٕ چھِ کوشش منز اکھ اَکِس پیٹھ اثر انداز سپدان۔ ستی رۄدی تم رۄحانی خیالاتھ تہٕ وۄتلان ییم اَسہٕ ویدانت بودازم تہٕ شیوازم بنشہٕ پانہٕ بناوِمتی اَسی تہٕ وۄں سانہِ لاشعورُک حصہ بنےمتی اَسی۔ ییم اَسی کنہٕ کنہٕ شعورس کنُن تہٕ دٔسان تہٕ سانہِ زیٚوِ اظہار لبنہٕچ کوشش کران۔ نتیجہٕ دراو یہ زِ ییم ساری تصوراتھ گےٚ رَل تہٕ کٲشرِ تصوفچ اکھ نۄو صورتحال آیہٕ بروٚنٹھ کُن۔

تصوفس چھِ زٕ پہلو۔ فکری تہٕ عملی۔ اَمیک فکری پہلو چھُ خُدا، کایناتھ تہٕ انسان ہنٛز اصلیژ تہٕ انسانی زِندگی ہندِس مقصدس ستی تالُق تھوان تہٕ عملی پہلو یمَن تصوراتن ہنٛزِ بُنیادِ پیٹھ رۄحانی ترقی ہندی مٔنزِل طے کرِتھ خُدایس نکھ وانٛچنہٕ وۄتھ ژھانڈنہٕ ستی والسنہٕ۔ اَسہٕ چھِیہ کٲشرِ تصوفکین یمن دۄشونی پہلون منز یہ نۄ صورتھ نظرِ گژھان۔ اَمہِکِس فکری پہلوس منز چھِیہ اہم جاے وحدت الوجودکس نظریس۔ یہ نظریہ اوسنہٕ کٲشرِ ذیٚہنہٕ خاطرِ نۄو۔ توحیدُک احساس چھُ ویدانتس منز تہٕ میلان تہٕ پتہٕ چھُ وارِ وارِ تتہٕ ہمہ اوسا فلسفہٕ تہٕ پادٕ گژھان۔ اتھ سِلسلس منز چھِ رگ ویدُک یہ اقتباس تصدیق کرنہٕ خاطرِ کٲفی " وارہن جاین شولہٕ دِی اگنی چھِیہ کٔنی۔ اکوے سرکیہ چھُ سارنے پیٹھ پرزلان سوے اَوشا چھِیہ سارنے گاشراوان۔ سُے یُس اکھ چھُ، ییم ساری رٕچھ چھِ تسندی" اُپنشد تہٕ چھِ اتھ نظریس گۄڈ برٲں، یموکنہٕ اگر آتما یُنٛ پان زانہِ سُہ تہٕ برہمن چھُ اَسےٚ۔ اسلامی تصوفکِ وحدت الوجودی نظریہ کنہٕ چھُ وۄجود صرف اکُے سُہ گوو ذات خداوندی، کاینا تکی باقی ساری چیز چھِ تسندین صفتن ہندی مظاہر تہٕ شیون، ییٚتہٕ پٲٹھی سُندرکی ملر، ہُنبل تہٕ آولنی یانے آبہٕ چھِ مُختلف شکلہِ زکہِ آبے چھِیہ تہٕ آبہٕ نشہِ الگ چھِنہٕ بہترٕ کانہہ عنژ ییٚتھے۔ ییٚتھے پٲٹھی چھِنہٕ کایناتکین سارنے چیزن تسندِ وۄجودِ روٚس وۄجودے کایناتکِ اَمی مایا آسنکی تصورن وۄنہٕ ناوِ کٲشری اتھ کاوییٚہِ وول یۄتان کٲشرِ تصوفکِ عملی پہلوک تالُق چھُ اَتھ منز تہٕ چھِ ریاضتکی والریاہ طریقہٕ رل گامتی یمو منز کیہنہٕ اسلامی تصوفکِس ریاضتس تہٕ کیہنہٕ ویدانت تہٕ شیوازمکِس یوگس منز میلان چھِ۔ اتھ منز چھُ جس دم تہٕ تہٕ تپشش کِل تہٕ، ہمہ گتہٕ تہٕ (شہن ہندِ اَتہٕ گتہٕ ستی معبودگارنچہٕ عملہٕ للہ ہندناو)

چھُنہٕ تیٚتھ ناوٕ یُس کُنہِ مخصوٗص نِظامس لاگو سپدِ۔ یہٕ ہیٚکہِ مُختلف سونچکین تہٕ اِحساسکین طرزن ہُند ماحصل آسِتھ۔۔۔۔۔۔ یِیلہِ کانٛہہ مذہب قوٲیدو تہٕ رسمو ذٔریعہٕ مُنجمد سپدُن ہیوان چھُ، تمہِ وِزِ ییم دِلکہٕ مذہبکہِ ناوٕ اَتھ خلاف اِحتجاج کران چھِ، تِمن چھُ ییٚلہٕ پٲٹھۍ صوٗفی ناو ییوان۔[1]"

امہِ عبارژٕ ہنزِ پٮ۪ٹھ کتھ زیادٕ ذیہہٕ وِنہٕ باسان چھیٚیہٕ تِمو منٛز چھیٚیہٕ اَکھ یہٕ زِ مِسٹِسِزم خیالیچ یا اِحساسیچ سونٛچ یِتھ پٔنٛنہٕ فطرژ کِنۍ کانٛہہ تٔشقہ تارٟیف سپدِتھے ہیٚکہِ۔ دوٚیِم یہٕ زِ مِسٹِسِزم ہیٚکو نہٕ کُنہِ خاص نظامس وٲنِتھ۔ یہٕ ہیٚکہِ اِحساس تہٕ خیالہٕ چن وارِیاہن مُختلف ترایِن ہُند نتیجہٕ آسِتھ۔

گوڈنِچ کتھ زِ تصوفس ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ تٔشقہ تارٟیف سپدِتھ چھیٚیہٕ مٮ۪ہہ امہِ کِنۍ صحی باسان زِ اَمیک تاٲلُق چھُ فِکرِ یا فلسفہٕ کھوتہٕ زیادٕ وِجدانس سٟتۍ تہٕ یہٕ چھُنہٕ قال بٔلکہ حال تہٕ حال ہیٚکہِ نہٕ صاحبِ حال پننہِ دٔسۍ تہٕ بیان سپدِتھ تہٕ تیٚستن چھُنہٕ کتھے لیُس نہٕ اَرِچ شود بودے آسہٕ۔ دوٚیِم کتھ زِ یہٕ ہیٚکہِ نہٕ کُنہِ خاص نظامُک ناو آسِتھ چھُ امہِ کِس مانیٚس تیٚژ دُستھ دِوان زِ اَتھ منٛز ہیٚکہِ پٔرتِھ کُنہِ قومُک تصوُّف یِتھ۔

یِتھ مضموٗنس منٛز چھُنہٕ یہٕ گُنجٲیِش زِ مُختلف قومن ہٕندین صوٗفیانہٕ خیالن ہُند بیٚن تہٕ شٕر ہیٚکہِ وٕرِتھناونہٕ یِتھ نوٗکرِ یموٗ آسی کٔشیرِ ہندی سے تصوٗفس کُن۔

یِتھ کِنۍ کُنہِ تہٕ قومس پٔنٛنۍ رُوحٲنی تصوُّراتھ آسان چھِ تِتھے کِنۍ چھِ اَسہٕ کاشرِن تہٕ آسی مٕتۍ۔

ییٚمہِ ساتہٕ اسلام کٔشیرِ ووت، ییٚمہِ قومکۍ صوٗفیانہٕ سونچن اوس ویدانتی، بودی تہٕ ترِکا سونچن ترالیو نٟتۍ دوٚدھ لو لو بمُت۔ کٔشیرِ منٛز اسلام واتناون وٲلۍ تہٕ ییٚتہٕ یہٕ نوٗر پھالاون وٲلۍ بزرگ آسی حُسنِ اتفاقہٕ کِنۍ نہٕ صرف پٔنٛنہٕ وقتکۍ مشہوٗر عالِم تہٕ مبلغے یاتی بٔلکہ بہلہٕ پایہٕ صوٗفی تہٕ۔ امہِ کِنۍ لوگ ییٚتہٕ کِس صوٗفیانہٕ سونچس نہٕ صرف اوٚرنٛہ یوٗرتھ سگے یوت بٔلکہ اَمی ہیٚژ اَکھ نوٚو شکل تہٕ رٔنٛز تہٕ یِتھ کِنۍ گوو اسلامس سٟتۍ سٟتۍ تصوُّف تہِ لیُس زَن اسلامہٕ نِشہٕ کانٛہہ الگ چیز اوسنہٕ جان پٲٹھۍ پٔنٛنۍ موٗل ذرراوان۔ ییٚمہِ کِس تہٕ میوٗل مُناسب زمین تہٕ آب ہوا تہٕ زہنس تہٕ آد یہٕ بیول برٲہ۔

یہٕ اوس سُہ زمانہٕ یِیلہِ اسلام دُنیاہکین مُختلف مُلکن منٛز پھٔہلیومُت اوس تہٕ مُختلف قومن ہٕندی علوم آسی ترجمہٕ زٔرِگی امہِ کِس ادبس منٛز شٲمِل سپدی مٕتۍ۔ عِلمن تہٕ فلسفن ہندیو ییمو ترجمو تہٕ مُختلف قومن نزدیک ییٚنہٕ کِنۍ آسی اسلٲمی تصوفس منٛز مُختلف رُوحٲنی تصوُراتھ تہٕ خیالاتھ تہٕ شٲمِل سپدی مٕتۍ۔ ییٚمہِ کِنۍ یہٕ قرٕنن اوٚنۍ کٔہن مسلمانن ہندِ تصوفہٕ نِشہٕ ہنا مُختلف بنیومُت اوس۔ تاہم آسی مسلمان صوٗفی وُنہٕ تہٕ عِلمکۍ تہٕ عِلمہٕ ہندی تھٔکنی لایق نوٗمہٕ نہٕ۔ تِم آسی علم تہٕ حاصل کران

[1] انسایکلوپیڈیا برٹینکا۔ جلد: ۱۶۔ صفہ: ۵۱

بُند اصل آب چھ مانہٕ آمُت۔ باسان چھُ زِ تصوفس منز چھِ ہم خیال تہٕ رُل گمتی آسی متی۔ اُہندین شارن ہنز باقے کیہہ مثالہٕ یمن منز یہ نظریہ دریٹھ گژھان چھُ، چھیٚ یمہٕ

یِس لایہ ناد سے چھم نیشہٕ کمیوٚ شیشہٕ چوونس مے
گٔنہٕ ڈراو گٔنس نیشہٕ گٔنے اوس سوریوو پہٕ زاہہ
وٚون دِیہ نعمہ پانس نیشہٕ کمیوٚ شیشہٕ چوونس مے

ساقیے منز مے خانس مے اوس چوان پانس
سے مے ہر دوکانس پیمانہٕ دِیہ نو تتے

یمن مثالن منز "یِس ناد لایہ سے چھم نیشہٕ" یا" وٚون دِیہ نعمہ پانس نیشہٕ" ہوی مصرٕ چھ، اَتھ کتھہٕ کُن اشارہ کران زِ نعمہ صاب چھِ وحدت الوجودکس نظریس پیٹھ پٔرژھ تھاون واٚلس تتھ فرقس منز شامل یم "اناہس" پیٹھ زور دِوان چھ تہٕ ذاتِ حقُک ظہور خاہ سہ ذاتی آسی تن یا صفاتی پانسے منز وُچھنکی قایل چھ۔ منصور حلاج چھُ اَمی فرقُک پیشوا۔ کینژن صاحب بصیرت مشہور بزرگن ہُند وَنُن چھُ زِ یہ چھُنہٕ کانہہ الگ مسلک بلکہ خدا ژھانڈنہٕ کس سفرس منز صرف اکھ مقام یتھ مقام عینیت وَنان چھ۔

حضرت شیخ مجدد الف ثانیؒ چھِ فرماوان زِ میٚنتہٕ سپز اَکھ مقامس پیٹھ واتتھ پٔرژھے کیفیتھ[1]۔ اَتھ مقامس پیٹھ واتتھ چھ باسان زِ خدایس ورٲے چھُ نی تہٕ بیٚیہ کُنہہ وجود۔ یہ چھ جذبہ چھہ، حالژ منز خدایس تہٕ کایناتس درمیان عینیک تالق دریٹھ پیٚنہٕ کنہٕ باسان۔ پوز یہ نسام چھُنہٕ حقیقی بلکہ چھیٚنہ یہ دراصل سالکہ پننِ اکھ نفسیاتی حالتھ اَمس باسناوان۔ اَدہٕ مقامہٕ برٕونہہ پکھتھ چھ کایناتھ خدایس نشہٕ بیون، پوز تس مقابلہٕ غار حقیقی باسان تتھے پاٹھی یتھہٕ پاٹھی انسان تہٕ تسنز ژھاے چھیٚہ۔ بہرحال بنیس جایہ چھُ نعمہ صاب وحدت الوجودکین فنا والین ہندی ہم خیال باوان۔ یہ مثال وُچھو۔

زاہہ تہٕ دوتس پہٕ نہایتس گرژھو فنا ژٔ فنا چھاو!
تی میٚیہ وُچھم منہٕ کس نقطس ہیوم ژہ تس تس چھُ میون ناو

---

[1] رسالہ وحدۃ الوجود والشہود از مولانا شیخ محمد تھانوی مرتبہ ثناء الحق

نفی اثبات تہٕ، پرتیاہار تہٕ (منک کُنہٕ تہٕ حواسہٕ عناصر نشہٕ الگ سپدنہٕ ہیکُن) تہٕ ہوش دردم تہٕ۔

کشیرِ منز گۓ ژٔکن ہندِ دورِ حکومتہٕ پیٹھہٕ تتھی سیاسی تہٕ سماجی حالاتھ پاد زِ تصوفک رُجحان گو وسیٹھاہ عام۔ واریاہ لُکھ لگیہ یہے وتھ رٹنہٕ۔ تم آسی دُنیاہ نشہٕ کینژھا مایوس گامتی تہٕ کینژھا بیزار۔ تمن اگر سوکون لبنہٕ خاطرٕ کانہہ جاے پناہ باسیوو سُہ اوس تصوف۔ تصوفٕچ یہ وتھ رٹن والین منز آسی عالم تہٕ تہٕ تاجر تہٕ، دستکار تہٕ تہٕ ہوزمند تہٕ غرض زندگی ہندین مختلف شوبن ستہ تالُق تھون والی لُکھ۔ یمن منز آسی واریاہ صاحب تتھی تہٕ یم شاعر آسی لل دید تہٕ نُند ریشس پتہٕ خواجہ حبیب اللہ نوشہری، میرزا اکمل الدین بدخشی، صاحب کول، روپہ بھوانی، شاہ قلندر، مومن صاب، سوچھ کرال، شاہ غفور، شکر ریوش، رحیم صاب، رحمان ڈار، نعمہ صاب شمس فقیر، وہاب کھار کرشنہٕ رازدان، اسد پرے تہٕ وتشہٕ کول بیتر۔ یہ سلسلہ رُود وُنیک تام چلہٕ دُن۔ صمد میر، احد زرگر، احمد راہ تہٕ درویش عبدالکریم چھ ییمی دورُک صوفی شاعر۔

یمو شاعرو کرِی روحانی دُنیہس منز پننہٕ متی تجربہ بیان کرنس ستی ستی، خُدایہ سندس عشقس منز پننہٕ بےقراری تہٕ یہ وتھ سران سران پانس پیٹھ گُزرمتی مختلف واردات شارن منز پیش۔ نعمہ صاب تہٕ وہاب کھار تہٕ چھہٕ ییتھہٕ شاعرن منز شُمار سپدان۔

نعمہ صابنس صوفیانہ کلامس منز چھُ وحدت الوجودُک نظریہ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔ یہنز نظم "سورُنے چھُے معراج" چھیہٕ اَمِچ اکھ قابلِ ذکر مثال۔ یہ نظم ییتہٕ پیش کرُن چھیہٕ میہٕ مُناسب باسان۔

چشمن چھیتمہٕ گوم آب کمہٕ ژورُے — سورُے چھُے معراج
آبہٕ نشہٕ آب دراو، آبے چھُ سورُے — آبے چھُ صاحبِ تاج
پانے چھُ آفتاب پانے چھُ مہتاب — پانے چھُ ژ پرِنہٕ لگتہ سِراج
وحدت تہٕ کثرتھ وینہٕ نو تورُے — گرُز گوم تتہٕ تہراج
ییرِ نہٕ سان گتہٕ آس پرتھہٕ چھُس نورُے — کورتھ بودِس مجاز
پانے چھُ قاصد پانے چھُ پادشاہ — پانے چھُ صاحبِ تاج
عشقہٕ موت یار پانس نِش کھورُن — حشمتہٕ دیتھی تاج
رنگہٕ رنگ بیرنگ ہر رنگ چھُ پانے — نعمس چھُ کیا احتیاج

ییمہٕ نظمہٕ ہند گوڈنیک شار چھُ یونانی فلسفکس تتھی نوکتس کُن اشارٕ کران ییمہٕ کنہٕ تمام موجودات

بقولِ امین کأمل "محض کیہنہ نہٕ (عدم محض) چھِنہٕ بذأتی کانہہ چیز، تکیازِ عدم محض اندرٕ ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ چیز وۄجود لبِتھ، عدم چھُ دراصل کُنہِ چیزکہِ ظأہر گژھنہٕ برٛونہہ حالتھ، سُہ چھُ موجود آسان اما پۄز ظأہر چھُنہٕ آسان سپدمُت"۱

نعمہٕ صأبنِس کلامس منز تہٕ چھُ "کیہنہ نہٕ" اتھی مانِیَس منز استیمال سپدمُت۔ مثالہٕ چھیہٕ یِمہٕ ؎

کیہنہ نہٕ کِس بحرس کیہنہ نہٕ کُے کنار — کیہنہ نہٕ کِس کنارس بیٹھ شالہٕ مار
رنگ آمیز گُلی گژھنہٕ چھاون — مارٕموت یار درِ چنار انتَن
کیہنہ نہٕ کِس بحرس کیہنہ نہٕ چی ناو — ناو نراو کیہنہ نہٕ چی شأہی پراو
واوہٕ لٔستہٕ ناو صبرٕ ژٔھے نراوتَن — مارٕموت یار درِ چنار انتَن

نعمہٕ صأبنِس کلامس منز چھِ کیہہ شار یِتھی تہٕ میلان یِموٚ ہِتی کأشرِ ہندِس لاشعورس منز شیٚوی تصورن ہنز نِشان دِہی سپدان چھیہٕ اکھ مثال چھیہٕ یہٕ ؎

سنگ تہٕ گیاہٕ منٛز حأرتس — نبرٕ لِس منز میأنی ناو
شوٚبہ شبیا تنہٕ خدمتس — بیوم ژٔھس تس چھُ میون ناو

انسان چھُ عالم امر تہٕ عالم خلق دوشونی ہُند اکھ سر۔ یہٕ اگر پنٛنہِ دِلُک آنہٕ صاف کرِ، سأری خُدأیی کمالات ہیکہٕ اتھی منز وُچھتھ۔ تۄہے چھُ امی مُند وۄجود عالم صغیر۔ اگر یہٕ ذکر تہٕ فکرہٕ ستی عالم امرکی عناصر یانے قلب، روٗح، سر خفی واخفیٰ بیتر بیدار کرِ، یِم امی ہندِس وۄجودس منز ژھینتھ چھِ، یہٕ ہیکہِ خُدایہٕ سندی جلوٕ وُچھتھ۔ پتہٕ نہٕ روزِ زمان تہٕ نہٕ مکان، سأرے حد بندی گژھن ختم۔ نعمہٕ صأب چھُ اتھ سِلسلس منز ونان ؎

خام لد دیگہٕ پوٚختہٕ نیبری منزٕ شیٚیے — ہاے نعموٗ شبن طرفن میٗل چھُیے
دِل ژٕ کر سیرِ دِلسے منز گُل چھیٚیے — ونتہٕ ہے وِنسی بالہٕ یارمیون کریے

نعمہٕ صأبنِس کلامس منز چھُنہٕ روٗحأنی تجربن ہُند کانہہ سترٕ نظرِ گژھان۔ خبر تِمن آسا یِم تجربہٕ سپدی ہتی تہٕ، سپدی ہتی اگر آسہٕ بیان ماہیکھ نہٕ کرِتھ تکیازِ کانہہ تجربہٕ اظہارس تان واتناونہٕ خأطرٕ چھُنہٕ روٗحأنی بجرے یوت کأفی۔ یہٕ چھُ فنس پیٹھ بےٚ پناہ دسگاہ آسنچ منگ نہٕ کران۔ امین کأمل صأبُن خیال تہٕ چھُ زِ ہندس کلامس منز چھُنہٕ تیُتھ کانہہ خیالُک یا اظہارُک نوٚہر میلان، یُس کم از کم پرنہٕ وِزِ انسانس متأثر کرِ، یِہندی غزل چھِ فنی لحاظہٕ تہٕ سیٚٹھا کمزور

۱ صوفی شاعر جلد اکھ ص ۵۹ ۲ آگر ۳ صوفی شأیر، جلد اکھ ص ۶۲

دیہ ہوٗز نعیمہ صاب کیاہ آسہن اتھ مقامس وٲتِتھ پوٗز تمیُک باس چھُنہٕ امہِ شارہ منٛزٕ لگان۔ یہ چھُ صرف اکہ آرزوٗ ہُک اظہار مولوٗم سپدان پوٗز یہن چھِنہٕ ٹاکارہ زِ تم چھِ فنا وٲلین ہندی حامی۔ اوٗت تال اگر نعیمہ صاب اکِ نتہٕ بیٚیہِ زنگہ وحدت الوجوٗدکہ حامی باسان چھِ مگر یہ شار چھُ تہنٛدِس ایجٲدی آسنس کُن اشارہ کران ؎

ڈریاے محیط نوٗن ہیلہِ گوو — سوٗرے نمہِ منٛز پاداگوو
تی چھے تازٕ تہٕ لوبہٕ نو — اتھ ناو عالم حٲرتھ پیو

حضرت بایزید بسطامیؒ (متوفی ۸۷۵ء) یمو طیفوریہ خانوادُچ بُنیاد تراو تہٕ یمو اسلامی تصوفس منٛز فنا ہُک تصور اَنِتھ وحدت الوجوٗدکِس نظریس مُستقل شکل دِژ، اُسی خُدایہ پنٛدِس موجبتس منٛز گاڑہ جارس کٲم ہیتہٕ بجایہ جذب وٕستی پیٹھ زور دِوان۔ اَتھ روٗحٲنی حالژ یا کیفیژ پیو سکر ناو تہٕ پتہٕ بیٚیہِ اصلی حالژ پیٹھ یُن آو صحو قرار دِنہٕ۔ نعمہ صابنِس کلامس منٛز چھُ اتھ کُن تہِ اشارہ کرنہٕ آمُت۔ پوٗز تم چھِ صحوس کُن ییٚنہٕ خاطرہ طبیبس مدد منگان نہٕ زِ پننِس روٗحٲنی کمالس۔ یہ مثال وُچھو ؎

خارہ خارہ چھم میون ہیوٗ حال کَس چھِیے — یا طبیبو وَنتہٕ شکرس کیاہ ڈیے
ہوش نشس عشقہٕ شرابہٕ مَس چیٚیے — وَنتہٕ ہے وٕنسی بالہٕ یارمیوں کریے

عدم تہٕ وُجوٗدکہ تصورات چھِ اسلامی تصوفس منٛز تہٕ میلان، اَمہِ کِس فلسفس منٛز تہٕ تہٕ شیواِزمس منٛز تہٕ۔ حضرت امام غزالیؒ یُن تہٕ چھُ اتھ سِلسلس منٛز پننین خیالن ہُند اظہار کوٗرمُت تہٕ محی الدین ابن عربی یُن تہٕ۔ تہُند خیال چھُ زِ خُداین کوٗر ڈُنیاہ عدمہٕ نِشہٕ پادٕ امہِ خاطرہ چھُ ترکاہس منٛز لفظ شُنیہ یانے اباد یا نہٕ آسُن۔ یہ چھِنہٕ بوٗدن ہُند شُنیتس خٲلی آسنُک باس دِوان چھُ یانے VOID بدری ناتھ کلا صابن چھُ "لل دید بییٚن فلسفن ہِتی ہِشر" مضموٗنس منٛز اتھ نسبتھ لیوکھمُت زِ" یہ چھُ سہٕ شُنیہ یُس خٲلص شِوٕعوٗری تہٕ آنند روٗپ چھُ۔ یتھ اُسی شیو فلسفس منٛز پرم شِو ونو یُس شیٚیہ تریہو عنصرو ہیوٗر چھُ[۱] لل دید ہندِس یتھ واکھس منٛز چھُ کینہہ نہٕ" لفظ ییٚتھے کُنہِ نشہٕ خاطرہ استعمال سپُدمُت ؎

گورس پرژھام ساسہٕ لٹے — یُس نہٕ کینہہ وَنان تس کیاہ ناو
پرژھان پرژھان تھچِس تہٕ لوٗسس — کینہہ نس نِشے کیاہ ہناں ڈراو

---

[۱] شیرازہ لل دید نمبر ص ۱۹۸

کیاہتاں گُذریومُت چھُ ۔ یہ اندازِ بیاں چھُ سیٹھاہ کم براہ راس ۔ یہ چھُنہٕ فنّی لحاظہٕ تیوٚتاہ ٹھوٚد یوٚز پُراثر چھُ ۔ اَتھ سِلسِلس منٛز چھیہٕ پہنٛز نظمہٕ "سہٕ کس پتےٚ گوم" ، یا گژھہ بنن تہٕ رس کتہٕ لگیوٚ" قابلِ ذکر ۔ سالکس چھُ مالکہ سنٛز وَتھ سران سَران ہینہٕ پان پہٕنُن پیوان تہٕ اَتھ سفرس منٛز خوٚنِ جِگرُک ژانٛگ زالنۍ پیوان ، اَدے چھُ تَس ہیکان کینہہ بوزنہٕ یتھ ۔ وہاب صاب چھُ وَنان ؎

شمع زاجام ہٹہِ کے رَتےٚ      سہٕ گاہ ظُلماتہٕ پیوم<br>
اَتھ ظُلمانس لال کیا چھےٚ تےٚ      سہٕ کس پتےٚ گوم

اَتھ جایہ چھُنہٕ ظاہری حواس اکار بکار پوان ۔ اَکُے چیز چھُ مدد دِتھ ہیکان سہٕ گوو دِلُک شوٗژر ۔ دُنیاوی مالمن ہندی ذَرِ یہٕ چھہِ تِتھی دُنیاہس منٛز لگہ ہارے

تتہٕ نسا درکار زِبو یا کُن تےٚ      تتہٕ نو منگہٕ سے ساس تہٕ ہتھ<br>
تتہٕ کوٚر یکسان اِخلاصن تےٚ      چھُس حارتن تے وُچھتھ حارتھ

چوٗنکہ وہاب صابُن تالُق چھُ کاشرِس تصوفس سِتی تمہٕ کِنۍ چھُ گہے وحدت الوجوٗدس کُن اِشارہ کران تہٕ گہے وحدت الشہوٗدس کُن یِیمہٕ ساتہٕ سہٕ یہ وَنان چھُ ؎

کُنےٚ وُچھہن سرحدہٕ بازرٕ عاشق تِس چھہِ ڈیشان<br>
کُنےٚ وُچھہن عدرِ تہٕ وادس وَلہٕ وُن کینہہ تہٕ ملتےٚ<br>
کُنےٚ وُچھہن نابوٗد تے شود بوٗد کرِتھ زان<br>
کُنےٚ وُچھہن اندری تہٕ نیبری غبر کس کیاہ وَنےٚ

سہٕ چھُ وحدت الوجوٗدُک تصوٗر دِوان تہٕ یِیمہٕ ساتہٕ یہ وَنہٕ ؎

بُجھِ بدی لیپنےٚ پادا کرِی تے      کینژن کاسن کھٔے کینہہ خستہٕ خرابے

یا

مشہوٗدِ نِشہٕ گژھِ اسرار نُن ؎      شہوٗد نِشہٕ چھس وفائے<br>
محیط منٛز گژھِ اسرار بنُن      آباد آخر فنائے

سہٕ چھُ شہوٗدس سِتی رلان ۔ اَتھ چھُ سہٕ ؎

ہا گوسانیو پرژ رام رام      شو لبی تھے لبکھ آرام<br>
شیو ازمس نکھہٕ پوان تہٕ آتی ؎

پہندی خیال تہٕ چھہٕ سیوٚد ساد تہٕ زبان تہٕ ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُ باسان زِ یمَن چھُنہٕ تصوٗف کین مقامن تہٕ زاوِیَو جارن ہنز تہٕ پترھ پزر ترٛتھ زان آمِژ۔ مثالہٕ پاٹھۍ، ساٗلکس چھہٕ رفعات طے کرنہٕ وِزِ یانے عالمِ خلق بیٚیہ عالمِ امرس کُن سفر کران مختلف مقامو تہٕ حالو گرٛزرُن پیوان۔ ناسوٗت چھُ گوڈنیُک عالم تہٕ لاہوٗت آخری۔ پوٚز نعمہٕ صاب چھُ ؤنان ہے

| | |
|---|---|
| لاہوٗتہٕ نِشہٕ ناسوٗت بَن | مطلب ملکوٗت جبروٗت بن |
| ہوٗہس تہٕ ہاہس اندر سَن | ما ہوٗت یار در چیٚنار اَنتن |

یہ کتھ چھےٚ ژینہٕ وَن دِوان زِ ذاتی تجربہٕ بدلہٕ چھہٕ بوز بوزایہٕ کِنۍ یمَن عالمَن کُن اشارٕ کرنہٕ آمُت۔ بیٚیہ بیٚیہ نعمہٕ صابَن عشق الٰہی یس منز یُتھہٕ بےقراری ہُند حال بوومُت چھُ، تہٕ تِتہٕ چھہٕ تسُندی شار زیادٕ متاثر کران۔ یتھین شارن منز چھےٚ لفظ ژارٕ تہٕ جان تہٕ گُدازچ کیفیتھ تہٕ۔ امیُک انداز ہیکہٕ یمو مثالو سِتۍ سپدِتھ ہے

| | |
|---|---|
| اَلماس بوٗرمُت چھُن اُچھِر والن | تلوایہٕ سِتین گا جنَس بال |
| بیٚہ زرٕہ کوٚرت وانہٕ تیٚر غربالن | وُنہٕ چھم زالن آس نے عار |

| | |
|---|---|
| ویرٕ ہُند دوٗد ژام زیٚبرٕ ہُند رنگ گوم | زلرلو یپر ہم زاگیٚ یے لو |
| پشان پشان سورمہٕ آم نشان | ٹاری ہو کرزی تم کرژاگیٚ یے لو |

نعمہٕ صابس یم روٗحانی تجربہٕ سپدی مِتۍ چھہٕ تمن ہُند اظہار چھُ کُنہٕ حدس تام تہنزِ "نوٗبم تہٕ روٗوم" نظمہٕ منز سپدمُت۔ یمو چھےٚ تمثیلی تہٕ علامتی اندازس منز کینہہ سِیر باوُنچ کوشش کٔرمِژ، یمہٕ علامژ چھُنہٕ وِیچھرٕ بٕلکہ دِیزٕ۔ اکھ مثال چھےٚ یہ ہے

| | |
|---|---|
| اَتھِ وازس ہے چھلہٕ نوٗوم | اوٗنمہٕ پھلاو دمہٕ کیو گبوے |
| دم ہیٚتھ دیگہٕ پھرٕن دیوٗوم | وژ تھوٗوم افسوس میوے |

وہاب کھارنس کلامس منز تہٕ چھُ اسہٕ سٕے کانژٕ تصوٗف تہٕ تمکۍ اسرار ژھایہٕ گٔتۍ کران نظرِ گژھان یس اسلامی تصوٗف، ایرٲنی تصوٗف، یوٗنٲنی فلسفیانہٕ خیالاتھ۔ ویدانت یا شیوازم رٕشتہٕ ہلہٕ مشہٕ سِتۍ نیار گوٗمت چھُ۔ دوٚن گوو تہندی تجربہٕ چھہٕ نعمہٕ صابنہٕ کھوتہٕ ہناسنۍ بہن باسان۔ تہند انداز بیان چھُ تِس اَکس شخصہٕ سُند یمی کیاہتام ژولمُت چھُ تہٕ یس پیٹھ

سانٛکس چھُ امہِ وَتہِ نکنس کانہہ وَتہ ہاوُک تہٕ ژھانڈُن پیوان ۔ یَہندہِ رۄس تس نہٕ چھیٚہ وَنہٕ اتھ یوان تہٕ نہٕ چھُ مقامس واتان ۔ وہاب صابُن یہِ شار چھُ اتھ تائید کران ؎

رہنما پیر ہستی ہُن ورگس اژھ وچھکھ حال یکسان

بجاے تہنا واقف گژھکھ بازار ہیی وَنے

سۄلوکس منز چھینہٕ کُنہٕ تہٕ مقامس پیٹھ ہینس حاصل گمتس سرمایس پیٹھ فخر کرُن روا ۔ اتہِ چھ ہمیشہ سراپا نیاز روزُن تکیاز بقول رحم صاب " نہٕ دے پُرناز وَنیسی یے" ۔ اکھ کُن اشارہ کران چھُ وہاب صاب وَنان ؎

شرہِ کھوت اسمان زۄن کھینے — دب لوگس وُسی پیوو بوہ کنے

کھاجاو نیمہٕ ووٕے تمی — امہِ زۄنہٕ نیوُنم بیہ کمی

شاعری ہندِ فنہٕ کہ لحاظہٕ چھیٚہ وہاب صابنس کلامس منز کُنہٕ گُنہٕ کانہہ خامی ۔ کینژن جاین چھیٚہ بحر پھٹان تہٕ کینژن جاین اوہند کلام نثرس نکھہٕ واتان ۔ عبدالاحد آزادُن وَنُن چھُ زِ " یتھین بزرگن شوٗبہٕ شاعری ہنز پابندی عاید کرنی " ۔ یژھن خامین ہنز مثالہ چھینہٕ زیادہ ۔ بیہ باسیہ وارِہن جاین اُہندِس کلامس منز غوش یوٗنہ موسیقیت تہٕ نفیس روانی ۔ امہِ خاطرہٕ کرہ بہٕ اُہنز نظمہٕ " بومبرس ناگہٕ نیندہٕ ر چھم " منز اکھ زِ مثالہ پیش ؎

امی عشقن لاے نم سن — داد دِ لد ہوگیم ہن ہن

یارہ یکھنا ہتھاوکھ کن — نالہ عشقنہٕ ہانکل چھم

بومبرس ناگہٕ نیندہٕ ر چھم

ڈانٛفے ژھار ہیہ مالی — دل ہے گژھیے وُبالی

ڈنگ دِتھ گژھی پاتالی — ژھائگس مے زورہٕ زورہٕ لم

بومبرس ناگہٕ نیندہٕ ر چھم

وہاب صابنہٕ صوٗفیانہ کلامہٕ منز چھیٚہ امی ستر اکھ زیٹھ نظم " طوطہٕ " سبٹھاہ مشہوٗر ، اتھ چھ کینہہ حصہ ہم مختلف بحرن منز لیکھنہٕ آمتی چھ ۔ یہ چھُ شاعری منز تکنیکی رنگہٕ اکھ عجیب تجربہٕ ۔ یہ لیکھنس منز چھُ ٹکہٕ باتھ یدہٕ نہٕ وزنچہٕ ٹیکنیک مدد ہینہٕ آمٕژ ۔ یہ نظم چھیٚہ سازس پیٹھ بوزنس ستی تالُق تھوان ۔ ڈلیل چھیٚہ علامتی اندازس منز وَنہٕ آمژ ۔ یمہ ستی تصوفہٕ کین کینژن اسرارن ہُندہٕ پےمیلان چھُ ۔ آخرس پیٹھ وَنہٕ یہ کینہہ اکھ زِ نہٕ کاشرہِ

مقام محمود سہر کرتن تے　　پاغام تمہ کے چھے رحمتھ
لاڈ پنھ شہ چھے پرزناوتن تے　　چھس حاژتن تے وُچھتھ حاژتھ

وناں وناں اسلامی ایرانی تصوفہ چہ "سفر بہ خُدا" وتہ ہند آخری منزل پراونگ مال پھران۔ اکس جایہ چھا اسلامی تصوفچ اہمیتھ یتھ کنی بیان کران زِ ے

ییمی بیتہ شریعت پولنے سے گوو مسلمان　　طریقتس وُچھان گزھتو میلتھ چھ ہنہ منے
حقیقتس ووّن دیوُدار پاٹھی بہار وُچھ تُھولان　　میخانہ ماری فنتھ عاشقن چاوان پیمانہ روز توچنے

تہ بییس جایہ شیوی فکرِ گوڈ بران ونان زِ ے

جو گس تہ ششیناہس چھے ملہ دن تے　　واُرانہ نیرتھ وُچھ وحدتھ
کسترتھ نور چھنہ سوچھیتہ تمہ لون تے　　چھس حاژتن تے وُچھتھ حاژتھ

وہاب صاب تہ چھ انسانس "عالم اصغر" مانان، ییمہ کنی سورے کائناتھ تس پننے پان چھ تہ لیہاذا چھیتہ پننی پانچ زان ضرورری۔ تسند یہ شار چھ اتھی کن اشارہ کران ے

دِل چھے شالہ مار چیشمہ چھے پھوار

نشاط وُچھنہ ڈرایہ راتھ آیہ لولو

روحانی سفرس منزیمن لوازمن ہند سالکس خیال تھوُن پیوان چھ تمن کن تہ چھ وہاب صابن اشارہ کورمُت۔ گوڈنیخ کتھ چھینہ یہ زِ سالکس چھ اتھ وتہ پیٹھ قدم تھاونہ برونہ پننی سورے ہیوچھمت منتراون پیوان۔ عقلِ ہند ژونگ ژھیتہ کرُن پیوان تہ ڈِلک شمع زالُن پیوان۔ تس کیہہ کنھ فکرِ نری تن یا متہ، پرتھ چھس کرنی۔ کنہ کنتھ چھس نہ اکہ کنی نکار کرُن زِ یہ کیا چھنہ تس فکرِ تران یا عقل کیا چھنہ اتھ باور کران۔ ییتیس چھ قرآن شریفس منز بیان پیُدمُت حضرت خضرؑ تہ حضرت موسیٰؑ سُند قصہ یاد پیوان۔ حضرت موسیٰؑ چھِ مُرسل آسی متی تہ مُرسل سُند شان چھ نبی پیُس تھوُد۔ حضرت خضرؑ اسی نبی، مُرسلس آو حُکم زِ نبی بس بنتہ کر تربیتھ حاصل تہ بیلہ حضرت موسیٰؑ ہن اکہِ دوہہ لٹہ پیر ہندن کارن ہند وجہہ مولوم کرُن ہیوّت پیرن تروو مُریدس۔ وتہ چھ لوان زِ قلمس آو لیکھنگ فرمان۔ اُلِفہ پتہ ب لیکھن، بیلہ تمی پس وپیش کرُن ہیوّت، زلہ آیس ژٹنہ۔ وہاب صاب چھ ونان ے

قلمن کوُر تکرار　　رووُس تتہ گفتار
زلہ ژھینہ تہ رتھ گوس بانہ　　خُدا زانہ تہ کیاہ گوو

محمد یوسف ٹینگ

# رحمان ڈار

## بحیثیتہٕ سریت پسند شاعر

رحمان ڈارس زانن کاشرٕ سوخن فہم تہٕ پسندٕ شیٚش رنگہٕ کنہٕ۔ یہ کتھ چھیہٕ واریاہ پھِرِ آڈرنہٕ اکھٹے ماندٕنہٕ آمٕژ مگر رحمان ڈارس متعلق چھُ بلکل صحی زِ ہرگاہ شُہ شیٚش رنگہٕ ورائے بیٚیہٕ کہیں تہٕ لیکھِہے نہٕ، تو تہٕ ییہِہے تسند شمار کشیٖرِ ہندین بڈین فنکار شاعرن منز کرنہٕ۔ انگریزیس منز چھیہٕ پرٛھے ہش باٹش کولرجس گامژ لیس پننہٕ ہو دوٚیوٚ نظمو "کُبلےٚ خان" تہٕ "ANCIENT MARINER" یِمن تمہٕ زبانٕ ہندین شاعرن ہندِس گوڈنکس صفس منز استادٕ چھُ۔ شیٚش رنگس متعلق چھیہٕ رحمان راہی ییٚز کنہٕ یہ کتھ شبقہٕ زِ موجود دورس منز کرٕ یہ اکی چھکرٕ گیوٚن والی غلام احمد صوفی یہ ڈیٚپِ زِ تہٕ دریافت۔ راہی صاب چھُ دولسنس ییتھ شیٚش رنگ چہ موسیقیہٕ متلق بیٚیہٕ تہٕ واریاہ کیہنہ ونان۔ مثلن زِ "امہِ کِس آہنگس منز چھُ پد تہٕ چھکرٕ، واکھ تہٕ وژُن، وبداکھ تہٕ نژُن اکھ اکِس منز شژپان باسان تہٕ اِچ کھٔپہ وس تہٕ امیک دوتلُن تہٕ بوڈُن چھُ اکہِ سمبھِنی ہنز ہش ہم صدائی پادٕ کران"۔ راہی صابس چھُ شک زِ ظاہرا ما آسِہے شیٚش رنگچہِ اتھ لیہٕ کانہہ رلوایتھ ڈکھِ۔ بہرحال راہی پسندٕ امہِ بیانہٕ سٟتی چھیہٕ اکھ کتھ زِنتہٕ بارو دِوان۔ تِمن چھیہٕ امہِ نظمہِ ہنز منہٕ کامن طُبکھ نارِ ہنز منزم یاریہِ سٟتی گامژ —— اتھ مقابلہٕ چھُ امین کامل لیکھان زِ "نظم چھیہٕ تشریح بدلہ پرنہٕ تہٕ سوٚروٚر تلنگ چیز"۔

میہٕ تل رحمان ڈارس بدلہ رحمان ڈارنین گارن والین ہند ذکر خاص وجہہ کنہٕ۔ گوڈنیتھ یہ زِ دوشوے چھِ (نظم ونہٕ ہوسا کنہٕ چھِ را فن پارٕ) اتھ متلق لگ بگ بلکل الگ الگ بیان دِوان۔ دوٚیم یہ زِ موسیقیہٕ تہٕ شارس متلق راہی صابنس اتھ وٚبدنیس ییٹھ چھُ میہٕ آدلُٹ یوان۔ اکس نقادٕ سُند وَنُن چھُ زِ

شاعِری یا کاشُرِن شاعرن ہندِس کلامہٕ کِس کُنہِ تہٕ بٔہلوس پیٹھ کَتھ کرنہٕ وِزِ چھُ اکھ بوٚڈ مُشکلاتھ دٔرپیش یِوان۔ سُہ گوو یہِ زِ یِہُند کلام چھُپہٕ سورُے دٔستیاب۔ یہِ میلان چھُ تِتہٕ چھُنہٕ قابلِ بَروسہٕ یکیازِ تِتھ منز چھِیہٕ کتابتچہِ غلطیہٕ تہٕ مختلف وقتن پیٹھ چھُ مُختلف آیہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت، دوٚیُم یہِ زِ تصوفس پیٹھ کتھ کرنی گژھہِ تَس شخصہٕ سِندِ خاطرٕ اَنکوٚناہ کرنی لَسنہٕ یہِ دُنیاہ ویُودُے آسہِ۔ لِہٰذا مأنِزٕ تو میأنِزٕ تہٕ یہِ اکھ اَنکوٚناہ بَنہٕ زٕ قطعی تہٕ فاصلہٕ شُد رائے۔



ہم خانہٕ درشبانہٕ بیدار بہٕ گرٕنس
نے گرٕنو بہانہٕ پیمانہٕ بہٕ چاوٕنس

یہٕ چھُ ورگہٕ تل دیدٕ ہُند سُے تصوٗر زٕ "وُچھم شوس شکھت میلتھ"۔ تصوٗف چھُ میانہٕ خیالہٕ اسرارپسندی یا ہرِیتک اکھ مصلحتھ آمیز نقاب تہٕ سرگوٗڈ کیاہ؟ یتھ دُنیہس منز چھُنہٕ مادٕ تہٕ نر پنُن وصلہٕ تہٕ امہٕ خاطرٕ تھہدٕ اَرٕ سرٕن ہندٕ کھوتہٕ بوٗڈ کانہہ سر۔ یہٕ چھُ تیوٗت ٹاکارٕ پزر زِ سانہٕ اِنفرادی زندگیہٕ منز چھُ اَمیک تصدیق پرٕتھ آنہٕ گژھان۔ سعادت حسن منٹو ہندِ افسانہٕ "ننگی آوازیں" ہُند ہیرو چھُ اَکھ سرس فاش گژھنہٕ پتہٕ دٕماغی گژھان تہٕ بیدلؔ چھُ شرمہٕ داوٕ وٕ شٕلنس تانی اَمی سرُک اِستعارٕ زانان ع

یعنی کہ دُعائے وصل یاراست حیاؔ

تہٕ اَمی زاویہٕ سرُک ورگہٕ اظہار چھُ یتھ شارس منز تہٕ ع

میانِ عاشق و معشوق رمزیست

کراماً کاتبین راہم خبر نیست

کائنات کس یتھ حاۓتناکھ عجایب خانس تہٕ ہرگاہ یوٗہے سر ڈٕنب چھُ، تتھ منز چھُنہٕ کم از کم سرٕ پسند شاعرس کانہہ اشکال۔ بہٕ کرٕ بیہہ بیدلؔ سے دامنس ژٕھٕ۔

زیں گلستاں مگذر بے خبر از کاوشِ رنگ

شاید ایں پردہ نقابِ چمن آرا باشد

مذہبی کٹر پسندی ہندس زمانس منز اوس تصوٗف دراصل چارسویہٕ کس جبرس تہٕ پانہٕ سماجی کیو سیاسی ادارن ESTABLISHMENTS خلاف بغاوت۔ اوٚتانی چھیہٕ کتھ سماجی تہٕ سیاسی معیار تہٕ میزانو سٕتی فکرٕ تران۔ مگر شاعری منز گوٚو اتھ عجیب وکانہٕ۔ یانے شاعرٕ پندی باطنٕ وول پہٕ پننہٕ تحت الشعورٕ کین ظلماتن منز۔ تمنے ظُلماتن منز یمن متلق پانہٕ رحمان ڈار چھُ اِشارٕ کران ع

سکندر آیو ظُلماتہٕ اَندرٕ لال ہیتھ بے شمار

اَتھ ہیکو یہٕ آسہٕ تہٕ باوتھ کرتھ زِ یہٕ بنیوو نہٕ اَکھ نیبرٕ نیہٕ گرٕن، بلکہ اَکھ داخلی دماکہٕ (IMPLOSION) سماجی تہٕ سیاسی جبرٕ کٕنی شدتن سجاونوو صوٗفی شاعر باطنُک اِندر سبھا، بیتہٕ وٕجوٗدٕ گرٕ ساری زولانہٕ آوسان چھ، تہٕ یٕنک عالم یہٕ چھُ کرٕ "وُچھم تہٕ شور وٕ تہمت زور عشقہٕ نار سۓ"۔ رحمان ڈارٕن مارِفتھ چھُ یوٗہے۔ تاجُب چھُ زِ امن کامس چھُ باسان زِ ترٕسند جنسی جذبہٕ چھُنہٕ مارِفتُک یہٕ

شارس تہٕ موٗسیقی چھُ پانہٕ واَنۍ خوٗنی رِشتہٕ ( BLOOD RELATIONS ) تہٕ یِہند نیتھر کُنتیجہٕ چھِ تقریبن لابُدی پاٹھۍ افسوٗسناکھ نیران۔ راہی صاٮ۪بس چھُ کاشرِ موٗسیقی ہند چیشکہٕ لوکچار پیٹھٕ اوسمُت تہٕ یہ چھُنہٕ کانہہ پوشیدہ سر۔ مگر ہرگاہ تُسند یہ معیار بروٗنہہ یہن بکہٕ ناوو تیٚلہٕ ییٚیہ اَسہٕ فاضلنی " کرالہٕ کوٗر " مہجوٗرنہٕ " گرِیسِ کوٗر " کھوتہٕ زیادٕ جان نظم مانٛزٕ۔ تکیازِ کرالہٕ کوٗرِ کھٕش غلام محمد ڈارنس نٹس یا اَسہٕ ییٚیہ رحمان راہی ینٛز نظم " اکھ خواب " تسندِس باتھ " شرٕونۍ ییٚلہٕ کوٗر تمۍ روٗنہٕ دامانس " کھوتہٕ کم پایہ مانٛزٕ۔ تکیازِ اکس چھُنہٕ ساوٕنچ لے براہ یِوان مگر دوٚیمس چھیہٕ ییہے لے تیتھہٕ کھالان۔ شُکر چھُ زِ رحمان ڈارنہٕ نظمہٕ چھیہٕ پننہٕ تیتھہٕ تہٕ توٗرٕہ ترٕشہٕ زِ اہِنٛ کاملن وون زِ ہرگاہ یہ صرف پرنے یانٛز ییہ توتہٕ کھالِ سوٗرٕوٕر۔ ییتھ کُنۍ چھُ رحمان ڈارنہٕ اظہارک قوٕوتھ تہٕ اَنٛج برجستگی نٕنہٕ نیران۔

ینٛس زنگس مُتلق چھیہٕ راہی صاٮ۪بن نثرس منٛز شاٮ۪ری کرٕمٕش۔ تہٕندِس مطلبس سٟتۍ اتفاق تھاوِنہٕ باوجوٗد چھیہٕ یہ کتھ مانٛزٕ پیوان زِ تہٕندِس لہجس منٛز چھُ چھکرٕ ہند روٗنہٕ گوڈ لوٗت منظر چھِ موٗسیقی ہندی پاٹھۍ لوتہٕ لوتہٕ وزان تہٕ بم کھالان۔ مگر کاٮ۪ل صاٮ۪بس چھُ فی پیوان زِ ہرگاہ شاٮ۪رن یہ اکھ روٗحانی تجربے چھُ بیان کوٗرمُت مگر اَمیک لطیف تہٕ جنسی لہجہٕ چھُنہٕ پوٗنٕس ماٮ۪روٗفتک یہ گوٗب بار وینتراوِتھ ہیکان۔"

اَمہٕ بیانہٕ سٟتۍ چھِ اَسی پننہٕ موضوع چہ گوجہٕ نِش واتان۔ شہٕ گوو جنٕس۔ ماٮ۪رِفتس تہٕ ہرتیٚس کیاہ واٹھ چھُ پانہٕ واَنۍ؟ ماٮ۪رِفتھ تہٕ ہرتیٚس دِن ساری نہٕن کل مگر یہ جنس کیتھہٕ کُنۍ چھُ موضوٗعس سٟتۍ ٹیب دِنہٕ؟ اَمیک جواب چھُ یہ زِ رحمان ڈارنہٕ کلامک یہ کم زیادٕ مُرٕش اَسہٕ بیٹان چھُ، تتھ منٛز چھُ جنس واریاہ نُمایاں تہٕ ٹاکارٕ۔ راہی تہٕ کاٮ۪لن چھُ شیٚش زنگس مُتلق سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ زور اَمہٕ کس مسکہٕ خُمارکۍ پاٹھۍ ہنہٕ ہنہٕ تیلِتھ کیتھن مصرن ہنٛز زُتنہٕ وُچھو ع

نالہٕ ناچ آیم نالہٕ ہے رٹن

وصلکۍ جامہٕ چھس پیرِتھ پانس، میلِتھ چھُم ہنہٕ ہنے۔

---

ادفر عطرے ناوِتھ چھس تن — رنگہٕ رنگہٕ ساماپہٕ سنز کرِمس
ہی تن چھاوِنا ییٚیہ لوٗری انتن — کتھن کمہٕ سوٗنہٕ روٗٹھم یار

---

کھوتہٕ بوٚڈ آوُن تہٕ اَتھ دول دِتھ ہینہٕ بنٕہ منزٕ یُس واتہٕ خاطرٕ چھیہٕ تس کُنہٕ ساماٚنچ ، کُنہٕ گاڈٕ ہنز ضوٚرۄرتھ ۔ رحمان ڈارُن یہٕ وُزٕتھ پٔرنگ چھُ ماٚرِفتھ ۔ حقیقتھ ییٚلہِ تس اَرٕ چھیہٕ اَنان سہٕ چھُ ماٚرِفتُک سوٗرمہٕ چیٚشمن لاگان ۔ سوٚچھ کرالہٕ نہٕ کتھٕ چھُ یہٕ سوٗرمہٕ لاگِتھ پوٚز تہٕ اَپُز نَنان ۔ یانے حقیقتس چھیہٕ اکھ خوٗبصوٗرتھ لُرٕ پارٕے گژھان تہٕ تمہٕ کرِ دِلہٕ منز چھُ حاٚرتُک سہٕ طلسمات پاد گژھان یُس ہیرٕ ساٚوی تہٕ چھُ تہٕ خابناکھ تہٕ یہٕ عالم وُچھنہٕ خاطرٕ اَس کولرِچس اَپین کھبتھ کُھلے خانٕ نظم لیکھنہٕ پیوان تہٕ غاٚلبس اوس پیوان وَنُن ؎

بے دِ کِسے ہے طاقتِ آشوبِ آگہی

کمال چھُ زِ یاہٕ رحمان ڈار چھُ ماٚرِفتس "دے" زانٕنتھ چھوان تہٕ اَدٕ چھُ تس تیوٚتاہ آگاہ موکلان زِ سمسار چھُس رنگن ہنز اکھ مُہرٕ نیاہ باسان تہٕ سہٕ چھُ روٗقن وُتھراوان تہٕ وتن موکھتہٕ چھکان ۔
سوٚچھ کرال چھُ وَنان ؎

دٕیوٚمس چھکھ ژٕ کُنے لاشریک
ژٕ دوٚیِم تمہٕ تہٕ گژھی تھیمون طریق
دٕیوٚمس اَتھ طریقس ہیہے زاگے
ژٕ دوٚیِم ہرتہٕ چیٚشمن سوٗرمہٕ لاگے
دٕیوٚمس سوٗرمہٕ لاگِتھ کیاہ چھُ بَنان
ژٕ دوٚیِم پوٚز تہٕ اَپُز اَدٕ چھُ نَنان

ماٚرِفتکس زانٕپانس منز رحمان ڈارُن اَژُن تہٕ تہنزی کتھِ ولنہٕ یُن چھُ محض سفر ، کوٚشش تہٕ ژھرٕ ژھرٕ ۔ اَمیک حاصل تہٕ انعام چھُ حاٚرتھ تہٕ "حاٚرتھ" لفظ تہٕ چھُ رحمان ڈارس سیٹھاہ ٹوٚٹھ ۔ تہٕندِس موختصر دٕستیاب کلامس منز چھُ یہٕ واریاہ لٹہٕ لیوان ۔ مثلن ؎

رحمان ڈار چھُے منز حاٚرتن
کتھن کمہِ سوٚنہٕ روٚٹنم یار

| | |
|---|---|
| ماشوق خلوت خانہٕ | لُج عاشقن دِوے |
| عاٚرف ستے حاٚرانہٕ | جاناہٕ وُچھ ہروے |

بور وہتر اُدِتھ ہیکان ۔ نرمادگی تہٕ آبدی حقیقتٕچ ہندِس یُتھ کارگہس ییٚمہِ میچھِ ژولہِ رحمان ڈار وۄنتھ چھُ ،سہ چھُ امہٕ کین کنڈن تہٕ گوٗلاب وُپر۔ بقولِ غالبؔ امہٕ کین نالن تہٕ نغمن ہند ایتبار عطا کران ۔ خبر مارِفتھ کتھ چھُ کامِل صاہبن کنہِ ناو۔ ظاہر چھُ طبہٕ ہیر پیٹھ یو جوٗج موجوٗجن ہند حال بادنس ما چھِہ تِم مارفتھ وَنان ۔ تِتھ صوٗرتس منز چھُ رحمان ڈار پزی کنہِ پیاری روزان ۔

مارفتُک لفظ چھُ رحمان ڈارنس کلامس منز تکرارٕ سان یوان تہٕ امہٕ کھوتہٕ قابلِ توجہ کتھ چھیہٕ یہِ زِ بڈِ نوٗژک شاین پیٹھ یوان ۔ مارفتھ وَرتاونُک اکھ مقام چھُ شیٖشہ رنگُک ۔ سہ پرٕاسرار لیکھت یُتھ اپین کامِلن گھراوٕن تہٕ اصل مصرس کوچہ پھیر کرِتھ لیکھن اکھ "مارفتھ چھُ وَنان رحمان" تمہٕ آیہٕ زِ راہی صابن کورس یہِ جملہٕ چُست ع

" تِس چھُ سرسری مطالہٕ چہ بانبر منز کُہ پیٹھ وُسی پینگ محض بُل گومت"

باپہٕ راہی چھُ دُرشٹیک شکار گژھان ۔ اُتھ حدس تانی زِ تِس چھُ وَری واد گژھتھ اِحساس گژھان زِ کیاہ تاجُب چھُ اپین کامِل آسہٕ میانہٕ ؤپے ہمو لفظو پَنٕنس تُند فاصلس وابہٕ نوومت ۔ راہی ہندی یم لفظ اسی زِ آخری شار چھُ محض لیکھت تہٕ عنوان تہٕ نظم چھیہٕ امہٕ وراۓ مکمل تہٕ متحرک مگر پیٚہین چھِہ تِم بجاطور اُتھ شارس ع

حارِتن چھُ رحمان وَژل مارفتن تے
شیٖشہ رنگ وۄنن دفتن

امہٕ نظمہٕ ہند منطقی انجام مانان۔ بہرکیف مارِفتُک بیاکھ بیان چھُ رحمان ڈارنس یُتھ شارس منز ۔

شریعت چھے پرتھ کُنہٕ فرق طریقۃ یکسان
حقیقتہٕ لنشہٕ عقل چھیہٕ حاران ، مارفتھ وَنان رحمان

تہٕ اُمیک ترییم رنگ چھُ یہِ ع

مارفتہٕ میہٕ ستی بادِل ببدار گوس ، پرزنووُم سمسار
چھینیوُم موے یارہٕ ، ویتہٕ گوم لولہٕ نار ، پرزنووُم سمسار

یا

مارفتکی پیالہٕ چتو سالہٕ ہیتو سون پے

مارِفتھ چھُ حقیقتس لرٕلوٗر آمت ، مگر بیاکھ کتھ تہٕ چھیہٕ سیٹھاہ اہم سوگے زِ مارِفتس ستی چھُ حارٲنی ( WONDER ) ہُند اِحساس ۔ حقیقتھ چھیہٕ سریت پسند شاعر سُند ساروے

آیینہٕ رٹھ دٕرِدس تےٚ  چاڈنس بہٕ پانہٕ مٕس تےٚ

ییٚنہٕ کاکُتہٕ یہِ خیال گَژھہِ زِ رحمانَن ڈارس اوس یہِ مقام اَوےٚ عطا گومُت ۔ سُہ چھُ پھِرِ پھِرِ

وَنان زِ ''مُژراو اَچھ چھےٚ زاوُیل زال'' ہیٚرِ یوٚن مالامال ۔ یہِ زال ژٹنہٕ خاطرٕ کاژاہ ژھرِپہٕ ژھرِٹھ تہٕ

جُستہٕ خازی ییٚنہٕ تَس کرنہٕ۔ تمہِ خاطرٕ چھُ تٔمسند اکوےٚ مصرٕ خبر کاژَن کتابن کھوٚتہٕ زیادٕ احوال وَنان ؎

توہہٕ ماوُچھ وون مانٕز چھُس اَتھن

کتھن کمہِ سوٚنہِ روٚٹنم یار !

یہِ چھیےٚ اَکِس طلب گارٕ سٕنز، اَکِس عاشقہٕ سٕنز تہٕ اَکِس مجلوٗن مُتہٕ سٕنز ساد لوٗچ،

مگر یہِ چھِ اَکِس فنکارٕ سُند شناختی آلو تہٕ ۔ حُسن، خوٗبصورتی تہٕ وصل ژھانڈنُک

تلاش ۔ ییٚتہِ کلہِ تہندِ چِ نادن برانتی گژھان چھِ تہٕ ییٚتہِ سوٗرےٚ حُسن تٔمسند آکار تہٕ نیب باسان

چھُ ۔

شیٖشہٕ رنگ چھُ اَمی پُراسرار سفرُک قوسینِ اَوادنی ۔ سُہ تہٕ نہٕ صرف اِنفرادی نِشان

تہٕ علامژن منٛز بلکہ آفاقی تہٕ اجتماعی پیمانَن تہٕ میزانَن پیٹھ ؎

یہِ دود نرَن مادن تےٚ

چھم گژھان برانتی نادن

یہِ نظم چھیےٚ تیٚژاہ سٕتی تہٕ تہہ دار زِ اَمہِ منٛز ہرگاہ ہٕتہٕ بٔدی ہٕکہٕ آب کھالِتھ توتہِ روزن

اَتھ ساپہٕ بٔدی ہٕکہٕ وُزان تہٕ گریزان ۔ اَتھ نظمہِ چھُ راوی واحد مُتکلمس منٛز رلوایتھ کران۔ مگر اَمکی پژر

چھِ وحدتکی پن تہٕ حد ژٹھ کثرت کیٚن عظیم سِرن واش کڈان ۔ یتھ بندس منٛز وُچھو وحدتکہِ تہٕ کثرتکی

بم وِہ تہٕ اَتھی سٕتی راوی ہٕنزِ زبانی غالبہٕ سندِ یمہِ مصرچ بادٕتھ '' بے مےِ کسے ہے طاقتِ آشوبِ آگہی

یاونہٕ اُہس تَن ناوَن تےٚ  ہاوسہٕ چھُنہٕ چھاون

کیاہ وَنہٕ کیتی گےٚ اَتھہٕ ہاوَن تےٚ  یہِ چھُ دُنیاہ تاوَن

یہِ چھُس نہٕ وینٛزاوَن تےٚ  تَس چھُنہٕ کانہہ تہٕ باوَن

بلہٕ وَن چھیےٚ میہٕ تَس کتھہٕ تراوَن تےٚ  لوکھ چھم مُژراوَن

یہِ چھُ اکھ کایناتی COSMIC تجربہٕ تہٕ شیٖشہٕ رنگ چھُ میانہٕ خیالہٕ اَتھ اَوےٚ ناو تھاونہٕ

آمُت، تکیازِ یہِ چھُ شیٖشہٕ جہاتن THREE DIMENSIONAL وِچاڑ کران ۔ دُنیہٕکس

تہٕ پامال تصوٗرس ریزہٕ ریزہٕ کرتھ چھُ یہِ اکہِ زیادٕ بہتر حقیقژ ہُند پےٚ دِوان ۔ یتھ منٛز وصل (کامیڈی)

پتہٕ تُسند بےمثال لیکھت

حاَرتن چھُ رحمان وۄلِ ماگرفتن تےٚ
شیش رنگ وۄنن دفتن

رحمانؔ ڈارنہٕ کلامک تناسب وُچھتھ چھُنہٕ یہ ترینٛ مُشکل زِ لفظہٕ حاَرتھ یوٚتاہ تمیٚ ورتوومُت چھُ تیوٚتاہ چھُنہٕ وُہیمہٕ صدی یہ ہندس دسلابس تام بیٚیہٕ کانٛسہٕ کاشرٕ شاعرن ورتوومُت ۔ امہٕ علاوٕ چھُ تمسندہ امہٕ لفظک ورتاو تیوٚتاہ ( PROFOUND ) تہٕ مانے خاز زِ میٚیہٕ چھُنہٕ بیٚیس کانٛسہٕ کاشرس نِشہٕ امہٕ لفظک یہ ولولہٕ دار تہٕ ذہراو بوزنہٕ یوان ۔ البتہ چھُ مرزا بیدلس نِش حاَرتُک یوٚہے تصوُر "دمید دانہ وبالید و آشیاں گہ شد" ہش کیفیتھ پیش کران یُس وَنان چھُ ؎

زِ برقِ ایں تحیر آب شد آیئنہ دل ہا

حاَرتھ نالہٕ ہُند یہ خاب زار چھُ یوٚتاہ پُراسرار زِ رحمانؔ ڈارس چھُ حقیقتن کِس مُروجہ تصوُرس تُلنک پیٹھ پہوان کرُن ۔ پاد لوسِتھ گییہ کیتاہ تس چھیٚیہٕ چیشِمہٕ لوسان تہٕ ونن پہوان ؎

چیشِمو گھورکڈ تہٕ وَنہٕ بٔروُنہ بکھ ، پتھ آسہ زنہٕ پھیران

یا

ناوینہٕ بازرٕ اوقات رووُم ، اچھو ہتی گوس پکان

یہ تجربہ چھُ غالب سند تجربہٕ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ عجیب ؎

بہ وادیٔ کہ در آں خضر را عصا خفتہ است
بہ سینہ می سپرم راہ اگرچہ پا خفتہ است

یہ رسر ساوُی تہٕ خاب ناکھ ، تاجب خاز تہٕ ولولہٕ انگیز کیفیتھ ورتراونہٕ خاطرٕ چھُ رحمانؔ ڈار فنک جامہٕ جمشید استیمال کران ۔ یوٚتاے دلوماہ یہ منز چھُ اکس اپسرایہ ہُند ذکر یوان ۔ ہرگاہ سہ سبزو اچھو ہتی ڈلیشون ، سہ آس وُکرٕ تہٕ وٕناکھ درینٛٹھ یوان ۔ مگر اکھ طِلسماتی اۭنہ اوس تیتھ زِ ہرگاہ کانٛسہٕ اتھِ بگرٕ ہے تہٕ سُہ وُچھہے تمہٕ منزٕ اپسرایہ ہُند بُتھ ۔ تس اوس اچھن ہندوٕنیب ژلان تہٕ تمس سورگہ حورٕ ہُند خولہ خط وینہٕ یوان ۔ رحمانؔ ڈارن ہریت پسند ذیہن تہٕ چھُ پننہٕ فنچہٕ اۭنہ واہ ہتی زندگیہ ہُند کریہٕ بیہنر مانہٕ پراوان تہٕ صدفہٕ منز ڈربہ کڈان ۔ سُہ چھُ پانہٕ پرژھے کیفیتھ بیان کران ؎

ٹھرِ چھے پننہٕ ژھاے ژھایہ چھے درینٛٹھ راے

# اسد پرے تہٕ سرّیت



محی الدین حاجنی

مرحوم اسد پرے گوو رحمتِ حق سنہ ١٩١٦ عیسوی یَس منز۔ یہ زاو حاجنہٕ۔ اوسوٚ چھُ سولوٗر (گاندربل) گامس منز اَکس کوٗلہٕ ہٹبِس پیٹھ۔ زِندگیہِ ہند بیشتر حصہ گزور تمی حاجنہٕ نبر۔ اَمی ہنز شاعری آس کٔشیر منز چھکرِتھ۔ تہٕ یہ جماہ کران اَگ میہٕ اَٹھوٚوہ وٚری۔ یوٚدوَے وُنہِ اَمی سُند وارِیاہ کلامہٕ جماہ کرنچ گُنجایش چھیٚہ اَماپوٚز فِلحال کرٕ کلچرل اکیڈمی "کلام اسد پرے" ناوٕ اکھ کتاب سنہ ١٩٧٦ عیسوی منز چھاپ۔ یِمکی کینہہ شار میہٕ ترتیبِ رٕوٚدی تہٕ یِم اَزی کِس عنوانس ستی کُنہِ حدس تام واٹھ چھِ تھوان۔ یِمنے کینژن شارن پیٹھ چھِ یِم کینہہ صفحہٕ میہٕ ڈیڈیکیٹ کرِمتی۔

تصوٗف تہٕ سرّیت چھُ سٕہ وسیع تہٕ سنجیدہ موضوٗع یتھ پیٹھ قلم تُلنہٕ برونہہ لیکھن وٲلِس تہٕ بوزن وٲلِس کینہہ بُنیادی سوال چھِ بُتھِ یِوان۔ اول یہِ زِ اَزی کِس مادی دُنیاہس منز چھا تصوٗف تہٕ کانہہ چلہٕ وُن موضوٗع، دوٚیم یہِ زِ اَزی کِس مادی دورس منز تہٕ چھا سرّیت کانہہ حقیقی موضوٗع؟ اگر یِم دوٚنوے مفروضہ اَز تہٕ دُرُس چھِ تیلہِ چھُ یمن پیٹھ گفتگو کرٕن ضروٗری۔

سانِ کِنی چھُ علمِ تصوٗف اکھ مستقل دبستانِ خیال تہٕ سرّیت اکھ روٗحانی حال یُس بزرگو ورتوومُت چھُ یا صوٗفیاہ شوعورِک سُہ مقام یُس نقادس پانس تہٕ کُنہِ حدس تام حاصل گژھہِ آسُن۔ سرّیت پانہٕ نہٕ سرنہٕ پتہٕ اَمِ کیفیتھ بیان کرنٕ گۍ میہٕ بنیش اکھ بڈ جسارتھ' یوسہٕ بہٕ تِتھے کِنی کرنس تیار چھُس یتھ کِنی میہٕ ہیو باقے صاحبِ قال نقادو یتھ سیمنارس منز کرمٕژ چھیٚہ۔ صوٗفین ہند سرّیتُک مرکزی عقیدٕ چھُ یتھ مسلکس پیٹھ درتھ زِ عالمِ اکبر یانے کایناتھ ہیکہِ عالمِ اصغر یانے انسٲنی روٗحس

اُستھ تہٕ ٹریجڈی ہُند انہار اَتھِ لِوان چھُ۔ رحمان ڈار چھُ پانہٕ اَتھ منز جہتن ہنز بندش موٚحسوٗس کران تہٕ وَنان "جہتن بہ مارنس موٗے آم چھیٚتن تےٚ وُنہٕ چھُم زاگان ہیتن"۔ نظمہِ منز چھِہ وصل تہٕ جُدائی رنگارنگی ہندی زٕ روِہ تہٕ زٕ مقام۔ اصل کتھ چھےٚ سو بانبر تہٕ چھانبر یوٚسہ نہٕ زانہہ نشان چھےٚ تہٕ زانہہ مشان چھےٚ تہٕ سو دگ یوٚسہ نہٕ زانہہ بوران تہٕ زانہہ سوتان چھےٚ۔ طوطہ ہارٕ ہند ابدی ژھپیہ ژھور پہٕ تصویر ہیکہِ اَکس عاشق ماشوق ہنز تہِ اُستھ تہٕ ییٚمہ سر ساوی کایناتک گتہٕ گیوٚر تہٕ شہ گتہٕ گیوٚر یُتھ صرف گنتھ پزر چھُ تہٕ باقے سورُے فروعی۔ نظمہِ ہنز بظاہر ساد صوٗرتھ چھےٚ اَمیک بیہ انتہا وَردار، پوخہٕ کار، پُر وقار، باوتک نقاب۔ واقہ چھُ زِ ہرگاہ نہٕ اتھ ٹھمبکھ نارٕ ہند زیر بم ڈکھراونس آسہِ تہٕ تہِ ووتہِ چھےٚ یہ پننہِ فنی ایتباہ کنہٕ دُہتھ نِوان۔ میہٕ چھُ یتھ شاید راہی صابن وَننٕ یاد پیوان زِ نظمہِ ہنز جذباتی گتہٕ منز ییر وَسان وَسال چھُنہ یہ ظوپے روزان زِ آیا نظم چھا ٹلہٕ عوٚروضچ تہٕ قافیہٕ بندی ہنز پابندی ورتاوان کِنہٕ نہٕ۔ ہرگاہ آسہِ اَمِچ گتھ چھےٚ قافیہٕ بندی ہند سورُے نظام مُشراوان، تیلہِ گیازِ روزِ اَمیک تاثیر "یاالٰہی مِٹ نہ جائے دردِ دل" کہ طرزِک پاٹھی کُنہ سازِ نوازی ستی وابستہٕ۔

بہرحال شیشہٕ رنگک تناز وول لیکھت چھُ رحمان ڈارنہٕ سرریت پسندی ہند تُو بوٗتھ تہٕ تہٕ تفسیر تہٕ۔ "حارتھ" چھُ سرریت پسندی ہند اکھ انتہائی اہم جُز تہٕ مارِفتھ چھُ سو پُر اسرار ٹکنیک یا تجربہٕ ییٚمہِ ستی آدم ذاتھ بہ بور وہتراونس لایق بنان چھےٚ۔ میہٕ چھُ باسان زِ اہین گاٹلس چھُ پزی کنہٕ بلِ ٹچک گومُت شاید اوٚکنہٕ زِ رحمان ڈار چھُنہٕ مارِفتس اکھ طِلسمہٕ بناوان بلکہ رگن منز زوٚل کرن وول اکھ رقصاں تجربہٕ۔ رحمان ڈار چھُ مارِفتس تیوٗت لوٚت بناوان زِ تسُند فن چھُ عقیقتن ہند پےٚ کاٚستھ خبر کاٚہتن مارِفتن نکھ دِوان تہٕ پننہِ کامرانی ہند باج ہیوان۔ یانے بقولِ اقبال ؎

شیشہ اگر بہ سنگ زد ایں چہِ مقام گفتگوست<br>
عشق بدوش مے کشد ایں ہمہ کوہسار را



دِیُخ صفائی حاصل کرِتھ چھُ اسہ پرِیس پہٕ عقیدہ تہٕ اوسمت زِ دُنِیاہ چلاونہٕ خاطرٕ چھےٚ اکھ مُتوازی رُوحانی حوکومتھ تہٕ چلہٕ وِنی روزمرٕ، یتھ منز حصہ دار بننہٕ خاطرٕ سالِک چھِ طالِب روزان ؎

عشقہٕ کس گرس سرس تہٕ پالیس — ولوٚر ہینہٕ لامکانس درائے

سالکن ستی مالک بنیالیس — وُچھ میہٕ تتھ سالیس تل کم کم

یمن رُوحانی حُکمرانن متلق حضرت سید علی ہجویریؒ لیکھان چھِ زِ دُنِیہس اندر چھِ پرِتھ وِزِ ۳۰۰ اخیار، ۴۰ ابدال، ۷ ابرار، ۴ اوتاد، ۳ نُقباَ تہٕ اکھ قوطُب۔ یمن ۳۵۵ ہن غائبی حکمرانن چھُ اسہ پرِے وَنان واسِہ یانے واسطہٕ یا وُسیلہٕ درٕ ؎

(ا) واسِدن میانہن اکھِ دفتر تو — اوٚلُخ تہٕ آخرچ خبر

سرِ کرِ چھِس مازیر و زبر تو — پرتو چھی صفاتِ ذاتھ

(ب) دورِ اولیاَ زور فقرُک جابجا — اول تہٕ آخر سوے منادی انت الہادی

"پرتو چھی صفاتِ ذاتھ" چھُ توے اسہ پریہ سرِتِک بُنیادی مفروضہ۔ تہٕ گوو یہ زِ ذاتِ باری چھُ ہُنٛد پرتو پاغمبرن پیٹھ تراوان تہٕ پاغمبر چھِ اولیاہن امہٕ پرتوُک عکس تراوان تہٕ اولیاہو پیٹھہٕ چھُ یہ پرتو تِمن ۳۵۵ ہن رُوحانی حُکمرانن پیٹھ مُنعکس سپدمت آسان یمہٕ پرتھ عوہدٕ مادی دُنِیہس چلہٕ وُن چھِ تھاوان (یمن اسہ پرے رند تہٕ چھُ وَنان) ؎

ہر کینہہ آد از زبانِ قودرتھ — اول آخر نبی یَس نِش کتھ

شری رندد تمہٕ بازری سپر — یا خاجہ اجمیر اجمیرؒ

اتھ سِلسِلس منز چھُ یہ وَنُن ضوروری زِ جدید زمانُک تجربہ نفسیاتھ تہٕ تحقیقہٕ موجوب چھِ شوعورٕ انسان انفرادی لاشوعوریتھ تہٕ اجتمائی لاشوعوریتھ سترٕ پرادِتھ آخرکار دِلو اندرٕ اکھ نِہ رٹان یا نہٕ ظاہر پسند (EXTROVERT) بنان یا باطن پسند (INTROVERT) گمر تجزیاتی باطن پسندی تہٕ صوفیانہٕ باطن پسندی منز چھےٚ بُنیادی فرق یہ زِ اتہٕ چھُ سوے زور انسانی شوعورس اندرے یوت موجود لوان کھوٚنہٕ۔ اتھ مقابلہٕ چھُ صوفیانہٕ عالمس منز شوعورُک باطنی عوامل بیہہٕ آیہٕ کھر آہتی کرنہٕ۔ یمن متلق حضرت عبدالکریم جیلیؒ چھِ لیکھان زِ رُوحانی تجربس ہیکن صرف ترِیہ کاینات گیسر ظوہور آسِتھ، احدیت (کُنہ سرِن) غیریت تہٕ ذاتیت۔ احدیت حالہٕ وِزِ چھِ امکی ساری مادی

منز مُنعکس سپدتھ پتہ تُوے چھُ اسد پرے اُتھی عقیدس شرح کران وُنان زِ ــ

ظوٗہوٗرِ انسان ژہ پاٗرِ تابان    عالما بارِ ہیوٗتنم تاٗے
پہ در عالم نہ در آدم    عاٗرِفن اُنز رووٗنم

امہِ موختصر تمہید پتہ چھُ وُچھُن زِ صوفی اسد پرٕنٛ کمہِ آیہ چھیٛہ سرِیت سرٕ کرمُت پتہ پننٛ دِل سوٗندر مانٛتھ ووٗنمُت ــ

(ا)    ہیوٗکنا زمینن بیٛیہ اَسمانن دلہ نے ژوٕے سہ بار
سرٕ کرتےٚ سوٗندری

(ب)    بارِ امانتھ عرشس پتہ کرسی دِپانم تلُ تم تاٗے
تم نسہ بارِ آے خُدایہ پاکس آدمن بارِ ہیوٗتنم    (عبوٗدیت)

اسد پرٕنٛ عقیدِ اوس زِ یمے خوٗش نصیب ازلہ مقبوٗل آسن تمے لگن سہ رہبر ژھانڈنہ، تیٚس تمن تصوفہ کیو منزِ لو یکناوان یکناوان شوٗعوٗرکس تتھ مقامس تام واتناوِ یتھ اُسی سرِیت ناو کران چھِ ــ

(ا)    ازلہ مقبوٗلن اِضطراب زورانہ    نیرن پیر ژھانڈنہ لولو
پیرٕ سُند سیرٕ یُس للہ وی منز منہ    تس کوتا دِلس سنہ لولو

(ب)    سنتھ ساس پرد میہ ژڈی پیرن    میہ زان کرنم یمن سیرن
میہ دردن اوٗن پردن چار    سہ بہارے میہ ہووُمتی یے

سرِیت چھیٛہ دراصل سالکہ سند شوٗعوٗرک سہ درجہ یتیٛہ عقلہِ ہندی عام امتدادِ زمان ومکان بدلان چھِ۔ پتہ تم منظر بروٗنہہ کُن یِوان چھِ یمن ساٗنی حواس ژٹھ ہیکن نہ۔ بقولِ اسد پرے ــ

(ا)    ژھلہ ژھلہ گوٗس کلہ والس    ہیوٗتُم تس ماٗرِفتہ کےٚ مس
حوالہ میون اوسے تس    پہ تیے گوٗس غرقِ توحید مس

(ب)    ستہ رنگہ ستھ شوٗہوٗد دیدہ ژگی ہیرنہ    از ووٗجوٗد ژگی نیرنہ لولو
تس عمل پننہ نی گتھ کری بروٗنٹھ کنہ    یُس اندر صفا بنہ لولو

(ب) نوٗرِ ذاتھ گوٗ واللہ اللہ نوٗر صفاتھ بلہٕ ناو نوٗرِ صفاتھ بلہٕ ناو

صفتھ قدیم ذاتھ قدیم یَیقین آم روٗٹ میٖنہٕ قرار یَیقین آم روٗٹ میٖنہٕ قرار

سالِک چھُ اَحدیت مقام سَر کرِتھ بقولہِ ہجویری باطنی عالمُک منصب دار بنان یم منصب دار چھِہ پرتھ وِزِ دُنیہس اندر موٗجود روزان۔ یِمَن کُن اشارٕ دُنی کرنہٕ آو۔ یِہنز حکمرانی چھےٚ مُسلسل زمانس ستۍ چلہٕ وٕنی روزان۔ تہٕ اَتھ چھُنہٕ زانُن ژھینہٕ پِوان ؎

ترِیہِ ہتھ تہٕ شیٖٹھ تابع چھی
ترِہِ ہتن شیٹھن دروازٕ نے

سِلسلہٕ چِستی چھُم رہبر
اَژِ کھۍ خلوکھ دِل سَر کر

اَمہِ روٗحانی عقیدٕ موٗجوب اوس اسد پرٕیس غائبی عالم سَر کرِتھ یہِ تام یَیقین زِ ؎

ساری ہے اَتھو کُن نَم تاۓ
ہر کینہٕ چھُے نُبتھ فقرکے زورٕ ستۍ

فقرس تل تھاوی نَم
زوٗن اَفتابہِ بیٚیہِ ارداہ ساس عالم

پنہٕ کلہِ سوٗر کرِتھ یانے ہوائو ماورا دُنیاہ لُبتھ چھُ شہ وَنان ؎

(ا) اَکُے حرفاہ ہایمیس سَناو
ساریے عالمُک وُچھنے باوہا

ورثہُ الانبیا اولیا بنیاو
وعلیکم السلام فرض تور آو ہا

لامکان گرٚژھی چھےٚ کیا یہِ انزراوو
ذرٕ ذراتھ کایناتھ ہا تَتی ذراوہا

کوٗر اسد پرٕن تَتھی ورتاوو
وعلیکم السلام فرض تور آو ہا

یہٕ چھےٚ اَسہِ خبر زِ انبیاہَن ہُند دِیت چھُ ازلہٕ پیٹھٕ اکوے کلمہٕ لاالٰہ الا اللہ روٗدمُت ییٚمیک اَند خاتم الانبیاہَن پیٹھٕ دووت ؎

(ا) نبی یَس کنز نوٗدابی آسیے
نِشہٕ اَسدس فقر کتھ دراسیے

بوز کانژھا مانہٕ کاٗسِ ملیے
گوٗو یارس یار واصل ییے

(ب) لانفی ساری ہے فانی ژراو
الااللہ اثبات تہٕ وصول آو

لا تہٕ اِلااللہ کُل دفتر
سِلسلہٕ چِستی چھُم رہبر

(ج) ساری سبق چھی پرن والے
اَکھ نوکتاہ بوٗزٕ اَتی کھال

لیٖنہٕ توحیدٕ چے چالے
شہ دُرُن تتہٕ چھُ اِشکال

توحیدٕ چالہِ پکنہٕ ستۍ چھُ سالکس بقولہِ حضرت شفیق بلخیؒ تہٕ حضرت ابراہیم بن ادہمؒ یہٕ یَیقین گرٚژھان زِ ارادٕ ذاتھ یوتُے چھُ کایناتس وٕ پداوان تہٕ مُتحرک تھوان۔ یا بقولہِ محی الدین

علایق تہٕ اعراض نابوٗد سپدان تہٕ حقیقتٕں چھُ دٲپرِ ولایتھ اَتھ اندر موٗحدوٗد روزان ۔ ییٚتہِ حواسن ہنز تضاد پسندی یا انسانن ہندی ساٗری باہمی اختلاف نظری چھنہٕ گرٛھان تہٕ ساٗلک چھُ ۔

"ژٕ کُس تہٕ بہٕ کُس تیٚلہِ وَن چھُ کُس"

حقیقتھ پراوان تہٕ اسد پریٚنی پانٕہٕ وَنان ۔

دُستتھ بلتھ تَنٕ دِتھ کُنہٕ رَسے
ساری بیوٚن بیوٚن چھی رہبر ۔
حاجتھ کی اپٕدی دُچھ یکسانے
بوٗرسہٕ رسے کوٗرنس تیار

اَتھ حالس واتتھ چھُنہٕ ساٗلکس موتھ تام یاد روزان اَدہا دُنیٛہکی تضاد ۔

(ا) کعبس تہٕ عرشس لولاہ برتو
لاہیتھ لامکان لار
اِلا اللہ اَن ووصول زٕلی مرمرتو
پرتو چھی صفاتِ ذاتھ

(ب) ہستی تراوِتھ ہستی پراوِتھ
پان گال وات حیاتسے
اَدٕ نو چھُ مرٕن زانہہ

یہ میوٚ ووٚن حضرت جیلیؒ چھُہ احدیت علاوٕ ییٚتہِ ژٕ کاینات گہر ظوٗہور گژھ پراوان (ا) غیریت تہٕ (ب) مطلقیت ۔ غیریت چھیٚہ دٲپرِ بتوتس ستہ تاتُق تھوان ۔ یوٚت ووٚنی کانسہِ منٛد شوٗہور واتتھ ہیکہٕ نہٕ ۔ امیک انتہایی عوٗروٗج چھُ معراج ۔ یمہِ تھوٗد کانسہِ مُرسل مُند شوٗہور واتتھ ہیوٚکہٕ ۔

(ا) ترٕیہ ہتھ تہٕ شیٹھ ظاہر کلامے
ترٕیہ ہتھ تہٕ شیٹھ باطن اسرار
معراج گوو اظہار
وَنہٕ نَس نوش کوٗرِم
بَنہٕ نَس لول بوٗرم
نہٕ تَنٕ تھووُم نہٕ اختیار
کیہنہ اسد پریٚس سار

ترٕیِم ظوٗہور چھُ ذاتیت ۔ یہ چھُ مُطلقیتک دوٚیِم ناو ۔ یتھ ہیٚتھ اسہِ فایبانہٕ ایمان اَنُن چھُ نہٕ یمکی برتو عالم غیریتہِ دِز "بنوت" تہٕ عالم احدیتہِ دِز "ولایت" چھِہ ۔

(ا) یِم لولہٕ کے درواز ژاسے
تم ناپھیرِتھ آسے توٗرنا پھیرِتھ آسے
پرٕژھ ہنز لرِ بیٚژھ بران کھڑاسے
سپنِتھ بپنادار سپنِتھ بپنادار !

(و) یِم لوٗلہٕ کے درواز ژاے — تم نا پھیرِتھ آے تورٕ نا پھیرِتھ آے
پرٛژھِ پھنزِ لٔر یِژھ برٛان کھڑاے — پٔننِتھ بیٛنادار پٔننِتھ بیٛنا دار

---

(ب) یُس ژٕمن بتہٕ دمہٕ واے — تتہٕ روزُن گژھِ کیٛنہہ کال
عشقہٕ نارٕ یُسہٕ پان زالے — سُہ دُرُن تتہٕ چھُہ اشکال

---

یہ چھا مولانا رومیؔ سُند عالمِ عشق کنہٕ جنید تحقیقہٕ مطابق عالمِ وِجدان، دوہوٗنی صوٗرتن منز چھُ اَتھ مقامس واتِتھ سالِک ساری ہے وجوٗدس نوِ زاوِیہٕ کنہٕ پرکھاوُن ہیوان بقولِ اسد پرے سہ

(و) وُتھ دِلہٕ منزٕ دِلس لاگِتھ — توتہ یہ نیوُنس زاگِتھ
کڈٕ نووُس خلوکھ لولُن — یار ازٕ من درتن !

---

(ب) دوٗن دِلن منز نیرِ ژس پھیرِ نہ — ژوٗن سیرن ہنز خبرانہٕ لولو
ذاتی صفاتی سورے تُس ونہٕ — سنتھ ساس پرٛد زرٕ منہٕ لولو

---

اَتھ عالمس واتِتھ چھُ سالِک نفسِ امار تہٕ شیطان مسخر کرِتھ پتھ ترٛاوان تہٕ نفسِ لوامہٕ برونہہ پکِتھ ہیکان سہ

(ا) آدمس منز ابلیس ژایاو — تمہٕ شایے ارمان کھِتھ دزاو
یتھ گوڈ چھِ منز میہٕ کڈم چلیے — گوٗ یارس یار واصل پئیے

---

(ب) لا تہٕ اِلااللہ گژھ منہٕ پرنے — اَدٕ زانکھ ہا زِندٕ مرنے
پوٗرٕ زیوٗ مُند گژھِ منزل پئیے — گوٗ یارس یار واصل پئیے

---

یہ وصلِ یار وُنی نوس با نفسِ مطمینہ حاصل سپدِتھ چھُ سالکس سِرّالاسرار کیفیتکی پرتو موحسوس گژھان تہٕ سُہ چھُ نٔنی پٲٹھی وَنان سہ

ابنِ عربیؒ اَتہٕ چھُ نوی آیہٕ شوٗعوٗر عطا سپدان، یتہٕ حواسن نوی اِمتداد تہٕ مُشاہدہٕ باگہٕ چھہٕ یوان۔ عالمہٕ سرتیکۍ گوڈنیک ماحصل چھُ یہے باطنی حِس پراوُن۔

ٲری فتکے ییمہٕ چوٗمُس پھیوٗر تَس نوٚو حِس
آس وٚلہٕ نے کالہٕ شہمار زانہہ سپدیا دیدار

اَتھ عالمس واتِتھ چھُ اسد پرئیس یہٕ عقیدہٕ گژھان زِ عالمِ حیواناتھ عالمہٕ طیوٗر، عالمِ حشرات الارض، عالمہٕ نباتاتھ چھہٕ ساری اکی کایناتھ گیر، وَحدتکۍ مختلف روٗپ تہٕ خُدأیی یرادکۍ لانیداد پرتو۔
مثلن

ہُلس ٹھولس مولس ژاوو رنگہٕ رنگہٕ ظوٗہوٗر صفاتس بنیادو ہا
اردہن ساسن عالمن چھُ باوو وعلیکم السلام فرمن تورہٕ آوو ہا

یوٚدوے پھٕپو شارو ستۍ یہٕ اِشارہٕ تہٕ چھُ لبنہٕ یوان زِ شہٕ ما آسہٕ ہے ہمہٕ تھ فیصد وحدتُ الوجوٗدی مگر ساری ہے کلامس وارہٕ سنتھ چھُ نَنان زِ تس چھیہٕ شہوٗدی تصوٗفس کُن زیادہٕ ترأے اُسمہٕ ژ۔

مِن حبلِ الوَرِیدِ نکھہٕ آمتے ہا نیہٕری اَلان کما کان
دیدن جانِ جہان آمتے مٕرہٕ تھ رُتے ہو دیہٕ تے

ییٚتِتھ چھُ یہٕ یاد پاوُن ضوٗروٗری زِ موٚحققن ہُند وَنُن چھہٕ زِ توحیدِ ذأتی گوو بیہٕ نین تہٕ تمام مخلوٗقاتہٕ کین افعالن ہُند حقیقی فأعِل خُدا زانُن تہٕ توحیدِ صفأتی گوو تمام مخلوٗقاتہٕ کین صِفاتن ہُند آگُر بٲری تعالےٰ سُندی صفاتھ ماننۍ۔ یہُند وَنُن چھُ زِ یہٕ مُراقبہٕ چھُ سٲلکہٕ سُند ذیہن توحیدِ ووٗجوٗدی پیٹھہٕ بروٚنہہ پکہٕ ناوِتھ توحیدِ شہوٗدیس تام واتہٕ ناوان۔ چنانچہٕ اسد پرئین وَنُن باتھ "پرتو چھی صفاتِ ذاتھ" چھُ اَتھی نظریس پوٗرہٕ وضاحتھ کران۔

فِکرِ ہُندِ زورہٕ ستۍ ذِکر سوٚمبرتو
عقلہٕ ستۍ وانکھ دربار!
چھُے عشق عاشقو ناماورتو!
پرتوٚ چھی صفاتھِ ذاتھ!

مراقبہٕ توحیدِ ووٗجوٗدی چھُ دِلہٕ ستۍ تہٕ مراقبہٕ توحیدِ شہوٗدی روٗحہٕ ستۍ حاصل سپدان۔ اسد پرے چھُ اَمِ حالچ واریاہ طویل وَکھنے کران۔ ییٚمہٕ زاوِ چار سالکے ہیکن ویژھناوِتھ۔ تکیازِ تم چھہٕ عقلِ ماورا عالمہٕ عشقکۍ حال۔ یوٚت یہٕ ووتمُت چھُنہٕ

علامتی نمایندہ رۄدی ہتی ۔ حالانکہ عام مورخن ہند وَنُن چھُ زِ یمو ژۄداہو خانوادو منز چھ ترژو[۱۳] ہُن ہند رۄحانی نسب ناما حضرت علی مرتضےٰ اکرم جس تام تہ صرف اکہ نقشبندی سِلسِلک رۄحانی نسب ناما حضرت ابوبکر صدیق رضہ تام واتان ۔ اسد پرین دوپ چھُ زِ رۄحانی ڈُنیہس منز چھُ صدیق اکبر رضہ عالمِ جبروت، عمر فاروق رضہ عالمِ ناسوت، عثمانِ غنی رضہ عالمِ لاہوت، تہ حضرت علی کرم عالمِ ملکوت سُرنس منز ژۄداہن سِلسِلن ہندی حقیقی پیکر رۄدی ہتی ۔

بقولِ اسد پرے ؎

(ا) مشایخہ وَرتاو ژۄنہ وَے یار آے
صدیق رضہ صابے جبروتیے
حضرت عمر رضہ صابن عدل ورتووے
ناسوتہ پان تھووِیے
حیادار حضرت عثمانِ غنی رضہ
لاہوتہ جاے رٹ نیے
حضرت علی کرم صابن جہاد ورتووے
ملکوت تمی بسووِیے

(ب) شریعتہ زلو چھل خاک سپناوُن
علم الیقین پراونا وُن!
صدیق رضہ تتھ منز تھاوُن
طریقتھ آینس ٹلی زنگارے
وُچھ حق الیقین وارے
عمر رضہ تاری تارے
حقیقتھ آبہ کیو شمہو دیدار
عین الیقین وُچھ سُمسار
تور کُن لار حیادار
ماریفتھ چاوِتھ نار ہومرا وِتھ
حق الحق قدم تھاوِتھ
بیوٹھ جہاد ورتاوِتھ

سۄلوکس منز گوو جہاد ورتاوُن ماریفتِ نفس سپدُن ییتہِ ساکس شہ نورانی عالم باگہِ یوان چھُ، یمکی مناظر اَسہ سیرتِ عالمکو احوال بوزنہ چھہ یوان ؎

(ا) نورِ علی نورس گوو بدن میون پور
اکھ کُنہاہ اسم مرادی انت الہادی

یَیٚتھۍ کورُم لا تہٕ تی چھُم اِلااللہ تحقیق گوم موٗیہٕ موٗیے

ووٚجوٗدس وٕنۍ دِوان

ووٚجوٗدس وٚون دِیُن کیاہ گوو تہٕ اَمیک اَند کیاہ چھُ ؟ ( اَسی یِم عقلہٕ ہندِ دٲیرٕ نیبر چھِنہٕ ہیکان نیرِتھ ) وَنوٗ زِ ووٚجوٗدس وٚون دِیُن گوو عقلہٕ سٟتۍ کایناتھ یانے ماٗدی کایناتھ مُسخر کرُن تہٕ سٲرۍکُن بٕنِش گوو عالمِ اکبر انسانی ووٚجوٗدس منز مُنعکس کرِتھ بسِریت سرُن ۔ بشرطیکہٕ طالب گژھہِ کارِ سکندر کرنس پیٹھ تیار آسُن تہٕ عالمِ ظُلماتہٕ منزٕ ہیکہِ تھ آبِ حیاتھ لبہٕنس کُن شیدا آسُن ؎

بۄنہٕ کھۄے سکندر اَژ اندر ظُلماتھ تتہٕ ہو ہشی دوہہ راتھ

غیبُ الغیب پکان وات

یِنُن پان روٗشنک مرکز زانِتھ خلوکھ پراوِتھ تہٕ دِلہٕ منزٕ وَتھ کڈِتھ عقلہٕ برونہہ ہیکہِتھ لوٗگ سُہ سرِ پٔکس عالمس سرنہٕ یَیٚتہٕ تس "اَلشتُ بِرَبکمُ" زنتہٕ وُنی وُنی کنن گوو ؎

(ا) تتہٕ روٗحن میانۍ پوٚر یہٕ قٲلوبلےٰ
یَیٚتہٕ تی زَن میٚیہٕ بوز آدی انتَ الھادی

یہٕ حال سرِتھ چھُ اسد پرے وَنان ؎

(ب) نورُ تجلی نوٗر گوو بدن میون پوٚر
اکھ کنھاہ اٗسِم سرٲدی انتَ الھادی

یہٕ کتھ (یوسہٕ میٚیہٕ وُنۍ وَنۍ ) چھیہٕ سارنے مُحقِقن نزدیکھ کلمہٕ لاالہ الااللہ ہُنک باطنی اثر ۔ یَیٚمیک شرح چھُ تِموٗ ژودٲہو روٗحانی سِلسلو چلہٕ وٕن تھوٚوٕمُت یِم تصوٗفس منز مُستند سِلسلہٕ آسِتۍ چھِ ؎

ژوداہ خانوادٕ تِمن نٕشہٕ درایے
بیوٚن بیوٚن اکھ طریق آیے
کتھ چھِے کُنی تہٕ وَتہٕ چھِے بیوٚن بیوٚن
اٗکۍ سے شہرس گژھان

یِموٗ ژودٲہو خانوادو منز اَس اسد پرٕنۍ قادری سِلسلِچ تہٕ چشتی سِلسلِچ تربیتھ" یَیٚتہٕ عالمِ اسرار سرٲن اسد پرِنۍ عام مورخن مقابلہٕ اکھ نوٚوٕے نوکتا چھُ پیش کوٚرمُت ۔ سُہ گوو یی زِ اسد پرُن انکشاف چھُ زِ ابتدایہٕ دورِ اسلامس منز چھِ ژونوے یار روٗحانی اِرتقاہک ژور

ڈاکٹر شمس الدین احمد

# فارسی شأیری منز

# سِریت

سِریتُک مفہوم چھُ تی یُس عٔرفانُک مفہوم چھُ۔ یاں زِ اکھ سُہ مأرِفتھ یٔمیُک بُنیاد رُوحأنی حالژ پیٹھ چھیٚ تہٕ اتھ حالتس منز چھُ انسانس یہ اِحساس گژھان زِ تس چھُ وُجودِ مطلقس یاں زِ اللہ تعالیٰ ہَس سٟتی اکھ سِیُدِ سیوٚد تہٕ بیٚہ واسطہٕ واٹھ سپدمُت۔ یہ چھیٚ اکھ رُوحأنی حالتھ یٔمیُک نہٕ کأنہہ حد بٔندی یا کأنہہ توصیف ہیٚکہِ سپدِتھ۔ اتھ منز چھُ عارف ذوق تہٕ وجدانہٕ سٟتی ذاتِ مطلقس لبان۔

صوٗفین تہٕ عأرِفن ہندی کِنی چھُ یہ لبُن یا یہ مأرِفتھ انسان تُنِد اکھ اندرِیُم حاجتھ یٔمہِ کِنی سُہ پننس معبوٗدس سٟتی سِیُدِ سیوٚد واٹھ چھُ پأدٕ یِرٕژھان کرُن۔ اکھ سُہ واٹھ یُس دُطرفانہٕ آسہِ تہٕ انسانس تہٕ اللہ تعالیٰ ہَس دوشوٕے طرفوٕ پانہٕ وأنی زلاوِ۔ دراصل چھُ یہ واٹھ اکھ چھٔپِن جاے یُتھ انسان، تمو پابندیو تہٕ حدبندیو نِشہِ نجاتھ لبہِ، یِم حدبیترِ فقیہو گنڈِمژ چھِ تہٕ چُھکھ پننس خُدایس نِشہِ بِلکلے بیوٗن کوڈمُت۔ یہ واٹھ اَتھس منز اَنہٕ موکھ یِتہِ چھُ انسان پننُی پرتھ کأنہہ چیز قوربان کران۔ مِسکینی، خأری، بوچھِ تہٕ کُنِر پانس پیٹھ ہیوان تہٕ اللہ تعالیٰ ہَس نِش واتنہٕ موکھ ڈُنیہکی سأری مزٕ منشراوان تہٕ نفسس کلہٕ ژٹان۔ اماپوز اللہ تعالیٰ ہَس نِش واتنہٕ موکھ چھُ تُسند مأرِفتھ یا تہُنز زان آسنی لازِم، یٔمیُک وَتھ مدرسن منز پرن والین ہنز وَتہِ نِشہِ بِدوٗن تہٕ چوٗن چرانِشہِ الگ چھیٚ۔ امہِ زأنی ہُند شرط چھُ کشف، وجد تہٕ بأطِنی گاش حأصل کرُن۔ حق یا خُدایس وِرأے نہٕ بیٚیہ کِہین چھُ، چھُ کمال تہٕ جمال وول صاجبا تہٕ تہٕ تُسند جمال لبنُک اگر کأنہہ وَتھ چھیٚ سو چھیٚ عشقُک وَتھ عقلہِ ہنز نہٕ۔ اَوے چھیٚ عأرِفن ہندِس عٔرفانس عشقس تہٕ عشقٕکِس جوٗنوٗنس سٟتی کام۔

ب) اسد پریس ینہ گیہ سو کلن تل تمی ژھلن روٹھم تلے
دمہ دمہ بھنور وچھنوس نور کیاہ کلے سور کور نم

توے چھ تصوفکی مورخ عالم ہبرتیس عالم انوار تہ ونان ۔

ا) اوے عشق گود خدایہ پاکس | پاد ہبا کورن نورا تے !
گوڈنی پانژھ مرسل | اکھ چھ ژووہ ساس پیغمبر تتے درائے

ب) عشقہ نش ہبر دژاو | نور سس منز ژاو
ذری یاہ محیط سائلیس دراو

اوس کیہنہ کالا منز قندیلیس | تمی چو عشقہ وانگ مس
عاشقو موے مارفتہ پروے | العشق باللہ پرزنووے
تمہ کلہ سور کور اسد پریس | تمی چوو عشقہ وانگ مس

یہ اوس العشق باللہ نظریک اثر زہ اسد پرے رود ظاہر پسندی تہ دنیاہ داری پہندبو علائقو نشہ بیہ نیاز روزتھ آخری دوہن گیوان ۔

از مقام ناسوت گوسے تہ تتہ بو پھیرتھ آس تتہ بو پھیرتھ آس
ذاتھ وچھیا بے رنگ ویلے نشان تس ہیو بیہ کانہہ مہ گار
تس ہیو بیہ کانہہ مہ گار

نی گود فنافی الشیخ بنہ نے فنافی الرسول دیدار فنافی الرسول دیدار
زول فنافی اللہ ییمی اسد پریو تمی بقا وچھنے وہزار
تمی بقا وچھنے وہزار

تہ اتھی بقاباللہ ہس تام واتہ نے چھ عالم ہبرتیگ اندہیس اولیا، اللہ ہو نسرتھ کرکھ لائے "ماعرفناک حق معرفتک"۔



چھنہٕ اُمس پتہٕ مُجاہدٕ پتہٕ پانہٕ یخیتاٗری کنہٕ یوان، یہٕ گوو پتہٕ محض خُداین سُند دیُن تہٕ تسنٛز عنایتھ۔ یہٕ چھِ اکھ سُہ چیز یُس غاٗبہٕ پیٹھہٕ تسندِس رُوحس منز چھُ یوان تہٕ اکہِ دُزلہِ ہندی پاٹھو تسندِس دِلس نوٗر عطا کران۔ مگر اکہِ حالُک ووج تہٕ ووج چھُ ساٗلکس اکہِ مقامہٕ پیٹھہٕ بێیس مقامس کُس تھزرس پیٹھ یوان تہٕ کمالِچہِ وَتہٕ منز ترقی دِوان۔ مُراقبہ، موحبتھ، خوف، رجا، شوق، اُنس، اِطمنان تہٕ یێقین ہیکن یم مقام تہٕ حال اٗسِتھ۔ یمن حالن ہیکوٗ نہٕ وصف گنزرِتھ تہٕ نہٕ یہندی تاٗریفی کرِتھ۔ کُنہٕ سانہٕ چھُ کانہہ چیز اٗکس ساٗلکس کیُت حال تہٕ بێیس کیُت مقام آسان۔ اَدے چھُ کینٛژھو مشاٗیخو خوف تہٕ رجا یا موحبتھ تہٕ یێقین حال زاٗنی متی تہٕ کینٛژھو مقام تہٕ پننہٕ پننہٕ جایہِ چھُ یہِ صَحی تہِ۔ بہر حال یمن سارنی ہُند مُدعا تہٕ آخری مقصد چھُ اللہ تعالیٰ ہس سِتی سێد سیوٚد واٹھ یُس اتحاد یا حوٗلول کنہٕ بدس چھُ یوان۔ صوٗفی چھُ گاہے دعوا کران زِ اللہ تعالیٰ سندِس ذاتس سِتی سێد تمس اتحاد تہٕ گاہے تسندی صفاتھ لبِتھ تسندِ وَحدتکی دَم دِوان۔ مگر امہِ باوجوٗد چھُ اکھ طبقہٕ صوٗفین ہُند، خاص کرِتھ ہِنٛزمو تریو ژورو ہنٛو وریو پیٹھہٕ، یُس مُخاٗلفن ہندِ ٹیپ ژٹنہٕ نِشہِ بچنہٕ موکھہٕ، وَحدتھ تہٕ اتحاد (یُس عرٗفانُک مُدعا تہٕ سوٗلوٗکُک آخری مقصد چھُ) فقط نوٗرِ محمدیؐ تہٕ حضرت رسوٗلِ اکرمؐ سندِ وجوٗدِ مُبارکہٕ کنہٕ ممکن چھُ زانان تہٕ اللہ تعالیٰ ہس سِتی اتحاد تہٕ واٹھ سپدُن چھِ محال زانان۔ یہِ چھُ عرٗفانُک لُبِ لُباب۔

فارسی ادبس منز ییلہِ یہِ سوٗرے ورتاونہٕ آو، تمہِ کنہٕ لوٗب یہٕ اُمی ادبن پوچھرے یوت، بلکہِ اَتھ لُج اکھ خاص اہمیتھ۔ یہِ صوٗفی ادب چھُ نظم تہٕ نثرس منز۔ اَتھ منز چھُ فلسفہ تہٕ تہٕ اِخلاق تہِ۔ توٗاریخ تہِ تہٕ تفسیر تہِ، دُعا تہِ مناجاتھ تہِ، حدیث تہِ تہٕ موٗسیقی تہِ۔ صوٗفی نظم تہٕ نثرُک واریاہ حصہٕ چھُ دُنیہس سِتی حقارتھ تہٕ مذمتہِ کِس مضموٗنس سِتی واٹھ تھوان۔ صوٗفی سٕنزن نظرن منز چھُ دُنیاہ آخرتھ چہِ وَتہٕ منز اکھ پڑاواہ یُس مُصیبتو سِتی تہٕ آفتن منز وَلنہٕ چھُ آمُت۔ اَمیُک موحبتھ تھوٗن گوو گونہگاٗری منز گیر گژھُن تہٕ اَمیُک منز ژھُن گوو اکھ سُہ حجاب یُس انسانس اللہ تعالیٰ ہس نِش داتنس منز ٹھوٗر چھُ۔ یمن اپارِ چھیٚ خُدایہ سندِ عشقُچ کتھ تہٕ تسندِ وَصلُک آرزوے یُس صوٗفی سُند انتہاٗئی مقصد چھُ تہٕ یُس تسندین شارن عاشقانہٕ رنگ چھُ بخشان، اکہِ تمہِ عشقُک یُس سراپا دوٗدے دود چھُ تہٕ ناوومیدی سِتی ٹینتھ۔ صوٗفیو چھُ فارسی شارس اکھ خاص رنگ دیتمُت۔ مبالغہ تہٕ اپزِ ہنزِ لیمبہِ منز کوٗڈکھ قصیدہٕ نبرہ تہٕ واتنوٗڈکھ

صوٗفین ہنٛد اعتقاد

یِتھٕ پٲٹھۍ انسان سُنٛد نفس یُس پننِس آگرس سٟتۍ رَلنَس مُشتاق چھُ آسان، ہستی مُنہاوِتھ تہٕ اللہ تعالیٰ ہَس منٛز فنا سپدِتھ۔ یہ خوٗد مقصد پراوان تہٕ یمٕتین عقل اللہ تعالیٰ ہَس سٟتۍ رلنَس منٛز عاجز چھِیہٕ پوان، تمٕتین چھُ عشق اَمِس وَتہٕ ہاوُک بَنان۔ اَتی چھُ عارفَس عشق خُدایس کُن لٔمتھ نوان تہٕ اَمی سُنٛد وجوٗد چھُ پتھ پٲٹھۍ اللہ تعالیٰ سٕندِس وجوٗدس سٟتۍ بَران زِ اَمِس نہٕ چھُ پننُے پانٕے اَتھ منٛز لَبنہٕ پوان تہٕ نہٕ بنیہٕ کُنہِ وٲسطہٕ کانٛہہ وجوٗد، اَکھتُے چھِس اَتھ وَتہٕ منٛز شریعت والین ہنٛدی طور طریقہٕ تہٕ ٹھٕرِ باسان تہٕ اَتھ ساری پیٚٹھ وَتہٕ منٛز چھِپنہٕ اَچھِن برونٛہہ کُنہِ خُدایہ سٕندِ جمال تہٕ حُسنہٕ ورٲے بنیہٕ کِہیں روزان۔

عارِف سُنٛد مقصد چھُ مٲرفتھ تہٕ عِلمہٕ منٛز اللہ تعالیٰ ہَس نِش واتُن، سوٗلوکھ (نکھہ واتُن) پانہٕ ناوُن تہٕ سوٗلوٗکچ یہ وَتھ چھِیہٕ ریاضتھ تہٕ نہٕ کشف تہٕ شُہوٗد تہٕ (شُہوٗد: خُدایہ سُنٛد جلوٕ پرتھ چیزس منٛز نظرِ گژھُن) گوڈنیُک قدم چھُ اَمیُک توبہٕ، یتھ سالِک سُنٛد دِل تہٕ روٗح پاک سپدِ تہٕ خُدایس سٟتۍ ریٚنٛج قٲبلیتھ پٲدٕ گژھِس۔ اَمہٕ پتہٕ گوو مُجاہدٕ، یعنی زِ کوشِش تہٕ مشقتہٕ سان جنٛگ نفسس سٟتۍ، یُس انسان ساتہٕ ساتہٕ دُنیہس کُن، اَمہٕ کین عاشن، شہوتن تہٕ لذتن کُن لمان چھُ تہٕ خُدایہ سٕنٛزِ وَتہٕ منٛز کانٛہہ عمل کرنہٕ نِشہِ پتھ چھُ رٹان۔ اَتھ مُجاہدٕ کرنس تہٕ چھُ یہ شرط زِ یہ گژھِ اَکِس مٲہِر تہٕ تجربہٕ کار پیٖرٕ تہٕ رٔہبر سٕندِس ارشادس تہٕ رہبری تَل سپدُن یس صوٗفی موٗرشِد یا شیٚخ چھِ وَنان۔ تہٕ مُرید گژھِ اَمی سٕندِ اَتھن منٛز اَکِس موٗردٕ سٕندی پٲٹھۍ سراپہٕ گری سٕندین اَتھن منٛز آسُن، اختیار تہٕ کُنہِ ارادٕ ورٲے۔ یوہے پیٖر چھُ سالکس یا مُریدس استعداد تہٕ مایہ آسنہٕ موٗجوٗب ریاضتھ تہٕ مُجاہدٕ کرناوان تہٕ چھُس تنہٲیی، خاموٗشی، فِکر کرنۍ، نفسُک محاسبہٕ کرُن تہٕ باقے چیزن کُن وَتھ ہاوان تہٕ ہرگاہ اَتھ ریاضتس منٛز مُریدس نیت پژ آسہٕ خوٗلوٗص تہٕ پزر آسِس تیٚلہِ چھُ یہ تھدین درجن پیٹھ واتان۔ صوٗفی چھُ مُجاہدٕ تہٕ ریاضتہٕ سٟتۍ وری وادو پتہٕ طریقتُک مرحلہٕ پراوان، یمن مقام چھِ وَنان۔ توبہٕ کہٕ مقامہٕ پیٹھ چھُ پرہیزگٲری ہنٛدِس مقامس پیٹھ واتان یتھ وَرع چھِ وَنان۔ ہرگاہ اَتھ مقامس پیٹھ دَر بَر کوٚرُن تہٕ کوشش باٲل اَنِن تیٚلہِ چھُ زوٗہدکس مقامس واتان۔ اَمہٕ پتہٕ گوو مقام فقر، تمہٕ پتہٕ مقامِ صبر، تمہٕ پتہٕ مقامِ توکل تہٕ تمہٕ پتہٕ آخری مقامِ رضا۔ یِم ساری مقام یمن ہنٛد تیداد مشائخن نِش گاہے مختلف تہٕ چھُ، چھِ مُجاہدٕ سٟتی بدس پوان تہٕ یہ مُجاہدٕ چھُ اَکہٕ قِسمُک روٗحانی کسب۔ اَماپوز اَکِس سالکس استعداد تہٕ دِلس منٛز کینہہ مایہ آسہٕ، اَمی سُنٛد روٗح چھُ حالس منٛز وَلنہٕ پوان تہٕ یِم حال

زانن وٲلۍ پنٛدی پاٹھۍ ، تمثیلی قیاسن تہٕ شاعرانہٕ تشبیہن ہنٛدِ مدتہٕ ہیتھ قرآنِ مجیدکین بنیادی
عقایدن تہٕ شریعت والین ہنٛدین اعتقادن تأیید کران تہٕ ثابتھ دِوان گژھ تہٕ اہلِ شریعتن
ہنٛدِ ذوقہٕ موجوٗب توحیدچ حقیقتھ، روٗحچ اصلیتھ عشر تہٕ تشریح کیفیتھ تہٕ جبر تہٕ اختیارکۍ حد
بیان کران ۔ امابوز یہ گژھ نہٕ چھ شریعتک لبِ لباب تہٕ اتھ وس زانان عشقس تہٕ موجبتس
یس دِلس شوژ بناونک تہٕ تربیتھ دِنک واسطہٕ چھ، یُس نفس پاک پاکیزٕ بناونک سارۍ وے
کھوتہٕ کارگر طریقہٕ تہٕ روٗحانی معراجس تانۍ واتنک سارۍ وے کھوتہٕ اہم وسیلہٕ چھُ ۔ مگر روٗمی
چھُ زانان یہ عشق، ماشوق ہنز کشش آسنک نتیجہ نہٕ اتھ دِتہٕ منز چھ شرط یہ زِ خدایہ سُند
گژھِ جذبہٕ آسُن ۔ گویا عشقے چھُ حقیقتک رہبر۔

سنایی پنٛدین غزلن منز چھ جذبہٕ تہٕ اکھ جوش تہٕ کینٛژن غزلن منز چھ لحن قلندرانہٕ
تہٕ امابوز سنایی پنٛدۍ غزل واتن نہٕ خواجہ فریدالدین عطارؒ تہٕ مولانا رومیؒ پنٛدین غزلن دِوژ گوو
حدیقۃ الحقیقہ مثنوی چھیہٕ پزۍ پاٹھۍ رہنز حکمت الٰہی یُس بیتھ اکھ زوٗدار تہٕ عظیم مثنوی ۔

خواجہ فریدالدین عطارؒ یُس بقولِ رومی، تصوفک روٗح چھ، امۍ پنٛدس کلامس منز
چھِ عرفانی تجربہٕ گرکہٕ دِنۍ، تہٕ یمے نار تیوننگل ہوی ۔ غزلن ہنٛدۍ مضمون چھِ وکھ امابوز
خاص کر قلندرانہٕ آبہٕ کلامن چھُ امۍ سُند دیوانِ غزلیاتھ فارسی تہٕ صوفی ادبک اکھ موٗلُل تہٕ
اہم خزانہٕ اُسہٕ کیٛتہ پتھ کُن تروومُت ۔ وَق غنیمتھ زانُن تہٕ مرنک سوچ یا خیال چھ اُبہٕ
خیامن ژہتس پاوان کُنرتہٕ یارن دوستن نشہٕ دوٗر پر چھُ اسہٕ ژینہٕ وَن دِوان زِ امس آسی پانس
منز تم اسرار یم نہٕ یہ ناموحرمن باوُن اوس یژھان ۔ عطارؒ سُند عشق چھ قلندرانہٕ عشق خطردار
تہٕ امابوز یمہٕ زنگش نہٕ چارے چھ ۔ اکھ شہ چیز یُس کُفرتہٕ دینہٕ نشہٕ بدوٗن چھ ۔ عطار چھُ پننین
غزلن منز سارے سے نتھ دِنہٕ والین تہٕ پھُٹی بھاکھ کرن والین ہنٛدۍ حالاتھ سوز تہٕ گدازہٕ
سان بیان کران، تکیاز یم احوال چھِ امس پانس گُذریمتۍ ۔ جرئت تہٕ گستاخی سان چھُ خرابات
کلیسا زنار نہٕ زارس ہیتھ پننۍ پان اکس مثس مجذوبہٕ ہنٛدۍ پاٹھۍ منسوب کران ۔ عشق تہٕ
شراب چھس خوی ہند پرہٕ اچھو بیٹھ تھوڈ تُلان ۔ کُن ہند ردو تو بول چھُ امس نش اکھ
ناچیز کتھاہ تہٕ پننس زوہدکس خرقس تہٕ چھُ یژھان نار دِیُن، بتھہٕ پانس تہٕ خدایس منز باگ
کانہہ تھوٗر روزِ یس ۔ اَدٕنۍ چھُ مے، میخانہٕ ، ترک تہٕ قلندر، اچھرو بدوٗن، حقیقی ماشوق جلوہٕ
ماران، یس نش نہٕ یہ واتھ چھ ہیکان تہٕ ناوومید گژھتھ چھس آلو دِوان ٥

واظ تہٕ نصیحتھ کِس تھٔرِس پیٹھ۔ غزل واتنوو کھ شہوتھ پریڈہ وینہٕ جسمٲنی موحبتہٕ پیٹھ آسمٲنی تہٕ رۄحٲنی عشقکِس عظمتس تام۔ مثنوی بناوکھ اخلاقی تہٕ عرفٲنی تالیمہٕ ہُند واسطہٕ تہٕ رُباعی بناوکھ جَل ڈلہٕ وینہٕ نفسٲنی غمن، دوکھن تہٕ حالتن بیان کرنُک اکھ قالب۔ یہ عنیکھ تہٕ رنگہٕ برنگ ادب چھُ گاہے ذوق تہٕ رۄح کِس عالمس ہِتی واتھ ہتھوان تہٕ گاہے عقل تہٕ سوچ کِس عالمس ہِتی۔ اَماپوز یُس چیز امہٕ منز رۄحس تہٕ شوق و ذوقس ہِتی تالُق چھُ تھوان سُہ گوو صوفی سُند غزل تہٕ تہنٛدی شار۔ مثالہٕ پاٹھی سنایی سُند حدیقتہ الحقیقہ یا محمود شبستری سُند گلشنِ راز یمن منز نقادن ہندی کنہٕ تالیمی پہلوٗ چھ۔ اَماپوز گاہے چھُ صوفی یم دۄنوٕے عالم ملہٕ ناوان تہٕ عقل تہٕ عشقکی بنہٕ نہناوان تہٕ یمن دۄشوٕنی پانہٕ وٲنی اڈراوِتھ خواجہ فریدالدین عطارؒ تہٕ مولانا رومؒ پہنٛدی شارہٕ تخلیق وۄجوٗدس منز آنان یمن نہ صرف عقلہٕ سوچس ہِتی لوت واتھ چھُ تہٕ نہٕ صرف ذوق تہٕ فن کِس عالمس ہِتی یوت تالُق چھُ۔ اَماپوز صوفی سُند چھرا ذوق تہٕ خالص فن چھُ تہنٛدین عرفٲنی پہٕ غزلن منز نۄن نیران تہٕ غزل چھُ عراقی یُس، سنایی یُس، مولانا رۄمی یُس تہٕ کُنہٕ حدس تام حافظ شیرازی یس لفظ تہٕ ظاہرچہٕ پابندیہٕ نِشہٕ بیوٗن کڈان تہٕ یہندین غزلن رۄحکی پاٹھی صاف تہٕ پاک کران۔ یم صوفی شاعر چھہٕ انسان پنٛدہٕ رۄحٲنی سیر تہٕ سفرکہٕ تہٕ نفسٲنی حالاتھ تہٕ طور طریقن ہنز کتھ تہٕ گاہے رمز تہٕ اشارہٕ پاٹھی قصہٕ تہٕ تمثیلہٕ زنگی باوان تہٕ مولانا رومؒ سنٛز نیہٕ ہنز ڈلیل تہٕ منطق الطیرکین جانادارن ہنز کتھ اکھ بہٕ ساوٕک رۄحٲنی سفرنامہٕ چہٕ شکلہٕ منز اَسہٕ برونٛہہ کنہٕ تراوان۔

مولانا جلال الدین رومیؒ چھُ عرفان تہٕ تصوفُک اکھ بوڈ وۄستاد تہٕ امی سنٛز مثنوی چھیہٕ تصوفچ حقیقتھ تہٕ آیاتِ قرآنی تہٕ احادیث نبوی ہُنٛد وشرھنہٕ۔ رومی سنٛز تالیمہٕ چھیہٕ نیہٕ ہنز زیٖوٕ وشرھنہٕ سپدان۔ تہنٛدی کنہٕ چھُ انسان اکھ اصلی آگرٕ یمہٕ نِشہٕ سُہ ییتھ کرِتھ تہٕ اختلاف کِس عالمس منز تمہٕ اصلہٕ نِشہٕ یُس وحدت تہٕ اتحادُک آگر چھُ دوٗر تہٕ الگ چھُ گومُت تہٕ تہنٛزِ ن سارنے کوشِشن تہٕ مُجاہدچہٕ عملہٕ ہُند مقصد چھُ یی زِ سُہ رلِہ بیہٕ پننس اتھی آگرس ہِتی۔ وصلہٕ چہٕ یا اصل چہٕ اکھ وِتھ ہِتی رلنُک طلب ہیکہٕ شریعت چہٕ وتہٕ تہٕ طریقت کنہٕ یوت پوٗرہٕ سپدتھ، ییتھ حقیقتھ یال زِ وصل یدِس ییہٕ۔ امہٕ کنہٕ چھُ رومی شریعتس یُس نفس کِس ریاضتس تہٕ شوٗزرس کیٖت اکھ وسیلہٕ چھُ، خاص اہمیتھ دِوان۔ نہٕ چھُ ترکِ شریعت وُنان تہٕ نہ فقر تہٕ گنبر تہٕ رہبانیتھ پانناونچ تالیم دِوان۔ کامل مرد چھُ تسی زانان یُس ظاہر تہٕ باطن دۄشوٕے آسہٕ ورتاوان۔ رومی چھُنہٕ عیال آسنس تہٕ وتہٕ ہُند ہٹوٗر مانان تہٕ اگس متکلم پہنٛدی پاٹھی (علمِ کلام

گنزرنہٕ یوان تہٕ یِم الفاظ اُسی مجازی عشقس سٟتؠ لارِی تہٕ عام مُسلمانن نش مکروہ تہٕ یِمن نقلن ہٕنز اُس دپے۔ یِم لفظ یوٗدوٕے گوڈٕ گوڈٕ وجد تہٕ حال آسنہٕ کِنؠ اُسی ورتاوس منز یوان مگر عام لُکن منز ؤژھ ہیوٗل ہاوٕنے تہٕ صوٗفی گےٚ وونہٕ مُرس منز گرفتار۔ پتہٕ پیوو تِمن یِمن ہُند پننہٕ پننہٕ حالہٕ تہٕ وجد کِنؠ تاوٟیر کرُن۔ مثلن زُلف آد زانہٕ خال۔ وحدتھ تہٕ خراباتی سپدُن یلہٕ پننہٕ پانہٕ نِشہٕ آزاد سپدُن... تہٕ پتھ پاکھٕ بچینہٕ یِم لُکن تہٕ حاکمن ہنز قہر زِنشہٕ۔ یِمن اصطلاحن ہُند تاوٟیر چھُ محمود شبستری ہٕنز "گلشن راز" کتابہ منز پرنس لایق۔ یِموٚ ورٲے چھےٚ بیٚیہٕ تہٕ واریاہ اصطلاحاتھ یِم قرآن مجیدس سٟتؠ تالُق چھہٕ تھوان۔ بہرحال عام تہٕ بیٚیہٕ خبر لُکن اُس تھوپ دِنہٕ موکھہٕ بیٚیہٕ صوفیَن اکھ الگ اسرار آمیز زبان تہٕ وجوٗدس منز اٰنؠ۔



چہ سازم کہ سوی تو راہی ندارم
کجائی کہ جز تو پناہی ندارم

عطارٕ سُند عشق چھُ چھَۄ عشقِ الٰہی یُتھنہٕ بشری عشقس منٛز کانہہ واتھ چھُ۔ میثاقِ الست چھُس ساتہٕ ساتہٕ زٕہنس پیوان ؎

"ماز خراباتِ عشق مست الست آمدیم

یُتھ عالمس منٛز تہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ وِز ژینُون دِوان زِ ؎

"تا چشم باز کردم نورِ رخ تو دیدم"

مگر اَمہٕ باوۄجوٗد تہٕ چھُ ماشوقس دِل ہیے منٛز ڈیشان ؎

"ای در درون جانم و جان از تو بی خبر"

یہٕ روٗحٲنی ادراک اوس سُہ جوشہٕ بوٚرتھ اَحساس یَمہِ حلاج منصور پھٕہہ کوٚٹس ہیٛتھ واتنوو۔ مگر عطارس پیٛٹھ تہٕ ترود یوٗت لاکن، مولانا رومی ہندِ ونہٕ کِنہٕ واریاہ کالُ منصور ہندی نوٗرن پراکاش تہٕ بنیوس مورشد ؎

"در عشق تو من توام، تو من باش"

یِیلہِ اکھ نامو٘حدوٗد ووٗجوٗد چھُس یٔنتس موٗحدوٗد ووٗجوٗدس منٛز در ہیٛتھ گژھان، اَمہٕ عِزیٔ فٲنی تجربہٕ کِنہٕ چھُس پان فنا گژھان بوزنہٕ یوان ؎

"گم شدم در خود چنان، کز خویش ناپیدا شدم"

یِم چھِ تِم عزی فٲنی تجربہٕ یِم نہٕ زمانہٕ کینہٕ لِکھن تہٕ موٗحدوٗد ماحولس منٛز آپنہٕ کِنہٕ پرٛتھ کانسہِ باوُن ممکن اوس نہٕ۔ اوٚے چھُ عطار پننیٚن غزلن منٛز رمزٕ و تہٕ علامژو ذریعہ کام ہیٚوان۔ یِیلہِ کتھن ہُند جواب کانٛہ سپدنہٕ تہٕ سِرٕ کھینہٕ وٕراٲے آپنہٕ کیہنہٕ تیلہِ چھِنہٕ رمز چہ عجیب غریب زبانہِ وٕراٲے کلام کرنس چارٕ۔ عطار ہندی رمزٕ چھِ منطق الطیر مثنوی منٛز خاص کٔرتھ در ہیٛتھ یوان۔ بسریت کِس سلسلس منٛز ژٕھ یٔتین صوفی زبانہِ ہنٛز کتھ تہٕ یہٕ وَنُن چھُم ضوٗروٗری باسان زِ صوفین ہنٛز زبان تہٕ چھیہ اکھ بیہ ساوی اصطلاحی زبان۔ صوفی شاعر آسی پرانہٕ وقتہٕ پیٛٹھ تیٚتھ کلام تہٕ ورتاوان یُتھ مجازی تاہیر آسی کران مثالہٕ پاٹھی لب، چشم، خال تہٕ زُلف، یا تِمن حالتن ہُند آسی ذکر کران یِم نہٕ مسلمانی آدابن تہٕ ظاہری رسمن ستی واتھ آسی کھیوان یانے زِ شراب، رباب، گیوُن، نژُن، دیر، خرابات، زُنار ہیوٚن چیزن ہندی آسی وصف

ایرانس تہٕ تصوٗفس درمیان گوڈنیُک میُل کوٚر سلمان پارسیٖن یٖمِس سلمان پاک تہٕ چھِ وَنان ۔ شہ اوس تِمو ایرانی رِٹھو منٛز یِمو آنحضرتؐ برٛونہہ کنہٕ روٗحٲنی سبق حاصل اوس کوٚرمُت ۔ شہ روٗد دَہہٕ وَرٕھ گاران تہٕ اَمی گارنٕ واتنوو مدینہ ۔ آنحضرتؐ ستی رٕژس پیٛٹھ لیے زٕ تِمو فرموو "سلمان مِنٛا اَھل بیتنا" یعنی سلمان چھُ سانہِ گرِکیو بٲژو منٛز ۔ سَن پانٛژٕترہ ہجری یَس منٛز سپدِ تِم رحمتِ حق ۔ گوڈٕ کالہٕکین صوٗفی بزرگن منٛز چھُ سلمانِ پاکس تھوٚد درجہ دِنہٕ یِوان تہٕ ابنِ عربیٖن ووٚن زِ تِم آسی قوطُب ۔ یِتیٛ یوت نہٕ کینٛژَو مُریدَو دوٚن زِ سلمانَس اوس جبرئیلؑ یٖمِس پیٛٹھ الہام نازِل سپدان ۔ بہرحال صوٗفی خیال تہٕ صوٗفی دِیہٕ تہٕ کتھہٕ ہنٛز ایرانس منٛز پارٕزان کرناوِنس منٛز چھُ اَمِس زِٹھی سُند دیُت نیشہٕ ناوُن لایق ۔ سلمان پارسی ہنٛز وِتہٕ یکِن والین آسہٕ نہٕ تِمہِ وقتہٕ صوٗفی وَنان بلکہ آسِکھ زہاد وَنان ۔ مگر اَمِس پتہٕ اَمی ہنٛز وَتھ رٹن والین آو صوٗفی وَننہٕ ۔

صدرِ اسلامس منٛز اَس صوٗفین ہنٛز گوڈنیٛچ پُے بےشک عربن ہنٛز ۔ ابودرداؓ، ابوذر غفاریؓ حذیفہؓ بن یمان ، عمرانؓ بن حسن الخزاعیؓ ، حسن البصریؒ تہٕ اویس قرنیؓ ہیو بڈِ پایکی بزرگ صوٗفی یوٚدوَے عربی آسی، تاہم اوس تِمن ایرانس ستی سیٹھاہ روٗحٲنی واٹھ ۔ پتہٕ اوس اویس قرنیؓ سُند ایرانی ذِہنس پیٛٹھ سیٹھاہ اثر یوٗتاہ زِ وُنہٕ تہٕ چھِ ایرانس منٛز وارِیاہ خاندان اویسی ناوٕ ستی بدٕ کڈنہٕ یِوان بلکہ نیٛتھ صدی منٛز چھُ ایرانُک اکھ مشہوٗر صوٗفی صادق عنقا اَتھ اویسی خاندانس ستی تالُق تھوان ۔

اسلامی توارٟخکین گوڈنکین شتھٕ لین منٛز بیٛلہِ تصوٗفن باضابطہٕ اکِہ سوٗنچ وَتھ رٹ توٗپنہٕ آے بھرہٕ تہٕ کوفس منٛز اَمکی مکتب کھولنہٕ مگر اَتہٕ نیرِتھ سپدِ اَمیُک رٲواج ایرانس منٛز یُس وونٕ اسلامی دٲیرس منٛز آمُت اوس ۔ ایران کِس خراسان شہرس منٛز آو گوڈنیُک تہٕ سارِوے کھوتہٕ مشہوٗر صوٗفی مکتب بارسس ۔ جُنید بغدادیؒ یَن اوس خراسٲنی مکتب کِس صوٗفین "اہل الطلیک" لقب دِیُمُت ۔ اَمہِ مکتبُک مولہٕ دار اوس ابراہیم ادھم یِمی ۷۸ سنہ ہجری یانے ۶۹۴ سنہ میلادس منٛز زنم اوس لوٚبمُت ۔ ادہم سُند صوٗفی وِتہٕ لگُن چھُ اکھ تتھے وِکھٕرار یُتھ گوتم سُند بُدھ بنُن تہٕ گیان پرٲوُن چھُ ۔ شہ تہٕ اوس بلخس منٛز شٲہی خاندانُک لالہٕ پھوٚل مگر عرٕفانٕ وَوٚلنس نال تہٕ شاہانہٕ زندگی تراوِتھ رٹِن فقیری تہٕ درویشی ہنٛز وَتھ ۔ عرٕفانٕچہ ترٛیشہِ واتنوو ملکِ شام تہٕ تَتہٕکین پادرین ستی کرِن اَلی واکھ ۔ ابراہیم ادہم سُند مشہوٗر ژاٹھ اوس شقیق بلخیؒ یُس ۱۹۴ / ۱۸۰ منٛز رحمتِ حق سپد ۔ شقیق سنٛزن صوٗفیانہٕ کتھن تہٕ واکھن ہنٛز وَکھنے کرٕ اَہندی شاگرد حاتم الاصم ناوِکی بزرگن

ڈاکٹر کاشی ناتھ پنڈتا

# فارسی نثرس منز سِریت

پرٛتھ قومہٕ کِس تمدنس منز چھُ وُچھنہٕ آمت زِ گوڈٕ چھیہٕ شاعری بارسس آمژ تہٕ پتہٕ نثر۔ فارسی ادبس سِتۍ تہٕ سپُد یی۔ یِتھ مضمونس منز وُچھو اسۍ زِ کمن حالتن تہٕ کمہِ انہارٕ رٹ تصوفن فارسی ادبس منز پننۍ جاے تہٕ کیتھہٕ پاٹھۍ کوٚرُن یہٕ ادب وِزِ وِزِ نہال؟

یہِ چھُ اکھ پزر زِ ہرگاہ اسۍ ایرانس منز تصوفہٕ کِس تواریخس سام ہیمو تیلہِ پئن اسہٕ چارو ناچار اسلامی تواریخچی گوڈنکۍ دہ ترہ ؤری بروٚنٹھ کنہِ نِہاونۍ۔ وارِہن تواریخ دانن ہُند وَنُن چھُ زِ تصوف چھُ اسلامُک دیُت تہٕ امیک اگُر چھُ قرآن، سُنت تہٕ حدیث۔ تِکیازِ یہ چھُ انسانی سوٚچُک تیتھ دیُت یُس رنگ، نسل، ذاتھ یا ملتھ بیتر حدبندیو نِشہِ دوٗر چھُ۔ کیہنہٕ دانشمند چھِ یِتھ آوٗلنس منز زِ اَدٕ کیاہ چھُ ایرٲنۍ تصوف عربی یا اسلامی تصوفہٕ نِشہِ بدٕلن۔ یہِ کتھ وَنِنۍ گیہِ اسلامی تواریخس مُتلق انزان لاگنس برابر۔ اگر یہِ الخناس کانسہِ اثر زِ تصوفہٕ منز گَدٕ عربی تہٕ ایرٲنۍ عناصر بیوٚن بیوٚن تیلہِ گژھہِ یہِ تلہٕ مہٕ باگنے ہش۔ ذُنونؔ اوس مصرُک، رابعہ اُس یوٗروشلیچ تہٕ اُویسؓ اوس قرنُک۔ اَکھ ژھٕ کیٛتہٕ چھا تیلہِ کانہہ اند؟ بزرگو ہیٚ زِ تصوف چھُ اکھ وسیع کھاہ یِتھ لوکچہٕ لوکچہٕ بییر باگنے چھیہٕ کران، اما پوز یِیمہِ وقتہٕ امیک فصل کاڈ کڈان چھُ یِم بییر تہٕ بٹھۍ چھِ زنتہٕ نابوٗد گژھان تہٕ سرسبز۔ شاداب فصلہٕ ڈل چھِ اَندٕ وَند شولہٕ ماران۔

لفظ صوٗفۍ کتہٕ دراو، گوڈنۍ صوٗفۍ کم اسۍ تہٕ تِموٚ کیاہ وَوٗن؟ یِمن کتھن ہنز وَکھنے کرٕنۍ چھنہٕ میٲنۍ کٲم۔ میہٕ چھُ فقط یہِ وَنُن زِ فارسی نثرس بزرگرنس منز کیاہ رُوٗد تصوفُک دیُت؟

اَدَبچ سانتُت زانُن تہٕ اَمہِ کُلہِچ سَگوٚن کرن والیو منٛز چھ کلابادی، سراج، مکی، سُلامی تہٕ ابونسیم ہوٚکہٕ ژٕ ہتِس یاد پٔنی لایق۔ کلابادی سٕنز "التصرف لی مذہب اہل التصوف" ناوٕچ کتاب یوسہ اَتھ ضِمنَس منز اَکھ کلاسیکی کتاب مانہٕ چھےٚ یوان آیہٕ ابوابراہیم مُستملی سٕندِ ذٔریہٕ فارسی زبٲنۍ منز تفسیر کٔرِتھ پیش کرنہٕ۔

اسلامی صوفین تہٕ ریشن ہنز زندگیہِ ہندین حالاتن پیٹھ یوسہ "طبقات" ناوٕچ کتاب سُلامی ین تحریر اُس کٔرمٕژ سو بنییہ عبداللہ انصاری سٕنز "طبقات الصوفیہ" ناوٕچہ فارسی کتابہٕ ہند خاطرٕ دیتہٕ ہاوک تہٕ اَمہِ علاوٕ صوفی ژاٹھن ہنز۔ یمہٕ کتابہٕ برونہہ کُن لیکھنہٕ آیہٕ تہنز بُنیاد تہٕ چھےٚ سُلامی سٕنز "طبقات"۔

۱۱/۵ شتیٚ ہلِس منز کوڈ ایرانس منز تصوف کیو مولو واش تہٕ اَمہِ کین سارنے ہرکانین رُخ زیر۔ ۱۰۳۸ عیسوی ہِس منز لیچھ ابونعیم الاصفہانی ین دٕہن جلدن منز "تواریخ تصوف"۔ سلجوقی پادشاہن ہندِس دورِ حکومتس منز لوگ صوفی ادبس بییہ ہن پوچھر تہٕ فارسی نثرس منز آیہٕ کیتہٕ بڈی بڈی کارنامہ عملہٕ منز اننہٕ۔

سلجوقی دورٕک کال ہیکو اَسی فارسی نثرس منز صوفیانہٕ سِراسرارن ہندِ اظہارک ٹاکارٕ دور مٲنِتھ۔ چنانچہ اوٚت تام اوس عربی زبٲنۍ منز صوفی نثری ادب ہنہ ہنہ پوشان۔ اتہٕ نس دوہہ شکہ رُدس یہ سوال زِ آیا فارسی زبان اُسا اَتھ لایق تہٕ یِژ باڈو دار بنیمٕژ زِ حِکمتھ، فلسفہ تہٕ دیہ کتھن ہندین اُدی لین تہٕ زاوی لین ہُسلن ہیکہٕ ہے ویرِشناوِتھ۔ بیتہٕ نس چھ میہ کیٚنہہ ہس شتیٚ ہلِس منز گذریمتیٚن مشہور مرکزی ایشیاکس گاٹلِس یانے ابوریحان البیرونی سٕندیٚ وُنہ ژٕہتس پیوان بُس تہٕ "صیدنا" ناوکِس رسالس منز گوڈٕ کتھہِ منز وٕنمت چھ۔ دیان چھ زِہرگاہ عربی تہٕ فارسی زبانن منز ییمن ہیپٹھ میہ دسگاہ چھ، مقابلہ کرِن آسہ بہ وَنہ بیہ شونکی پاٹھی زِ بہ کرٕ فارسی زبانی منز تُجاچانی کھوتہٕ عربی زبٲنۍ منز اُڈ زاڈ بوزنی زیادٕ پسند۔ یہ چھ کانہہ سہ شخص کرِ میانِس اَتھ کلامس یتی آنجان یُس یتھ کتھہِ وار۔ ستہٕ زِ عربی زبٲنۍ ہندن علمی کتابن فارسی یِس منز ترجمہ کٔرِتھ کوسہ مسخ صورتھ چھےٚ گژھان۔ اَمِچ ٹاکارٕ عبارتھ چھنہٕ کُنہ روزان۔ اَمِکِس نبہ نثرس چھ گیڈٕ زوٗل گژھان تہٕ اَتیک آثار ویژار چھُ اَتھ گژھان۔

عُلماہ متین بیٚیہ سٹھاہ مُعتبر ماری کرِنی تہٕ زُوجان ژٹی یتھ زن فارسی نثرس گژھہ ہے یہ شباہتھ۔ عربی زبٲنۍ اوس علم حِکمتھ تہٕ فلسفیانہٕ خیالاتھ بیان کرنہٕ خاطرٕ ہِلم بُرتھ۔ فارسی والین

یُس مکتب خراسانُک اکھ تھوٚنگ اوس۔ بروٚنٹھ کُن پکیتھ دیُت اَمی مکتبن کاٚتھَن بُزرگ صوٗفین زَنم یمن منز بایزید بسطامی یُس پتہٕ ابوسعید ابی الخیرس تام چھہِ واریاہ ناو لبنہٕ یوان تہٕ سنائی تہٕ چھُ اَتھی پوٚت وانہٕ منز شامل۔

۹/۳ شتہٕ ہیس منز کوٚڑ تصوفن ایرانس منز بنیہہ کاڈ امی مکتب خراسان کہ ذریعہ۔ اَمہٕ زمانُک اکھ مشہوٗر صوٗفی اوس کرامی یُس چھیکرس یوروشلم گوو تہٕ تتی سپُد یہندٕ وصال۔ بایزید بسطامی گُذریوو بُسطامس منز یُتھ اَزکل شہرود وَنان چھِ۔ اوہند مقبرٕ تہٕ خلوت گاہ چھُ وُنہٕ تہٕ تتہٕ موجود۔ کیہنہ مناجات تہٕ شطحیات چھ اَمہندی باقے روٗدی متہٕ۔ دپان بایزیدن اوس تصوفس ستی ویدانت بنشہٕ تہٕ فاید حاصل کوٚرمُت۔ خُدایس متلق یوسہٕ وکھنے اَمی کٔرسو چھیہٕ ویدانت والین ہنزِ مایا (MAYA) ہنزِ وکھنیہٕ ستی واٹھ کھیوان یا اَمی سُند سُبحانی ما اعظم شانی چھُ اُپنیشدن ہُند (MAHAYAN EVA NAMO NAMAH) مانہٕ تھاوان۔

بایزید پنز بسریتچ اَرزتھ ترییمہٕ کتھہٕ تلہٕ فکرٕ زِ شخصن اَکی کوٚر یہندس برس ٹھک ٹھک۔ کُس با چھُہن ژھانڈان"۔ بایزید" بایزیدس گے ترے وٗری بایزید ژھانڈان وُنہٕ تہٕ آسنہٕ اَتھ"۔ بایزیدن دِیُت پننہٕ ذاتی تجربہٕ ستی سراجس اکھ نوو تہٕ باطنی مانہٕ۔

اَمی شتہٕ لیک اکھ سرگوٚرو صوٗفی گوو حکیم ترمذی۔ یوٚدوے تمو قرآنی عِلمس مُطابق شیٹھ پیٹھی کتابہ چھیہٕ لیچھمٕ، تاہم ترود، تہنز "ختم الاولیاء" ناوچہٕ کتابہٕ ابن عربی پنزِ "فتوحات المکیہ" پیٹھ زبردس اثر بہاوالدین نقشبندی یُس پیٹھ تہٕ چھُ حکیم ترمذی سُند اثر روٗدمُت۔

حکیم ترمذی سُند کالہٕ بوج اوس احمد عیلی الخراز۔ تہنز کتاب "الصدق" چھیہٕ اکھ اہم تہٕ بنیادی کتاب اَتھ عِلمس منز مانہٕ یوان۔ چنانچہ فنا تہٕ بقاکین مسلن چھُ اَتھ کتابہ منز وِرژھنے کرنہٕ آمژ۔ اَتھی زمانس یانے ذہمس شتہٕ ہیس منز دوٚیتھ ایرانس منز بیاکھ صوٗفی ابوسہل تستری۔ سہ چھُ گوڈنیک صوٗفی یمہٕ قرآنہٕ شریفک صوٗفیانہٕ تفسیر لیوٚکھ تہٕ قرآنی حرفن دِتِن روحانی نوٗرس ستی باطنی واٹھ۔ منصور ابن حلاج چھُ کُنہٕ خدس تام اَمس صوٗفی یندین وِرثارن یہندس اثرس منز آمُت۔ ابن خفیف اوس امی زمانک شیرازک بیاکھ بُزرگ صوٗفی یمہٕ بغدادس منز منصوٗرس ستی مُلاقات کوٚر۔

میلادی سنہٕ کس ذہمس شتہٕ ہیس منز دوت تصوفس ایرانس منز بنیہہ پلالہٕ۔ اکہ طرفہٕ گوو ابوالحسن خرقانی ہیو قوطب نوموٗدار تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ آو تصوف فارسی ادبچین کینژن صنفن منز بارسس۔ تواریخ، تذکرہٕ تہٕ بلہٕ مٔش تخلیقن منز۔ شاعری چھیہٕ اَسی تھے یمن لنگ لنجن گرنہٕ فارسی

ییٚمہٕ شطحیات، "شطح" چھُ عربی زبانٕۍ ہُند لفظ تہٕ مانہِ چھُس ہمہ گرٕتھ تہٕ ژرٕتھ ہنز۔ سام۔ امہِ ہریانہ
تہٕ دوٚیُمٕس کِس حالَس منز۔ وَنان چھہِ یازیوٚ نیران چھکھ۔ یمہٕ دوٚشوٚے کتابہٕ آیہٕ فرانسہٕ ہُند وَنُن چھُ زہ
ایران شناس عالِم ہنری کوٗربن ہنِدِ دٔسی IRANO- FRENCH INSTITUTE کہسردار صوٗفی
پیٹھ تہرانس منز چھاپنہٕ۔ ، یوسہٕ

مجدالدین بغدادی خوارزمی (وفات ۱۲۱۹ام) سُند چھُ اُصوٗلِ عرفان، آداب تصوف، مراسمت
سیر و سلوک تہٕ سالِک ہنٛدٮ۪ن حالاتَن تہٕ مُقامس متلق "رسالۂ سفر" ناوٕچ کتاب موٗجوٗد۔ اَمی ح
سُند گورگیاو نجم الدین کبریٰ ییٚمِس شیخ ولی تراش تہٕ چھہِ وَنان تہٕ اَہنز چھیٚ اُصوٗلِ تصوٗفس پیٹھ
کیٚہنہ کتابہٕ پَنٕہ کُن روزمرٕہ، یمَن منز چھیٚ آداب المریدین، سکینۃ الصالحین، وصوٗل الی اللہ زانہٕ لایق۔

سلجوٗقی دورکہٕ زٕ صوفی بُزرگ چھہِ پننٮ۪ن تصنیفو خاطرٕ ازحد مشہوٗر، زِ وٚوٕن ڈِنگ چھُنہٕ کانہہ
ضروٗرتھ۔ یمہٕ گیہٕ ہجویری تہٕ عطار۔ ہجویری ہنز کشف المحجوب آیہٕ اَزتام تصوف کین عقیدن تہٕ اُصوٗلَن
ہنز سیٹھاہ موتبر کتاب مانٕنہٕ۔ پیٚتھے کٔنٛ چھیٚ عطار ہنز تذکرۃ الاولیا صوفی بزرگن تہٕ ریش سفیدن ہنز
زندگیہ تہٕ حالتن ہنز کہوچہ گٔنٛز۔

ہجری سنہٕ کِس ستمِس شتٕ ہکِس آخرس کُن گُذریوو اکھ گراڈیل صوفی بزرگ ییٚمِس شیخ بہا ولد
وَنان چھہِ تہٕ یُس حضرت مولانا رومیؒ سُند بابہ صاب اوس۔ تہٕندٮ۪ن صوٗفیانہٕ تقریرن تہٕ وعظن ہُند
"المعارف" ناوُک سمٕت چھُ عرفان کین زادٕ جارن دُل دِوان۔ تہٕنٛد فرزندِ ارجمند حضرت مولانا
ہنز مثنوی یوسہٕ صوٗفیانہٕ علمٕچ جوہرٕ روٗس مثنوی چھیٚ اَکھ کُن تھاوِتھ چھُ فارسی نثرس منز فی مافی
ناوُک اَہندٮ۪ن نطقن ہُند مجموعہ باقے رُوٗدمُت تہٕ ایرانس منز آیہٕ یہٕ کتاب کیٚتہٕ پھِرِ چھاپنہٕ۔ مولانا
سُپُد ۱۲۷۳ میلادس منز رحمتِ حق۔

حضرتِ مولانا سُند گور تہٕ اَہندِس بابہ صابُن ژاٹھ گوو سید برہان الدین ییٚمِس محقق ترمذی
وَنان چھہِ۔ "معارف" ناوُک چھُ فارسی لبٕن منز تہٕنٛد اکھ مجموعہٕ یتھ منز عرفانٕی مسلن دُل چھُ دِنہٕ
آمُت۔ اَتھی وقتس منز اوس نجم الدین کبریٰ سُند ژاٹھ نجم الدین دایہ۔ تصوفس متلق چھیٚ اَمی فارسی
زبانٕ منز کیٚہنہ تھٔدِ پایچہ کتابہٕ تحریر کرٕمٕژ۔ کیٚہنہ چھیٚ یتھٕ گٔنٛز۔ مرصاد العباد، معیار الصدق، مرموزات
رسالۃ الطیر تہٕ باقے۔ نجم الدین کبریٰ سُند ژاٹھ سیف الدین باخرزی ین چھُ تصوٗفس منز اکھ
رسالہٕ لیوٚکھمُت یُس ایرانکی ازکالکی عالِم ایرج افشارن مجلّہ مجلسہٕ دانش کدہ ادبیات کِس شمارٕ چہارم رسالس
منز چھوپ۔ سیف الدین ہنز کورِ ہندی نیچوی ابو المفاخر باخرزی ین کرٕ صوٗفین ہنٛدٮ۪ن عقیدن،

پیوٚو عربی زبانٛ نشہِ واریاہ کیہنہ وورُد انُن۔ کینژو دانشمندو کرٕ یہ اکھ کوشش زِ خالِص فارسِکۍ لفظ انوکھ مثالہِ پاٹھۍ دانشنامہ علائی یَس منز ابنِ سینا تہٕ اسماعیلی رسالن منز۔ امہِ فلسفکۍ نیٚبر دراو لوکو کرِ یژھ کوشِشہِ اما پوٚز کہیٚمِس شتہِ بس منز گوو یہ تجربہ ناکام تہٕ عربی زبانٛ ہندۍ لفظ پیٚیکھ ہُرِو ہُرو انُن۔

بہرحال کہیٚمہِ شتہِ لہِ پتہٕ یوکُن چھہِ اسہِ نۄچھان زِ صوٗفیانہ مضموٗنچہ کتابہ آیہ بٔڈ سادٕ تہٕ خوٗشوٗنیس فارسِیس منز لیکھنہٕ۔ جذبہ تہٕ حال چھُ مضموٗنس سٕتۍ لبنہٕ یوان۔ کہیٚمِس شتہٕ بس منز یمہ صوٗفیانہ مضموٗنن پیٹھ لیکھنہٕ آیہ تِمن منز چھُ امام ابوالقاسم قشیری سندِ رسالُک ترجمہ یتھ "رسالے قُشیریہ" ناو چھُ۔ اصل رسالہ اوس ۱۰۴۵ میلادس منز تحریر کرنہٕ آمُت تہٕ امام قشیری سندی شاگرد خواجہ امام ابوعلی العثمانی ین کوٚر امیُک ترجمہ فارسی یَس منز۔ ۱۱۰۰ میلادس منز آو ابوالفتح نیشاپوری سندِ ذٔسۍ یہ ترجمہ اصلاح کرنہٕ تہٕ ووٚنی چھُ ایرانس منز چھپیوٚمُت۔ ۵۵ ہن انھوارن ہنزِ اتھ کتابہ منز چھُ تصوف کین اصوٗلن پیٹھ کھلہِ ڈلہٕ بحث کرنہٕ آمُت۔

یمنے دوہن اوس خواجہ عبداللہ انصاری ہراتس منز صوٗفیانہ لیکھہ پرِ سٕتۍ اوٚر۔ چنانچہِ فارسی زبانٛ منز تہندین رسالن ہندۍ عنوان چھہِ یتھ کنۍ۔ نصایح، زادالعارفین، کنزالسالکین، قلندر نامہ، محبت نامہ، ہفت حصار، رسالے دل وجان، رسالے واردات بیترِ۔ امام احمد غزالیؒ حلوسی یُس حجت الاسلام محمد غزالی سُند برادر اوس تہٕ ۱۱۲۶ میلادس منز سپُد رحمتِ حق تہٕ اوس تصوٗفس سٕتۍ لوٚے کھوٚے تھاوان تہٕ اتھ علمس منز چھِن "بحرالحقیقت" ناوچ کتاب یتھ منز فناکِس مُقامس تانۍ واتنہٕ کین مرحلن ہنز وکھنے کرمژ چھِن۔ امہِ علاوٕ چھُس فارسی زبانٛ منز بییہ اکھ کتاب سوانح العشاق، یوسہٕ ہکتہٕ پھِرِ ایرانس منز چھاپنہٕ آیہ۔ اتھ منز چھِن عشقکۍ احوال تہٕ اسرار بیان کرِمتۍ تہٕ مطلب عرض نوٚن کڈنہٕ خاطرٕ چھِن حکایژ تہٕ مثالہٕ تہٕ پیش کرمژ۔ اہندِ صوٗفیانہ مضموٗنکۍ کیہنہ خط تہٕ چھہِ موجود۔

امام احمد غزالیؒ سُند حکیم تہٕ شاگرد عین القضاۃ ہمدانی یُس ۱۱۳۰ میلادس منز قتل آو کرنہٕ، اوس بٔڈ توٚنت صوٗفی۔ فارسیس منز چھُن واریاہ کیہنہ لیوٗکھمُت۔ یزدان شناخت، رسالے جمالی، تمہیدات، زبدۃ الحقایق، مجموعہ مکاتیب بیترِ۔

ترُواہمہِ شتہِ لہِ کِس آخرس کُن ووٚتھ اکھ شہِل تہٕ پاک عارف تہٕ صوٗفی یِمس شیخ روزبہان بقلی شیرازی وَنان چھہِ۔ تہند وصال سپُد ۱۲۹۳ میلادس منز۔ تصوٗفس منز چھیہ شیخہ سٕنزٕ فارسی زبانٛ منز نہٕ کتابہ سٕرس۔ عبہر العاشقین یوسہٕ خدایہ سندین عاشقن ہندس حالس تہٕ جذبس متلق چھیہ۔

تِہنز ژٕ کتابہٕ "سفینۃ الاولیا" تہٕ "سکینۃ الاولیا" چھےٚ صوٗفی بزرگن ہنز حالاتِ زندگی ہنز سام۔ اَمہِ علاوٕ چھُ دارا شکوہ سُند رسالہٕ "حق نما" "گیان دیان" تہٕ "ہِبرِ خدائے کتھن لوکہٕ کھوٗل کران۔ تِہنٛد وَنُن چھُ زِ یہِ رسالہٕ چھُ فتوحات مکہ، خصوص الحکم، سوانح العشاق، لوایح لمعات تہٕ لوامع ناوکین سردار صوٗفی کتابن ہُند پوٗت وان۔ اَمِس صوٗفی شہزادٕ ہنز چھےٚ "حسنات العارفین" ناوٕچ بیاکھ کتاب یوسہٕ یہٕ ڈٕیپ زِ تہٕ گوڈٕ پیٹھٕ مُصنف پننِس وقتس تام عارفن ہندین واکھن یا نٔے شطحیاتن ہُند سمٕت چھےٚ۔ اسلامی تہٕ ہِندی اُصوٗلِ تصوف کِس سنگس تہٕ پانہٕ نیارس پیٹھ چھےٚ داراشکوہن مجمع البحرین ناوٕچ مشہوٗر کِتاب لیچھمٕژ۔ "سِرِ اکبر" عنوانٕچ بیاکھ کتاب چھےٚ داراشکوہن ہِندین ہنز مشہوٗر عرفانہٕ کتابہٕ اُپنشدکین پنژاہن رسالن ہُند ترجمہ کٔرِتھ تیار کٔرمٕژ۔ ۱۹۶۲ ميلادس منز آیہٕ یہٕ کتاب تہرانس منز ہیوٗندُستانکِس برونٛہِم سفیر مرحوم ڈاکٹر تارا چند تہٕ ایرانی عالم جلالی نایینی ہندِ ذٔر چھاپنہٕ۔

عرفانی تہٕ صوٗفیانہٕ اسرارن ہنز معتبر مثنوی "گلشن راز" شرح لیوٗکھ لاہیجی ناوکی اَکی عالمن یُس شیرازہِ شہرکِس اَخرس کُن نوربخشیہ سِلسلکہٕ اکہٕ گروہُک بزرگ اوس۔ صوٗفیانہٕ تہٕ عرفانکین اسرارن ہنز زان پراونہٕ خاطرٕ چھُ یہِ شرح شوٗبہٕ دار۔ ۱۳۳۸ ہجری شمسی یا نٔے ۱۹۶۰ ميلادس منز چھاپ یہٕ کتاب کیوان سمیعی ناوکی اَکی دانشمندن تہرانس منز۔

اَخرس پیٹھ یہِ حاجی معصوم علی شاہ نعمت الٰہی شیرازی سنز تصوفچ اہم کتابہٕ طرایق الحقایقٕچ ذِکر کرنہٕ، یوسہٕ اَز برونٛہہ ۸۱ ؤری لیکھنہٕ آیہٕ۔ اَتھ منز چھےٚ شروعٕ پیٹھٕ مُصنف پننِس وقتس تام سارنی اہم صوٗفی بُزرگن ہنزن زندگین سام ہینہٕ آمٕژ۔

اَمہِ کُنہِ مضموٗنس منز کم کاسہٕ فارسی نثرٕچن تمن بہلہٕ پایہٕ کتابن ہنز ذکر یمن منز صوٗفی علمس وَکھنٔے کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ ہرگاہ پرٛن سارنی کتابن تہٕ تخلیقن ہنز سام ہینی یِنہو تیلہِ چھےٚ یہِ کام اَندرٕوس تہٕ سیاہ گژھِ آسُن اَدے اَتھ سوٗدرس تھاہ دِنوٗ تہٕ یِم موکھتہٕ ژھٕلی کڈوکھ اَکہِ اکہٕ۔



آدابن تہٕ اصطلاحن متلق فارسی زبانؠ منز۔ اورادالاحباب تہٕ فصوص الآداب ناوٕچ اکھ کتاب ۱۳۳۳ سنہ میلادس منز تحریر۔ باخرزیس پتہٕ کہے کالہٕ یانے ۱۳۳۴ سنہ میلادس منز آیہٕ مصباح الہدایہ ومفتاح الکفایہ ناوٕچ فارسی ئیس منز صوفیانہٕ مضمونٕچ اہم کتاب لیکھنہٕ، یتھ منز سیر و سلوک تہٕ صوفی قایدن ہنز بنیاد چھیہٕ درج کرنہٕ آمژ۔ امیک لیکھاری اوس محمود بن علی کاشانی تہٕ خواجہ حافظ شیرازی ہندی کالہٕ باگ عماد فقیہن وول اکھ نظمٕک جامہٕ۔

اوکٕمی مرٕ تہٕ نوٕمہٕ صدی ہجری یانے ژوداہ تہٕ پنداہ شتہٕ لہٕ میسوی چھن فارسی کتابن منز پرٕ ساروے برونہہ کمال الدین حسین خوارزمی ہندٕ ذٕسی مولانا رومیؒ سنزٕ مثنوی ہند شرح نظرِ تل انن۔ اکھ چھ جواہرالاسرار ناو۔

مولانا عبدالرحمٰن جامیؒ گذریہ ۱۴۹۲ سنہ میلادس منز۔ نفحات الانس کتابہٕ ہندس ذٕسلابس منز چھ، تمو تصوف کین بنیادی اصولن شیر تار کرمژ۔ مگر امہٕ علاوٕ چھیہٕ تمو بییہٕ زٕ کتابہٕ فارسی ئیس منز تصوفس متلق لیکھمژ۔ اکھ گیہٕ "اشعۃ اللمعات" یوسہٕ دراصل عراقی سنز کتابہٕ "لمعاتٕچ" شرح چھیہٕ۔ امہٕ نس چھ ضرورٕ کرتھ یہٕ زٕ تس تھاون زٕ عراقی ین اُس پننہٕ کتاب "لمعات" ابن العربی سنز مشہور کتاب "فصوص الحکم" کس اثرس تل پیتھ لیکھمژ۔ جامی صابن ون چھ زٕ لمعاتس منز آسی عربی تہٕ فارسی زبانن منز صوفین ہندی چاڑ تہٕ چستان درج کرنہٕ آمتی۔ شاہرخ سندس زمانس منز گوو کینژ ژونڈ کالہٕ سو اکھ کتابہٕ تنہٕ تنہٕ۔ جامی صابن لیوکھ اکھ بیٹھ شرح تہٕ امچ ناو تھووٕمس "اشعۃ اللمعات"۔ جامیؒ صابنہٕ دوٕیم نثرٕچ کتاب گیہٕ لوائح یوسہٕ ایرانس تہٕ ہیوندستانس منز کیتہٕ پھرِ چھپاونہٕ آیہٕ۔

سید نورالدین نعمت اللہ یمس نعمت اللہ ولی تہٕ چھ ونان آسی پنداہمہٕ شتہٕ لکی بہلہٕ پایکی ایرانی صوفی۔ یمو تصوف کس علمس منز کتی رسالہٕ لیکھو۔ ونیک تام آیہٕ یمو رسالو منز ۵۵ رسالہٕ ڈاکٹر جواد نوربخش سندٕ ذٕسی ایرانس منز چھاپنہٕ۔ یمن رسالن ہند مضمون چھ تصوفکی مختلف مسلہٕ، سلوک، خلوت، توکل، ایمان، وحدت، حروف اسرار بیترِ۔

ہیوندستانکیو خدا دوستو تہٕ چھ علمہٕ تصوفس پیٹھ ورٕ ورٕ قلم تلمت۔ اتہٕ کین زٕتھی زراٹھ صوفین منز چھ داراشکوہ سند ناو سرس، یمن ۱۶۵۸ سنہ میلادس منز آیہٕ گردن دنہٕ۔ داراشکوہ سنزن کامن ہنز ارزتھ چھیہٕ نہٕ چھرا یہٕ زٕ تمی کیاہ کر اسلامی تصوف کین اصولن، ہیند کینژو شتو ورییو پیٹھ ہیوندستانس منز زیادٕ چلے جاو اوس لوگمت شیر پار، ژکہ مسلمان کرناوکھ ہیندن ہندن عرفانی عقیدن ستی پارٕ نان

کرِتھ تہٕ وَلو نہٕ سارنے پوشن گولاب ۔ اَتھی وۄنِجھ زان تہٕ یہِ زان براوُنھ چھُ دِلک سۄکوٗن
بوان ۔ آبہٕ جوے چھیٚنہٕ بالہٕ تبناالبو بیٚتھ کلہٕ ٹھاسی ٹھاسی وَسان تہٕ پَنُن سۄکوٗن یا آخری مقام
سۄدرس منز پراوان ۔ اوٗتام واتان واتان چھِ اَتھ آبہٕ جوٚیہٕ واریاہ ناد بدلان مگر تہٕ کرِتھ تہٕ
چھیٚنہٕ سۄدرس پنِنز وحداُنیتھ تہٕ جوٚیہٕ پَنُن اکھ خاص مقام "سۄہم" یا "اَناالحق" وَنہٕ رِتی چھپہٕ
گژھان آدمس پننہِ ذاژ کانہہ ہُرِیرہٕ تہٕ نہٕ چھیٚنہٕ تسنزِ وحداُنیژ کانہہ فرق یوان ۔ بلکہٕ چھُ یہِ
اکھ سۄکوٗن یُس کانٛسہِ کانٛسہِ نصیبس آسان چھُ نتہٕ چھِ ساری تشنہٕ لب روزان ۔ تشنہٕ لب
روزنگ اَباد یا کمی مۄحسوٗس کرنگ مطلب گوو نہٕ کانہہ تیُتھ چیز کانچھُن یُسہٕ تور
وۄتھتے آسہِ بلکہٕ گژھِ یہِ شہ چیزاہ آسُن یُس اَسہِ پانس اَندی پکھی اَستھ تہٕ اَسہِ نِش دوٗر آسہِ ۔
مثالہِ پاٹھی وَلو زِ رینہٕ کانٛس منز چھِ سائنس ملکس منز تہٕ دُنیہکین مختلف علاقن منز
رنگا رنگ میوٕ آسان ۔ اَتھ موقس پیٹھ اگر نہٕ اَسی کانہہ شہ میوٕ کھیمو یُس امریکہس منز
ووپدان چھُ اَتھ وَلو نہٕ وِرژھے مگر اگر اَسہِ اَتھ موقس پیٹھ بازرس منز ژوٗنٹھ گژھِنہٕ نظرِ
اَتھ وَلو وِرژھے ۔ اَتھی اَندی پکھی کِس ماحولس ژھارِ دِلس ژھکھ دوٚیمُت پان پرزناوُن ۔
پَنُن پان پرزناونس دوران چھِ عارفس واریاہ مقام تتھی یوان یِتِہ تس مَنس منز
درینٹھ مان دُنیہس مُتلق واریاہ سوال ووتھان چھِ ۔ شہ چھُ سوچان زِ دراصل کیاہ چھُ
یہِ دُنیاہ؟ دُرِتھ کتھ پیٹھ چھُ؟ یتھ چلاوان کُس چھُ؟ ۔ ابتدا کتہِ چھُس تہٕ انتہا کیاہ
چھُس؟ ۔ یتھ کُنی چھُ شہ اکِہ مادی پہلو نِشہِ ہیوٚر کھِستھ اَمکس غارمادی پہلوہس کُن رجوع
کران ۔ تسُند مَن چھُ وحدتُ الوجوٗد پیٹھ وحدتُ الشہوٗدس کُن لمان ۔ شہ چھُ
ستھولہِ پیٹھ سۄکھشمس کُن پکان ۔ نوٗرِ پیٹھ چھُ شہ ظہوٗرس تام واتان نہٕ تس چھِ
مادی دُنیہِ ہیچ کل مشان ۔ جان گژھِ اگر اَسی یہِ مفہوم مثالہِ پاٹھی پانس فِکرِ تارو ۔
نہٕ زن گوو یہِ ساٛنی زندگی چھیٚنہٕ اکھ سوٚپُن اکھ خاب تہٕ سون وۄجود چھُ خبر کتہٕ اَسہِ نِشہٕ
سیٚٹھاہ دوٗر ۔ یہِ کینژھا اَسی یتھ دُنیہس منز کران چھِ یا وُچھان چھِ تہٕ سۄرے زنتہٕ
چھُ اکھ خاب یُس اَسی مژ نینٛدرِ منز وُچھان چھِ اَتھ خابس نہٕ چھیٚنہٕ کانہہ حقیقتھ تہٕ
نہٕ چھُ کانہہ پرزر ۔ اَسی چھِ مژ نینٛدرِ منز کانہہ خوفناک خاب وُچھتھ ترژان تہٕ خوشیوٗن پوشہِ باغ
وُچھتھ وِسان مگر ییلہِ بیدار چھِ گژھان نہٕ چھُ آسان شہ توژان پوز تہٕ نہٕ شہ وِسُن ۔ اَسی
چھِ زانان زِ یہِ سۄرے اوس محض اکھ خاب اکھ سوٚپُن ۔ یتھے ہیوٚ خاب چھیٚنہٕ ساٛنی

# ہنٛدی شاعری

(سوم ناتھ پنڈت)

# تہٕ پریٖت

ژھٕ بیٚتھے لاگِتھ پرٕدے پان زان ژھٕ بیٚتھے لاگِتھ پرزناو پان
ژھٕ بیٚتھے لاگِتھ کاے چھے پرزان کاے زان میٖٹھٕ تہٕ شوٗد زان پان

روٗپہٕ بھوانہٕ ہندِس اَتھ واکھس منٛز چھُ پان پرٕزناوٕنٕچ سوٕ نٕہج نظر گرٕژھان یِمہِ آدمس آدنہٕ پیٹھٕ کُل چھیٚہ اَسمرٕ۔ کُل چھُس پنُنٕ من۔ دور پناوِ تہٕ چھُس ساری ہیے بُترٲژ دوٗرن تہٕ سوٚمیرادِ تیٚلہٕ چھُس مادان صرف پنُنٕ موٚر۔ یہِ چھُ اکھ سکہٕ اوٚصوٗل یُس نہٕ صرف سائنس منٛس پیٹھٕ لوگو چھُ سپدان، بلکہ چھُ یہِ ساری کاینا تہٕ باپتھ اکھ حقیقتھ۔ مندرس یا مسجدِ منٛزٕ خدالیٚس ژنجہٕ اوس کران گرٕکہٕ لوہ لنگرچ کیازٕ روزٕنس کُل۔ یا گرٕے اوس راتس بنٛزس پیٹھ شوٚنگتھ سوٕنہاری باغن ہندی خاب کیازٕ وُچھے۔ گوڈٕ نا انسانٕ سوٚنچس چھِ زٕ پہلوٗ۔ اکھ گوس شہ یُتھ اَسی تُل ژنتھ چھ وُنان تہٕ بیاکھ گوس پیٹھ ژنتھ۔ تُل ژنتھ چھُس پنُنٕ پان پرزناوٕنٕ باپتھ تہٕ پیٹھ ژنتھ ڈُلہ پھیک لوہ لنگر پرزناونہٕ باپتھ۔ یِمن دون منٛز کاژاہ فرق چھیٚہ تہٕ سکہٕ پاٹھٕ وَنُن چھُ مشکل۔ پوشہِ باغہٕ منٛز یُس گولاب تگہِ پرزناوُن تَس آسہِ اَمیک رنگ، خوشبوٗ تہٕ گولاب مُہرِ ہند خول خط۔ تہِ پناہ۔ نہٕ چھِ پوش واریاہ یِمن ہند اَسہِ ناو تہٕ چھُنہٕ پتاہ تہٕ باقے بارٕکین ہنز چھُنہٕ کتھے۔ مگر دِ

"زٕنس پٮ۪ مرنس مُتلق راز" تھوومُت اوس تہٕ اَتھ عٔلمس دوٚنگھ سرِیت یا "مِسٹِسزم"۔ ہِندی ادبس منز چھ اَتھ رٔہسہٕ واد وَنان یُہُندُک مطلب "سرِتس متلق عٔلم" چھُ۔ عام زبٲنی منز گیہ یہ سوگتھاہ زانٛہہ یوٚس انسٲنی سونچہٕ نیبر آسہٕ۔

وونی چھیہٕ کتھ زِ اَتھ رٔہسہٕ واد وَنُن چھا ٹھیکھ کِنہ نہٕ۔ یتھ کالہٕ اوس یورپی گرجا گرن منز مِسٹِسزم بجایہٕ کنٹمپلیشن ( CONTEMPLATION ) ورتاونہٕ یوان پتہٕ کورکھ اَتھ مِسٹِکل ایکسپیرینس ( MYSTICAL EXPERIENCE ) ناو۔ ہِندی ادبس منز ہیکو اَسی اَتھ رہسکی خیال وَنِتھ نہٕ کہ رٔہسہٕ واد۔ لفظ "واد" چھُ یوان تیٚلہِ استیمال کرنہٕ یٚیلہِ کُنہِ مسلس منز سوال جواب یا بحث ییہ کرنہٕ مگر یہ چھُ تُتھ مقام یتھ منز نہٕ چھُ سوال جواب تہٕ نہٕ بحث۔ لیہاذا اوس یہ میانہٕ اندازٕ مطأبِق اَتھ "رٔہسہٕ واد" وَنُن واجب۔ ووٚنی گوو یہ اصطلاح چھُ امہٕ نِہجہٕ بایتھ ہِندی ادبس منز عام سپدیومُت لیہازا گژھہِ نہٕ اَسہٕ تہٕ یہ پانہٕ ناونس منز کانہہ اِنکار آسُن۔ ویدن تہٕ اُپنشدن منز تہٕ چھُ اَسہِ یہ تذبذب نظرِ گژھان نمہٕ وتھکین رِشین تہٕ وٕچھ دِلس منز یِمے خیال زِ "اما یہ کایناتھ کیا چھُ؟ یہ کتہٕ آو؟ اَسی کیا چھہٕ، کتہٕ آیہ تہٕ کوٚت چھہٕ گژھان؟ یِم سوال چھہٕ ازتہٕ تیٚتی ساپُردار ییتی یِم تِمہٕ ساتہٕ اَسی تہٕ یِم روزن توتام سرسبز یوتام یہ کایناتھ چھُ تہٕ اَتھ پیٹھ آدم زُوان روزٕ۔

سرِیت کیاہ گیہٕ؟ یہ سوال چھُ پانہٕ تہٕ سرساوی گومُت۔ للہٕ پرژھوکھ سرِیت کیاہ چھیہٕ تِمہٕ ووٚن "نیبرٕ اندر اژُن" یانے پنُن پان پرزناوُن۔ پرژھوکھ شیخ نورالدین رح ولیس یہ سوال تِمی ووٚن درجواب زِ:۔

دود ترٲوِتھ یُس پونٛ مندے
شہ سمسارس کندے زاو
پُرتہٕ پان یُس ہِوے وندے
سُے باسمندے ترِتھ آو

ڈاکٹر رام کُمار ورما چھہٕ سرِیتچ باوتھ کران وَنان زِ:۔

"سرِیت چھیہٕ اَندرِی وٚوندِچ سو باوَتھ یٚیمہٕ کِنہٕ آدم قُدرتکس طاقتس سٍتی پنُن شوٚد تہٕ شوٚنژ واتناوِتھ بیان کرٕ تہٕ یہ رِلژار چھُ تیوتاہ ہُران زِ دون منز چھنہٕ کانہہ فرق روزان"۔ آچاریہ رام چندر شوکل چھہٕ سرِیچ باوتھ کران وَنان۔ "سو چیکس مادانس منز یتھ

زندگی۔ امہ خابہ نشہٕ بیدار گژھنس تہٕ پۄز گارنس چھ وُنان سِریت۔

زندگی ہُند شوٗعور پیٚنہٕ پیٚٹھ ووت ازتام آدمس سرِتیٚس ژھارٕ دِوان تہٕ ژھارٕ دِتھ یُس یہِ کیٚنژھا اُتھ لوٗگ تمیُک ورِ سہٕ تمی انداز بیان۔ مگر ونتنگ ژٕطیر رووٗدکھ ہمیشہ اشارو ہتی۔ مثلن کیٚنژو ووٚن زِ یہِ چھُ سُہ مقام یُس نہٕ انسان بیان ہیٚکہِ کٔرِتھ بلکہ ہیٚکہِ موٚکھتوٚس کٔرِتھ۔ بیٚتہِ کُنہِ اکھ کوٚل مٹھاے کھیٚتھ خوش چھُ گژھان تہٕ پیٚنہٕ اندری ووندہٕ اسوٚنہِ ہوٚچھ بیٚیِن تام واتناوان چھُ۔

یوٚہے مقام کوٗر سوچھہِ کرالن یِتھہٕ پاٹھو بیان:۔

یمہٕ شایہِ قلمن تروٗفے رو — تتھی شایہِ قلمس ژٹے ہے زیو
لوچہِ پٹ قلمس کیاہ کرٕ گراو — آب در ناوتے ناو در آب

قوٗدرتنگ یوٚہے سِرسِرکرنس چھ رہبروادٕ وُنان۔ قوٗدرتکی تم گوشہٕ یم اسہٕ نظرس ژھیٚنیتھ چھ، یمن تام سانی عقل چھنہٕ ہیکان واتِتھ یم سانہٕ عقلہ ہندِ حدِ نشہٕ دوٗر آسن تمے گیہِ سِرتہٕ یم سِرکرنہٕ باپتھ وتہٕ تلاش کرنس تہٕ تلاش کٔرِتھ تہٕ کٔنجے نہٕ واتنس ووٚنکھ رہبر واد۔ بازے چھیٚ عارفس پوٚرٕ واتنس لگان یہِ دٔپتھ ژھاران تہٕ گاران توتہٕ چھیٚنہٕ کیٚنہِ واتان تہٕ بازے چھس یہِ وتھ ژھارنہٕ باپتھ وارِیاہ زنم ہیوان ہیٚنی تہٕ تیوت کٔرِتھ تہٕ چھیٚ قدرت تیٚژ ووٚسی زِ اقبالن تہٕ ووٚن "ستاروں سے آگے جہاں اور بھی ہیں"

یہِ تشنہ لبی چھیٚنہٕ دلیس، متعلق، یمی یہِ سورُے کاینات تخلیق کوٚر زووذاتہٕ پادٕ کرِن، یمن پالان پیتران رووٚد تہٕ وقی واتِتھ یمن ناش کران رووٚد۔ یمی وقتکس گرٕس لاکھ دِتھ یہِ سایے کاینات سِرساوٚد کر۔ ذاتھ تہٕ چھُ اسہٕ اتہٕ یان ازانی باسان تہٕ وُچھتھ تہٕ چھِ اسی اتہٕ اُنی۔ بروٚنہہ کنہٕ آسِتھ تہٕ چھُ یہِ اسہٕ نشہٕ دوٗر تہٕ پیٚنزر آسِتھ تہٕ چھُ یہِ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ایٚرز۔ قدرژہِ امی رنگارنگی دیُت سِرتیٚس زنم۔ تہٕ پزرگارنہٕ باپتھ، یہِ زان حاصل کرنہٕ باپتھ تہٕ یہِ دوٗربر سِرکرنہٕ باپتھ کرہٕ عارفو وارِیاہ کوٗششہٕ۔ وارِیاہ منزل کٔرِکھ طے وارِیاہ سِرسہدی یمن سِرتہٕ یہِ سفر چھُ وُنہِ تہٕ جاری۔ نہٕ چھُ قدرتکس اُتھ دریاوس گنہِ ژھین تہٕ نہٕ چھیٚ آدمہٕ پتر ناو اتھ سِرکرنس پوٚت ہیوان۔ لہٰذا یِتھہ مقامس تام ووت تمی ووٚنی تتی خبراہ تہٕ اُتھی پیو سِریت ناو۔

سِریت ( MYSTICISM ) چھُ یونانی لفظ "مِسٹکس" یمیُک مطلب ہیو

شائرن اُسۍتن اَتھ منز سیدِ سیوۄد یاورگہ پاٹھۍ پرژھ ہِش کوشش کرمژ یا نہٕ۔ تَس چھینہٕ پانَس تہٕ شاید تِم گوشہٕ پناہ آسان یِمَن ہنز وَکھنے نقاد چھِس کران مگر شرط چھُ یہِ زِ یِتھ گرٕزھ تیوٚت خوش نصیب آسُن یُتھ زَن نقادن تام تُسند کلامہٕ واتہِ۔ مگر سِرِیتَس پرژھ ہِش وَنن کرٕنۍ چھیہٕ صرف اکھ خوشفہمی تہٕ غلط استیمال۔ پَزر چھُ یِہ زِ یِمَن تخلیقن ہنز زبان گرٕزھِ شوٚد تہٕ سہل آسِنۍ تہٕ خیال گرٕزھِ لفاظی بغار آسُن، تہٕ سیدِ سیوۄد ابدی حقیقژ کُن اِشارٕ کرُن۔

ہیٚندی ادبَس منز چھیہٕ گوڈ کالہٕ پیٹھے سِرِیت نظرِ گژھان۔ اَمہِ کیو اُدبیو سنتو تہٕ سادو چھُ زندگی ہُند فلسفہٕ خوبصوٗرتی سان وِرژھنووُمُت یِتۍ چھکھ ابدی سوٚکونکۍ مختلف پہلوٗ مثالو ذٕرۍ جان پاٹھۍ شکلاوِتھ۔ سِرِیتچہِ مختلف ترایہِ وَنہٕ کڈٕنہٕ باپتھ چھکھ "مِیُل تہٕ جُدائی" "دوکھ تہٕ سوکھ" بیترِ نہجہِ پاہنادِ مژ تہٕ یِنھ کِنۍ چھکھ یِمَن ابدی سوٚکونچہِ وَنہٕ گاشراومژ۔ یِمہٕ وَنہٕ گاشراوَنَس منز چھِ ہیٚندی ادکۍ ژٕوے شیٚتھ "سِدھ" براند کَنہٕ ہنز خُنۍ یُتھ تھاوان۔ یِمَو منز اَسی کیہنہٕ ناتھ پنتھی، کیہنہٕ سِدھ مارگی، کیہنہٕ ہٹھ یوگی، کیہنہٕ وجریانی، کیہنہٕ منتریانی تہٕ کیہنہٕ جینی بیترِ۔ چونکہ یِہند فلسفہٕ ادس ژٕری پاٹھۍ عالمانہٕ لہٰذا ہیوٚک نہٕ یہٕ عام لوٗکن تام تِمی ترایہِ گرابہِ واتِتھ یِتھ کِنۍ یہٕ بابا گرونانکن تہٕ سنت کبیرن اَسہِ تام واتنوو۔ یِمَو دوشوے چھِ چھِ زبانٔی ہندِ شعوزہٕ تہٕ صاف گوئی موٗجوب سِرِیت بیان کرنس منز سرس پوان مانِنہٕ۔ پان پرزناونہٕ باپتھ چھِ یِم وَنان :۔

آپے میں تب آپا نرکھیا اپن پے آپا سوجھ
آپے کہت سُنت پُنہ اپنا اپن پے آیا سوجھ

کبیر پندِس اتھ یِہ وَنُن چھُ سانہِ انداز بِلکُل تی مُدا تہٕ مقصد یہِ زَن للہ دیدِ ہندِس یِتھ واکھس چھُ : "نیٚبرِ دوٚپہم اندر اژُن"۔

یِتھ کائناتَس منز آدمہٕ سُند وجوٗد چھُ کبیرن "آبہٕ نوٚٹ تہٕ سوٚدُر" علامژ وَرنادِتھ بیان کوٚرمُت، یِتھ کِنۍ سوچھ کرالُن کاشرِ شاعری منز "آب در ناو تے ناو در آب" وَرنادِتھ کوٚرمُت چھُ۔ کبیر چھُ وَنان :۔

جل میں کُمبھ کُمبھ میں جل ہے باہر بھیتر پانی
پھوٹا کُمبھ جل جل ہی سمانا یہ تتھ کتھو گیانی

جاپہ وحدانیت چھےٚ تھنہٕ پیوان تتی چھےٚ آدم ہندِس مَنس منز سرِیت زنم لبان"۔
جناب پرشرام چتر رویدی مُند وَنُن چھُ "سرِیت چھےٚ شایرس منز شارن ہنز سو ہیتھ یتھ
منز برژھ کانہہ کیفیتھ بیان یِیہ کرنہٕ یتھ بپٹھ صرف پرژھ چھےٚ آسان کرنی تہٕ عقلہٕ چھُ
آسان کھش کرُن" گنگا پرساد پانڈے چھِ وَنان۔" رہسہ واد چھُ دِلُک پرزگارُن تہٕ سو حقیقتھ
پراونٕی یِمیک عارفس امار چھُ آسان"۔

سرِیتس متعلق یِم ساری بیان چھِ بزاتہٕ خود سیٹھاہ گرٹھی تہٕ مشکل۔ تکیازِ "اندری وِد"
"وحدانیت" دِیہ مُند باسُن موحسوس کرُن" بیتر لفظ چھِ زیٚو پیٹھ آسانی سان کھسان مگر
سمجھنہٕ چھِ تیتی مشکل زِ عقل چھےٚ راوان پرمانے چھِ تیتر زِ سونچ چھُنہٕ پلان۔ وَکھنہٕ چھےٚ
وارِیاہ سپرژھ مگر مسلہ چھُ وُنہٕ تہٕ تتی یتہٕ یہ از برونہہ ساپہہ بدٕو وُری اوس۔ یِمی تہٕ یہ
کینژھا بوو زنتہٕ تمُن آبہٕ سودرٕ منز اکھ آبہٕ قطرٕ۔ سمندر رُود سمندرے تہٕ آبہٕ قطرٕ صرف
اکھ قطرٕ۔ وُنیے چھےٚ تہٕ چھُ تیتہٕ۔

عارفس تہٕ ابدی حقیقتس درمیان یِمہٕ ساتہٕ شوُد عشقُک رشتہٕ چھُ پادٕ گرژھان
تتھ چھِ برزہٕ پاٹھی سرِیت وَنان۔ اَتھ حالتس منز چھُ تس ذہین گرکھ دِوان تہٕ کیاہ تام
گنگراے چھس کُنہٕ گرژھان ژھینتھ گوشہ چھس گاشراونہٕ یِوان۔ زیٚو چھس یِوان تہٕ اَتھ
حالتس منز یہ کینژھا تسنز زبانی نیران چھُ تتھ چھِ سرِیت وَنان۔ دوئیت اُستھ تہٕ یتھ
جاپہ وحدت چھےٚ زنم لبان تس گوو رہسہ واد یا سرِیت۔ سرِیت بیان کرن والی ہندر باپتھ چھُ
ضوٗرٕ ذری زِ تسندِس آتماہس تہٕ پرماتماہس درمیان گرژھہ گُنبر آسُن تہٕ یتھی ہی خیال چھِ "ساندھیہ
گیتس" منز۔ پرساد جی تہٕ چھِ "اہم" پیٹھہٕ "ادم" یانے "تُو ہے" نام واتنس سرِیت
وَنان۔ بڈٕ بارٕ مُفکر سوامی ووِیکانند جی یِلہٕ ابتدائی ایامن منز دِے ژھاران ژھاران
تھکی مگر لونگُھ نہٕ گنی تمو بوکھ تھکتھ لبہٕ پیٹھ "NOWHERE IS GOD" یانے "دِے
چھُنہٕ کُنی" ساتھی اکھ آو تمن نش تہٕ پِئیس سند سبوُد لبہٕ پیٹھ نظر۔ یہ جملہ پوٗر تمی یِمہٕ تراہ
"NOW HERE IS GOD" یانے یِیتی چھُ دِے" سوامی ووِیکانند جی سنیہ اُتھو
تہٕ واتی مقامس۔ کیہنہ یہ منز کیاہ تام وَنہٕ کڈُن چھےٚ سرِیت۔

وُنی یِہکِس جنیدید ادبس منز چاہے سُہ ہندی آسِتن یا بنگالی۔ انگریزی آسِتن
یا کاشر۔ پنجابی آسِتن یا اُڈیا پریتھ کُنہ چھُ یِوان سرِیتس ستی کُنہ نتہٕ کُنہ رنگہ لچھ واتھ کرنہٕ۔ چاہے

اَمہٕ اُتھرے کوٚرُم دوٚتہٕ دوٚتہٕ ہیٚ
ییٚم نتہٕ ہیٚ مارِس پان

جایسی چھہٕ وَنان :۔

دیکھیو پرم ہمنس پرِ چھاںہی
نَیَن جیوٚتہٕ سا بچھُرت ناہیں

جایسی چُھہ دِیہٕ سُند خوابہٕ خط ینہٕ کنہِ بیان کران :۔

اَچھ وُچھِس زنتہٕ نہٕ پمپوش
پان باسیوم زنتہٕ اَتھاہ سوٚدُر
اَپھوٚن وُچھُم زنتہٕ رازہٕ ہونز
ناپان وُچھم زنتہٕ موٚل لال

سہ تیٚس منز گژھِ عاشقس عشقہٕ نار مَنہٕ منز آسُن۔ اَمی سِتی سپدِس تَسُند وصل حاصِل نتہٕ چھِس ساپرے عمل آب مندنس برابر۔ اَتھی کتھ واش کڈان چھہٕ نعمہٕ صاحب وَنان :۔

یَس لایہ ناد سُہ چھُم نیشہٕ

تہٕ محمود گامی :۔

مُشک زَن میلِتھ گو لابَس سِتی

یم خیال چھِہ ہِندی ادبس منز جایسین ینہٕ کنہِ باوِی متی :۔

دوٚدھ مانجھ جس گھیو ہے
سمدر مانجھ جس موتی
نین بیچ جو دیکھہو
چمک اٹھے تس موتی

اگرچہ جایسی ہنز تخلیق "پدماوت" عشقہٕ داستانن ہندِس ضِمنس منز چھیہٕ یوان مگر تو تہٕ چھینہٕ اَتھ منز تِمن بیانن ہنز کمی ینہٕ زَن اَز حقیقی عشقچ باوتھ وَلو۔ اَمی کتھہِ ہند پوٚرہ پوٚرہ خیال چھُہ ساڑ بہلہٕ پایہٕ مثنوی نگار مقبول شاہ کرالہ واری "گلریز" مثنوی منز تھوٚو مت۔ یمن دوشونی عشقہٕ داستانن ہند اگر تقوبلی مطالعہ کرو تہٕ مثالہٕ

کبیر داس تہٕ چھہٕ سرتیچ وَتھ لولہٕ تہٕ مایہٕ برٛژ مانان تہٕ علم تہٕ گیان چھکھ اکھ مقاس تام واتنہٕ باپتھ اکھ ڈکھ لۄر ماگنہٕ مژ۔ یہے کتھ چھیہٕ کاشرِ پو گونماتو تہٕ وکھناوِمژ۔ مثالہٕ پاٹھی نی او لہٕ ہند یہ واکھ۔ "موڈو کرٕ یہ چھے نہٕ دھارُن تہٕ پارُن" یا سو چھہٕ کرالن تہٕ چھیہٕ پرٛژھے ہش باوتھ پننہٕ "دہیوس نہٕ دۄبنم" ناوی نظمہٕ منز کرمژ۔

یتھ کنی چھ کبیر ہندی شاعرِ ہند بوڈ بار مفکر مانہٕ یوان۔ ہیمی دیہ سُند لول تہٕ ہرنیت نَھدیو عالمانہٕ آولینو منز گڈِتھ عام فہم تہٕ پریم مارٕگچ وَتھ کاشرؠو یتھ منز لوٗلچ دگ، دۄرٕک نہٕ زرُن تہٕ نزدیکی ہنز شادمانی ہرجایہٕ نظر چھیہٕ گژھان۔

کبیرس پتہٕ چھ رہبہٕ وادس منز جایسی سُند مقام یوان۔ اَمی تہٕ چھ یہ سمسار اَیزٕ ذاتھ دیہ سُند آسُن پوز موٗنمُت تہٕ یتھ کنی چھُن ہندوستانی فلسفس منز ابدی عشق وکھنوومُت تہٕ برونہہ پکنوومُت۔ اَمی چھ دنیاوی عشق عشقِ محمدیؐ باپتھ اکھ ہیرِ پوو موٗنمُت۔ عشق چھ بذاتِ خود ابدی حقیقتھ پرزناونی۔ جُدائی ہند باس پنہٕ پتہٕ یوسہ خُشی ابدی حقیقتھ پراونہٕ ستی چھیہٕ یوان تتھ وکھنے کرنی چھیہٕ مشکل۔ یہ چھ بلکل تہٕ ہو بہو سہ فلسفہ ییس سانیو بہلہٕ پایہٕ صوفی سنتو وکھنوومُت چھ۔ آتما تہٕ پرماتما چھہٕ عاشق تہٕ ماشوق تہٕ یہ حقیقتھ پرزناونی چھیہٕ ابدی سوکھ باپتھ اکھ ہیرِ پوو۔ اَتھ دَتہٕ یکِتھ چھ عارفس سہ سوکھ یوان تہٕ نشہٕ کھسان یتھ زَن پہنز زبانی منز "مے" چھہٕ وَنان۔ "مے"، "جام" تہٕ "عارف" ییم چھہٕ اکی ہیرِ ہندی تریہٕ پادی۔ عشقہٕ اَتھ چھیہٕ یمن ترٛیشونی گوڈ دوہ تہٕ دوہ کران۔ ترٛیشونی ہندِ یمن مقام چھ ختم سپدان تہٕ یمن میل گژھتھ چھ اکھ نووے چیز تھن یہ ہیوان یتھ "وحدت" چھہٕ وَنان۔

یوٗہے خیال چھ جایسین یتھ کنی بوومُت:۔

وِرہ کی آگِ سوٗرج جرِ کانپا
راتھہٕ دِوس جرے اونہہ تاپا

پرٛژھے ہش باوتھ کرٕ رحم صابن تہٕ:۔

اُدی اُدی ڈیشاو میتہٕ ہے
شادی براں گوم درہ راتھ

جیّدید دورس منز دیُت روِندر ناتھن ہرینِس نوٚو موڑ تہٕ تِمی بند اَمہٕ نوٚر ستی پیدٕ ک
جے شنکر پرساد، پنتھ نرالا تہٕ مہادیوی ورما ہوی بہلہٕ پایہٕ شاعر متاثر۔ اُمی کٔڈ ہرِیت فلسفیانہ
نہجِ منز تہٕ ذہنِس عام زندگی ہندِس لوہ لنگرس ہتی واتھ۔ یِم چھِ وَنان:۔

شیشہٕ مکھ پر گھونگھٹ ڈالے

آنچل میں دیپ چھپائے

جیون کی گودھولہٕ میں

کوتوہل سے تم آئے

اَتھی وۄن نغمہٕ حابن زِ "یس لایہ ناد سٕہ چھُم نیشہٕ"
اَندرِیم گاش ہیر ژھٹان چھُ جے شنکر پرساد وَنان:۔

کھو جا ہم نے ہاتھ پکڑلے — ساتھی کوئی نہیں ملا

دیپ مالکا ہوئی وہیں پر — تیری چھوکی۔ پران ملا

پرساد جی تہٕ چھِ ساہن صوفی شاعرن ہندی پاٹھو دِیہٕ سند آسنٕ یِمہٕ کاینات
کٔن مانان تہٕ تسندٕے نوٗر چھُ ژوپاری تس نظرِ گژھان۔ مَنُش چھُ دِیہٕ سند یہٕ نوٗر ہرنہٕ
ہند ناقصی پاٹھی وَنہٕ ژھاران تہٕ عُمرِ درعُمرِ وِتس اَتھی دوٗلابس ہتی۔ خالی کانہہ چھُ
اَمہٕ ناقصک مُشک پرزناوِتھ ہکان یُس نافہٕ تس پانسے منز آسان چھُ۔ پرساد جی نِس
ہریتس منز چھِ اَسہٕ یوگین ہند کٔٹھین ریاض، صوفین ہند عشقِ ابدی تُلسی داسنٕ ہِش
بیہ وایہ پرٛتھ، سوٗر داسن ہیوٗ میچھر تہٕ میرا بھائی ہند ہیوٗ بیہ لوٗت پریم نظرِ گژھان۔

پریچ منظرکشی تہٕ خوبصورتی بیان کرنس منز چھُ ہندی ادبس منز پنت جیس
سُے مقام حاصل یُس نقربین وارڈس ورتھس انگریزی ادبس منز حاصل چھُ۔ اُمیک ٹاکارہ
نوٗدتھ چھُ اَسہٕ پہند "وِنا" ناوی نظمہٕ منز نظرِ گژھان ڈٕنیکہٕ ووجودک ہر بیلہٕ
نینوس تہٕ بیہ وایہ دِژنٕ:۔

تب تو یہ بھاری انہ — ایک میل میں ملا ہوا تھا

ایک جیوتہٕ بنکر شندر — میں اُمنگ تھی تو اُتپات

پنت جی نِس کلامس منز چھُ اَسہٕ روِندر ناتھ ٹھاکرُ تہٕ مہاکوی اروِندنی ہشہٕ
فلسفیانہ نہجِ نظرِ گژھان۔ یہاذا چھِیہٕ اُمی پندِس کلامس منز پان پرزناونہٕ باپتھ تماومانہ وَتھ

سمن تیتھ زِ یہ بنہِ بذاتہٖ خود اکھ تۆ کتاب۔

یینہٕ ہندی ادبس منز وارِہو گوئمہ تۆ ابدی حقیقتھ نِرگُن (گوئو رۆس) تہٕ نِراکار (آکار روس) مانتھ وکھناومُت چھیہٕ تتہٕ چھ کینہہ یہ حقیقتھ سہ گُن (گوئو سۆس) تہٕ ساکار (آکار واجیُن) مانمُت تہٕ سنت تُلسی داس چھ اَتھی سگُن تہٕ ساکارہ ضمنس منز یوان یمن ہند وَنُن چھ دے چھ تتی یتھ جایہ پریم تہٕ بآے بندُت چھ۔

تُلسی داسن چھ وَنان :۔

ہر ویاپک سروتر سمانا پریم تے پرگٹ ہوئی میں جانا

اَتھی وۆن للہٕ سومن باغہ برس اَژُن تہٕ تتہٕ شو شند دیدار کرِتھ واہ واہ کرُن۔

تُلسی چھ وَنان :۔

نِرگُن روُپ سلبھ اَتہٕ سگُن جان نہہ کوئی
سگُم اگم نانا چرت سُنہِ منہٕ من برم ہوئی

وۆدِ بیلہِ وَنہٕ والیوِ دۆن زِ سہ دے چھ تشبیہ اُستھ تہٕ نِراکار نِرگُن اُستھ تہٕ دُنیاوی لوہ لنگرس لور سہل اُسنہٕ تہٕ مُشکل، بے باک اُسنہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ پاٹھر گوژ۔ یتھس تضادس منز چھ بہلہِ پایہٕ سادن تہٕ سنتن تہٕ برم گژھان اَسہِ ہوپن عام لۆکن ہنز چھنہٕ کتھے۔

تُلسی داسس یتہٕ آو ہندی اَدبس منز کرشنہٕ بھگتی ہند دور تہٕ دَیہٕ پتر یتہٕ لوٹ خدمتھ کرِنی روز پیٹھ۔ سارنے کھوتہٕ بڈ اَرزتھ۔ سوُرداس اوس امی روُک اکھ رٲیِل تہٕ امی گنز رووِنہ دے زانہہ تہٕ پانس بدۆن۔

سرینچہ امی وَتہٕ ہنز ڈیکہ ٹیکہ چھیہٕ میرا بھائی ماننہٕ یوان۔ امی ہندس کلامس منز چھ اَسہ میلِ تہٕ جُدائی، گیان تہٕ بھکتی، پریمک تہٕ خدمتک رلہٕ ملہٕ توٗژ نظر گژھان۔ مثلن :۔

مان ایمان دوؤ گھر چلکے نکسی ہوں گیان گلی
اونچی اٹار لال رکوریا نرگُن سیج بچھی
سیج سُشمنا میرا سوُہے شبھ ہے آج گھری

مان تہٕ ایمان اوُک طرف ترٲوِتھ گیانچہِ وَتہٕ پیٹھ پکتھ چھ یہ ابدی سوکونس تام واتنک اکھ تجربہٕ یُس میرا یہ چھ پانوومُت۔

آلِ احمد سرور

# اُردو شاعری منٛز

# تصوُف

سِرِیچ اِصطلاح چھیِہ اکھ خاص وُستھ تہٕ مانہٕ ساوبرٕ تھوان ۔ اِسلامس منٛز گٔے سِرِیت
تصوُفچہِ شکلہِ منٛز ظاہر ۔ یِتھٕکٕنۍ چھیِہ سِرِیت انسان سٕنٛزِ فطرتٕچ ہُند تہٕ ہرازگ اکھ سُہ یاس،
یُس انسانس رٛنش تمہِ وقتہٕ پیٚٹھ لبنہٕ چھُ یوان ییٚلہ اَمۍ پننس وجوٗدس ، اَمہِ کِس اصلس، باطنس
تہٕ فطرتس یا خُدائیس ستۍ پننِس رِشتس مُتلق غور کرُن شوٗروٗع کوٗر ۔ مگر سارِنے بڈٚین مذہبن
ہندِس توارٕخس منٛز چھیِہ سِرِیت اکِہ مسلکہٕ رنٛگہٕ تہٕ ظاہر سپنٛزمٕژ ۔ مذہبن ہٕنٛز اَمہِ ستۍ تقویتھ
تہٕ بارٕے گوومِنٛ منٛز اِنتشار تہٕ پادٕ ۔ مذہبو علاوٕ پیٚوٚو فلسفس، شاعریہِ تہٕ فوٗنونِ لطیفن
خاصکرِتھ موٗسیقیہِ پیٚٹھ اَمِیک سوٗن اثر ۔ جدیدیتٕ ہندِ اثرٕ گٔے باطنیچ لے یوسہٕ سِرِیتُک
رُح چھیِہ ، کمزور ۔ مگر دُنیہکس سارِسے کلاسیکل ادبس پیٹھ چھُ اَمِکۍ اثرات ییتۍ نٔنۍ زِ یہٕ
رو چھیِہ وُنہٕ تہٕ فلسفس تہٕ شاعریہِ منٛز کٔھت بدلاوِتھ ظاہر گژھان روزان ۔ مارشلن چھُ
پننہِ 'VENTURE OF ISLAM' کتابہِ منٛز یہِ تام وَنمُت زِ دورِ جدیدس
منٛز روزِ یہٕ جونہوٗریتُک رُح اِسلامس منٛز پننُن اثر ہاوان ورٕکٔے تہٕ اَمہِ علاوٕ فارسی شاعری (یِتھ

وَدِ گرٛزھان۔

نرلاجی اُسی لوکچار، پانہ پیٹھے سنتن تہ سادن ہتی لوے خوے نھاوان تہ دیہ سندس آسنس پیٹھ اکھ بڑھ تہ پرٛزھ۔ دٔلیس تہ پانس درمیان دوٗگنیار نہ آسنس متلق چھ تم دنان :۔

تُم تنگ ہمائے شرنگ ادرمیں چنچل گتہ سٔر ہرتا
تُم دٕ ہٕرڑدے، اُچھو اس ادرمیں کانت کامنی کوتا

مہادیوی ورمایہ ہند سوٗرے کلام چھ سِرینکہ بیانچ اکھ کتاب۔ تمہنز ساری زندگی چھیہ بذاتِ خود سِرینکہ بیانچ اکھ کھُلہ کتاب یتھ منز کانہہ وَرق یا تہ لوٗپہ مرٛزاوتھ چھ نتہ چھ اڈوٗوتھ۔ اتھ منز چھ اَسہ جایہ جایہ ہتی بٲژس ہنز دلکھ تہ جذٲتی ہند زلہ لہ نظون نظرِ گرزھان۔ مثالہ پاٹھی نی تون دہلچ یہ آش :۔

پرٛتی کھیا میں متوالے نئین اُڑینگے جب سورَپ ساتھ
ہٕرڈے ہوگا نہرو اہوان ہلوٗگے کیا تب ہے اگیات

غزہ فانچ وتہ پیٹھ ییمہ ساتہ عارِ فس یہ آش چھیہ گژھان زِ ووٗنی نتہ ووٗنی واتہ متعاشس تس چھیہ دِیہ ہندِ اور گنیج تہ برونہہ کنی زینیج آواز کنن گرزھان۔ ہنگہ منگہ چھس آواز نیران :۔

اُس سوٗنے پتھ میں اپنے بیروں کی چاپ چھپائے
میرے نہرو مانس میں وے دھیرے دھیرے آئے

پتھ کالہ پیٹھ اُزتام کرٛ ساںو گونماتو تہ اَدیبو کوشش زِ قدرتکی ژھیپتھ گوشہٕ گنڈ عام اَدمس تام واتنہٕ نتہ اَتھ کوشِشہ منز کرٛ کانٛہہ گیانہ مارگیٚ وتھ اکھتیار تہ کانٛہہ پریم مارگیٚ وتھ، تہ کانٛہہ وٕون زِ بھکتی مارگ چھ سارِوے سرس۔ یہ کوشش چھیہ اَز تہ جاری تہ سوٗچ چھ دوہہ پتہ دوہہ وُسعتھ لبان تہ بُرونہہ کُن نتہ روزِ یتھے پاٹھی پکان : اَمی وٕون نعمہٕ صاحبن :۔

| | |
|---|---|
| دُنیہ سے مے کانٛسہ ڈلینہ | حیس مانہ بےشمار |
| اَلف درامُت میہس نشہ | کیوٗ شیشہ چھو ونس مے |



بڈین بڈین علاقن تام اَمہِ ذٔریہِ واتھ، تہ انکار کرُن آسہِ سیٹھاہ بڈ ناانصافی ۔ اقبالَن
تہِ ییلہِ تصوفس پیٹھ اعتراض کران چھُ، اول تہ چھُ سہ عجمی تصوف زندگی ہُند فلسفہ
بناونس پیٹھ اعتراض کران، ییمہِ ذٔسی عملہٕ ہندی قووتھ کمزور گے"، دوٚیُم چھُ اتھ پیٹھ تصوفک
سہ نظریہ یتھ انگریزیس منز 'MYSTICISM OF ACTION' عملہٕ ہُند تصوف وَنن چھُ
آمُت تہ ییمکی نوٚقوش مغربی ایشیاہٕ تہ شمالی افریقہ چھِ وارِیاہن سیاسی تہ سماجی تحریکن
منز لبنہٕ چھِ یوان۔ مگر اُردوچہِ کلاسیکی شاعری منز چھِنہٕ صرف اَمہِ کرِ برکتہٕ اخلاقی قدرہٕ
ہُران بلکہ چھُ انسان دوستی ہندی وارِیاہ جلوٕ تہ میلان۔ یتہٕ آو اَمکہِ مدتہٕ لوکن ہندین
نمناہن ہُند عکس۔ ظلم، جبر تہ آمریتہٕ خلاف جذبن میج زلو۔ رواداری تہ وٕندٕ وُستھ
ہُربیہ تہ ساٚنی اُردو شاعری بَنیہِ سانہٕ تہذیبکہِ ستہٕ ساٚدی جلوٕک اَنہ۔ یتھ منز اسلامی
فکر تہ چھیہِ، ہندوستانی فلسفہ تہ تہ اَمہِ کین ہنگامن ستی ستی آگاشی وِہزارن ہنزٕ مستی تہ
مُصحفی ین چھُ وونمُت "الحق درویشی وشاعری دوش بدوش راہ می رود"، اَکس
صوفی شاعرہٕ سندس تذکرس منز چھُ لیکھان "دردیستے است صوفی کہ اکثر مسایل صوفیہ
راکہ مراد از وحدت وجود باشد بہ دلایل وبراہین چنانکہ شیوۂ صوفیان با فضل وکمال
است از روئے نص وحدیث بہ اثبات رسانیدہ، ودر ریختہ موزوں ساختہ" یوٚدوے
ساٚنہِ صوفی شاعری چھِنہٕ اَتھ کھوچہِ کھسِتھ پاسہ نیران، مثلن آسی غازی پوری سُند
یہ شار چھُ پوچھتہٕ پرٕتھ کھوٚن والین لوکن نش قابلِ اعتراض ؎

جو نور مستویٔ عرش تھا خدا ہو کر — اُتر پڑا وہ مدینے میں مصطفےٰ ہو کر

مگر عام پاٹھی سپدٕ یہ تہ وارِیاہ شاعر وٲتی نہ جذب ومستی ہنزٕ اتھ لہرٕ تام،
یوسہِ یہِ نہٕ جایہ قابلِ درگزر چھِیہِ۔ یتھن چھیہ یہ کتھ تہ واضح کرٕنی ضروری زِ حزین ہندِس
یتھ قولس زِ "تصوف برائے شعر گفتن خوب است" منز چھُ کم قلیلاہ طنز۔ تہ یہ زن
میانی کنی صحی چھنہٕ۔ تہ کیازِ شاعری ییلہِ تھدِ فصیح آسہِ، پرتھکنہِ زبانی منز چھُ وٕچھنہٕ آمُت
زِ سوٕ چھیہِ یہ ڈیوٕز تہ سرتیج حاصل آسان۔ میکش اکبرآبادی ین چھُ مسایل تصوف کتابہِ
منز لیوکھمُت زِ "تصوف چھیہِ رسم پرستی ظاہری ہاوباو تہ دین کین دعوادارن تہ تمن
زیرِاثر حوکومتکس استبدادس تہ استحصالس خلاف اکھ باغیانہٕ تحریک"، مگر میہ نش
چھُ یہ خدائے ہندین بندن اکھ اَکس نکھٕ اَنُنک، تِھہنہٕ بجایہ میل، میچھناونک، وحدتس

منز تصوفکی مسلہٕ تہٕ واریٛ داتھ، یِہند تاثیر تہٕ وِتر ھنے، اَدحال تہٕ مُقاماتھ، سوٗرٕ کیٛہہ لبنہٕ چھُ یوان) روزِ بہرحال لوٗکن مُتاثر کران۔ مارشل سُند وَنُن چھُ یہِ زِ فارسی شاعری چھنہٕ آخرکار شاید صرف فارسیہ نِشہٕ مُتاثر گژھن والین ہندِ خاطرٕ، بلکہ گژھہِ دوٚیمین ہندِ خاطرٕ تہٕ طاقتُک اکھ آگُر بنیٚتھ۔ یہِ طاقتھ گوٚر اَتھ تصوفن عطا تہٕ اَمہِ طاقتُک حِصہٕ میوٗل اُردو شاعری تہٕ۔

اُردو زبانِ تہٕ اَدبُک گژھنس منز چھیہٕ بازر، خانقاہ تہٕ دربارکین تہذیبی اِدارن مرکزی اہمیتھ۔ یوٚتام شارہٕ ادبُک سوال چھُ اَتھ منز چھُ گوڈنکس دورس منز خانقاہ تہٕ پۄتہٕ کس دورس منز خانقاہن سۭتۍ سۭتۍ دربارُک رول مانُنہٕ آمُت۔ اُردو زبانِ ہنز بُنیاد چھیہٕ ہیٚندُستانی تہٕ اَمہِ کس ادبس منز چھُ اوٚلین سرمایہِ صوٗفین ہُند دیُت۔ یمو ہیٚتر گوڈٕ ہیٚندی رِوایژٕ کام تہٕ پتہٕ عجمی رِوایژٕ۔ شیٚیمہِ صدی ہجری پیٛٹھٕ ڈہیٚمہِ صدی ہجری تام چھیہٕ ہیٚندی رِوایتھ غالب روزان۔ شہٕ ہیٚندی تصوف یُس ناتھ پنتھ، بھگتی واد تہٕ نرگن واد چہ شکلہِ منز رائج اوس، چھُ اَمہِ پتہٕ خواجہ مسعود سعد سُلیمان، امیر خسروؔ، بابا فریدؔ، ابوعلی قلندرؔ، شرف الدین یحییٰ منیریؔ، کبیرؔ، شیخ عبدالقدوس گنگوہیؔ، شاہ ہاشمؔ، قاضی محمود دریائیؔ، علی جیو گام، گرونانک، میراں جی، شمس العشاقؔ، بُرہان الدین جانمؔ نِش اسلامی تصوفس سۭتۍ مِلِتھ بہار ہاوان۔ میکش اکبرآبادی ہِندِ وَننہٕ کنِہ چھُ پتہٕ ویدانتکی اثراتھ تصوف تہٕ اَمہِ چہ شاعری پیٛٹھ نہٕ۔ پیٛلہِ وَلی ہِندِ وقتہٕ پیٛٹھ عجمی اثراتھ نہٕ چھُ ہیوان نیرِنہٕ تہٕ یوٚہے تصوف چھُ فارسیٚکین رمزن کنایَن، اشارن تہٕ علامژن کام ہیوان۔ دربارُک اثر چھُ شایرِ شائستگی تہٕ نازک خیالی، شیرِ یار تہٕ ہموٲری پراوان۔ موجوٗدہٕ دُکھہٕ عاشقُک تہٕ جسمُک اِحساس چھُ وۄتلان۔ دُنیہچہ رنگینیہ چھیہٕ پانس کُن مُتوجہ کران۔ مگر اَتھ دورس منز تہِ چھیہٕ فکری رِوایتھ سوٗے یوسہٕ صوٗفین ہُند دیُت چھیہٕ۔ یاتے بنیٛہ کلاسیکی شاعری منز یُس اَسی زندگی ہُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ فلسفہ لبان چھِ، شہٕ چھُ ہیٚندی سرِیت تہٕ اسلامی تصوفُک مرکب۔

تصوفس چھُ حال حالے کینژو لوکو ماورائیتھ، خانقاہیتھ، زندگیہ نِشہٕ فرار تہٕ ترک دُنیاہ ناوکرِتھ اَمکی رنگہٕ رنگہٕ اخلاقی، سماجی تہٕ تہذیبی کارنامہٕ پَس پُشت تراوِنچ کوٗشش کرمژ۔ بے شکھ اُس تصوفکس آخری دورس منز وارِہیو خرابیو وَتھ لبمژ۔ مگر اسلامس یوسہٕ خدمتھ تصوفن کرٕ، بیٚتھ پاٹھۍ اَمچ مقبولیتھ ہُراوِن تہٕ بیٚتھ پاٹھۍ اسلامچ نایم

یکباز فارسی رِوایتھ چھِیہٕ اکھ مُنفرد انداز، رُوحانیتھ تہٕ مادِیتکِ اَکھ وارپیچ نُمایندگی کران۔ اَکھ منز چھِ خُدائی تہٕ انسانی صِفاتھ تھدِ کھوتہٕ تھدِس جمالیاتی سطحس پیٹھ یتھ رلان تہٕ اَپِج امیجری نہٕ اُمکی آداب چھِ ذہنس وِوِپر (اغیار) ہندِس جستجوس منز بےٚ اند آزادی عطا کران۔

اُردُوس منز چھُ اکھ قابلِ لحاظ حصہٕ صاحبِ سِلسِلہٕ تہٕ خانقاہ صُوفیِن ہُند۔ مگر یتہٕ چھُ پرزر زِ محض تصوفکی مسلہٕ بیان کرنٕی گےٚ نہٕ شاعری۔ ووں گوو یتھ کنٕی چھُ تصوف کین مسلن متعلق وارِیاہ کینہہ منظوم ادب میلتھ ہیکان، یمیٚچ تہذیبی تہٕ علمی اہمیتھ مانٕنہٕ زانٕنہٕ آمژ چھیہٕ۔ دکھنی وارِیاہ صُوفی شاعرٕ یمَن پیٹھ ویدانت فلسفُک اثر تہٕ نوٚن چھُ، چھِ تواریخی اہمیتھ ژُر تہٕ ادبی اہمیتھ کم تھوان۔ یتھے کنٕی چھِ شاہ نیاز بریلوی، شاہ ترُاب علی قلندر، شاہ رُکن الدین عاشق تہٕ حضرت جی غمگین گوالیارس نشہٕ تصوفکی مسلہٕ یمیٚنہٕ شاعری واردِاتھ بنیتھ چھِ ہیکیمتی۔ خواجہ میر درد تہٕ مظہر جانِ جاناں آسی تھدِ پایکی صوفی۔ تصوف کِس تواریخس منز چھیہٕ دونوی ہنز اہمیتھ مانٕنمژ زانٕنمژ۔ مگر دردٕ ہندِس کلامس منز چھُ تصوفُک رنگ، پوٚر شاعری چھنہٕ۔ ووں گوو اتھ رنگس منز چھِ مسلہٕ نہٕ تہٕ وارِداتھ نہٕ۔ مظہر سنز شاعری چھنہٕ اول تہٕ زیادٕ دوٚیُم ہیکوٚ نہٕ اُمیک درجہ بُلند تہٕ وُنیتھ۔ اَلِ میرؔ، نظیرؔ، آتشؔ، غالبؔ، اکبرؔ، حسرتؔ (عارفانہٕ شاعری والی) اصغرؔ، اقبالؔ، فانیؔ، آسی غازی پوٚری تہٕ امجدؔ حیدر آبادی یمَن نِش چھیہٕ تصوفس منز شاعری، یمَن نِش چھِ مسائل تہٕ یِم شاعرانہٕ زبانی منز چھِ، وارِداتھ تہٕ یِم دِلس اثر چھِ کران تہٕ سُہ بیاکھ کیاہ تام چیز تہٕ یُس رمز (OTHER SPEAKING) ہیتی یاد چھُ گژھان۔

یمیٚتن چھُ یہ سوال یادٕ گژھان زِ بڈین صوفیِن یا مُستند صوفیِن ہنز شاعری کونہٕ ہیٚچ یتھ تھز صُوفی شاعری بنِتھ، یتھ میرؔ، غالبؔ، اقبالؔ، اصغرؔ یا فانیؔ ہنز شاعری چھیہٕ۔ اُمیک اَسیوٚد ساد وجہ چھُ یہ موٚلوٚم سپدان زِ تِم لوکھ خاہ کیتاہ تہٕ بڈی صوفی کونہٕ آسن، شاعر ہندِ حیثیتہٕ یا نے فنکار ہندِ حیثیتہٕ آسہٕ تیتاہ بڈی۔ صوفیانہٕ مزاجس تہٕ شاعرانہٕ مزاجس منز چھُ ہشر مگر صوفی چھُ پننہٕ موجنکِ جذبہٕ نشہٕ سرشار آسان۔ اُمس کتہٕ گےٚ امہٕ جذبکس سوکونس منز بازیا فیچ فُرصتھ۔ شاعرانہٕ مزاجس چھُ صوفیانہٕ مزاجس ستی ہشر ضرور، مگر یہ چھُ پاغمبر ہندِس مزاجس نِکھ آسان۔ بایزیدِ بسطامی تہٕ منصور حلاج چھِ بڈی صوفی۔

ستۍ کشرِ نِکہ مظاہر تسلیم کرناونک، دُنیہس منز رۄزِتھ دُنیہس لور نہ روزنک تہ انسانس
حسن، صداقتھ تہ خارس کُن ننک اکھ سیٹھاہ بوڈ وسیلہ۔

تصوفچ۔ یُس زیاد چھیہ نفس حدٕ رٹنس، عشق تہ موحبتھ تہ اطاعت الٰہی یس پیٹھ۔
اطاعتہِ الٰہی یک دوٚیُم ناو چھُ شریعت، عشق تہ موحبتک دوٚیُم ناو چھُ طریقت۔ اسلامی
تصوفس منز چھُ احساس پیٹھ خاص زور تہ شریعت تہ طریقتچہ وتہ چھینہ بیون بیون۔
مگر یہ کتھ چھیہ فکرِ تروٚنی زِ عشق تہ موحبتکہِ جذبہ نشہ سرشار گژھتھ چھُ صوفیو طریقس
پیٹھ زیاد زور دیتمُت۔ یتھ منز خُدائے تہ خُدائے ہندِس مخلوقس ستۍ پرینتھ کنہ رنگس
منز موحبتس فضیلتھ حاصل اُس۔ مگر تصوفس منز چھیہ توازنچ مثال، اکس صوفی سُندِ یہ
قول زِ "پوٚز صوفی چھُ لوکن درمیان روزان، یمن ستۍ کھیوان چوان تہ آرام کران، بازرس
منز ہیوان کنان، کھاندر کران تہ سماجی لین دین منز شیریکھ روزان تہ خُدائیس چھینہ
اکس اچھمیس مشراوان" (بحوالے آر، اے نکلسن)۔ منز وسطس منز اوس علمکس سلسلس
منز اکھ عام روٚیہ یہ زِ "ہیچھو، تسلیم کٔرِو تہ دوہراوو" صوفیو دیت اتھ مالس منز
فکرِ ہنز حریت ہُند توٚلوٚتھ۔ یانے تمو دیت سوال کرنک تہ نوکتہ چینی کرنک ہیداینھ۔
عالم اُسی ذہنس پیٹھ زور دوان۔ امہ ستۍ اوس یہ ذیزِ تہ سماجی مساواتس انکار سپدان۔
لہٰذا جتلاو صوفیو عقلہ پیٹھ عشقچ فضیلتھ تہ ماری فتش دتک علمہ تھوٚد درجہ۔ ووں گوو
صوفیو مشرووۍ علم تہ اسلامی تواریخس منز چھینہ صوفین ہند علمی کارنامہ دوٚیمین عالمن
نشہِ کم کینہہ۔ اٗل تمو کوٚر علم حجاب الاکبر بناونس خلاف برابر جہاد۔

فارسی شاعری منز یم رمز تہ کنایہ ورتاوِنہ آے، تمن آیہ اُردو شاعری منز
سیٹھاہ کام ہینہ۔ عجمی رِوایتھ چھیہ بہرحال اکھ شاندار شاعری رِوایتھ تہ یہ روایتھ گژھنہ
حقیقتھ نگاری تہ واقفاتی جسکہِ گرہ مینہ ینہ۔ پروفیسر مجیبن چھیہ اتھ سلسلس منز
"ہندی مسلمان" ( INDIAN MUSLIMS ) کتابہ منز بیالہ اندرم کتھ وٚنی مٔژ۔

فارسی رِوایتھ روٚز ( اردوس منز ) چھاوِتھ۔ تہ کیاز شاعری خاطر چھُ اکھ پوٚت منظر
ضرورٕی آسان تہ شاعر سندِ شخصیژ خاطر چھُ یہ ضروری زِ اہنز۔ ذاتچہ تکمیلچہ وتہ
منز دِن دوٚیمہ شاعرانہ شخصیژ اہند خاطر اکہِ میدکہ ہنز کام۔ اُردوٚن ژۄٹ تہ
اکھ رِوایژ ستۍ زِ نتھے پننۍ رِشتہ تہ اگری سپدہا، یہ آسہ ہا اکھ عظیم نوقصان۔

میر ہندی پم شار وُچھو :-

تھا مستعار حُسن سے اُس کے جو نور تھا
خورشید میں بھی اُس ہی کا ذرہ ظہور تھا

پہنچا جو آپ کو، تو میں پہنچا خدا تئیں
معلوم اب ہوا کہ بہت میں بھی دور تھا

گُل و آئینہ کیا، خورشید و مہ کیا
جدھر دیکھا تدھر تیرا ہی رو تھا

ہستی اپنی حُباب کی سی ہے
یہ نمائش سراب کی سی ہے

لایا ہے مرا شوق مجھے پردے سے باہر
میں ورنہ وہی خلوتیِ راز نہاں ہوں

شاہ محمدی بیدار چھُو ونان :-

ہو جلوہ گر آئینہ تشبیہ میں تنزیہہ
گر تفرقہ اُٹھ جائے وجود اور عدم کا

اختلافِ صُوَر میں ظاہر ہیں
ورنہ ، معنیٔ یک دگر تیہے

شاہ رُکن الدین عشق سُند ارشاد چھُو۔

حرم میں تام سُنا دیر میں نشاں دیکھا
سوائے تیرے نہ دیکھا غرض جہاں دیکھا

چشم سے دور اگر ہوں تو مجھے دیکھیں وہ
آپ سے آپ نہاں ہوں تنشانا یا ہو

شاہ نیاز احمد بریلوی سُند رنگ چھُو یہ۔

وحدت بجے ہیں یہ جلوے نقش و نگارِ کثرت
گر رہبر معرفت کو پاوے شعور تیرا

نیستی ہستی ہے یارو اور ہستی کچھ نہیں
بے خودی مستی ہے یارو اور مستی کچھ نہیں

شاہ تُراب علی قلندر سُند فرمان چھُو۔

بے کشتیٔ شریعت دریائے معرفت میں
بے جا ہے اے موحد کرنا عبور تیرا

کوئی تیرے سوا نہیں موجود
عرش ہوں فرش ہوں سما ہوں میں

سید علی غمگین دہلوی چھ تصوف کِس مانیس تہ فقر کس حقیقتس پیٹھ پتھ کنہٖ گاش ترادان۔

غمگین کوئی پوچھے گر تصوف کیا ہے
کہہ بے خودی اپنی میں شہود اس کا ہے

جو پوچھے فقیر کس کو کہتے ہیں تو کہہ
مفلس آپے سے اپنے جو ہوتا ہے

آتش ہنر۔ شعر نوائی وُچھو۔

حُباب آسا میں دم بھرتا ہوں تیری آشنائی کا
نہایت غم ہے اس قطرے کو دریا کی جدائی کا

نظر آتی ہیں ہر سو صورتیں ہی صورتیں مجھ کو
کوئی آئینہ خانہ ، کارخانہ ہے خدائی کا

گُل آتے ہیں ہستی میں عدم سے ہمہ تن گوش
بُلبل کا یہ نالہ نہیں افسانہ ہے اُس کا

وہ شوخ نہاں گنج کی مانند ہے اس میں
معمورۂ عالم جو ہے ویرانہ ہے اُس کا

دوشونی نش چھُ عشق حسن بنیومُت۔ دُیی چھیہٕ نیتم گاہِش، مگر دونوے چھِنہٕ وِلاتھہٕ منزلہٕ بنِتھ الگ برٛتھان گرٛشھن۔ رسول اللہؐ آے معراجہ پتہٕ دُنیہس منز واپس، تہٕ کیازِ دُنیہس ہاون خداے ہنز وَتھ۔ صوفیس چھیہٕ بننہٕ ذاتس تہٕ پننس عشقس منٛز کام آسان۔ شاعر تہٕ چھُ پاٹھمبر بندی پاٹھو جذبہٕ تہٕ مستی ہندِ منزلہٕ منز ہیرتھ تخلیق کس منزلس واتان۔ شاعری چھیہٕ جذبہٕ تہٕ مستی ہُند واتناوبر زانان۔ بوڈ شاعر چھُ پاٹھمبری تہٕ کران، صوفی تہٕ آسان، مشکلِ تہٕ، زندگیہٕ اَتہٕ ہاون دول تہٕ تہٕ زندگیہٕ پیٹھ تنقید کرن دول تہٕ۔ شاعری چھیہٕ تخیُل کس تتھ معراجس منز، یوس منفی صلاحیتھ (NAGATIVE CAPABILITY) تہٕ چھیہٕ تھوان، ذہنہٕ چِھ تھاین رنگ تہٕ صورتھ تہٕ دَتھ چھیہٕ ہیکان تہٕ نفلس وِلگاوِتھ چھیہٕ تمہِ ستی کاینات تہٕ بناوِتھ ہیکان۔

یہ چھُ بہرحال بیون خیال۔ صوفیری چھِنہٕ زنہٕ ماگو یہ۔ آ۔ بہرحال اُردو شاعری منز وُچھو صوفیانہٕ رنگکی کینہہ شار۔ یمو دسی مختلف شاعرن ہنزن صلاحیتن تہٕ تہنزن خوبین متعلق کینہہ راے قایم ہیکہِ کرتھ۔ ولی چھُ وَنان:۔

حسن تھا پردۂ تجرید میں سب سے آزاد
طالب عشق ہوا صورت انسان پیدا

ہوا ہے مجھ کو شمع بزم یک رنگی سے یوں روشن
کہ ہر ذرے اُپر تاباں ہے دایم آفتاب اُس کا

سجن نے یک نظر دیکھا نگاہِ مست سوں جس کوں
خراباتِ دو عالم میں سدا ہے وہ خراب اُس کا

سراج سند یہ غزل چھُ سیٹھاہ مشہور، یمکی کینہہ شار یم چھِ:۔

خبرِ تحیرِ عشق سُن نہ جنوں رہا نہ پری رہی
نہ تو تو رہا نہ تو میں رہا جو رہی سو بے خبری رہی

شہِ بے خودی نے عطا کیا مجھے اب لباس برہنگی
نہ خرد کی بخیہ گری رہی نہ جنوں کی پردہ دری رہی

مظہر جانِ جاناں چھُ وَنان:۔

سحر اُس حسن کے خورشید کو جا کر جگا دیکھا
ظہورِ حق کو دیکھا، خوب دیکھا، با صفا دیکھا

گُل کو جو گُل کہوں تو تیرے رو کو کیا کہوں
دُر کو جو دُر کہوں اُس آنسو کو کیا کہوں

دردٕ سُند ترانہٕ چھُ یہ:۔

آیئنہ عدم میں ہی ہستی ہے جلوہ گر
ہے موج زن تمام یہ دریا حباب میں

گر دیکھے تو مظہر آثارِ بقا ہوں
ور سمجھے جوں عکس مجھے، محو فنا ہوں

ہوں قافلہ سالارِ طریقِ قدما درد
جوں نقشِ قدم خلق کو میں راہ نما ہوں

خضر کیونکر بتلائے کیا بتائے — اگر ماہی کہے دریا کہاں ہے

من کی دنیا من کی دنیا سوز و مستی جذب و شوق — تن کی دنیا تن کی دنیا سود و سودا مکر و فن

من کی دنیا ہاتھ آتی ہے تو پھر جاتی نہیں — تن کی دنیا چھاؤں ہے آتا ہے دھن جاتا ہے دھن

مٹا دیا مرے ساقی نے عالم من و تو — پلا کے مجھ کو مئے لا الٰہ الا اللہ ہو

اگرچہ بحر کی موجوں میں ہے مقام اُس کا — صفائے پاکی طینت سے ہے گہر کا وضو

اقبالن ہیو کینژھو شارو، خطوٗ تہٕ مثنوی اسرارِ خودی کہِ دیباچہ تلہٕ چھُ یہ خیال پاؤ گژھان زِ اقبال اوس تصوفس خلاف مگر اقبال چھُ تتھ فقرس خلاف یُس بےٚ دولتی تہٕ رژنجوٗری، ہیچھناوان چھُ ۔ یِتھٕ کنۍ اقبالن نِش ڈیشٹھ ٹاٹھہٕ ہنز ترجمانی کران چھُ، تِتھے کنۍ چھُ سُہ تس صوفیس خلاف یُس ہندِس طریقس منز صرف مستی اوحال چھُ، تہٕ چھُ سُہ ژمہِ فقرُکی گوٗن گیوان یُس حقیقی تصوفس کُن نِوان چھُ ۔ تہندی ہم شار وُچھو۔

فقر کے ہیں معجزات تاج و سریر و سپاہ — فقر ہے میروں کا میر فقر ہے شاہوں کا شاہ

علم کا مقصود ہے پاکی عقل و خرد — فقر کا مقصود ہے عفتِ قلب و نگاہ

علم فقیہ و کلیم، فقر مسیح و حکیم — علم ہے جویائے راہ فقر ہے دانائے راہ

اقبال سُند خیال اوس یہٕ زِ وحدت الوجود نظریک شاعرانہٕ تاثیر چھُ بڈ فریبہٕ بُرتھ طریقہٕ لوکن بےٚ عملی کُن نِوان ۔ میکش اکبرآبادی ین چھُ "نقدِ اقبال" منز ثابتھ کوٚرمُت زِ تہٕ چھُنہٕ کینہہ ۔ پزر چھُ یہ زِ آخرس پیٹھ چھُ اقبال تِیہے وحدت الوجودس کُن پِوان ۔ اقبالن علاوہٕ چھِیہٕ اصغرنہٕ فانی ییس نِش تہٕ تصوفچ لے سیٹھاہ نۍ ٹاکہٕ چھِیہٕ دوشونی ہنز شاعری منز اتھ پہلوس مرکزی اہمیتھ ۔ اصغر چھُ واریاہتن ہُند تہٕ فانی تصوفکہ فلسفک شاعر ۔ اصغر سُند رنگ چھُ یہ ۔

کہاں ہے سامنے آ مشعل یقین لے کر — فریب خوردۂ عقل گریز پا ہوں میں

نہ کوئی نام ہے میرا نہ کوئی صورت ہے — کچھ اس طرح ہمہ تن دید ہو گیا ہوں میں

جہان ہے کہ نہیں جسم و جاں بھی ہیں کہ نہیں — وہ دیکھتا ہے مجھے اُس کو دیکھتا ہوں میں

قطرہ تنک مایہ بحرِ بیکراں ہے تو — اپنی ابتدا ہو کر اپنی انتہا ہو جا

دل کے لیئے ہے عشق تو دل عشق کی خاطر — نے ہے تو یہ ہے اور جو مٹنا ہے تو یہ ہے

وڏن ڳُجھو غالبُن پرواز۔

اتنا ہی مجھکو اپنی حقیقت سے بُعد ہے — جتنا کہ وہم غیر سے ہوں پیچ و تاب میں

اصل شہود و شاہد و مشہود ایک ہے — حیراں ہوں پھر مشاہدہ ہے کس حساب میں

ہے مشتمل نمود صور پر وجودِ بحر — یاں کیا دھرا ہے قطرہ و موج و حباب میں

آرایش جمال سے فارغ نہیں ہنوز — پیشِ نظر ہے آئینہ دایم نقاب میں

ہے غیب غیب جس کو سمجھتے ہیں ہم شہود — ہیں خواب میں ہنوز جو جاگے ہیں خواب میں

جز نام نہیں صورت عالم مجھے منظور — جز وہم نہیں ہستی اشیا مرے آگے

ایماں مجھے روکے ہے تو کھینچے ہے مجھے کفر — کعبہ مرے پیچھے ہے، کلیسا مرے آگے

نہ تھا کچھ تو خدا تھا کچھ نہ ہوتا تو خدا ہوتا — ڈبویا مجھکو ہونے نے نہ ہوتا میں تو کیا ہوتا

دہر جز جلوۂ یکتائی معشوق نہیں ہے غالب — ہم کہاں ہوتے اگر حسن نہ ہوتا خود بیں

آسی غازی پوری سُند متاپہ آلو ڳُجھو توہر، ٻیپہ کینشن نشارن ھُند رنگ ڳجھو۔

وصل ہے میرے دل میں اب تک ذوقِ غم پیچیدہ ہے،
بلبلہ ہے عین دریا میں مگر نم دیدہ ہے

بے حجابی یہ کہ ہر صورت میں جلوہ آشکار
گھونگھٹ اسپر وہ کہ صورت آج تک نادیدہ ہے

کتنے بُت خانوں میں سجدے ایک کعبے کے عوض
کفر تو اسلام سے بڑھکر ترا گرویدہ ہے

عین معنی ہے وہ دل عاشقِ صورت جو ہوا
ہائے وہ لوگ جو دلدادۂ صورت بھی نہیں

## اقبال سُند عرفان چھو یہ :-

خودی کا سرِ نہاں لا الٰہ الا اللہ — خودی ہے تیغ فساں لا الٰہ الا اللہ

یہ مال و دولت دنیا یہ رشتہ و پیوند — بتانِ وہم گماں لا الٰہ الا اللہ

خرد ہوئی ہے زمان و مکاں کی زناری — نہ ہے زماں نہ مکاں لا الٰہ الا اللہ

وہی اصل مکان و لامکاں ہے — مکاں کیا شے ہے انداز بیاں ہے

آدمیُک ہُند منشور وُنِتھ۔ امہِ زیٖچھ نظمہِ ہندی زِ تریہ بند چھِ قابلِ توجہ۔

دنیا میں بادشاہ ہے سو ہے وہ بھی آدمی　　اور مفلس و گدا ہے سو ہے وہ بھی آدمی
زردار بے نوا ہے سو ہے وہ بھی آدمی　　نعمت جو کھا رہا ہے سو ہے وہ بھی آدمی
ٹکڑے جو مانگتا ہے سو ہے وہ بھی آدمی

یاں آدمی ہی نار ہے اور آدمی ہی نور　　یاں آدمی ہی پاس ہے اور آدمی ہی دور
کل آدمی کا حسن و قبح ہی ہے یاں ظہور　　شیطان بھی آدمی سے جو کرتا ہے مکر و زور
اور ہادی رہنما ہے سو ہے وہ بھی آدمی

یاں آدمی پہ جان کو وارے ہے آدمی　　اور آدمی ہی تیغ سے مارے ہے آدمی
پگڑی بھی آدمی کی اتارے ہے آدمی　　چلائے آدمی کو پکارے ہے آدمی
اور سن کے دوڑتا ہے سو ہے وہ بھی آدمی

منصور حلاج سُند خیال اوس زِ ساری دین چھِ پننہِ حقیقتہٕ ہندِ اعتبارٕ کُنی، فروعات منز چھُ یمن اختلاف مگر یِم تمام اصلک تابع چھِ، شہ چھُ کُنے۔ سارِنے دینن ہند آگُر تہٕ مرکز چھُ خُدا۔ شاہ ولی اللہ ہَن چھُ "حجۃ اللہ بالغہ" منز لیوکھمُت زِ مذہب گوڈ چھِ کُنی، امکی طریقہٕ تہٕ اکچہِ وتہٕ چھِ مختلف آسان۔ ووں وُچھتو غالبٕ سُندی نوم شار

ہم موحد ہیں ہمارا کیش ہے ترکِ رسوم　　ملتیں جب مٹ گئیں اجزائے ایماں ہو گئیں
وفاداری بشرطِ استواری اصل ایماں ہے　　مرے بت خانے میں تو کعبے میں گاڑو برہمن کو

اقبالن چھِ یہے کتھ پننس مخصوص اندازس منز وَنِمژ۔

من کی دنیا میں نہ پایا میں نے افرنگی کا راج
تن کی دنیا میں نہ دیکھے میں نے شیخ و برہمن
عقل و دل و نگاہ کا مرشدِ اولین ہے عشق
عشق نہ ہو تو شرع و دین بتکدۂ تصورات

میر سُند اکھ شار چھُ

میر کے دین و مذہب کو پوچھتے کیا ہو اُن نے تو
قشقہ کھینچا دیر میں بیٹھا کب کا ترک اسلام کیا

یہ بیان چھُنہٕ واقعہ بلکہ شاعری تہٕ اتھ منز ہم نشان تہٕ اصطلاح چھِ، تصوفچ کِنی چھ

اگرچہ ساغرِ گُل ہے تمامتر بے بود — چھلک رہی ہے چمن میں مگر شرابِ وجود

فانیؔ یِیہ پیٹھ کُنی زانِتھ۔

عالم بجز اعتبارِ عیاں و نہاں نہ تھا — یعنی کہ تو عیاں نہ ہوا اور نہاں نہ تھا

خود برق ہو اور طورِ تجلّا سے گزر جا — خود شعلہ بن اور وادیِ سینا سے گزر جا

ذرّے میں گُم وسعتِ صد عالمِ صحرا — ذرّے کو سمجھ وُسعتِ صحرا سے گزر جا

حُسن ہے ذات مری عشق صفت ہے مری — ہوں تو میں شمع مگر بھیس ہے پروانے کا

وہ حور کو چاہا کہ پری کو چاہا — چاہا اُسے ہم نے جس کسی کو چاہا

سو رنگ سے تھی دل میں تمنا اُس کی — جب اُس کو نہ چاہا تو اُسی کو چاہا

صوفی شاعرو دِژ خدا ے زانِنچ وَتھ پنُنہٕ پان تہٕ انسان زانِنچ وَتھ قرار۔ یِتھ کٔنۍ چھیہٕ انسان ہنٛز عظمتھ نٛیٕ سپدان تہٕ انسان دوستی ہنٛز وَتہٕ چھیہٕ یلہٕ گژھان۔ انسان دوستی ہُند مسلک چھُ تصوفچہ تالیمہٕ ہُند مرکزی نُقطہٕ تہٕ اُردوٗ شاعرو یِتھ کٔنۍ تصوفس زیرِ اثر انسان ہندِس عظمتس بیٚتھ زور دِتمُت چھُ، تمہِ کٔنۍ چھیہٕ سانہِ کلاسکل شاعری ہنٛز آفاقی اپیل بیٚیہِ ہن واضیح گژھان۔ دردؔ چھُ ونان ؎

جلوہ تو ہر اک طرح کا ہر شان میں دیکھا — جو کچھ سُنا تجھ میں سو انسان میں دیکھا

انسان کی ذات سے ہیں خُدائی کے کھیل یاں — بازی کہاں بساط پہ گر شاہ ہی نہیں

میرؔ سُند اِرشاد چھُ۔

مت سہل ہمیں جانو پھرتا ہے فلک برسوں — تب خاک کے پردے سے انسان نکلتے ہیں

آدمِ خاکی سے عالم کو جلا ہے ورنہ — آئینہ تھا یہ مگر قابلِ دیدار نہ تھا

انسان دوستی ہندِس مسلکس مُتلق چھُ عام خیال یہِ زِ یہِ چھُ مغربک دِتُت تہٕ نشاط الثانیہ کِ اثر چھُ یہِ فرد ہنٛز اہمیژ ہندِ احساس پتہٕ آے لبان۔ قومیتکی تصوٗرن کور یہِ موٗخدُد تہٕ کم ور ضرور۔ تصوفکِ اثر لوٗب انسان دوستی یاد گے، تمہِ کِ برکتہٕ ہیٚکہِ قومن ہنٛز تنگری، مذہبن ہندِ پابنہٕ واٗنۍ امتیاز، طبقہ وادٕ کشمکش سورے کینہہ اَتھراوِنچ وَتھ ہموار گژھِتھ۔ ازیٚس زور پرتھ رنگہٕ آدم زانِنس پیٹھ چھُ، تتھ کٔن یِتھ کٔنۍ کُنوُہمہِ صدی ہندِس شورُعس منٛز نظیر اکبر آبادی ین پننہِ نظمِ "آدمی نامہ" ہس منٛز توجہ پھیرِمُت اوس، تمہِ کٔنۍ ہیکو اتھ نظم

غذا میلیتھ یُس سانہِ شخصیژ ہموٲری عطا کرِ تہٕ وقتہٕ کِس سمندرس منز پننہِ انفرادیژ، پننہِ پرٚزنٕژ تہٕ پننہِ ذہنی توانایہِ تہٕ پننہِ نشہِ تہٕ نجاتکہِ ذرِیہِ ییمہِ دورکِس تلاطمُس منز پننہِ ناد بچھِ لاگہٕ۔

نئی بجلی کہاں اُن بادلوں کے جیب و دامن میں
پُرانی بجلیوں سے بھی ہے جنکی آستین خالی

کُس ہیکہِ وٚنتھ زِ پگہُک مذہب آسہِ نہٕ تصوف، یتھ گوئیٹن جذبک جدلیاتھ تہٕ دِلُک علم کلام وَن۔

(اُردو پیٹھہٕ ترجمہ :- جی، ایم، آزاد)



تہند مانہ بدل کیہنہ ۔ "بُت کدہ"، "شراب"، "دیر" چھ عارفِ کامل پنددس باطنس ونان ، "پیرِ مغاں"، "مورشدس"، "ترسا" تمس ساکس یمی نفس امارہ نِش نجاتھ لوبمُت آسہِ۔ گبرو کافر گووُ شخص یُس وحدتس پتھ گُنے گژھ تہ باقے سوُرے تراوِ اوُک طرف ، مے گووُ ذوق یُس ساکہِ پندِ دلہِ منز پاد چھُ گژھان تہ تمس چھُ خوش تہ مس کران ، ساغر و پیمانہ چھِ غیبی نورکس مشاہدس ونان ، "زنار" چھیہ یک رنگ تہ یک جہت سپدنچ علامتھ "یار"، دلبر، محبوب، صنم، دوست چھِ تجلی صفاتی ونان ، "لب و دہاں"، گوو صِفت حیات، خالِ سیاہ" عالمِ غائب ، ساقی و مطرب" گے باطنی فائض واتناوُن والی، "شراب و بادہ" چھُ موحبتہ کس مانیس منز یوان ، "مستی" گوو عشقک تمام صِفتو سان حاوی گژھنگ ناو، "اوباش" گووُ یُس یہ عذایک ، "ثوابک سونچہ"، "شمع" گوو خدائے سُند نور" "قلندر" چھ ارباب صفا۔ تہ اہلِ فنا یس تہ ونان ۔ ووہ ٹی آسو تھو میر پندِ امہِ شارکِس حقیقی پہلوس تام واتی ہِتو ۔ میرن یلہ وَزن ۔

مسجد ایسی بھری بھری کب تھی میکدہ اِک جہان ہے گویا

تہ یہ اوس تصوفک اکھ رمز۔ لیہٰذا پزِ غالب سُند یہ اشار ہمیشہ ذہنس منز تھاوُن۔

ہر چند ہو مشاہدۂ حق کی گفتگو بنتی نہیں ہے بادہ و ساغر کہے بغیر

مطلب ہے نازو غمزہ ولے گفتگو میں کام چلتا نہیں ہے دشنہ و خنجر کہے بغیر

پروفیسر مجیبن اوس پننس اکس مضمونس منز شیکسپیر تہ رومی پند ڈُنی ہنگ مووازنہ کورمُت تہ یتھ پیٹھ اوُسن اِصرار کورمُت زِ شیکسپیرنہ ڈُنی ہیچ ہمہ گیری، رنگارنگی تہ زندگیہ ہنز آیینہ داری چھیہ ماڈرنہ زامُرِ کتھاہ ، مگر رومی ہند ڈُنی ہیچ عظمتھ تہ چھیہ کم کیہنہ ۔ اُردوُ شاعرِ یہ منز یوُد پیر رومی چھُنہ مگر مُرید ہِندی تہ چھُ موجوُد ۔

اسٹیفن اسپنڈرن ( STAPHAN SPENDER ) چھُ ووُنمُت زِ ( QUALITY )

چھیہ تمدنچ سو خوصوصیتھ ، یُوسہ تمہ وزِ پاد چھیہ گژھان یلہ ماہنیک احساس اکہِ زندگی دِووہنہ قوو تہ زِنگی سماجس منز کام کرہ" اسِہ چھُ بیِنہ حالک کرب سوُرے کیہنہ ، یتھ کال پرسنی نہ چھیہ عام ، مگر یتھ کالک عرفان چھُنہ اکہِ زندگی دِووہنہ قووتکہِ ختم بتہ ۔ یہ عرفان چھ حالہ کیو اندیشن پندِ دایرِ منزیرانہ یہ چھیہ اکھ تہذیبی قدر ۔ تصوفکہِ اثر یوسہ بُلندی ، بصیرتھ تہ انسان دوستی اُردوُ شاعری ہندس کلاسکی سرمایس منز آیہ ، تمہ ہتہِ ہیکہ اسہِ وُنہ تہ شہ ذہنی

> تہٕ چھُنہٕ ہرِیت پسندن تہٕ مذہب پرستن درمیان بحث خوشگوار
> رۄزمُت... یۆدوے ہرِیت پسندی چھےٚ مذہبس مۆلہ دِوان،
> ہتی چھےٚ یہِ مُنظم مذہبہٕچ برِیڈبو نشہٕ آزاد گژھنچ کوشش کران[1]

مذہب تہٕ ہرِیت چھہٕ اکھ اکس ہتی رَلِتھ یتھ زن اسی مذہبی ہرِیت چھہٕ وَنان۔ اتھ پیٹھ چھہٕ تمہٕ عمل کران یمن منز ہری مزاز تہٕ مذہبی عقیدتھ اکھ اکس قووتھ چھہٕ بخشان۔ آٹو فلیڈرر، کنوہمہٕ صدی ہُند اکھ عالِم، چھُ سیٹھاہ نفیس پاٹھۍ وَنان زِ ہرِیت گے "دلیس ہتی ذاتچ وَحدژ ہُند فوری احساس۔ اَدکنہٕ چھُنہٕ یہِ (ہرِیت) بیٚیہِ کینہہ بلکہِ مذہبک اکھ بُنیادی احساس، یہِ چھےٚ مذہبی زندگیہِ دلس تہٕ مرکزس پیٹھ[2]۔

انگریزی شاعری منز یوسہٕ ہرِیت اسی ڈیشان چھہٕ، سو چھےٚ عام پاٹھۍ عیسائی، ووٚنی گوو اتھ پیٹھ چھُ نو افلاطونی فکرِ ہُند تہٕ اثر تِتھۍ پاٹھۍ۔ عیسائیژ، یتھ زن تھوٚد کتھلک ( CATHOLIC ) کِردار چھُ، کری یکدم تمہٕ ہری تصوراتھ قبول یمن منز بُنیاد نو افلاطونیتھ چھےٚ۔ یہِ مۆل سپُد رناساں کِس دورس منز۔ ییلہِ زن عیسائی مُفکرو سوٚدلہِ یونانی ادبک تہٕ فلسفک مطالہٕ کوٚر تہٕ پیٚنس مذہبس منز شرپراوکھ PAGAN فکرٕ۔ یۆدوے انسانی صورژ ہندِس حُسنس پیٹھ یونانو برونہہ زور دیُتمت اوس، مگر انسان دیوتس تہٕ ہریژ ہُند مکمل مۆل سپُد تجسیمی INCARNATIO نظریہِ کنہِ یُس زن عیسائیژ ہُند اکھ مۆلہٕ پرزر چھُ۔ بتہٕ سپُد صرف تجسیمہٕ کِہ نظریہٕ کنہِ زِ ہریژ ہنزن دون متضاد تصوّرن یانے ماورائیتہٕ تہٕ وحدالوجودس سپز مانہٕ ساوہم آہنگی۔

شاعری ہندس مالس منز ییلہِ نہٕ مذہبیژ" تہٕ ہریژ متعلق کانہہ بحث ووتھ، اتھ سِلسِلس منز ووتھ اکھ موقول سوال ضرور زِ کیاہ شاعری منز ہیکیا سَنا تیٚہ باوتھ سپدِتھ یہِ کینہہ ہری یا بٔرز پاٹھۍ مذہبی آسہٕ تہٕ بیٚیہِ ہیز اسی کوتاہی ہکوٚ یہِ باوتھ پراونہٕ خاطر شاعری ہندس وسیلس پیٹھ پرژھ کرِتھ؟ یتھ پاٹھۍ زن اسہٕ اتھ کتھ پیٹھ زور دیُت زِ مذہبی عقیدتھ تہٕ ہری دیان چھنہٕ متضاد چیز بلکہ چھہٕ عام پاٹھۍ ہم ہکہِ وتہٕ۔ یونام زن امہٕ قسمکہ تجربچ باوتھ چھےٚ ممکن، اسی ہیکونہٕ امہٕ باپتھ شاعری ہندِ کھوتہٕ بہتر کانہہ وسیلہ سوٚنچتھ تہٕ۔ یتھ جایہ روزہٕ ڈاکٹر جانسن، ٹی۔ ایس ایلیٹ تہٕ ٹی۔ ای ہیوم ہندین خیالن پیٹھ غور کرُن مُناسب، یمو زن عقیدتی شاعری ہندس مقامس تہٕ قدرِ انکار کوٚر۔ ڈاکٹر جانسن

---

[1] ایس، کے گوش، "ہرِیت پسندی" دِ نو انسایکلو پیڈیا برٹینکا (چکاگو: انسایکلو پیڈیا برٹینکا انک؛ ۱۹۷۷)، صفحہ۔ ۷۸۶

[2] ایضاً

ڈاکٹر اے این دَر




انگریزی شاعری منز سریت پسندی ہنز رِوایتھ ہنز سام ہینہٕ برونہہ چھُ میہٕ ضروری باسان زِ اسی وچھو سری تجربک مزاز کیاہ چھُ تہٕ یہِ کتھ پاٹھی چھُ شاعری منز بادتھ لبان؟

اُوچھس ہیتھ پرٛتھ آسی چھیہٕ مذہبچ آفاقی خاصیتھ۔ سارِنے مذہبی عقیدن منز چھیہٕ قولہٕ ہاری تہٕ ...... (OBLIGATION) لازمی من شامل تہٕ اکس غارزان انسانس باسہٕ یہِ محض رسم۔ اگر سریت پسندی ہمی پاٹھی وچھنہٕ ییہِ، یہِ باسہٕ نہٕ مذہبس مخالف یا اتھ نش دوپر کانہہ چیز۔ اکھ سریت پسند چھُنہٕ مذہبچہِ ظاہرداری پیٹھے مطمین آسان ــ سُہ چھُ دیہِ سُند یا آخری حقیقژ ہند سیدِ سیوٚد تجربہٕ ژھاران۔ تمی سُند مقصد چھُ آسان بالا حقیقژ سٕتی قریبی رِشتہٕ۔ امی زودیہِ کِنی زِ سُہ چھُ ذاتی تجربس پیٹھ زور دِوان چھُہ تمی سُند رِشتہٕ مختلف عقیدن ہندین تمن بانی کارن سٕتی "یِہند طاقتھ تہٕ یِہنز اصلیتھ صرف اوکنی اُس زِ یمن اُس بالا حقیقژ سٕتی قُربتھ"[۱] لہٰذا چھُنہٕ اوکنی سری مزازس تہٕ دینی عقیدن درمیان کانہہ تہٕ تضاد۔ سریت پسندی تہٕ مذہب چھِ زِکِہ اکھ اکس سٕتی رلتھ۔ یوٚدوے ساری ہے دُنیہس منز تتھی سریت پسند تہٕ آسِمتی چھِ یِم ذاژ بندیہِ تہٕ ششتھ پرٛتھ نشہِ آزاد اُسی۔ یمن دون درمیان رِشتچ نزدیکی چھیہٕ سیٹھاہ موزون پاٹھی وبرٛھناوہٕ آمژ:

یوٚدوے کانہہ تہٕ لوٚز مذہبے انسان سریت پسندی نشہِ مکمل پاٹھی دوٗر آسہِ نہٕ کانہہ تہٕ سریت پسند، اصلی مانیَن منز مذہبہٕ وراے آسہِ، تہٕ گرٛتھ

---

[۱] ولیم جیمز، دِ ورائٹیز آف ریلجس ایکسپیرینس (نیویارک: دِ ماڈرن لایبریری، ۱۹۲۹). صفحہ ۳۱

عام پٲٹھۍ چھِ تِم سارۍ زبٲنۍ باوُتھ ہِندِ اکہِ وسیلہٕ زٕنگی ناکٲفی زانان یِمَن نِش حقیقتُک ہُند ماورٲیی تصوُر چھُ۔ وۄں گوٚو اَتھ ہِتی چھُ یہِ زانُن تہٕ دلچسپ زِ شاعر زبان کِتھہٕ پٲٹھۍ چھِیہٕ تِم تجربہٕ پیش کرنچ محالتی (PARADOXICAL) کٲم تہٕ کران، یِمَو نِش عام زبان چھِیہٕ مایوٗس سپدِتھ پوٚت ہٹان۔ ارنیسٹ کیسیرر ERNEST CASSIRER چھُ زبٲنۍ ہِندِس تِتھ فطری قووتس کُن اِشارٕ کران یُس قووتھ اکھ باظہار ARTICULATE سرِیت پسند ورتاوان چھُ:

" گوڈُکۍ سرِیت پسندی ہُند روٗح چھُ اَکِس تِتھِس عالمس کُن یُس زبٲنۍ اَپور چھُ .... ژھوپہٕ ہُند اکھ عالم .... زبٲنۍ ہُند روٗحٲنی سرٕنیر تہٕ اَمیک قووتھ چھُ یِمہٕ پرٕزہٕ کِنۍ ظاہر سپدان زِ یہِ چھِیہٕ زبانہٕ یوسہٕ تِمہٕ آخری قدمہٕ خاطرٕ وَتھ چھِیہٕ شیران۔ یُس اَمہٕ نِشہٕ تہٕ اَپور چھُ[1]"

سرِی تجربس ہِتی رَلہٕ وُن چھُ بیاکھ تجربہٕ یَتھ اَسی وِجدٲنی (VISIONARY) تجربہٕ ہیکو وَنِتھ۔ وِجدٲنی قسمکۍ سرِیت پسند چھِ عام پٲٹھۍ دُنیہِک اکھ روشن درشُن VISION ژٕینان۔ یِم چھِ پننہِ اِرتقٲیی حالتہٕ منز پانس اَندر کُنہِ فطری دُنیاہ رٕچھ بدلاوِتھ ڈیشان " CELESTIAL گاشکۍ جامہٕ لٲگِتھ" یاتہٕ چھِ یِم پننی نیہہٕ ونی درشن VISIONS وِچھان۔ تِمی قسمکۍ درشن یِمَن ہنز وِرژھنہ آلڈس ہکسلیین پننہِ "THE DOORS OF PERCEPTION"[2] کتابہِ منز کرمٕژ چھِیہٕ۔ یوٗدوے یہِ فاصلہٕ کرُن چھُ مشکل زِ یِزی چھا کینہہ نشہٕ آور دَوا " اِحساسکۍ درواز وَتھی نزاوان" یتہٕ پٲٹھۍ ترن سٕہ ونان چھُ۔ وۄں گوٚو اہم کتھ چھِیہٕ یہِ زِ سرِی قسمک وجدٲنی تخیل چھُنہٕ میانہِ لِحاظہٕ مُختلف شاعرانہٕ تخیلہٕ نشہٕ یُس حِساوی شبیہہ ورتاوان چھُ۔ اگر یِم دۄنوے شوٗکہٕ کۍ پھٔہلاو زانوکھ۔ یتہٕ پٲٹھۍ چھِ اَسی یَتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ شاعری تہٕ سرِیت چھِ اکھ اَکِس ہِتی رشتہٕ تھاوان۔ تہٕ یِمَن درمیان تضاد زانُن چھِیہٕ غلطی۔ اَتھ سلسلس منز چھُ ہیلن، سی، وایٹ HELEN C. WHITE سُند یہِ مُشاہدہ اہم:

یُس سرِی نظم لیکھان آسہِ سُہ چھُنہٕ شاعر تہٕ سرِیت پسند سُند کانہہ عجیب دُنسلہٕ (HYBRID)۔ یہِ چھُنہٕ کتھ زِ کانہہ چھُ گوڈٕ سرِیت پسند بنِتھ لیکھان تہٕ پتہٕ شاعر بنِتھ ..... بلکہ چھِیہٕ کتھ یہِ زِ اَکۍ

---

[1] زبان تہٕ اُسطور ترجمہٕ: سوسن کے لینگر (لندن: کانسٹیبل اینڈ کو، ۱۹۴۶) صفحہ ۵۸۔

[2] (ہار ماندزورتھ: پینگوِن بُکس، ۱۹۷۱)

کوٚرِتھ بٔڑ باز پیٹھ عقیدتی شاعری پیٹھ حملہٕ زِ تِمو وُچھ "مذہبی عملہٕ تہٕ شاعریہٕ" درمیان ناہمشر سہٕ چھُہٕ مٔنٛزکِس عقیدتی مِزازس کٕٹھان تہٕ سہٕ چھُ یتہٕ وَنان زِ عبادژ ہندِس رٕوی بٕس منز چھیٚہ ہنٛز حالتھ تِمہٕ حالژ کھوتہٕ تہٕ بُلند لوٚسہٕ شاعری ہیٚکہِ دِتھ۔ یوٚدوَے ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ عقیدتھ تہٕ شاعری یانہٕ واٚنۍ نامُناسب چھُہٕ زانان، سہٕ چھُہٕ البتہٕ تِمن شاعرن عظمژ ہُند مقام دِنہٕ خاطرٕ تیار یم صرف الوٗہیژ مُتلق گیوان آسن۔ تِمہٕ سُند خیال چھُ زِ عقیدتی شاعری چھیٚہ موجوٗد۔ تِکیازِ یہ چھیٚہ "بڑٕ ین جذبن" تراوِتھ پٔرھنان۔ سہٕ چھُ یتہٕ وَنان زِ یژھ شاعری چھیٚہ موجوٗد تقسمک حقٕ دِوان۔ ٹی۔ ای۔ ہیوم چھُ وَنان زِ یُس شخص دَے زِھاران آسہِ، خاصکرِتھ یێلہِ سہٕ عبادژ ہنٛزِ حالژ منز آسہِ، سہٕ چھُہٕ پننہِ نارمل تہٕ فِطری ذاژ منز آسان۔ تِمۍ سُند دعوا چھُ زِ عقیدتی نظمہٕ چھیٚہ فطری اِنسانہٕ ہنٛز شبیہہ پیش ہیٚکان کٔرِتھ۔ ہیلن گارڈنر چھیٚہ صحی وَنان زِ اَسی چھِ "مذہبکِس تصورس منز یێنہِ شاعریہٕ ہندِس تصورس منز تہٕ یِمن دوٚن درمیان رِشتن منز واٚنسہِ یتہٕ واٚنسہِ پھیرٕ وُچھان"[1]۔ یِمن ترٛین نقادن ہنٛزٕ رایہٕ چھُ تِمہٕ گے رنگ یہ تِمو "مذہب" تہٕ "شاعری" اصطلاحن مانہٕ کوٚڈ۔ یێلہِ جانسَن شاعری مُتلق کتھ چھُ کران، تِمس چھُ شاعرانہٕ فنہٕ کین لوازِمن ہُند زیادٕ خیال روزان۔ شاعری چھیٚہ شعوٗری ہونرمٔندی ہنٛز عمل۔ ایلیٹ چھُ شاعریہٕ ہُند موٗل شاعرہٕ سنٛزِ عام "زانکاریہٕ" (AWARENESS) منز وُچھان یێلہِ زَن ہیوٗمس "فطری انسانہٕ" ہنٛزِ شبیہہٕ ہُند ظوٗن چھُ۔ مذہبی یا سرٕتی شاعریہٕ ہندِس مقامس مُتلق ہیکوٚنہٕ کانہہ تہٕ آخری فاصلہٕ دِتھ۔ تاہم یژھ شاعریہٕ چھُ شاعریہٕ ہندِس نظامس منز تٔلی مقام یێلہِ نہٕ یہ انسانی دِلچسپیہٕ نِشہٕ جُدا آسہِ۔ ہیوٗم سُند (HUMAN-ISTIC) تہٕ مذہبی شاعریہٕ منزباگ سنٛجیدٕ فرقہٕ پیٹھ زور دیُن چھُہٕ باسان مناسب، تِکیازِ اَسی چھِ وُچھان زِ مُقدس شاعریہٕ منز چھیٚہ انسانی تہٕ مذہبی دِلچسپیہٕ اکھ اَکِس سۭتۍ رٔلِتھ یتھٕ پاٹھۍ زَن بِمہٕ زندگیہٕ منز رٔلِتھ چھیٚہ۔ شاعری کُنہٕ تہٕ قسمچ آسِتَن، اَمکہِ آخری موٗلک دارٕمدار چھُ اَتھۍ پیٹھ زِ اَتھ کتھ حدس تانۍ چھُ انسانہٕ پسندِ خاطرٕ پوشروٗن موٗل۔ یوٚدوَے زَن اَیچ فُہرٕ سپدِ مِزازن ہندِ پھیرٕ کِنۍ عارضی طور مُبہم۔

دوٚنۍ وُچھو اسی زِ اَکِس شاعرس کیاہ چھُ خاص مسلہٕ دربیش میڈیمکِس سِلسِلس منز یێلہِ زَن سُہ تِمہٕ تجربچ باوَتھ آسہِ یَرٕھان کٔرنۍ یِنہٕ باوٕنہٕ ہیٚکہِ یِتھ۔ دوٚیمین لفظن منز شاعری زبان کتھ حدس تام چھیٚہ سرٕی قسمچ کین تجربن تہٕ INTUITIONS ہندِ واٚنیاوِنہٕ خاطرٕ مُناسب وسیلہٕ۔ پریتھ زمانکِیو سرٕیت پسندو (MYSTICS) چھُ حقیقژ ہندِس نِراکارٕ کِردارس پیٹھ زور دیُتمُت . . . . .

---

[1] ہیلن گارڈنر، مذہب تہٕ ادب (لندن: فیبر اینڈ فیبر، ۱۹۷۱) صفحہ ۱۲۳۔

[2] ایضاً۔

یہ قول پیش کران : " شاعری ہنز عمل چھےٚ بذاتِ خود دۄن بہن متلق اکھ مذہبی نوقطۂ نظر"۔ بلکہ چھ بڈ
ہشاعرِ یہ سان منز کالہٕ پیٹھ ازکالس تام مذہبی شاعری ہُند ووتھ واشر دۄن وٕتن پیٹھ وُچھان۔ یم زنتہٕ
پرٛنچھو ساتہٕ تہٕ لازمی من اکھ اکس نشہٕ جدا چھےٚ۔ یمن دۄن صوٗرژن منز چھےٚ اکھ بنیادی جذبہ کنہِ عیسائے
یا عقیدتی ییٚنچ ترجمانی دینی شاعر کران چھ تہٕ یہُند تیداد سائنس دورس منز موٗژلومُت چھُ۔ دۆیمہٕ قسمچ
شاعری چھےٚ یمن شاعرن ہنز یم مذہبی چھ مگر دینی وابستگی ورائے یا ونو یہنز شاعری ازانی پاٹھۍ اکھ
مذہبی دلچسپی چھےٚ ہاوان حالانکہ یمن آسہِ پانس سیکیوٗلر تہٕ انسان دوستیہ ہُند نوقطۂ نظر۔ یہ فرق
چھےٚ تتھ انگریزی شاعرِ یہ منز تہٕ ٹاکار پاٹھۍ ننہٕ یتھ اسی انگریزی سِری شاعری وُنتھ ہیکو۔

## انگریزی شاعرِ یہ منز سِرِیت :

سِری فکر چھےٚ مختلف صوٗرژن تہٕ مقدارس منز اند وند انگریزی ادبس منز موجوٗد ، یہ
چھےٚ البتہٕ انگریزی شاعرِ یہ منز زیادٕ ٹاکار۔ ژوداہمہِ صدی یہ پیٹھے چھےٚ انگلینڈس منز سِرِیژ ہنز رِوایتھ
دوتلان ۔ یمن دۄہن اوس دیان کرُن CONTEMPLATION سماجی ایتبارٕ سارِوے کھوتہٕ اہم کام زانہٕ
یوان، یتھ منز انسان آوٗر روز ہے۔ رچاڑ رول RICHARD ROLLE (۱۳۰۰ - ۱۳۴۹) اوس
گوڈنیک انگریز سِرِیت پسند ییٚمی پننہٕ تجربہ پننہٕ زبانی منز بادۍ ہتی چھ۔ تمی چھ انگریزی تہٕ لاطینی زبان
منز واریاہ مضموٗن تہٕ نظمہٕ لیچھمژ۔ تمی پننین سِری تجربن ہنز اکھ اکھ خاص کتھ چھےٚ یہ زِ سُہ چھُ اکھ
تزٕھن شبیہن منز پیش کران، یمہٕ تمی موسیقیہ منز حاصل چھےٚ کرمژ۔ ژوداہمہٕ صدی یہ ہُند بیاکھ
سِرِیت پسند ییٚمی سِری ادبس موٗلل اضافہٕ چھ کوٗرمُت چھُ THE CLOUD OF UNKNOWING
تصنیفہٕ ہُند نامعلوم مصنف۔

انگلینڈس منز چھےٚ سِرِیتی شاعری سداہمہِ صدی یہ منز وُسجار لبان۔ مقابلتن اوس یہ
متکلم عقیدک زمانہٕ۔ ڈن (DONNE) پننِس سوٗکوٗلس ہتی تالُق تھاون والیو شاعرو، یمن عام
پاٹھۍ سداہمہٕ صدی یہ ہندی الوہی شاعر چھ وَنان، چھےٚ تزٕھ شاعری لیکھمژ شوہرتھ لبمژ، یوہے تہندین
مذہبی تجربن شاندار باوتھ چھےٚ دِوان۔ یوٚدوے یم تہٕ شکو تہٕ پریشانیو ورائے آسہٕ مگر یم آسہ
سودلہٕ عیسائے تہٕ یہندی مذہبی عقیدہٕ آسی مضبوط۔ یوہے چھ وجہ زِ یہنز شاعری ہُند عام مزاج چھ
ووٚمید افزا یوٚتام زن یہنز پرتھ ہُند تالُق چھُ۔ یہنزن نظمن منز چھےٚ تزٕھ جبساگی نظر گژھان، یتھ
سِرِیژ ہتی رشتہٕ چھُ۔ یوٚدوے یہندی اصطلاح ییٚژ پاٹھۍ عیسائیتکی چھ، مگر یہنز نظمہٕ ہیکن پرتھ عقیدکس

شخص چھ اکھ اَپنہ شاعرن تہ آسانی تہ ہسٔرت پسند تہٕ، بِلکُل اکھ
ساتھ دِوہ، عملہٕ ہند گوڈ پیٹھ اَندس نام"۔[1]

ہسٔری شاعری منز ورتاونہ آمژ علامژ تہ شبیہہ چھیہٕ رنگہ رنگہ قسمن ہنزٕ۔ عیسائے
ہسٔری شاعری منز چھیہٕ یمہ اکثر رلوایتی یمن ہنز بُنیاد الہامی کتابن تہ مُقدس تحریرن ہنز زبانی پیٹھ چھیہٕ۔
کُلس پیٹھ چھیہٕ ہسٔری ادبچ اکھ اہم خاصیتھ یہ زِ یہ چھ دیوتایی موجبس تھقین شبیہن منز پیش کران
یم زہینی مُحبتہٕ منز حاصل کرنہٕ چھیہٕ آمژ۔ لیہاذا چھ 'رُوحانی خاندرک' تصوُر عیسائے ہسٔری بھیالجی
منز مرکزی اہمیتھ تھاوان۔ یہ تصور چھ پیٹھ پاٹھی زِ روحانیژ ہندکمپن چھ ہشرہٕرکی تیلی پراونہ یوان ییلہٕ
روحُک زِکاح عیسائے یتس ستی سپدِ یُس تمہ سُند "مہراز" چھ۔ نیتھرچ ہشرن چھیہٕ انگریزی ہسٔری
شاعری منز مُستقل خیال ( MOTIF )۔ اَتھ منز چھ ترژھن شہوانی شبیہن ہند استعمال سپدان
یمہ اَسہ سیکیولر شاعری منز نظر چھیہٕ گژھان۔ ہسٔری شاعری منز چھیہٕ اَمہٕ علاوہ تہٕ بیٚیہ کینژن قسمن ہنز
علامتیتھ نظرٕ گژھان۔ مثلن "سفرس" ستی وابستہ علامژ، یمن منز کانہہ 'جاے'، یا حالتھ منزل چھیہٕ
بنان یا رتمہ علامژ یمن منز DEIFICATION چھیہٕ ہاوِنہ یوان۔

اَوتام سپدِ یمتِس بحثس منز وُچھ اَسہ زِ مذہب تہ ہسٔرت چھ پانہٕ وٕنی واٹھ۔ یتہٕ موِن اَسہ زِ
کرُن تہ مُفید، ییتھ پاٹھی زن اَتھ تصورس "مقدس" خاطرٕ روزنہ زانہ واپر پاٹھی یم رشتہ۔ زلتھ وٕنی پانہٕ چھ تہ ہسٔرت کس تصورس کُن اِشارٕ
MIRCEA ELIADE وضاحتھ کران چھ تہ ونسیٹ بکلے
VINCET BUCKLEY اَتھ انگریزی شاعری ہندِس تناظرس منز تفصیلی سام چھ ہیوان۔ بکلے چھ
اکہ پاسہ ایلیڈس ستی اتفاق کران زِ 'مقدسُک' عنصر چھ تمام مذہبی تجربن ہند اکھ لازمی حصہ مگر اَتھ ستی
چھ یتہ وٕنان زِ زیادٕ موزوں روز اگر اَسی وٕنو زِ کُنہ شاعری چھ مذہبی مزاز نہ زِ اَسی تھاوون "مقدس"
اصطلاح صرف مذہبی شاعری تامے موحدود۔ اَتھ ستی ستی چھ سُہ پننین عقیدن منز ییتھ حدس تام نرمی
اِختیار کران زِ سُہ چھ یقرار کران زِ مذہبی شاعری چھ بنُن اکھ خاص کردار تہ انگریزی شاعری منز چھ
عیسائے PIETY مُستقل پاٹھی اکھ رلوایتھ بنِتھ۔ وون گوو سُہ چھ یہ زانُنس منز تہ کامیاب سپدان زِ
'مقدسُک' عنصر کیتھ پاٹھی چھ نہٕ پاٹھی مذہبی آسنہ ورٲے رنگہ رنگہ صورتن منز گوڈ پیٹھ ازتام انگریزی شاعری
منز موجود روودمت۔ پننس دعوہس ڈکھ دِنہ خاطرٕ چھ سُہ ڈونالڈ ڈیوی DONALD DAVIE سُند

[1] مابعدالطبیاتی شاعر: مذہبی تجربک اکھ مطالعہ (۱۹۳۶؛ دُبارٕ چھاپ۔ نیو یارک: دی میکملن کمپنی، ۱۹۵۶)،
صفحہ۔ ۲۲۔

You must sit down, says love, and taste my meat;

So I did sit and eat.

یہ نظم چھیہٕ ہاوان زِ ہربرٹن کوتاہ جان پأٹھۍ چھ ڈٕنۍ انداز پانہٕ نووُمت تہٕ پنٕنۍ ذاتی شأری ضرورژ پوٗرٕ کرنہٕ خاطرٕ کتھ پأٹھۍ چھُن یہ انداز بدلووُمت۔ تٔمۍ سُند بٔنِمُت شأری ضوٗرژھ اوس یہ زِ اکھ مقدس موضوع گوٗژھ انسأنی سوٗتھرس پیٹھ پیش یُن کرنہٕ۔ اَمیُک موضوع (یانے امیُک بیان) چھُ اَکِس دعوَتس پیٹھ ڈٕرتھ، اَتھ منز چھُ دوٚن شخصن پانہٕ وٕنۍ اکھ سیوٚد تہٕ ساد بحث سپدان۔ "روٗحس تہٕ خدایس درمیان رشتہٕ چھُ اکہِ عامیانہٕ انسأنی صوٗرتحالچہِ علامژ منز ہاونہٕ آمُت یانے اَکِس سفر کٔرِتھ تھکِمتِس تہٕ شرمندٕ روٗیہِ پٔرِتھس چھُ خاطر میلان۔"[۱]

رچارڈ کراشا اوس ہربرٹُن بٔنِمُت وۄستاد مانان۔ چوٗنکہ تٔمِس اوس اکھ حِسأوۍ "SENSUOUS مزاز،" سُہ اوس شہوأنی سِرِیت لیکھان۔ تٔمۍ کٔر مخصوٗص مابعدالطبیعاتی اوٚسلوٗبہٕ نِشہٕ بدل وَتھ اِختیار تِکیاز تٔمِس اوس حِسأوۍ شبیہن ہُند شوق یمن سُہ آرایشہٕ باپتھ وَرتاوان اوس۔ تٔمۍ سُند اوٚسلوٗبٕچہ بٔنیہٕ زِ پھِرہاو خصوصیژ چھیہٕ یِمہٕ زِ سُہ مُستقل پأٹھۍ پٔنٕنِس سیکیولر کیوٗ عقیدتی شارن منز خاندرٕچہ شبیہہ ورتاوان تہٕ بٔنیہٕ چھُس محالتی (PARADOX) وَرتاوُنُک تہٕ سخ شوق۔ سُہ چھُ پٔنٕنۍ موضوع رِوأیتی عیسأے علامژو منز حاصل کران یِمَن ہُند مانے زأرُن مُشکل چھُنہٕ۔ یِمہٕ انداز سُہ حِسأوۍ شبیہن ہُند فأیدٕ چھُ تُلان تَمہٕ سٟتۍ چھُ تٔمۍ سٕنزِ شأیرٕ منز سِرِیژ ہُند معیار زیادٕ ہُران چھُ۔ تٔمۍ سٕنزِ شأیرٕ منز چھیہٕ حِسأویتھ سیٹھاہ خوٗبصورتھ پأٹھۍ روٗحأنیژ منز وِگلِتھ لوان۔ "دُعا اکھ اوڈٕ" چھیہٕ تٔمۍ سٕنزَن سِری نظمن منز بیہترین نظم مانہٕ لوان۔ یِمَن سطرن منز چھُ "روٗحأنی خاندر" تہٕ اَتھ سٟتۍ وابستہٕ "سِری موٚنگ" موضوع بادنہٕ آمُت:

Delicious deaths; soft exhalations

Of souls; dear and divine annihilations;

A thousand unknown rites

Of joys and rarefy'd delights.

ہنری واسس چھیہٕ نٕژ پأٹھۍ جارج ہربرٹس سٟتۍ نِسبتھ۔ دوٚن گوو سُہ چھُ خوٗصوٗصَن فِطری حُسنُک حِس نھاوان تہٕ سُہ چھُ تِتھ حأرانگیہٕ منز سِرِیژ ہنزٕ اہمیتھ لبان یوسہٕ عام فطرِی چیزن، پوشن تہٕ کلین پیٹھ قأیم چھیہٕ۔ تٔمۍ سٕندِ مذہبی وجدانُک تاٗلُق چھُ نو افلاطوٗنی رِوایژ سٟتۍ تہٕ تٔمِس پیٹھ اوس

[۱] ۔ جان بنیسیٹ، فایو میٹافزِکل پوئٹس ۔ صفہ ۔ ۶۸۔

پرٛن وٲلِس حَض دِتھ۔

یِم ڈٕواین شاعِر خاصکٔرتھ جارج ہربٲرٹ، رِچَرڈ کراشا تہٕ ہینری وان آسی ڈَن پٔنٛدِس مابعدالطبیعٲتی اندازس منٛز لیکھان، مگر امہِ سٟتۍ آیہِ نہٕ یِمَن ہُنٛد انفرادی اُسلوٗب پٲدٕ کرنس منٛز کانٛہہ رُکاوٹھ۔ یِہنٛز نظمہٕ چھےٚنہٕ خٲلی بےٚ گنڈ اظہار بَلکہ مہارژ ہُنٛد پٲداوار۔ یِمہٕ چھےٚ ڈاکٹر جانسن پٔنٛدِس یتھ دعوٕس غلط ثٲبِتھ کران زِ شاعری (بحثیتِ تخلیق) تہٕ عقیدٕ چھِ پانہٕ وٕنۍ متضاد۔ ڈَن سُنٛد اہم دیٚت چھُ اَتھ منٛز زِ تَمۍ دِژ اکھ تٔرِتھ شارہٕ زبان، یوٚسہٕ تٔمۍ سٕنٛدِ سوٚکوٚلہٕ کین شاعِرن ہنٛدِ خٲطرٕ نوٚموٗنہٕ بَنیوو۔ تٔمۍ سٕنٛدی ڈٕسی کوٚر شاعِریہِ اکھ فِکری مزاج حاصل تہٕ یہ مِزاج چھُ تِمن الوٚہی شاعِرن ہٕنزن نظمن منٛز میلان یِہنٛز ذِکر بیٚٹھ کنہٕ کرنہٕ آیہِ۔ ڈَن لیچھ پانہٕ تہٕ تِمہٕ کیٚہنہٕ نظمہٕ یِمہٕ الوہیژ کُن مُخاطب چھےٚ تہٕ یِمہٕ تٔمۍ پٔنٛدٕنۍ مذہبی تجربن ہُنٛز باوتھ چھےٚ کران۔ وۄں گوو سُہ اوس بُنیادی نوکتہٕ سنٛج (WIT) تہٕ آسی چھِ تٔمۍ ہٕنزن نظمن ہٕری زانٛس منٛز احتیاط کران۔

”خُدایہٕ سُنٛد فوری احساس اوس نہٕ تٔمۍ سٕنٛدِ خٲطرٕ۔ وانٛن، بلیک تہٕ فرانسِز تھامپسن آسی تتھ مانٛیس منٛز صاحب بصیرتھ (SEER) یا سِرِیت پسند یتھ مانٛیس منٛز ڈَن زانہہ نہٕ اوس نہٕ۔ وۄں گوو سُہ اوس تِہنٛزِ خواہشہٕ منٛز شٕیٖر کِھ۔“

یہ اوس جارج ہربٲرٹ یٔمۍ پٔزۍ پٲٹھۍ مابعدالطبیعٲتی نوکتہٕ سنٛجی ہُنٛز شاعری مذہبی تجربچہٕ شاعریہٕ منٛز تبدیل کٔر۔ سُہ چھُ موٗمولی تہٕ موٗنوس تجربہٕ پیش کران تہٕ یِمَن تجربن چھُ تٔرِتھ زبانۍ منٛز باوان، یوٚسہٕ شوٗز، شٲیِستہٕ تہٕ نوکھل چھےٚ۔ یِنٛہِنٛز مذہبی باتٕن منٛز چھُ تِہنٛزِ شخصہٕ سُنٛد انداز رٹان یُس بالا ذاتس سٟتۍ نیزکی تہٕ پانیار حاصل آسہِ۔ تٔمۍ سٕنٛز نظم 'لول' ہیٚکہِ اَمیٚچ اکھ مثال آسِتھ:

Love bade me welcome: yet my soul drew back,
Guiltie of dust and sinne
But quick-ey'd love, observing me grow slack
From my first entrance in,
Drew near to me, sweetly questioning,
If I lack'd anything,

............................................

[1] جان بینٹ "فایو میٹا فِزِکل پوئیٹس (۱۹۶۴)، کیمبرِج: کیمبرِج یوٗنورسٹی پریس، ۱۹۷۱) صفہ ۱۳۶۔

SPIRITUAL REGENERATION ہنز کل۔ سہ چھُ اکھ تیتھ باظہار سرِیت پسند یُس
نفسیاتی قسمک چھُ تہٕ یمیس وِجدانی VISIONARY ہیکو وَنِتھ۔ تمِس بیٛٹھ یم پرٛزر آشکار چھِ گژھان
تمن چھُ سہ واضح شبیہن منز پیش کران۔ تمِس چھُ کایناتی شعورک قریبی تجربہ چنانچہ سہ چھُ بیکہٕ پھلس
منز اکھ "دُنیاہ" وُچھنہٕ ہیکان۔ تمی کوٚرہٕ پنٔنس پاگمبرانہٕ قووتس پیٹھ زانہہ تہٕ شکھ تہٕ پرٛتھ اَمِس
زبہٕ ہِس فرشتن سٟتی بیٚہ دایہٕ گفتار ہیکان کٔرِتھ۔ یم ساری یقین اَسی تمی سنٛز آگاہیہ ہنز خاصیژ
منز موجود۔ اَمی کنہِ اوس سہ پننین ہمعصر سرِیت پسندن نِشہٕ مختلف، یم زَن "جسمانی" اَسی نہٕ زِ
"تخیلی"۔ چونکہ تمِس اوس "مقدس ادراک" ( SACRAMENTAL PERCEPTION ) حاصل سہ
اوس اوٚکنہِ پرٛتھ کائناتہٕ منز لاموحدود موجود وُچھان۔ سہ چھُ حسن زانان "بقاہک درواز" تہٕ سہ چھُ
انسانی لولس اوٚکنہِ قدر کران زِ اَتھ چھُ بُنیادی طور الوہی کردار۔

شاعر سنٛز حسیژ ہند بہترین اظہار چھُ تمی سنٛز SONGS ناوچہ شاعریہ منز سپدان، یتھ منز
تمی سنٛز آگاہیہ ہنز پوٚر پوٚر باوتھ چھیہٕ سپنٛزمژ۔ سہ اوس یژھان زِ تمی ہندین باتن ہندی زٕ حصہ یم
INNOCENCE تہٕ EXPERIENCE دوٚن عُنوان تحت شایع سپدیمتی چھِ، گژھن اکھ اَکِس
نِش مختلف زانُنہٕ ینہِ تکیازِ "یمن منز چھِ انسانی روحکی زٕ متضاد صورتِ حال ہاونہٕ آمتی" اَتھ تضادس پیٹھ
زور دِنہٕ گژھِ نہٕ اَمہِ گمراہ کرُن تکیازِ تمی ہندین باتن ہندی یم زٕ حصہ چھِ اَکے فنی یکُت بناوان۔ یمن
نظمن ہندِ مکمل مانیک دار مدار چھُ اَتھی تضادکس اصولس پیٹھ تکیازِ یہ چھُ ہاوان زندگیہ ہنز اکھ سالم
آگاہی یتھ منز "رُت" تہٕ "بد" ڈنجِ چھُ۔ موضوعیتھ تہٕ تجربہٕ چھِ ظاہری طور متضاد باسان مگر یلہِ یمن یکہٕ وٹہٕ
سام ہینہٕ ییہ، اَسی چھِ سہ بلند تر امتزاج زانِتھ ہیکان یتھ منز زندگیہ ہندی سری تہٕ پیچیدہ پرٛزر شامتھ
چھِ۔ سرِیت چھیہٕ ژکہِ زانان زِ 'رُت' تہٕ 'بد' چھِ دونوے گمراہ کرٛونی تہٕ بیکس چھُ مقصد یہ پرٛزر شاعرانہٕ
طریقہٕ فکرِ تارُن۔ تمِس اَسہٕ فطرتس سٟتی کانہہ دلچسپی، سہ چھُ باتن منز ترتیب شبیہہ پیش کران یم اَکِہ
بلند تر تہٕ اوُچھ دُنیاہچ علامتھ چھِ بنان۔ تمی سنٛز ٹیکنیک چھیہٕ یہ زِ سہ چھُ شبیہن تہٕ سری تصورس
نرِلوٚر تھاوان تہٕ یتھہٕ پاٹھی چھُ سہ روحانی دُنیاہک ادراک پیش کران۔ یہ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ سہ کتھہٕ پاٹھی چھُ
انسانی روحکی زٕ متضاد صورتِ حال پیش کران، اَسی نمو تمی سنٛز زٕ نظمہ "THE LAMB" تہٕ
"THE TYGER"۔ "دِ لیمب" نظمِ منز چھُ راوی اکھ ژُٹر بیُش دلیس اکھ راچھ کرُون مالک چھُ
زانان۔ "دِ ٹایگر" نظمہِ ہند راوی چھُ اکھ بالغ شخص۔ یہہ سنٛز "خوفناکھ صورتھ" چھیہٕ اکھ تیتھ پُراسرار

---

۱ MARGARET RUDD, DIVIDED IMAGE ( LONDON: ROUTLEDGE AND KEGAN PAUL 1953)-15
XIV

HERMETIC فلسفک تہٕ اثر)۔ یِمسٲے بسرٕیٚر منز چھیٚہ HERMETIC رِوایتھ دلوٕپیاوِنس
پیٹھ زور دِوان۔ یہ گٔل چھیٚہ اکھ اَلکیمیٲیی تبدیلی زانُنہٕ یُوان یمہٕ کِنۍ انسٲنی شخصیتھ دیوتٲلی حالتھ پرٲوِتھ
ہیٚکہِ۔ وٲن چھُ "گاشراوُک" (ILLUMINATION) شاعِر۔ تٔمۍ سٕنز مشہوٗر نظم "واپسی" چھیٚہ "یتہِ مِس
ووتُونس پیٹھ تٔمۍ سٕنزِ پزٕہ ہنز یادٕ کران۔ اَتھ نظمہِ تہٕ ووڑزورتھنہٕ ODE ON INTIMATION
OF IMMORTALITY نظمہِ درمیان چھُ قٲبلِ توجہ ہشر۔ "دُنیاہ" تہٕ "ہم ستاری گیہ گاشہٕ کِس
دُنیہس منز" چھیٚہ تٔمۍ سٕنز بیٚیہٕ نظمہٕ یم خاصکٔرتھ تصورٕ کِنۍ ہِسری چھیٚہ۔

تھامس ٹریہرن THOMAS TRAHERNE چھُ اکھ ہِسری فلسفی زانُنہٕ یُوان، یٚیمِس فطرتٕچ
ہُند اِحساس آسنہٕ کِنۍ وانس تہٕ ووڑزورتھس ستۍ ہشر چھُ۔ تٔمۍ سُند نوقطے نظر چھُ PANTHEISTIC-
سُہ چھُ ووڑزورتھس برونہہ لوکچارکین تجربن ہُند حال باوِنس منز۔ ٹریہرنس دُنیہس متلق گاشدار تصورس
تہٕ ووڑزورتھنس تِتھ تصوٗرس درمیان ٹاکارٕ ہشر یُس زن سُہ یُنہٕ "IMMORTALITY ODE"
نظمہِ منز پیش چھُ کران۔ ٹریہرنس نِش چھیٚہ لوکچارٕچ آگاہی چھرا حالتھ تہٕ بشارتھ۔

سُداہمہٕ صٔدیہ ہندین الوہی شاعرن ہُند موختصر جایزٕ ہیتھ پھیرو اَسی دوٚن اہم شاعرن کُن۔
یانے بلیک (BLAKE) تہٕ ووڑزورتھ۔ بلیک چھُ تِتھس شخصہٕ سٕنز اکھ غارمعموٗلی مثال یُس اکی
آنہٕ ہِسریت پسند تہٕ چھُ تہٕ شاعِر تہٕ۔ تٔمِس اوس ہمیشہ بُنُن پان "پٲغمبر" آسنُک اِحساس۔ تٔمِس اوس
یہ خیال زِ ہِسری نوٗر عام انسانہٕ ہندِس اِختیارس منز۔ اَمیٚ چھُ تٔمۍ سُند فرض بنۍ تٔمِس اَس یُتھ زِ لاموحدودس
نام ہیٚکہِ انسان وٲتِھ مگر تیٚلی یٚلہٕ "تٔمۍ سٕنز ادراکی بٔرصاف آسن"۔

اکثر پاٹھو چھُ ہِسریت پسند پزرٕچھ تہٕ گنڈ تزاوان۔ یوٗدوے تم بُنُن پٲغام سادٕ لفظن منز تہٕ
پیش ہیٚکہِ ہٮ۪ن کٔرِتھ مگر مانے زارُن چھُنہٕ ہمیشہ سَہل آسان۔ یہ چھیتہٕ کانہہ حٲرٕچ کتھ زِ تٔمِس تخیلہٕ وراے
زِنہٕ نوٗر تہٕ کیٚنہہ فکری یٚلہٕ تٔمۍ ووٚن زِ میٚہ چھُ نب اوٚنگجہ ستۍ، لہٰذا ووٚن تمہٕ تٔمِس پاگل۔ تٔمۍ سٕنز
غارٕ رجعتھ پسند رائے تہٕ تٔمۍ سُند غارمعموٗلی بیان چھُ چیزن ہُند تیتھ ادراک پیش کران، یُسہٕ "رسموٗ" غلیط
چھُ کوٗرمت۔ تخیل وودپاونس پیٹھ تٔمۍ سُند زور دِین چھُ ہاوان زِ تٔمِس اَس انسانہٕ سٕنز روٗحٲنی نوعیتھ

ل۔ ایولن انڈرہل، مسٹسزم: اے سٹڈی اِن دِ نیچر اینڈ ڈیولپمنٹ آف مینز سپرچوئل کانشس نیس (۱۹۱۱، پیپربیک ایڈیشن
نیویارک۔ ای پی ڈٹن اینڈ کو اِنک! ۱۹۶۱)، صفحہ ۲۳۵۔

KEGOU PAUL, ؎

اَکِس عقیدتھ مند جیسأے پسندٕ خاطرٕ اکھ نظم اُوٚہی تفکرٕچ اکھ مشق، یتھ منٛز کانہہ مذہبی صوٗرتِ حال
پیش چھیٚہ یوان کرنہٕ ۔ یہ چھیٚہ بروٚنہہ کُنہ مقدس انسلاکاتن ہنٛز یادداوٗری بنان تہٕ یہ چھیٚہ روٗحٲنی تفہیمس
نام واتناوان تہٕ اَتھرس بیٚیٹھ اند واتان ییٚلہٕ عقیدتھ مند پننٛز روٗحٲنی ریاضتھ قٲیم تھاونٛک یرادٕ چھہٕ کران:
یہ چھ یادداوٗری، تفہیم تہٕ یرادچہٕ ریاضتٕ ہُند اکھ سِلسلہٕ" شاعریہٕ ہنٛز اَمہٕ رِوایتٕ کوٚرسہ مزاژ پاد یتھ
منٛز مذہبی تفکرُ تہٕ شاعرانہٕ تخلیقکارٕیہٕ میل چھُ سپدان ۔ یہ چھ یتھ رایہٕ خلاف اکھ موٗکل ثوٗبوٗتھ زِ عبادتھ
تہٕ شاعرانہٕ عمل چھیٚہ پانہٕ وٚنی نہ رلہٕ وٕنی۔ کلاسیکی تفکرچہٕ شاعریہٕ ہُند ہُوٗے مزاژ چھ وارڈزورتھنہٕ شاعریہٕ منٛز
تہٕ نظر گژھان، یوٚدوے زن یہ نٔنی پاٹھی مذہبی چھیٚہ ۔ اَتھ نظمہٕ منٛز چھیٚہ کانٛسہٕ مذہبی دیوتاہس نٛز جایہ فطرژ ہنٛزے
عبادتھ ۔ وارڈزورتھ چھ WYE VALLEY سٕتی مُقدس اِحساس وابستہٕ کران ، یہ چھیٚہ سو جاے
یوسہٕ نظمہٕ منٛز پیش چھیٚہ کرنہٕ آمٕژ ۔ تمی سنٛز یاد چھیٚہ تمس منٛز تفہیم پاد کران تہٕ فطرژ پیٹھ تمی سنٛزِ پرٛتھ
درپرٕ بخشان تہٕ بیٚیہٕ چھ سہ اَکِس عقیدتھ مند سندٕ رِوایتی طریقہٕ پننٛ تفکرُ قٲیم تھاونٛک یرادٕ کران۔[2]

یہ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ نظمہٕ منٛز کیاہ چھ سری" اَسی وُچھوٚ سہ مشہوٗر اِقتباس یتھ پیٹھ لیٚسلہٕ پاٹھی بحث
چھ آمُت کرنہٕ، ییٚمیک پھری پھری حوالہ چھُ آمُت دِنہٕ تہٕ یتھ مختلف اَندازو تفسیر کرنہٕ چھہٕ آمٕژ:

To them I may have owed another gift. Nor less,
I trust

of aspect more sublime; that blessed mood,
In which the burthen of the mystery,
In which the heavy and the weary weight
Of all this unintelligible world,
Is lightened; that serene and blessed mood,

---

1. Albert O. Wleche, Wordsworth and the sublime (Los angeles: university of california press, 1973) pp. 20-21
2. A.W. garrod, wordsworth (1923, rpt, Oxford : The clarendon press, 1963), p. 105.

طاقتھ یاد پاوان یُس ساری سے کایناتس پیٹھ حاوی چھُ ۔ چھرِ سُند تصویر سہہ پنندِس تصویرس رَرلوِر تھاونہٕ رٕنی چھُ دِیہ پنندین "رحیم" تہٕ "قہار" پاسن ہُند اکھ شیدید ایحساس پاد گژھان تہٕ دٕے چھُ یمچہ پاٹھۍ اکھ مُبہم تہٕ پُراسرار صوُرتھ بنان ۔ "دِ ٹایگر" نظمہِ منز چھُ راوی یتھۍ سوال پرژھان یم پریشان کرن وٲلۍ تہٕ ناقابلِ جواب چھِ ۔ وون گوو یلہ یم زٕ نظمہٕ یکہٕ وٹہٕ پرنہٕ چھیہٕ یوان، اکھ ٹنبھ پرزر چھُ وِتلان یُس ناقابلِ فہم چھُنہٕ ، یمہٕ چھیہٕ اکھ تیتھ ایحساس بیدار کران یُس " لاموحدوُد" چہ زاژٕ سٹھاہ قریب چھُ ۔

روٗمانی دورس منز اَسہٕ پرٛتھ محفوُظ ؛ مذہبس نِسپُد سایئنسس ستۍ تصادم ۔ لیہازا چھیہٕ مذہبی شاعِرہ منز اکھ نو نٔہج نظر گژھان ۔ اَمہِ نٔہجہِ ہُند خاص نُمایند شاعر چھُ وارڈزورتھ ۔ یہِ نو نٔہجہِ ہنز شاعری تہٕ رُوزژ رکہِ مذہبی مگر مضبوُط مذہبی وابستگی روزنہٕ ۔ شاعرہ منز ژاپہ سیکیولر تہٕ انسانیاتی موضوع تہٕ ۔ وارڈزورتھنہٕ شاعرہ منز چھیہٕ صرف تمہِ پنندِس اَخری دورس منز مذہبس کُن ژرا پے نظر گژھان ۔ تمہِ سنزن گوڈنچن نظمن منز چھُ سُہ اکھ PANTHEIST باسان نٔہ زِ پرٛتھ وول عیسایے ۔ سُہ چھُ یمن نظمن منز اکھ انسان دوس "فطرتی سِریت پسند" درینٹھ یوان ۔ تمہِ سُند فطرژہ ہندِ خاطر ایحساس چھُ مزاژ رٕنی ہمیشہ سِریت پسند ڈبلو آر انج (W. R. INGE) چھُ تمس "دیانی ہسریژ" ہُند ساروے کھوتہٕ بوڈ پاٹھمبر زانان ۔ تمی سنز شاعرہ ہُند بوڈ حصہ چھُ مزاژ رٕنی دیانی ۔ واریاہن نظمن منز خاصکر تھ "

"LINES COMPOSED A FEW MILES ABOVE TINTERN ABBEY" تہٕ "ODE ON INTIMATION OF IMMORTALITY" تہٕ " THE PRELUDE " منز چھُ دیانی تہٕ سِری عنصر مُستقل، وارڈزورتھ چھُ پریتھ ساتہٕ دیانس پیٹھ زور دِوان تہٕ اتھ قدر کران ۔ سُہ چھُ اکثر توازنچہِ حالژ ہنز امپیژ پیٹھ قایم " گاہچ بے حرکتی ( WISE PASSIVENESS ) یتھ سُہ روٗحانی اِرتقا باپتھ لازمی چھُ زانان ۔

یمن نظمن منز چھُ TINTERN ABBEY فطرژ پیٹھ دیان کرنچ بہترین مثال ۔ شاعرس چھُ ایحساس زِ الوٰہی روٗح چھُ فطرژ منز موجود تہٕ یہِ ایحساس چھُ ترژھ زبانی منز باونہٕ آمُت یوسہٕ "فریبہکس حدس تام ساد" چھیہٕ ۔ نظمہ ہندِ موضوُعک ارتقا تہٕ اَمیُک 'ماہیتھ' چھیہٕ کلاسکی دیانہٕ چہ شاعرہ عکس ہشر باوان یتھ متلق LOUIS MARTZ ن[1] بحث چھُ کران ۔ اَمہِ قسمچہِ شاعرہ ہنز رلوایتھ چھیہٕ IGNATIUS LOYOLA ہس تام واتان یُس زن اکھ عیسایے درویش شاعر اوس ۔ یمی زن پننہٕ SPIRITUAL EXERCISES منز مذہبی دیانک آغاز کوٗر ۔ اَمہِ رلوایژ مطابق چھیہٕ

---

[1] THE POETRY OF MEDITATION (NEW HAVEN: YALE UNIVERSITY PRESS, 1954).

چیزن ہنز زندگیہ اندر وُچھن" وننہِ تلہٕ کیاہ اوس تٔمۍ سُند مطلب، تہٕ چھُ یمن سُطرن منز بوزُن ننگان:

And I have felt

A presence, that disturbs me with the joy
Of elevated thoughts; A sense sublime
Of something far more deeply interfused
Whose dwelling is the light of setting sons,
And the round ocean and the living air
And the blue sky and the mind of the man;
A motion and a spirit, that impels
All thinking Things, All objects of the thought,
And rolls through all things.

"Something" یمَن سُطرن منز چھیہٕ زبان مثالی طور بسری۔ 'SUBLIME' 'PRESENCE' 'MOTION' 'SPIRIT' تہٕ لفظن ہُند ورتاو چھُ اشارٕ کران زِ شاعر چھُ احتیاط سان مذہبی اصطلاحہٕ دوٗر تھاوان تہٕ کوشش چھُ کران تہٕ ہاونہٕ یہِ تٔمۍ بلند تر حالژ منز موحسوس کوٗر۔ باسان چھُ زِ تٔمس چھُ بسری قسمُک تجربہٕ حاصل سپدیوٗمت، یتھ پاٹھۍ زن 'FELT' لفظہٕ تلہٕ ننان چھُ تہٕ سُہ چھُنہٕ اتھ تجربس اکہِ نظریہٕچہِ صوٗرژ منز برژھان پیش کرن۔ سُہ چھُ اتھ بہترین پاٹھۍ منٛس تہٕ فطرژ درمیان تہٕ فردس تہٕ کایناتس درمیان آخری میُل گژھنُک اکھ "بلند ایحساس" وٕنِتھ باوتھ کران۔ کُنس بیٛیہ چھیہٕ یہٕ نظم ہاوان وارڈزورتھن سُہ ایحترام یُس تٔمس فطرژ ہندِ خاطرٕ اوس۔ بیٛیہ چھیہٕ نظم ہاوان دوکھ وٕبتراوونہٕ انسانیژ ہنز تٔمۍ سِنز فکر تہٕ تٔمۍ سُند یہٕ بسری یقین "ALL WHICH WE BEHOLD IS FULL OF BLESSINGS"

بلیکہ تہٕ وارڈزورتھ دونوے چھِ تٔمہٕ بسریژ ہنز نمایندگی کران، یتھ آفاقی اہمیتھ چھیہٕ تہٕ یتھ علیسائے عقیدن ہتی کہے تالُق چھُ۔ یتھے اٗسۍ وکٹوریائی دورس منز اژان چھہ، اٗسۍ چھِ وُچھان تٔمۍ قسمٕچ بسریت ییٚچ نمایندگی سدا ہمہٕ ہندیہٕ ہندی اٗوہی شاعر کران اٗسۍ۔



In which the affections gently lead us on,

until, the breath of this corporeal frame

And even the motions of our human blood

Almost suspended, we are laid asleep
In body, and become a living soul;

While with an eye made quiet by the power

Of harmony, and the deep power of joy,

We see into the life of things.

اَمہِ اِقتباسٕچ زبانٕ چھےٚ واضح تہٕ زِندٕ تجرُبٕچ سَنَد بَنان۔ یمَن سٕطرن منٛز باونہٕ آمٕژ تجرُبہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھےٚ "BODY" تہٕ "SOUL" لفظن زبردس اہمیتھ۔ سرِیت پسند چھِ تِمن چیزن مُتلق وَنان یمَن ہُند ترسیل مُمکن چھُنہٕ، یِم حِسَن تہٕ ادراکٕکین عام قووتن ہندِس داےٚرس منٛز چھُنہٕ آسان۔ وارڈز ورتھن سٕری INTUITION چھُنہٕ اَمہِ قسمُک۔ سُہ چھُ بُنیادی اکھ "حساوَیتھ پسند" تہٕ تِمی سٕنز "سرِیَتھ ہنز بُنیاد چھےٚ پَزی پاٹھٕ حِسَن منٛز"۔ بلیک اوس زور دِتھ وَنان زِ "ادراکٕکی درواز" گژھن صاف یِنی کرنہٕ، اَدے ہیکوکھ اَسی پرٛژنٕ حِس زانِتھ" بلاکی درواز ییٚتین چھُ وارڈز ورتھُن تجرُبہٕ بلیکٕنس نوکتس ثابِتھ کران۔ 'حسین پیکرن، پیٹھ تفکرُ تہٕ اَمہِ کِس نتیجس منٛز تجرُبس تل آمٕژ SENSATIONS چھےٚ زِنتہٕ تِمَس اکھ نوٚو ادراک بخشان: چیزن ہنز اکھ بُلند زان یا اکھ شدید شوٗعوٗرُس جسمٲنی عملہٕ ہنز عارضی منسوخی خلاف چھُ۔ اکھ "زِندٕ رُوح" بنُن چھُ واضح پاٹھی زٲنی ہنزِ تِتھ حالژِ کُن اشارٕ کران، یوس تٔژرِنس تفکرس سٕتی چھےٚ آسان۔ اَتھ حالژِ منٛز چھُ شاعر "چیزن ہنزِ زِندگیہٕ اندر" ہیکان وُچھِتھ۔ یہ چھُ وُستھ پرٲوِتھ شوٗعوٗرُک اکھ مثبت فایدٕ۔

پتٕمین سٕطرن منٛز چھُنہٕ شاعر پننہٕ تجربُکِس مستند آسنس پیٹھ اعتماد کران۔ اَمیُک وجہ چھُ واضح۔ تِمی ہنز آگاہیہ منٛز لمحٲتی وُزملہٕ آسنہٕ تیٚژ طاقتور زِ سُہ ہیکہٕ پننہٕ شکھ مکمل پاٹھی دوٗر کٔرِتھ تہٕ اَمہِ سٕتی چھُ اَمہِ بوزُن تِگان زِ سُہ کیازِ چھُ پننہٕ شکھ آور عقیدٕ لٔمی پیش کران۔

---

۱۔ A.W. GARROD, WORDSWORTH (1923, RPT. OXFORD: THE CLARENDON PRESS, 1963), P. 105

## اَنہارکی خاص شُمارٕ

شیخ العالمؒ نمبر

کأشرِ ادبُک فِکری پوٚت منظر

ادبی تنقید (۱)

اَزِچ کأشِر شأیری

تحقیقی رِسالہٕ

ادبی تنقید (۲)

# کأشرِ ڈپاٹمنٹچہ کیہنہ کتابہ

| | |
|---|---|
| کأشرِ ادبُک تواریخ | ناجی مُنوَر، شفیع شوق |
| رِیشُت تہٕ ساٚنی رِیش | رشید نازکی |
| جدید کأشر شاعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کأشرِ ہِندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این گنجو |
| کأشرِ لُکہ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| نثرِ کتاب | ترتیب:۔ ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوشار سومبرن | ترتیب:۔ غلام نبی فراق |
| کأشرِ شومت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| ہِندِ یُک تواریخ | ناجی مُنوَر، شفیع شوق |
| اوحال نامہ | چمن لال چمن، بشیر اختر |
| تصوف:۔ اکھ تعارف | غلام محمد شاد |
| کأشرِن مسلمانن ہِندی رسم تہٕ رِواج | غلام محمد خان |
| کأشرِن بٹن ہِندی رسم تہٕ رِواج | سوم ناتھ پنڈت |
| کشیرِ منز بُدھ مت | جے، این، گنہار |
| رۄپہ بھوانی | سوم ناتھ پنڈت |
| سنزگلاب | ترتیب:۔ رحمٰن راہی، شفیع شوق |

